# کلیاتِ وہاب کھار

مرتبہ: ڈاکٹر آفاق عزیز ۔ ڈاکٹر محفوظ جانؔ



وہاب کھار ونان شار — باللہ بوزتم زار
نالان مشر کھر وشار — وِلہٖ زار بوزیم نا

# کلیات وہاب کھار

ترتیب، تصحیح، حاشیہ تہٕ سام


ڈاکٹر آفاق عزیز

ڈاکٹر محفوظ جان



باوتھ کلچرل سوسایٹی سری نگر کشمیر

۱. کتابہٕ ہُند ناو — کلیات وہاب کھار

۲. مرتب — ڈاکٹر آفاق عزیز، ڈاکٹر محفوظ جان

۳. پبلشر — باوتھ کلچرل سوسایٹی سرینگر کشمیر

۴. وری — ۱۹۹۹ء

۵. موٗل —

## کتاب میلنُک پتہٕ

۱. باوتھ کلچرل سوسایٹی سرینگر

۲. سی سی اے ایس یونیورسٹی آف کشمیر

۳. کتاب گھر لالچوک

# ترتیب

## نثر


۱. گوڈ کتھ ۱۱

۲. بوزد ماہ سوخن ونے ۔ محمد یوسف ٹینگ ۱۹

۳. وہاب کھارُن آبائی علاقہ ۔ اکھ تعارف ۳۲

۴. حالاتِ زندگی، مورشید، ریاضت تہٕ پیشہ ۳۹

۵. کیہہ اہم واقعہ ۴۷

۶. کنیٔرن باتن ہنٛد وجہہ تسمیہ ۵۲

۷. دُنیا منز نیرن تہٕ اَمی سندی طالب ۵۷

۸. وہاب کھار ـــ شاعرانہ تجربہ ۶۲

الف ـــ غزل تہٕ وژن

۱. اسہٕ وُن کلہٕ وال مس چاوِ ناوان ۷۵

۲. آدی متے وونم ہا دین ۷۶

۳. اے یارِ من مستانہٕ ہا ۷۷

۴. اَمی کلہٕ والن چھو ماوہٕ نتے ۷۸

۵. آلودہٕ مہ لیو پیرو ۷۹

۶. اَوُرجان منگ تس ۸۰

## شارُگ گوڈ حرف


ب

۱. بہٕ چھُس درامُت یارس پتےٚ — ۸۱

۲. بہٕ چانے لولہٕ ژیٚنے پتےٚ لارٕ ے — ۸۳

پ

۱. پٲرتھ تکبیر گو برابر — ۸۵

۲. پاٚرِ لگہ یوہا سدن وارو — ۸۶

۳. پیپرٕ ڈیوٚ نٕسمہٕ یوان راٚخی آسہم — ۸۷

۴. پےٚ چون لۄوز مےٚ یامت — ۸۹

۵. پرٚژھِ ہندِ ے گمٕ لو یژھِ کو تا داول چھُ مےٚ تے — ۹۰

۶. سچھو لہم پتر مے پیارے — ۹۲

۷. پرزن مۆت ہے میونے سہٕ یارتس کٕمی برٕی — ۹۴

۸. پوٚختن چھے ناٚلی موکھنہٕ مالہٕ ولنیی یہے — ۹۵

ت

۱. نارِ دل گوم یار یارٕ وچھن ہاو دیدار گرِ گرے — ۹۶

۲. تنبلاو تھس جلوٕ ہاو سیتھ لگے معشوقو — ۹۸

۳. تھاوِ کھےٚ کن سوخنن تےٚ — ۱۰۰

۴. تن ژاٚحینم آی یاٚرِ چھم تنہٕ تیو لگل لاٚرِ — ۱۰۲

۵. تارِ موکھتس الماس برمو — ۱۰۳

ج

جانانہٕ ڈیوٚ نٕسمہٕ پردن ژھایے — ۱۰۵

شارک گوڑ حرف


۲. جانانہ لوّن دراو پانہٕ در بازار مُبارک ۱۰۶
۳. جل گژھ نہٕ وٕتھی ییے ونہٕ یارس ۱۰۷
۴. جلوٕ گرُ وچھُم ہر شایے ۱۰۹


چ


۱. چھُمَ چانٕی سٕہٹا مایے مَیتو ۱۱۱
۲. چھےٚ ہرنن سو رمےَ اَچھی زٕ وٕنہ پچھی ۱۱۲


ح


۱. حوٗرِ جنتس موٗلہٕ ناوان ۱۱۳
۲. حال ونے پننےٚ یارٕ لولو ۱۱۴
۳. حاٗرتھ وُچھتھ غاٗرتھ کوٚت گوم ۱۱۵
خندٕ کرُن ہے منع بوزِی سوندر مالٕی ییے ۱۱۶


د، ڈ، ژ


۱. دِلہٕ کے کوہہٕ ہیٚتھ کر نظر ہوٗنہٕ ہاروس ۱۱۷
۲ دود عشقُن چھُم لوٗ بلانے گوم تس ہیتھ دِل ۱۱۹
۳. دِل ہیتھ ژٕ لولہم شہ دِلبر ۱۲۰
۴. دِپن کوٚر روشن دیپ دارن ۱۲۲
۵. دیوانہٕ کٔرتھس جوانہٕ یارو ۱۲۴
۶. دیدار دِتہٕ اکِہ ژھونجہِ پیٚنجہِ سانہ وولو ۱۲۵
۷. دِل نیوٗ تھٕم گیسوٕیہ سوٗ رخ رویہ مبارکؐ ۱۲۷

## شارکُ گوڈِ حرف


۱. روزتو دماہ زارمیا نی بوز کھنا ۱۲۹
۲. راتھ گیہِ دوہ آو ۱۳۱
۱. زٕ ے کامن دوہ لے ونیی یار ڈیوشیوم ۱۳۲
۱. ژ نے کمیوٗ گرِ دٔ نے تاو پیزرپن ۱۳۴


## س، ش


۱. سرزرووُم سے برتل بیہ نایار لولو ۱۳۵
۲. ساالاگرتھ آیوس نیرے رنگہٕ زٔورے ۱۳۶
۳. ساقی چھُ چاوان پانہٕ میخانہٕ شرابے ۱۳۸
۴. سوز بوز سوزس مانہٕ خو دا زانہٕ ۱۳۹
۵. سعیداہ وچھم بجدِ ے ونس یا الٰاہی ۱۴۱
۶. شامہٕ سوندرہ برگرنس تہٕ لولو ۱۴۲
۷. شاہ تہٕ گدا چھی منز ووندس ۱۴۳


## ع، غ، ق


۱. عاشق پانس پانے نمنہٕ کم نے ستی گوم ۱۴۵
۱. غافلو گژھ بیدار صبحکُ نور چھُول ۱۴۶
۱. قدم فقیرس قد بالا ہر دم پیران گژھ ۱۴۹


## ک


۱. گاتیاہ گاڈ آمی مانہٕ ماٗنی ۱۵۰
۲. کس کیاہ ٹنتھ آولانہٕ نیا یے ۱۵۱

شارٕک گوڈٕ حرف


۳. کٕس ہیٚکہٕ ڈینٛتھ یا گرٛژھِ بنٕن ۱۵۲

۴. کمیٚ لوٚب ہےٚ عشقہٕ سٕندرس تار ۱۵۳

۵. کن مٔتے تھوٚوٕم درٕ دِچھہٕ ییٚنے ۱۵۵

۶. کلہٕ والہٕ دیٚوٕمس پیالہٕ زومیون بلے لو ۱۵۷

۷. کیٚہ تلہٕ کے سونو وو لو خبراہ ولو ۱۵۸

۸. کن مٔتے تھالوم تارِ لولو ۱۶۰

۹. کاو خبراہ وَنتو یارس ۱۶۱


گ


۱. گرٛژھیتھ وٕسیٚ یار رُودُم درتن وارِ ۱۶۳

۲. گوٗرِ گوٗرِ کرِ لوِ مالیٚنی کرانے ۱۶۵

۳. گولابو تھرٕ سیٚو لکھ باغن مشک در ۱۶۶

۴. گوم کلہٕ وال مس چاوِتھ چھیٚو آوِتھ ژو لمے ۱۶۸

۵. گوٗرِ گوٗرِ کرِ لو ہتو کاوو ۱۶۹

۶. گاہ شیرین شکر باگراوان ۱۷۱

۷. گرمو یٔیلہٕ تراو ۲۳۲


ل


۱. لہٕ آکہٕ آیو و بیٚو چھو ؤساتھاہ ۱۷۲

۲. لٹی ہارِ لو نگن نیٚو کمیٚ امہٕ زونہٕ ۱۷۴

۳. للہٕ وتھ سونہٕ کھونہٕ دِنہٕ چھیٚپہٕ ہم لالو ۱۷۶

۴. لول کرِ یادا لو ٹھ زانن خودا ۱۷۷

شارکؔ گوڈ حرف

۵. لوہورۍ طوطہٕ بولہٕ جگر پھولہٕ لولو — ١٧٨
٦. لا اِلٰہ اِلا اللہ لعلاہ ہے محمد رسول اللہ ﷺ — ١٨٠

م

١. مارا گیتھ رُود جایہٕ تن — ١٨١
٢. مالہٕ جاہٕ نہ بالہٕ یار سون ییز ہے — ١٨٢
٣. مالہٕ موت گوم سالن موتے گوم — ١٨٤
٤. مس چاونس عشقہٕ واہٕ لولو — ١٨٦
۵. مس دِیتھم بالہٕ یارو — ١٨٨
٦. منہٕ وان منہٕ وان یار چھمہٕ لیوان — ١٩٠
٧. مے بینہٕ چوونس تتہٕ گوٹیر کال — ١٩٢
٨. موکھ دُورِ ڈیونٹھم تس جانانس — ١٩٣
٩. مدنس میانس کمی کرۍ جادی — ١٩٤
١٠. میٹھر منزِ ییم گولاب پھلی ییے لو — ١٩۵
١١. منے ژھانجوم یار جانانے — ١٩٧
١٢. مس بینہٕ چوونس امی سافین تے — ١٩٨
١٣. میانہٕ صاحبو کرتم کھتاہ — ٢٠٠

ن

١. نار گونڈنم منقلے کلہٕ چانہٕ سور گوم — ٢٠١
٢. نفیٔ اثبات آو نون سۓ دراو — ٢٠٢
٣. نورِ کرنہٕ ملک تم چھہ نورانی — ٢٠٣

شارکُ گوڈ حرف

۴. نیرُونیرُوژیر ما گوے پوشہ لولو ۲۰۵
۵. لوُن چون کیا چھہ ہزدار ننہ وانیو ۲۰۶
۶. نفی ایس ہنیوٗ و اثبات کیہو یارہ داوس ۲۰۸
۷. نیری یارس پتہ نٹریے دو اے گتہ ۲۰۹

و

۱. ولیسی یے ژھاروان یارلہ تہ لوتے ہاتے تے ۲۱۰
۲. ولیسی یے کُٹی برس کن نہ لولو ۲۱۲
۳. وُچھان گژھ جلوےیے ذات سہ چھےتابان ۲۱۳
۴. وفادار یار عنقا ۲۱۴
۵. وندا کیو جان ینن یہ سپھم قرار ینن ۲۱۶
۶. ولیسی لیہ انتن یار ولہ زار لوز کم نا ۲۱۸
۷. ولیسی یے معشوق لوزنا زارٔ دیے ۲۱۹
۸. وٚودم کوتان دوٗدس شمع ۲۲۱

ہ

۱. ہاجلو گرسپھم دراتے دلبر وُچھ نن روبرو ۲۲۲
۲. ہوش دارٔ گوش سقواٰلوگو ۲۲۲
۳. ہے دردٔ بانس آم بہار وچھہ نے بہ دراس ۲۲۴
۴. ہانسیر سوار دکور گژھکھ آخرز تے مرن پتھے ۲۲۶
۵. ہے ولیسی متے نس سنزٔ لاجوم تاز یار انے ۲۲۸
۶. ہو اللہ پچھہ پژان پیغمبر ۲۳۰

شارکٕ گوڑ حرف


۷. ہولہٕ رٹیو کولہٕ موڈل لولہٕ — ۲۳۲

۸. ہے ویٹھی یہ کوہ زردے پرود کرتھ — ۲۳۴

۹. ہاستن سٕدرن ملون گیٚیی ہیپر چھم خواجہ — ۲۳۵


ی


۱. یٚمہٕ درٕ ڈُن تس سوے وُنی — ۲۳۶

۲. یمبرزل ہیالہٕ ہیتھ پیاران — ۲۳۷

۳. یارٕ دود نارٕ ستیٚ زالان کوہ تہٕ ون — ۲۴۰


حصۂ نظم


۱. الحمدٗ لہٕ اللہ حمد سوز خاتن — ۱۴۱

۲. پارٕی پارٕی آدمس حضرتِ آدمس — ۲۴۲

۳. پان ہرگرتو ہا انسانو — ۲۴۴

۴. وتہٕ گٕتٕے پاتہٕ میانیٚ دم زان غنیمت — ۲۵۰

۵. سُے چھُے دریاو سوے چھُے بنیاد — ۲۵۵


طوطہٕ


۱. خلیفا پادٕ کوٚر پاک ذاتن — ۲۵۷

۲. یارب عرنا میون یے — ۲۶۰

۳. طوطہٕ اوٚپنٕ شہارے لولو — ۲۶۲

۴. بیدار گژھ تو ہا شہزادو — ۲۶۴

۵. ونس منز جو گیا گومت چھُے اون یے — ۲۶۹

۶. لچھہٕ نوو چھُے ہر شایہ بینا — ۲۷۳

شارکۍ گوڑ حرف

قصئے حضرت سُلیمان


۱. زان پانہٕ دُنیایٖن تہٕ گژھوٗن ییے ۲۸۱

۲. زار بوزتم بار خودایے ۲۸۴

۳. مٔرہٕ پٔتن کوٚ نہٕ چھکھ باوآنی ۲۸۶

لاآ مجنوٗن

۱. دُنیا تمناہ غنیمت زان ۲۸۸

شش رنگ ۲۹۵

۲. خاکس حاجہٕ آدم لوٚدستھن حمداہ پرے ہا

نور نامہ

۳. دمہٕ دمہٕ صاحبس فضلاہ منگ تو ۲۹۷

سرفہٕ ٹوٚپچھ

۴. ساتہٕ سلطان راحتہٕ جان ۳۰۱

داک دریاو

۵ کا اِکا اِکالہٕ تہٕ ییمیٚ کوٚرنے ۳۰۴

معجزہٕ ییمن

۶. ذاتِ پاک توٚرہٕ چھس سلام سوزان ۳۰۶

چار کُرسی

۷. شوق چھم چوٚن دیدار دِکھنا ۳۰۸

۸. نم دریو ژوٚرس سن دِیی ہاآوتھ ۳۱۰

شارک گوڑ حرف

ناگہ شار


۹. دے لوٹھیوم خودا لوٹھیوم دے ینہ لوٹھیوم ۳۱۱

۱۰. دِلس تہ عقلہ درمیان بحث ۳۱۵

۱۱. ڈیڈتِل چانے آس دو میدوار ۳۱۷

۱۲. دَ یہ گھتا دِتم دَلو شریک چھے نہ کانہہ ژے تے ۳۲۱

۱۳. ہرِ رنگ بارنگ وُچھے ۳۲۲

پدِ

۱۴. ہو ہو پران شیر زن گرزان ۳۲۴

۱۵. رس کتہِ لوٗ گیو ہاغار زالو ۳۲۶

۱۶. ژندن کلُ! الجمُو پھلیا اتھ ژندن کلُو ہے ۳۳۰


معراج نامہ

عشقہِ معراج :


۱. دمہ دمہ چھم فراق ۳۳۳

۲. السلام علیکم معشوقہِ جائے ۳۳۹

۳. کرِلیو رہ نہ رٔوبالے واو ۳۴۱

# گوڈٕکتھ

زبانۍ چھُ اکھ پنُن لفظ راش تہٕ صوتی آہنگ۔ اَتھ منٛز چھُ
پنُن وَکھر بولن ادا تہٕ سواد تہٕ۔ بولن تہٕ پرن نظام الگ الگ آسنہٕ
علاوٕ چھُ امیُک نظامہِ تحریر تہٕ منفردٕ۔ زبانۍ منٛز امہِ قسمٕکین ژادٕ جارن
ہُند دخل آسُن چھُ امہِ زبانۍ ہندِس ادبس منٛز لازمی اصول۔ تاہم
ییلہِ کینٛژن اوڈٕے الحمد پرن والین پیر بنیٛنج زیر چھِنیٛ گژھان، ادبس
تہٕ زبانۍ چھُ بے حد دارٕ واتان۔ گوکہ زبانۍ چھِ پننۍ کیٛہنہٕ اصول
آسان یِہند عملہٕ دخل سِند سیُٛد زبانۍ ہندِس صوتیات، سواد
لفظیات تہٕ بولن تراپہٕ پیٛٹھ آسان چھُ۔ یِم ساری اصول نظرِ تل
تھاوِتھ چھُ کُنہ تہٕ زبانۍ ہُند ادب زبانۍ ہندِ اندرٕونی نظامُک
تابیدار آسان نہٕ کہِ بیٛنہِ کُنہ زبانۍ ہُند۔ زبانن چھِ پننۍ تنقیدی
اصول تہٕ میزان آسان تہٕ۔ اگہِ زبانۍ ہندی سرمایہٕ ہیٚکو نہٕ بیٛنہِ زبانۍ ہندِ
وزنہٕ خاطرٕ استعمال کٔرِتھ البتہٕ ہیٚکو تِمہِ وِزِ امہِ قسمٕچ رعایت کُنہِ حدس
تام نرم کٔرِتھ ییلہِ دوٚن زبانن ہُند سواد اَکی نظامُک آسہِ تہٕ
صوتیاتس منٛز آسہِ ہشر۔ نی تون کاشُر زبان۔ اَتھ منٛز چھِ تِم صوتی
ژادٕ جاریم اکثر زبانن، نصیب چھِنہٕ۔ امیُک سواد چھُ تیوٗت

منفرد، مُشکلنے آسہِ تتھ جورٕ۔ نقاد خاص کٔرِ لسانی نقادن چھُ دعوا زِ پرٛتھ زبانِ چھِ پننۍ الگ تنقیدی زاویہٕ۔ کیٚنہہ چھِ صاف زِ اکہِ زبانِ ہندۍ تنقیدی اُصول ہیکو نہٕ بیٚیہِ زبانِ ہنٛدِ ادب پٔرکھاونس پیٹھ لاگو کٔرِتھ۔ چونکہ ییٚمہِ وِزِ اکہِ زبانِ ہنٛد کانٛہہ تنقیدی نظام بیٚیہِ زبانِ ہنٛد ادب پٔرکھاونہٕ خاطرٕ مقرٕر کرنہٕ آو، تتھ آسی زٕ وجہہ اکھ اوس نہٕ تمِن امہِ خاطرٕ پنٛنۍ کیٚنژھا اُصول وُنہٕ مقرٕر تہٕ دوٚیم آیہ امہِ قسمکۍ اُصول پاناونس منٛز وارِیاہ ترمیم کرنہٕ۔ امہِ قسمکۍ اُصول چھِ زیادٕ تر شاعری منٛز دخلِ انداز سپدان۔

ییٚمہِ وِزِ عربی زبان دانو عربی شاعری خاطرٕ پیمانہٕ مقرٕر کٔرۍ، تمِن بروٚنہہ کنہِ اوس عربی زبانِ ہنٛد مکمل لوٚ تاریخ، لوٚ آریخی صوتیات آہنگ، حروفِ تہجی، جملتٕ تہٕ سواد خاص پٲٹھۍ۔ ییٚلہِ یِم عربی میزان ایران وٲتۍ، تمو ترٲوۍ یِم ایرانی سانچس منٛز مگر صوتیات تہٕ سواد مختلف آسنہٕ موکھہ گوو نہٕ یہِ عربی پیمانہٕ ایرٲنۍ قالبس منٛز فِٹ۔ نتیجہ دراو یِ زِ ایرانیو کوٚر عربی پیمانس منٛز ترمیم تہٕ بیٚیہِ کٔرکھ کیٚنہہ نرمیہِ تہٕ پتھ گٔیہِ آیہِ ایرٲنۍ شاعری باپتھ عربٕ دُنیا زٕ ہنٛدۍ ترمیم شُدٕ اُصول مقرٕر کرنہٕ۔ مگر تمہِ باوجود رُود نہٕ ایرٲنۍ شار اکھ قالبس منٛز مکمل پٲٹھۍ فِٹ گٔژھان۔ امہِ پتہٕ گٔیہِ یہے ترکر اُردو زبانِ ہنٛدِ لو شاعرو تہٕ اِستعمال۔ ییٚلہِ تہنٛد شارٕ سرمایہٕ عرب ایران ژٕرکرِ منٛز سنگ ہاوان رُود، تمِن تہٕ بیٚیہِ اکھ منٛز وارِیاہ نرمیہِ کرنہٕ۔

یُتام کاشرِ زبانِ ہنٛد تعلق چھُ، امیُک لسانی نظام چھُ باقی دوان زِ اکھ پیٹھ ہیکو نہٕ کُنہِ تہٕ ووپرٕ زبانِ ہنٛدِ سُہ کانٛہہ پیمانہٕ لاگو

کرِتھ ییمِہ کہ مدتہٕ کاشرِ شاعری ہنٛد وزن تہٕ سنگ بدکڈو ۔ تہٕ کیازِ
امیک صوتیات، بولنہٕ ادا تہٕ سواد چھُ باقیو زبانو نِشہ مختلف ۔ یوتام
کاشرِ سواد چھُ ۔ یہ چھُ مولے وکھرِ تہٕ الگ شناختک ۔ امیک صوتیات
چھُ وسی لفظ راشک اصطلاح سازی تہٕ مرکب اصطلاحن ہنٛد
قالب ۔ کاشرِن صوتی زاوِ جارن مومولی ہیور لوبن کرِتھ چھ اکہِ
مخصوص حروفہٕ تحجی ہندِن لفظن بیہِ واریاہ لفظ تندل تھٔنہٕ پہوان مثلن
گرِ (گرِ)، گرِ (کانہہ چیز گرُن)، گرٔ (ٹایم وچھنچ گرٔ)، گرِ (گرِیُن
چارِیُن کیہنہٕ کرنک، خیال یِنُ وغارِ)، یا کرٔ، کرٔ، کرِ، بیتر بیترِ ۔
یہ خوبی چھیہٕ لِسانی خاندانن نظرتل تھاوِتھ کاشرِ زبانی ہنٛزِ بیاکھ
منفرد خوبی ۔ امیک سواد چھُ پانی پانے گواہ زِ یہ چھُ حلقہٕ منٛز کھسن
واجِہ نیٖن آوازن ماتحت نہ کہ باقےِ کینٛژن زبانن ہنٛدی پأٹھی
زیادہ یٖہن حروفہٕ تحجیہن ۔ کیتھ چھےٚ سیوٚد تہٕ پاکشہٕ ورأے زامہٕ قسمچو
صوتی خوبیو اون کاشرِ شاعری ہنٛد اکھ تیتھ نظام بارسس ییمنک
ماخذ بہر حال صوتی زاوِ جارتہٕ بولنہٕ ادا چھُ ۔ کاشرِ زبانی ہنٛد صوتی
نظام تہٕ بولنہٕ ادا چھُ تیتھ سواد گرانِ لیُس شاعری خاطرِ اکھ نظام چھُ
وجوٗدس منٛز انان ییتھ اسی لیہِ نظام وٚنتھ ہیکو ۔ اُتھی لیہِ نظامس
مدنظر رٔٹتھ چھُ کاشرِ ادبی سرمایہ تھٔنہٕ پیومت ۔ اتھ نظامس تحت چھُ
کھیمندرس پیٹھٕ تا ایندم سورے کاشہ شاعر سرمایہ لوان للہ دید
تہٕ شیخ العالم کیاً، حبہ خوتون تہٕ محمود گامی بلکہِ وہاب کھار سوچھ

---

۱؎ گرٔ، کرٔ تہٕ کرِ مثالی چھُ عبدالاحد آزاد تہٕ کشمیری زبان اور شاعری منٛز پیش کران ۔

کرال، شمس فقیر، رحمان ڈار، احمد بٹواری، حبیب اللہ نوشہری
تہٕ رسولمیر ہیچھ عبدالاحد آزاد تہٕ مہجور تہٕ۔ یمن پتہٕ رُوٗدی پننس
اتھ اصلی تہٕ مقامی میزانس تحت محمد میر، حسن ڈرائیور، احد زرگر،
رجب حامد، صمد جان، عبدالکریم، پریم ناتھ کول ارپن، لالہ ایہ کامی،
قادر صابہ کیٛہنہٕ نہ تہٕ بیٚیہ دَرجن وادتی پیٚر شار وَنان۔ تاہم ہنتی ۱۹۵۰ء
پتہٕ لیوکھ اکثر شاعرو پننہٕ خیالات وٕ پرتزکرِ تولنہٕ لیو سہ ہمیشہ سنگ
ہاوان رُوٗز تہٕ روزِ تہٕ یہ زن وٕ پرتزکرِ ہنٛز خاصیت چھےٚ تہٕ آسنہٕ
تہٕ گژھہِ۔ یم ساری زاوِ جار نظر تل تھاوِتھ چھُ لازم بنان زِ کاشُر
شاریہ نہ مغربہ یا خلیجی تزکرِ تولنہٕ تہٕ نہ سیدٕ اتھ پیٹھ برصغیر کہ
کُنہِ حصچ کانٛہہ خاص فارمولہ لاگو ٹلکہِ چھُ پزر تہٕ حقیقت پسندی ہند
مظاہریہ زِ شارِ ادب گژھہِ مُقامی اوزالو پر کھاونہٕ یُن تہٕ سانچہ نیرُن۔
ییلہِ اُسی احمد بٹوارُن شارِ نظام پرکھاوان چھہِ اکھ زُسیل لیہ نظام چھُ
برُونٛہہ کُن لیوان مثلن۔

یندراز نہٕ دربار نغمہِ کَران چھیہِ پُرستانو
سوزِ منصوٗر گرسزان کَن میٛہ تھاوِ لوم گوس دلِولو

اتھ شارِ لیہ اوس اٰتھی دورس منز وہاب صاٰبہ کھار تہٕ گوڈبران۔
وہاب صاٰبہ کھار چھُ میوٗٹھ ملایم تہٕ مس مُوٗدر شار وَنن وول شاعر
اوسمُت۔ اُمی سُند واریا کلام اوس ییٚمہِ کلیاتہٕ برُونٛہہ مختلف ادارو
طرفہٕ چھپیومُت یمن منز غلام محمد نور محمد، فاروق اینڈ کو تہٕ کلچرل اکیڈمی
بیتر سر فہرست چھہ۔ تاہم اوس وہاب صاٰبہ کھارُن اکثر کلام ہٕ چھپنے

یُس چھلہٕ چھانگرٕ گوٚمت اوس ۔ وٕونۍ گوٚو وہاب صابنۍ زٕرۍ چھہِ یِمہٕ لحاظٕ خوش قسمت زِ تِمو چھُہ وہاب صابنۍ اکثر کلام ژٕھرومت۔

یہِ چھےٚ اکھ دلچسپ کتھ زِ احمد صابہٕ بٹوارس پیٚٹھ لگاتار ژون پانٛژن وٕرِین کام کرنہٕ پتہٕ بنیو تِمنٛگ مسودٕ مکمل پأٹھۍ تیار سپد تِمکہِ چھاپنٛگ بندوبس کوٚر کلچرل اکیڈیمی ۔ احمد صابہٕ بٹوارٕچ کلیات اکیڈیمی حوالہٕ کرانےٚ آو اَسہِ کلیاتِ وہاب صابٕ کھارتٕ ترتیب دِنٛگ تہٕ چھاپنٛگ خیال ۔ چنانچہِ آیہٕ وارِیاہ پھِراتھ متلق بحث کرنہٕ تہٕ امیٚک مواد جمع کرنٛگ آو سرنہٕ سوٚنچنہٕ مگر اکتوبر ۱۹۹۶ء منٛز گیہِ أسۍ جناب بشیر اختر صابس کھریو خبرِ ۔ اَسہِ ستۍ اوس امہِ وِزِ گورنمینٹ پریسٕک اکھ ملازم جناب نذیر احمد صابٕ تہٕ ۔ بشیر اخترس خبر اَتہٕ ہٕہنہٕ پتہٕ ہیوٚت اَسہِ وہاب صابنۍ کٕن سکھرن اَسہِ آس وارِیاہ پھِرِ تَس نِش وہاب کھارُن کلام جمع کرٕنۍ ذِکر کرٕمژ۔ امہِ وِزِ تہٕ پووس یاد ۔ اختر صابن دِتی زِ اڈرس ۔ اکھ اوس گبون وول تہٕ بیاکھ ماشٹر مگر دوشوےٚ ہیکۍ نہٕ سمکھتھ چنانچہِ چھِہ أسۍ شارٕ پیٚٹھ سیٚودےٚ وہاب صابنِس زِیارتس پیٚٹھ واتان ۔ اَستانس اندر اَژتھ وُچھ اَسہِ لوٚکھ ذکر وازکارس منٛز محو ساری کلہٕ لٕبان کُن تراوِتھ ۔ خالے کانٛہہ اوس مٕنٛزٕ گٕنہٕ وِز موٚمولی اَچھ تھوٚد تُلان ۔ زنانہٕ آسہٕ سنہٕ وِنس ودنس منٛز زورٕ زورٕ منگ منگ کران ۔ بیٚیہ طرفہٕ اوس قہوٕ چایےٚ ژٕھچہ تہٕ بأتےٚ کھینہٕ چیز باگرنٛک سِلسِلہٕ جأری ۔ اَسہِ تہٕ کھینیہ تہٕ ۔ یتھ منٛز کوٚکرناٹھ رلاوِتھ

آسہٕ ۔ نذیر احمد صاب چھُ اَسہِ کُن اِشارٕ کرتھ ساٚنی راے زانٕنۍ
یژھان ۔ اشارٕ نے منٛز دوٚپُس ٹھہرٕ وہناہ ۔ امہِ پتہٕ ووٚتھُس پہ
بیٚیہِ سٕتھۍ وۄدتہٕ گوٚس وہاب صابس ڈیچھہِ طرفہٕ تہٕ ووٚنمس لوٚت لوٚت
زِ "توٚہہِ حض چھُ ووٚنمت زِلیس میانہٕ قبرِ پیٹھ ییتھ حاجت نیرِ ہٕ
(خودایا گستاخی معاف)، قبرِ گژھہِ پیشاب چھکُن ۔" چونکہِ اَسی تہٕ حض
چھِہٕ کُنہٕ حاجتہٕ آمتۍ ۔ صرف چھےٚ اکھ کام زِ اَسہِ چھُ تہندٕ کلام جمع
کرُن تہٕ بیٚیہِ چھُ تہنٛز زندگی متلق مکمل زان کاری ہُنٛد تلاش ۔
یتھے عرض کرنہٕ پتہٕ تِل ذِکر کرن وٲلۍ اکِ نفرن کلہٕ تھوٚد تہٕ لوٚگ
اَسہِ پرزٕنہٕ زِ توٚہہِ کیتھ کیتھ قلم کاگد اَتھس کیتھ ۔ اَسہِ وۄنُس پننۍ
خواہشات ۔ یہ بوٗزِتھ گوٚس بڈٕ خوش تہٕ ووٚنُن پتھر بیہنہٕ خاطرٕ ۔
لبہٕ ستۍ بیہنہٕ پتہٕ ووٚن تِمو زِ یہ ونہٕ اتھ متلق تہٕ سوٗرے یِہ میٚنہٕ
مولوٗم چھُ ۔ امہِ پتہٕ کوٚر تمۍ بیٚیہِ تہٕ دۄن نفرن آلو ۔ چنانچہ لگۍ
تِم وہاب صابٕنہٕ کھارس متلق مفصل پاٹھۍ دلالتھ کرنہٕ ۔ اتھ
دوران آیہ اکھ زنانہٕ مہینوٗ تہٕ لوٚسہٕ وہاب صابس متلق کینہہ
ونہٕ خاطرٕ بڈٕ بے تاب اُس ۔ چنانچہ لٔگ سۄ ونہٕ زِ یِم کیاہ
زانن، اصلی زانہٕ بہٕ ۔ سو رۄز بضد زِ گوڈٕ گژھہِ تمۍ سٕندۍ
بوزنہٕ یِن مگر تسندِس بوزنس منٛز راہ تحمل کرتہٕ کِنۍ رۄد تہٕ تِس
پانس تام تہٕ تمہِ کوٚر کسٕ نام خشمہٕ ہوٚت آلو زِ ہتہٕ کر بَس آلو ۔
کینہہ منٹھ گژھتھ پیوٚو دراز قدک اکھ بزرگ وٲتتھ ۔ مولوٗم
کرنہٕ تلہٕ سپد واضح زِ یہ چھُ وہاب صابٕ کھارس نیچوی سٕند
نیچو خضر کھار ۔ اتھ دوران سپدۍ بیٚیہِ تہٕ وارِیاہ لوکھ اتہٕ جمع ۔

خفر کھار لوگ بے پھِر و کھ پاٹھی وہاب صابس متعلق ڈلیل وننہٕ۔
دارِیاہ بجث لوگ۔ لگ بگ ترٛین گنٹن ہندِس تبادلہ خیالس منٛز
آیہ وہاب صابنین اکثر گوشن پیٹھ روشنی تراونہٕ۔ امہٕ پتہٕ
کٔرِ خفر صابن وہاب صابٕنہٕ کھارنہٕ کلامٕکی زٕ مسودٕ اسہٕ حوالہٕ۔
مسودن ہند مطالعہ کران کران ڈرٛاو یمو منٛز وہاب صابٕنہٕ
کھارنس مالسِ ہاتی کھارٕن کلامہٕ تہٕ۔ یتھے یوت نہٕ بلکہ سٕید
اکہٕ مسودٕ منٛز وہاب صابٕنہٕ کھارنین شٔرٕن ہندِ ن شٔرٕن ہند
کلامہٕ تہٕ دستیاب یمن منٛز شلہٕ کھار تہٕ کمال کھارتہٕ شامِل چھہٕ۔
مسودس پیٹھ کام کرنس دوران پیوٚو اسہٕ دارِیاہ سپھرِ خفر
صابن نٔش گژھن تہٕ تمن نشہٕ مسودٕ پرن تہٕ امہٕ ستہٕ گیہ سارے
غلطی دوٗر۔ امہٕ علاوہ اوس اسہٕ نشہٕ غلام محمد نور محمد فاروقی اینڈ کو تہٕ
کلچرل اکیڈیمی ہندِ طرفہٕ چھپیومت صوفی شاعری ہند ناوٕ وہاب
صابن کلامہٕ تہٕ۔ یہ کتھ چھےٚ ٹھیکہٕ زِ چھاپ سیدی متس کلامس
منٛز آسہٕ اکثر رے غلطی یمن منٛز درستی سپنٛز۔ اکثر جاین اوس
کلامہٕ ہوٗلے بدلیومت۔ اسٕتھ چھہٕ دارِیاہ وجوہات مگر تمہٕ
باوجود چھہٕ مذکورٕ ادارن تہٕ ترتیب کارن ہند احسان کاشرِس
قومس پیٹھ زِ تمو چھہٕ یہ سرمایہ گژھنہٕ تھوومت تہٕ اد ہیوٚک
اسہٕ اتھ کٔنس پیٹھ اکہٕ پائدارلرِ ہند تعمیر بناوتھ۔ یوٗدوے
یہ یہنٛز ذمہ داری آس مگر تمہٕ باوجود چھہٕ یتھی ہی باقے ادارٕ تہٕ نفر
غار ذمہ دارانہٕ رول ادا کران۔ یمن تہٕ قومی فرض نبھہ والنہٕ خاطرٕ
چھہٕ آسہٕ تہٕ ساٗنی باوتھ کلچرل سوسائٹی یمن ادارن تہٕ نفرن ہنٛدس

گوڈسوٗنچِس مشٔر شُکریہ کرُن فرضہ اول زانان ۔ یمِن علاوٕ چھِ سانہٕ شُکرٕ ہٕکی مستحق کاشُر زَبانی ہٕندۍ پایہ بڈۍ نقاد تہٕ زبان ساز جناب محمد یوسف ٹینگ صاب تہٕ ۔ یمو کلیات وہاب کھارُک تیار کرنہٕ آمُت مسوٗدٕ حرفہٕ حرفہٕ پوٗر رٕتہٕ امہِ خاطرٕ کوٗر کٔھ "بوزِ دماہ سوخن وَنے" ناوِس تحت پننہٕ رایہ ہٕنٛد اظہار ۔ امہِ علاوٕ چھُ یہ تہٕ اکھ اہم فرض بنان زِ غلام محمد ماگرے صابن شُکریہ تہٕ کروٗ تہٕ کیازِ تم روٗدۍ اَسہِ کلیات وہاب کھار چھاپنس پیٹھ مچھِ ہٕندۍ پاکٹھی پننہٕ شہ اوس تہٕ کانٛہہ دوٗ ہ آسان یتھ دوٗہہ تہٕ تم اَپُز وگرٲے کرٕ ہن ۔ یتھے پاٹھی چھِ اَسی نذیر احمد صابنۍ تہٕ مشکوٗر زِ تم روٗدۍ ہرِ وزِ اتھ واس دِوان امہِ علاوٕ چھِ نیل بلکس جمال الدین تہٕ گوٗن وول اکبر نیل بلنۍ تہٕ شُکرٕ گُذار یمو وہاب کھارس تہٕ لسنٛدِس طالب محمد کھارس متعلق کینہہ اہم کتھ وَنہِ تہٕ کینہہ باتھ تہٕ گرِ کٔھ فراہم ۔ اَسہِ چھے دوٗ میدِ زِ پرن وٲلۍ کرن سانہٕ یتھ ادنا خدمژ قبوٗل۔ آخرس پیٹھ چھِ اَسی بادبتھ کلچرل سوسائٹی ہٕندِس چیف ایڈوائزر جناب مسعود احمد ڈار صابن شُکریہ کران ییمِ کامہِ کارس متعلق اکثر پرژھہِ گار کران چھِ ۔

ڈاکٹر آفاق عزیز
ڈاکٹر محفوظ جان

لال چوک سرینگر
۵ جنوری ۱۹۹۹ء

# لوٗز ماہ ۔ سوٗخن وٕنے

محمد یوسف ٹینگ

ڈاکٹر محفوظ جان تہٕ ڈاکٹر آفاق عزیزٕن ادبی اِنتھٕ واسس چھُ ازبیا کھ
موہرٕ لونگُن ہیتھ آمُت ۔ یعنی شارِکس درویش گونہ ماتھ وہاب کھارُن
شعر سولوُت ... چیٖسٕت تہ دُرست کُلّیات ۔ کٲشُر ادبُکۍ سٕنہٕ وٲری راہی
تہٕ تریشہٕ ہُتی راہ مُسافر چھِ سرکاری ادارن ہنٛزن سبیلن آوٕنۍ روزنہٕ ورأے
سانہٕ ادبی میراثُک چھونہٕ تہٕ دٲرِ لوٗرِ کران ۔ یِنہٕ کر لیشنہٕ ہیٚتیٚ، پننہٕ نوٚ
کوشش ہیٚتی تہٕ پننہٕ کارِ واہ آسنہٕ گٔژھِ ۔ کٲشر زبٲنی تہٕ ادبس لیٚس سوٚ چھ
تھٔنڈ لو لبلاہ زٕ ژھرلوٗ اُنھوٗ ستی چھِ سپدان ، تمیُک اصلی اعتراف ہیٚکہٕ سون
بگہٕ ہیٚہ گژھتھ ۔

وہاب کھار چھُ چلہٕ وٕنہٕ شتہٕ کٕرٕ، دٔسلابس منٛز زندٕ اوسمُت ۔ تٕرتیب
چھٕ ونان زٕ ہیتھ شٔٹھ وٕری واٗنس گٔڈ تھ اوس تس نار زندگی ہیٚنٛد رد
۱۹۱۰ ءس منٛز ۔ وہاب کھارُن کلامہٕ چھُ کشیر منٛز واریاہ ژٕ ژھرتھ ۔ لیکن ہٕندِس
ژبتہٕ وٕترِس منٛز تہنٛزن زلون ہیژھ تہٕ لُکہٕ گیون والین ہندٕ سازن سٕنٛز
طِرمنشہٕ ۔ تٕسند کلامہٕ چھُ چھاپس تہٕ کھو تہٕ کمُت ۔ گوڈٕ سانہٕ پرائیوٹ ناشر و
یموٗ اَتھ تمہٕ وٕنزٕ یارٕ کرٕ ٹیلہٕ تہٕ کانٛہہ پرسانِ حال اوس ۔ پتہٕ پٔہن
کلچرل اکادمی طرفہٕ امین کامِل صابنہٕ ترتیب دژمژ صوفی شاعری تہٕ تمہٕ کھوتہٕ
ژوٗر بہن موتی لال ساقی سٕنٛز کٲشر صوفی شاعری منٛز ۔ مگر تازٕ کُلّیاتَس چھُ یموٗ سارِوٕے

کھوٚتہٕ ہُر باڑو تھاوان۔ اتھ منٛز چھےٚ واریاہ بأتھ۔ یم نہٕ وُلنس تام لوکن بروٚنٛہہ کنہٕ آمتیٚ آسی (انشان دِیِٛ چھےٚ ترتیب کارو پانے کرمٕژ) امہٕ علاوہ یم بأتھ چھاپی مجموعن منٛز درج تہٕ آسی۔ تمن منٛز چھےٚ گاکھا تس ۳، گٲمتی بند ژھٲرِتھ نہٕ درج کرنہٕ آمتی۔ بیٚیہ چھےٚ پتھے ہیو اگر نہٕ امہٕ کھوٚتہٕ کھُستھ بجر بٔتھ کلیاتس اتھ ز۔ اتھ منٛز چھےٚ واریاہن شاران ہنٛز اصل صورتھ بحال کرنہٕ آمژ۔ پرائیویٹ ناشروٚ تہٕ کلچرل اکادمی ہنٛد سوٚمبرنو۔ دوشوٚ یوسان گُلس پیٚٹھ ترتیب کارو چھُ پانہٕ کلاپچ ژھارٕ گارکران لنن ہُنٛد مازہٕ تن واہروومنٛت۔ لہٰذا چھےٚ یم موختک فوٹو رنگ رد کرتھ تمثیک اصل موکھ پریزلاولس منٛز کامیاب روٗدمتیٚ۔ امہٕ ستی چھےٚ پتہٕ مِن سومبرن کانہہ چھےٚ ہیوٚکھسان۔ مگر یٔمہٕ چھےٚ بی زِ یہ کلیات چھےٚ بہر حال متن ژھارنہٕ، ژارنہٕ تہٕ شیرہٕ نہٕ تہٕ اصل صورژ منٛز پیش کرنہٕ کِس سلسلس منٛز اہم پیش قدمی۔ یوٚتام متن شیرہٕ نکُ معاملہ چھےٚ ترتیب کارو چھُ موتی لال ساقی صابنہٕ سومبرنی یہ دِتِھ تہٕ چھےٚ کڈمٕژ۔ تہٕ دُرستی تہٕ چھےٚ معمولی۔ امہٕ ستی چھُ بأتھ سواد تہٕ نہٕ صوٚر رٔٹتھ تہٕ کتہٕ کور واتان۔ فقط اکھ مثال کڈِتھ چھس۔

ساقی سنٛد متن۔

گُکہٕ لوٚس ژایاوٕ اعتہٕ کافس
جائے چھس تھزرس کوہِ قافس
گُکہٕ نیستی پتھے دربارہٕ ہے
آفتاب زونہٕ درشن ژہ دِزِہے

تازہ سومبرنی ہنٛد متن۔

گگہ اوس ژرایاوٗ اعتکافس
ہمائے چھس تھزرٕتن کوہِ قافس
لگہٕ اوس ناپہ دٕلۍ دوارہ پرزہے
آفتابہ زونہٕ درشن دِزہ ہے

ترئیمہ مصرعہ چھہ دوِن شاین بلکل درٕ گرٕ۔ امہ تفاوُت چھہ بیتہ چھہ بندک
سورُے ماننہٕ مفہوم بدلان ــــ یژھہ وارِیاہ مثالہ چھےٚ پرن والین
یمن صفن منز۔

یتھےٚ کُنۍ چھہ وہاب صابنہ بیتیہ زبردست بانکہ صرف اکوے مصرعہ نقل
کرتھ ساقی بردنتھ تہ ہکمت ع

ہا شیر سوار و کور گرٕ ژھک آخر ژہہ مرٕن چھےٚ

حالانکہ یہ چھہ دوٕیمہ مصرع غلطرٕ پھٹیاہ کران۔ خبر کتہِ ڈری
گرٕ ژھیت لوٗز بیتیہ کلیات کتھو ترتیب کارو یہ فریاد نہٕ تمو کوٗر دوٕیم مصرع
درج کرتھ شایر کیں وجودس بنیہٕ واتھہ ع

ہا شیر سوار و کور گرٕ ژھک آخر ژہہ مرٕن چھےٚ
پی چھےٚ ژہہ علم تہِ مئہ ونتم، تہِ مئہ پرٕن چھےٚ

یتھےٚ کنہ تیتہِ اہم مصرعس منز چھہ ساقی سند پاٹھ اکھ غلط دوٕیمہ مفہومس
دُبہ پھِران نہٕ ترئیمہ امیک سُورٕے لوگ ولسراوان ع

ساقی ع نالہ اُندرےٚ کوٗر نس لود
آدم لبنہٕ منز گیتھ رود
تمہ چھ خبر چھےٚ ملائکن
یاروِن بالہ یارو ون

یتھ سونبرنہٕ منز چھ تریٚم مصرع یتھ کٔنی بجال کرنہٕ آمٕت ع
تمہِ چی خبر لو چھے فلکن

یہ چھ پانے کرٕکھ دِوان زِ سون کیاہ چھ تہٕ سرتل کیاہ۔
وہاب کھارنہٕ باون تٕرک چھ میٚہ اکھ عجیب تجربہٕ یاد ـــــ بہ اوس
پننہِ گرہِ پنٔنس آلرٕس منز ولنہٕ یتھ بہتھ تہٕ خبر کیاز اوسُم وہاب کھارُن یہ
مصرع زلوٚ بیٹھ ٹکر رسپدان۔
ہا شیر سوار وکور گژھک اٚخر زٕہٕ مرُن چھے۔
نہ اوس میٚہ امہِ وِزِ خیال زِ یہ چھ وہاب صابن تہٕ نہ اوسُم امہِ کس مفہومس کُن
کانٛہہ کل۔ لبس ـ یتھے اوسُس یہ پھِرِ پھِرِ یہ مصرع گانگراوان۔ اٚتھی منز آو
خاصہٕ لوٚژھاہ ـــــ اکھ بوڈ شاعِر یُس وُنہ اسہِ درمیان موجود چھ ـــــ بہ
گوس خوش۔ تس کورم تعظیم۔ پانس نشہ شیر مس جائے تہٕ کھیٚنہٕ چنچی معذرتھ
کرُمس ـــــ منزی آدٕ یہ مصرع بیٚہ میانہ زبانی بیٹھ۔ تِتھے کٔنی بیٚتھ کٔنی کانسہِ
بے شونکی پاٹھی اچھ تہٕ وار کرنک یا ژاسہِ لوٚکھ کرنک عادت آسان چھ۔
اکھ۔ زِ تہٕ تریٚمہِ پھِرِ یہ مصرع پھِر نہٕ یتی گومیون لوٚژھ بکدم لے قرار ـــ "ہے
ژھوپہ کر حیض ـــ ہے یہ میر حیض وَن"۔ بہ گوس کٔنہٕ ہن تہٕ ژلیٚم مصرعک مانے۔
میٚہ پٕ ژھ ہنہٕ لس شاعِر دوستس۔ کیاز حیض تو ہہ کیاز چھ لار نہ ہشہِ
گرژھان۔ دلیل "شہ وو تھ زن عاجزی کران"۔ یہ وُنن کر حیض بند ـــ لَس پینے۔
میٚہ چلہ ہہ بہ دِہہ ہاضرور آنگنس کُن نظر یہ وُچھنہ خاطرہٕ زِ لِس یُس تہس سوار
گژھِتھ میون لوٚژھ آمٕت چھ، سہ چھا وُنہ لوہٕ کٔنی۔
وہاب کھارُن کلام چھ لکہ لیہ ہندس زیرو بمس گنڈتھ۔ ساقی صابن
پاٹھی چھ یٚمہِ سونبرنی ہند لو ترتیب کارونہٕ یہ خیال بوٚومت زِ لپہندس

شارِ ورناوس منز چھُ ہناہ ڈیچر۔ میٚہ چھُ باسان زِ یہ چھُ ساَنہِ شاعری ہنٛد
اکھ اہم مسلہٕ وونلاوان۔ میٚہ بروٚنٛہہ تہٕ چھُ وارِیاہ ہوٚگ کاشُر لوٚاُد یوٚگُنہٕ کنہٕ ووکمت ساعتہٕ
زِ وٕپرزبانن ہنٛدِ بحرن تہٕ وزن پریتھ حالس منز ساَنین لوٚپٹ کالہٕ کین شاعرن لاگمٕژ چھُ
ہناہ زبردستی ہِش۔ یہ چھُ وارِیاہس حدس تام لوٚزٕ۔ یہ زن ترتیب کارو لیوکھمت
چھُ۔ وہاب کھار اوسنہٕ رٕسمی مفہومس منز لوٚزمُت لیوکھمُت۔ عروض تقطیع
تہٕ وزن کتہٕ آسہِ ہس پتہہ۔ تہٕ میانہِ خیالہٕ اوسنہٕ تس امیُک ضرور تھےٚ۔ للہٕ دیدِ
پیٹھہ یہ ڈٟچ زنہٕ مہجورس تام چھِ ساَنی شٲعرٕ شاعری لیکھنہٕ بدلہٕ پرنٛچ ہومہ راے۔
یہ چھُ زبانی ORAL روایژ یادا وار تہٕ پاسار۔ یہِ اَسنہٕ کتابن منز لادن
ہیتھ بروٚنٛہہ پکان۔ یہ آس یادٕ تھرس لارتھ گرٛھان، وُچھان تہٕ طےکران۔
زبانی روایژ اوس نہٕ کتابی تقطیع یا عروضی منٛزن ہنٛزکانٛہہ واٹھ۔ یہ آس
لکہٕ ساوی نبنہٕ خاطرٕ لکہ لینٛ تہٕ بےبھروک ساز تس ستیٚ آرو بار وکران۔
ہرگاہ بٲتس یا ہرس منز کانٛہہ کمی بیشی گژھہِ ہے۔ لیَہ ہنٛد ژھوچر زیچھر،
یا ساز ک دم تہٕ ڈوکھ اوس انٛھاکار لبکار لیوان۔ امہ ستیٚ نہ اوس امہ
کسِ، تاشیرِ، تہٕ نہ امہ کسِ پاسہٕ آسہٕ لس کانٛہہ دارٕ واتان۔ میانہِ خیالہٕ
چھُ وہاب کھارن کلامہ امیُک معتبر ثبوت۔ ترتیب کارن ہنٛد ونُن
چھُ زِسہٕ اوسنہٕ رٕسمی مفہومہ کینٛژ کنہٕ زنٛگی لوٚزمت لیوکھمت۔ لہٰذا کتہٕ آسہٕ ہے
تس وٕپرن بحرن ہنٛد ــــ یمہ کاشرِس منز اوّل شیرٕنک سنز ضرور
کران آسہٕ۔ دھیان باگیان۔ تس اوس نہٕ امیُک حاجتھ تہٕ۔ شہ یمہ
رلوا یتہٕ کِس سو درس منز ژھانٹھ وایان اوس۔ سو آس للہ دیدِ تہٕ الور
ژھٹ گڈان۔ یہ آسی لوکن وٕیز، تہٕ وٕشران تہٕ۔ بانہٕ وہاب کھارن آس
اکھ دٕہر وٕنی منز ــــ بانہ تہٕ ننی وایٕن گاین وأُلی یمین ہنٛد تفصیلی

ذِکر ترتیب کارو کوٚر مستٕ چھُہ ۔ وہاب رود پننہٕ اندرونی زیروبم کنہِ، پننہٕ
من سرایہٕ ہندِ وٕنشہٕ کنہِ تہٕ پننہٕ ہٕنن مُرشدن ہند ارشاد کنہِ اَتھہٕ گیتہٕ منز
بیرِان نہٕ زمانہٕ چھُہ گواہ زِ مکتبی نقاد کیاہ نہٕ وَنی تن ۔ تمۍ کوٚر سوخن گوئی، سوخن
سرائی تہٕ عوام پسندی ہندِ سوٚر ے لاس وِلاس حاصِل ۔ سُہ چھُہ پننہٕ مُدرِیہٕ
تہٕ پننہٕ تاثیر کنہِ سون اکھ لوڈ سُخن گو ـــــ کمہِ آیہٕ نہٕ کمہ اندازٕ ۔ تنقہ پیٹھ
کرٕو پننہٕ ہہن کتھ ۔ مگر یہِ وَنُن چھُہ ضروری باسان زِ سنہٕ ۴۷ پتہٕ ہرگاہ سانین
شاعرن اظہار کین ارٕ ہرن ہندٕ لور وٕنیزاونہٕ خاطرٕ عربی فارسی بحرن ٹوٗکہ سور
کرِن پیوٚ ۔ ہرگاہ تمِن رٕدیف تہٕ قافیک جبر کھچھراونہٕ خاطرٕ آزاد نظم یا بلینک
وٕرسک ہوٚل کوٚل آلو اختیار کرُن پیوٚ ۔ تمِن کیازِ چھِنہٕ پننہٕ لِس ہنتہٕ بدۍ وٕری
پرٲنِس سانچس کُن وُچھنہٕ ستی آوِ لِن لِوان ـــــ یہِ سانچہِ چھُہ شاعر سنز خود مختاری
تہٕ سرداری قایم تھاوان تہٕ وزن تہٕ تحرک وُوپر زولانہٕ تمِس تابِن بناوان ۔

یہِ کتھ چھےٚ اوِ سبہٕ اہم زِ از چھُہ کاشرِ شاعری سانیو عام لوکو لِنشہٕ دُور کیٚتھ
تہٕ پردِ کیٚتھ ۔ لوکٲ نہٕ سانہِ زبٲنی ہندِ ین عام لوکن پیٹھ سانہِ ہم کال تھزِ شاعری
ہندِ آبِ حیات ارزان روزِ ۔ سانہِ زبٲنی ہندِ موٚل دوہ دِ رنگ اندیشہٕ
چھُہ ۔ تکیازِ اتھ تہٕ چھُہ وٕنہِ تعلیمی نصابک ڈکھ تہٕ نہٕ دربارٕک سرپرستی
ہندِ سایہ بانہٕ موٗلیر ۔ میانہ اندازٕ کوٚر موجود دورس منز دینا ناتھ نادِ مینے
لوت اتھ آلوس کُن اظہار چھِ تِچھ واش کڈنک جرتھ تہٕ تہٕ دوٚل کال کرِ
امیک اعتراف ۔

وہاب کھارنہِ کلامک دلپزیر حصہ چھُہ تمِک لکہٕ لوٗڑنہٕ تہٕ خوبصورت
سازُن ۔ تسندۍ کیہنہٕ گوڈ تی چھِ تنتی رقص آورزِ کم چھِ لوزن واَلِس وجد
انان تہٕ ادِ چھُہ سُہ اتھ گیتہٕ منز وعظ وارشادکۍ ٹھدۍ ٹھدۍ کوشش تہٕ کوسم

[شیخ العالم سُند مصرع چھُ ـــ
ملن کوٚنش تہٕ کوسم نالی.]

تہٕ وُچھِو ناداں. مثلاً لوٚم کینہہ مطلع وُچھتوٚک ـــ

شامہٕ سوٚندر برٕ کرٕ لنس تہٕ لولو
کامہٕ دلوس لوٚگ پرٕ مس تہٕ لولو

٥

ینبرٕزل پیالہٕ ہیتھ پراران چھیم
لوٚمبورس ناگہٕ نِندر چھم

لٔتی ہارٕ لوٚگن نیوٚنم کٔمی امہ زوٗنہٕ نیوٚنم بیٚہ کٔمی
[میانِس لوکچارس منزاوس یہٕ کٔشیرِ منز کورِن ہمٕند سارِوٕے کھوٗنہٕ ڈوٗٹھ ہکیچہٕ رٔوٗو]

دیدار دِنہٕ اکِہ ژھوٚنجہٕ
پینجہٕ سانہٕ وٗلو بیٚہہ
بہٕ چھس درامت یارس پتے
سہٕ کس پتے گوم

٥

نیرٕ نیرٕ ژیرٕ ما گوٚئے لوٚشہ لولو سوٚ نہٕ لانکھہ وُچھنے نیرٕ لوٚشہ لولو

٥

مس دیت تھم بالہ یارو
کس دنہٕ سوٚندر سوٚندر

ئتھِ مصرعک ساز نت چھُ بے جان اچھرن منز زان، نہ وِنوُل وایان۔
وہاب کھارن آمُت پننہِ گیون ئہر گنڈمُت تہٕ تسندین دہرِ باجن ہنٛد
ذِکر تام چھُ ترتیب کارو تفصیلہٕ سان کوٚرمُت۔ یِم ساری بانٛھ چھِ پانے
ونان زِ تِم چھِ سازس ستۍ یکہ جیٚ جیٚ کر نہٕ خاطرِ زنمس آمتۍ۔ یِمن سارِنٕے
گوڈ تھین پننہٕ چھِ مذہبی تہٕ اعتقادی مسلہٕ گنڈنٕی تہِ لیٚنہ آمٕتۍ۔ مگر یِہند
مُدریر چھُ سارِے اٹہ دِتھ یکہ ناوان۔
وہاب کھارنین شارن ارزِتن منز چھُ وژلو علاوٕ بدینہٕ تمثیلہ تہٕ موجود
تِمی چھِ سینہٕ پچھہٕ تہٕ پرکھاونچہٕ طلب گارنٕ نقاد کرن تِمن ہنٛد سعوان تہٕ
سرتل وار وار پانے سیر۔ مگر یِہنٛدِ کینہہ مصرع چھِ ہاوان زِ اظہارٕچ
پیٹھ کوسہٕ حاکمی آمٕس لس حاصل تہٕ سُہ کتھہٕ کینی اوس گوٚلرس منز وولرٕ
وٕپہٕ راونک طاقت تھاوان۔ ع

مٕیہ دامہٕ دٔریاو چھیو
سوُرے عالم لوِ مێون کھوس

عشقہٕ دٔریاو مالا مال ٭ نہ چھُس شُم تے نہ چھس تار

لچھہٕ بٔدی عالم یادٕ کرِہ نے
کینٛژن کاسان کھے کینہہ خستہ خرابے

یِمن مصرعن ہنٛد انہارٕ سے لوت ئیمن ہنٛد اندرِم نارِ تہٕ چھُ برٛژھان
تہٕ یِمن منز چھِ اظہارٕچ تھتھرایہ لوٚو سمسار وُزِ ناوان۔ حق چھُ پی زِ یِمن منز چھُ
ضرب المثل بننک زوٗز تہٕ یِم زان گفتارٕک تھوٗد ہیوٗ لوٗد آسان چھُ۔

وہاب کھارنہ امہ رۄنہ لیہ ہینٛد لکہ ساوی آسنک کیاہ ثبوت گژھہ امہ کھوتہ آسُن زِ تمکِس پتہ ینہ والیو بٔڈیو شاعرو نہ تس نِشہ ہیچھی ہوی مصرع پیہہ نہ تمِن ووج بناونہ لگکھ یمنہِ کینہہ سیٹھاہ عوام پسند آیہ تہ۔ مثلاً مہجور صابُن یہ مشہور وژُن۔ ع

بھولہم ژِ پتمے پیارِ کتھ زنگہ وارِ گولالو

چھُ وہاب صابنہِ یمہ گوڈنچ موہرہ ہیتھ ع

بھولہم ژِ پتمے پیارے دِل گوم تارِ وولو

یامہجورُن مطلع۔

ونیہ درد باغس آمت بہار آسیاہ

لولکٕ بہار ڈٕچھنے درامت سہ یار آسیاہ

چھُ سید سیوٚ دوہاب صابنہ یمہ گوڈنک لوت آلو۔ ع

ہے درد باغس آم بہار ڈٕچھنے بہ دراَلیس بالہ یار

دِینا ناتھ نادِمن ییلہِ از بروٚنہہ کینہہ وٕری بٔمبُن اوپیرا "OPERA" "ونستا" لیوٚکھ۔ تمیُک ساروے کھوتہ وزُن بانتھ بنیوٚو سے لیس تمُ وہاب کھارنس پیہہ اُنی مٕتس مطلعس پیٹھ لیوکھ ع

چھم ژانی سیٹھاہ ماے متیو جاے کٔتیو چھے

دوران ژِ مو مار گراے متیو جاے کتیو چھے

نادمن اکوے مصرع ڈٕچھوا تھ زمٕنس مٕنز ع

روٗنہِ گوڈ میہ وونس آے متیو جاے کتیو چھے

البتہ یہ چھُ صحی زِ اکثر شاعران ہندی پاٹھی چھُنہ نسند کلامہ تہ ہموار۔ انہ مٕنز چھُ وارِیاہ کینہہ لیس ڈٕسی پایہ چھُ مگر یہ کیاہ کم چھُ زِ بلندش نہایت بلند

وہاب کھارنیس کلامس منز چھُ ترھن ترھن، مذہبی اعتقادن تہٕ تلمیحن
ہنٛد اکھ لوٚر نظام۔ ژورِ یارن رضٕ ہنٛد ذکر چھُ سہٕ بار بار انان تہٕ تِمن پاک
نفسن ہنٛدین اوصافن تلافی کران۔ تِمہِ چھُ اکھ لوٚر معراج نامہٕ تہٕ لیوکھمت۔
اتھ سارسے ماملس گژھِ بییہٕ سانہِ سماجی تہٕ زبانی ریوایژ ستی واٹھ دِتھ وِترھنے
کرنہٕ یِنہِ۔ سانہٕ ریوایژ منز اوس نہٕ ہا ستھ تہٕ تمیک گابن صرف من رنٛز ناو
نہٕ کُن مٔدراونک ذرٕ لیعے یوت۔ یہٕ اوس روحانی تہٕ اعتقادی لوٗسے خوٗسے
نہٕ بروٗہنہٕ یکہٕ ناوان تہٕ لوکن تمیک سبق پرِ ناوان نہٕ ڈرٕ راوان۔ یہٕ
گیوٚن اوس نہٕ فقط خاندرن خونٛدرن تہٕ دِل خوش کرِ نہٕ چَن مجلِسن
منزٕ یوت چلان بلکہٕ اوس برکژ تہٕ ثواب کِہن دوہن تہٕ موقعن ستہٕ
فریژن تقرین پیٹھہٕ تہٕ مکرر سیدان۔ توٗرے اوس گوٚ نہٕ ماتھہٕ تہٕ گیوٚن
دوٗل گوٚچھ لوٗزن والین نرہ ڈنیوٗ باٹو ستی دِلن ہنٛدی قُلف مُژراوان،
سنہٕ ونیو لیوستی وونہٕ نرماوان نہٕ اد ترھن تہٕ ترھن ہنٛد عود و عنبر
زالان۔ یہٕ اوس لوٗزن والین مکمل پاٹھی جیاتی سوٗ نفرس پیٹھہ
تہٕ روحانی سطحس پیٹھہٕ وجدانان تہٕ دِل آتینس کھسے کاسان یعنی افلاطون
سنٛدِس اصطلاحس منز ( CATHARSIS ) کران۔ اکہٕ حسابہٕ اوس یہٕ
وعظ و نصیحت چَن ہوٚچھن ہوٗزن مجلِسن ہنٛد کھوٚ تہٕ رس دار اندازس
منز اعتقادک پاٹھ عام کران تہٕ اتھ ماآسہ ہے بزرگن تہٕ پاک نفس
گاٹلین ہنز لاسن تہٕ آسان۔ یہٕ چھنہٕ لوٗزن سائنس برآلنس سماجس منز اوس
گوٚ نہٕ ماتھ یا گیوٚن دوٗل فقط بیکہٕ نظر ستی یوت وُچھنک چیز۔ سہٕ اوس
پننہٕ کلامہٕ کہٕ حسابہٕ عزت نہٕ برینتھک تہٕ نشان۔ خضر چستی۔ محمود گامی تہٕ
خبر کانی ییتی گوٚ نہٕ ماتھہٕ گا بک آسی اظہار چِھ لوٚٹھ پھ تہٕ ماننہٕ تراوان۔

خیر و برکتک دروازٕ نہٕ کھسہ راوان تہٕ پاکیزٕ سماجی قدرن ہندا سنید سوزٕ تہٕ پتہٕ ژٕ راوان ۔ وہاب کھار اوس پننہٕ دہرٕ منز پانے رباب وایان لیس میانہٕ خیالہٕ یاو لو شاید تال سٕم ساز کی پا ٹھی ورتاونہٕ یوان اوس ۔ تس اوس پننہٕ وقتہٕ تہٕ اکھ باو لیقار روتبہ تہٕ گزرتھ تہٕ بنو وہس استانہٕ بیتہٕ وُنہٕ دُعا منگنہٕ یوان تہٕ خیر و برکت ژھانڈنہٕ یوان چھُ ۔ سون اُزیک شاعر چھُ اتھ برعکس ۔ سہ چھُ عام لکن نشہٕ ژھینہٕ گومت تہٕ کنہٕ کنہٕ صور تس منز شک تہٕ بیمہٕ چہ نظرو وُچھنہٕ یوان ۔ امہٕ ستیٚ چھُ سانی زبان تہٕ اکچی تمدنی لے خسارچ شکار گامژ ۔ تہٕ سون ادبی تہٕ لگہ ژٕہ ہند سگہٕ نشہ محروم شُدمت ۔

وہاب کھارنی مصرع لوت تہٕ لسہٕ دی کیہنہٕ ساکھ باکتھ تہٕ بند چھُ لسنزٕ ژمینن تہٕ سو نخن ترایہٕ ہند سنز ہاوان ۔ تمن منز چھُ بجہ شاعری ہنز ژٕنتنہٕ ہشہ زوتان تہٕ گاہ ستراوان ۔ اختتے چھُ باضے شاعر سنزٕ باطنی گیتھہٕ منز لسندہٕ لاشعور چن کینژن موختہ گنجن، لونٹ ڈلان ۔ یہٕ چھُ ہاوان زِ وزن تہٕ عروضک وو پرتہٕ زبر مستی لوگمت ہنیز چھنہٕ سانہٕ اصل شاعری ستی فٹ گژھان ۔ شاعری چھے یقیناً لے یہٕ ہند پاڈی پن رٹان مگر تمبچ اصل خاصیت چھِ تمیک شارت نہ کہِ لقطیع ہنز بندِشس ۔ وہاب صابنیٚ کیہنہٕ بند چھُ پانے پنن احوال باوان ۔ ع

| | |
|---|---|
| مس دیُت تھم بالہٕ یارو | کش وُنہٕ سو ندر سو ندر |
| روے چون گلِ انارو | چشمہ چانہٕ خنجر خنجر |
| شو بان کیاہ موجدارو | کش وُنہٕ سو ندر سو ندر |
| گنڈہٕ منز شمحاہ زاجیوم سنیہ تے | ظلماتس گاہ ہیوم |
| انتھ ظلماتس لال کیاہ چھیتے | سہ کس پتے گوم |

ناأوِد اُندرے کورنس بود        آدم بننہٕ منٛز گیُتھ روٗد
تمہِ چھےٚ خبر نو چھےٚ ملکن        یاروٗ ون بالہٕ یاروٗ ون

٥

شر زکھوت آسمان زوان کھنے
وسہ پیوٗ دب لوگس لبہٕ کنے
کھاجو یمی، وِدل تہٕ تمی
امہ زونہٕ نیونم بیہ کمی

یتھ بندس منٛز چھُ تمہِ وقتہٕ چہ کٲشُر (ممکہ أز چہ تہٕ) ہندِ ین لوکن ہنٛز لٲنی لتہِ کھوٚر خالص کٲشرِ س اندازس منٛز زن برجستہٕ وزان ع

دردہِ گامن زٕے چھکِ حور        تیتھ نہٕ نِنے مہتھ ژوٗر
دوِد گامن غاب گاڈ تھُکیے        ولائے گمتہٕ ریٚنٛچ ہیے

وہاب کھار چھُ تمہِ کٲشرِ لے یہٕ۔ محاورٕ۔ بندش، لفظ ووٚترٕ زینین ترایہ تہٕ ورتاوک شاعر یُس سانہِ تچھہ تمدنی زندگی منٛز وولر چہ مہا سیر گاڈہِ ہندی پاٹھی بے وایہ نیران پھیران اوس۔ یہ آگر چھُ دوٗنی ژھوٹیا مت، ژھوکیامت تہٕ ژھٹیامت۔ تتھی ستی چھِ سانہِ تمدنچ گاڈنہٕ ولیس ریمشر نہٕ موژلمتر۔ یہ چھُ شاید زمانہٕ کہ ہٹل رفتارک بنہِ ون انجام مگر سانہِ زبانٕ اُسی یمہِ ٹکلی ڈنجہِ تہٕ زندہ نہاوِتھ۔ اتھ چھُ از اکھ احمقانہٕ ورزٕ داو ٹھلہِ ٹھلہِ ژنارہ رگوم واتہٕ ناوان۔ سرکارن چھُنہٕ پنُن اتھے لوٚت ہیتھ ژوکمت بلکہ چھُ سُہ اتھ بنہٕ ہن دُلشادان۔ تمن چھنہٕ شودٕ کٲشر تمدنچ ژایھے با خبرے کٲشرِ منٛز پر زنتھ گالہٕ نچ یاتہٕ راوٗنچ لوبہٕ ژوے کسر ِنلہ کہ پانٕنی پاٹھی لکان چھُ نتھ چھُ کٲشر زبان تہٕ کھران۔ اتھ منٛز چھُ یہ اندیشہ بجا زِ پنہٕ نین

مولن نِشہ جدا اگر شہرت گوژھ نہ سانس تمدانس، یمبکہ موکھ تہ اظہار سانی
زبان چھہ شیخ العالمہ رح سنز گیتھے یہ باش گرژھنی ع

ڈکھ عیلہ ژلن مندور ژسن

وستوروان چھہ کشیر ہندس پاتھلی پیالس منز اکھ سیرسا دی دوگینار۔
اکھ لوکٹ موکٹ کوہ قاف تہ پرستان۔ وہاب کھار زاوامہ کس دامنس
تل۔ ونیہ گلن امہ کس اندراز دربارس منز تہ شروپیتھ تہ روداتھ
تھف کرتھ۔ تسنز کراد تہ کلام چھ سانہ تمدنچ اکھ برانتھ تہ برانتھ ع

عشقہ ستی دوستو زو نیے سوز گور واد چہ ژھٹے

محفوظ جان نہ آفاق عزیز چھ انتھی واو ژھٹہ شپہ ستی روٹ کرنہ
دراستی۔ لوزِ نادے میون تمن تہ دِیہ تار۔ لوزن چھکھے لل ماجی؟

**محمد یوسف ٹینگ**

وزارت روڈ جموں
۸ر دسمبر ۱۹۹۸ء

# وہاب کھارُن آبائی علاقہٕ ۔ اکھ تعارف

سِمپورٕ، پانپیر، ژٕندٕہور، بالہٕ ہوم، بٕنِفن، مینج، کھونموٗ، ڈُین، زلون، لیتہٕ پور، لودو، یاکھرٕ وشار آسہٕ تن، یِم ساری گام چھِہ قدرتن بروٚنہہ کالہٕ پیٹھے اکہٕ قیمتی پادہٕ وارٕ کونگہٕ سٕتی مالامال کرِتھ۔ یہ آس عام کتھ زِ پانپیرٕ ورا ہیکہٕ نہٕ بیٚیہ کُنہٕ جایہ کونگ وُوپدِتھ ۔ وننہٕ اوس یِوان زِ کونگہٕ خاطرٕ گرٕتھ اگے میٚتشر آسنٕ یوٚسہٕ نہٕ پانپیرٕ نہٕ امہٕ چوٗ اَندٕ ئیکھو وِڈٕرو ورائے بیٚیہٕ کُنہٕ جایہ میسر چھُے ۔ "کونگہٕ پانپیرٕ تہٕ مونگہٕ خام پورٕ[۱]" اوس مشہور ۔ امہٕ تلہٕ چھُ واضح زِ کونگ اوس پانپیرُک تہٕ مونگ خام پورُک مانٕنہٕ یِوان ۔ یہ کہاوتھ چھِہ اَڈی لوکھ نٔنرٕ رٕشِس سٕتی وابستہٕ کران تہٕ کیٛہہ چھِہ اتھ لاران حٲبنِ کھاتس درج کران ۔ مگر وقت گو بدلان تہٕ اتھ کتھ تہٕ بدلیوٚو تقدیر ۔ یہ اوس یوٚہے ۱۹۷۷ء یتھ شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ اوس تازٕ تازٕ کُرسی پیٹھ بیوٚٹھمت ۔ اتھ دوران کوٗرتھ

---

[۱] اصلی ناو چھُ خان پور ۔ خان پور چھُ تمہٕ ساعتہٕ وجود پراوان ییلہٕ علی مردان خان کشیرِ ہُند گورنر بنیوٚو ۔ امہٕ سندٕ سے ناوس پیٹھ بیٚنو خان پور سرائے محلہٕ ۔ یہ محلہ اوس اوٚڑ تام کاندرٕ محلہ ناو مشہور ۔ کاندرٕ محلہ اوس حیات پورٕ ریگ اکھ لوکٹ موکٹ محلہٕ یُس سرینگرٕ پیٹھٕ ۱۷ کلومیٹر دوٗر چھُ ۔ یہ گام چھُ مغل روڈس پیٹھ آبادیس ژوڈر نخصلس منز واقع چھُ ۔

(ایڈیٹر)

اکہِ حکم نامہِ ذٔریعہِ پانیپر تہ نبیر تہِ کوٚنگ وٲڑاوُنٛک فاصلہِ ۔ امہِ خاطرٕ آو تمہِ وقتکہِ سرینگر ضلعہِ منٛز ژۄڈرٕ ، حیات پوٗر ، ناگم تہٕ بادی پوٗر ژاڑنہ ۔ یِمن گامن آو کوٚنگ بیٚول .۴ روپیہ حسابہ فی کوٗنٹل سبسڈی پیٹھ دِنہٕ ۔ سرکارُک یہ تجربہ گوٚ کامیاب تہٕ کوٚنگ لوٗگ پانپیر تہ نبیر تہٕ وۄپدنہٕ لے چونکہ اسہِ چھِنہٕ گوٚ نکہِ دٔلیل وننٕے ٹلکہِ اوس سون مقصد یتھ کتھ کُن اِشارٕ کرُن زِ پانپیر علاقہِ اوس پرونہِ کالہِ پیٹھے مشہور ۔ اتھ مشہوری گوٚ تمہِ ساتھ بیپہٕ ہن ہُربر بیٚلیہ پانپیر علاقہِ کِس کھروشار گامس منٛز وہاب صابہ کھار تھٕپنہٕ چھُہ یوان ۔
<u>وہاب کھار نٕہ ناکی خانداریٚخ کرآنٛز ہانکل چھےٚ یتھ کنہٕ ۔</u>

وہاب کھارنٕز کرآنٛز ہانکل

لالہِ کھار
خانٛی کھار
وہاب کھار

اسماعیل کھار — کمال کھار — لالہِ کھار — نوری — عزیزی

رحمٰن کھار — محی الدین — قادر — ژونی — تاتی — فتی

رمضان — محمد — آمن

کریم — لاولد

شعبان

محمد — رمضان — اکبر — غلام نبی

سلیم — رحیم — جعفر — تاتی

غلام محمد — رزاق — سلام — رشید

لاولد

بشیر — الیاس — جاوید — مقبول

رحمان — رحیم

جلال الدین

---

لے گوڈنکہِ وٗری یہ دراوا اتھ کنہِ فصل مگر دوٚیمہ وٗری یہ اوس یِمن گامس منٛز کوٚنگُک رکارڈ پادٲوار ۔ امہِ پتہٕ بجائیو اتھ سارے علاقس منٛز کوٚنگ ۔ یہ کتھ تہٕ چھےٚ یژھ زِ بادی پوٗر تہٕ ناگمس منٛز روودنہٕ یہ تیوٗت کامیاب یوٗت یہ حیات پوٗرس منٛز روٗد ۔ اَز کل چھےٚ کوٚنگہِ پادٲوارکہِ علاقہِ حیات پوٗر ، درد پوٗر ، وانپور ، طہٕ پوٗر ، قاضی پوٗر ، ڈاڈی پوٗر تہٕ بیٚیہ تہٕ علاقہِ مانہٕ یوان یِمن منٛز پلوامہٕ علاقُک گوٗس تہٕ کھنُن تہٕ شامِل چھُہ (ایڈیٹر) ۔

وہاب کھارُن خاندٲنی تعارُف تہٕ حٲتی کھار ۔ یہ کرٲنی ہانکلہِ تلہٕ چھُ واضح زِ وہاب کھارس آسۍ تر بنہٕ نیچوی ۔ اسمال کھار، کمال کھار تہٕ لالہٕ کھار۔ امہِ علاوٕ آسہٕ یمن زٕ کورٕ۔ اکھ گیہٕ نورٕ تہٕ بیا کھ عزٕ ۔ وہاب صٲبہٕ کھارنِس جدٕس اوس لالہٕ کھار ناو ۔ قیاس چھُ کرنہٕ یوان شہٕ تہٕ اوس خودا دوس ۔ لالہٕ کھارس متلقِ چھُ شیقہٕ زِ شہٕ اوس بڈٲتی شار گامُک روزن وول ۔ کھرِو تہٕ شار چھہٕ زٕ الگ الگ گام مگر از کل چھیہٕ ئبستی پانہٕ وٲنی ربیمٕژ ۔ کھرِو شار چھُ لال چوکہٕ پیٹھ ۲۲ کلومیٹر دوٗر ۔ شار گامس منٛز چھُ اکھ محلہٕ یتھ ژالہٕ کھار ونان چھہٕ ۔ ژالہٕ کھار محلس منٛز اوس حٲتی کھار ناوکھ اکھ شخصاہ روزان ۔ حٲتی کھار کرزاو ۔ تمہِ متلقِ چھُنہٕ شیقہٕ یے ۔ تاہم چھُ وہاب کھارنین زُرٕن ہُند قیاس زِ حٲتی کھار گُذرِ یو وہاب کھارس بروٗنہہ لگ بگ ۵۰ وُہری یمہٕ ساتہٕ تسنٛز وٲنس ستنٛخ وُہری آس ۔ وہاب کھارنِس زاسنٛس کیوٗ مرن سنٛس تہٕ وہاب کھارنین زُرٕن ہندِس دعوٕ ہس تخمینہٕ کرنہٕ چھُ واضح زِ حٲتی کھار گژھ ۱۷۹۰ء کیُت زامتُ آسُن یِیلہٕ زَن تسنٛد مرن تہٕ ۱۸۴۰ء آسن گژھ ۔ حٲتی کھارس آس لوکچارٕ پیٹھے پیرن فقیرن تہٕ خودا دوستن ستہٕ ودٕ یتھ بیٹھ ۔ چونکہِ کشیر چھُ یہ بخٕتے زیٛنتہٕ چھہٕ پرٕ یتھ دورس منٛز خودا دوس موجوٗد آسان ۔ لحاظ اوس نہٕ حٲتی کھارس امہٕ خاطرٕ دور گژھن بلکہِ اوس تس کھرِوسے منٛز اکھ بزرگ صابر صاب ۔ یہندِس آستانس نِش عام لوکن از تہٕ روحٲنی شہجار پلان چھُ ۔

حٲتی کھار بحیثیت شاعر ۔

حٲتی کھار اوس پیرن فقیرن ہُند عاشق ۔ شہٕ رُود واریاہن فقیرن

لِنٛتہِ لۄوان گژھان تاہم اوس حٲتی کھارس صابرِ صابس ستہِ کٕنٛہہ زُو تہٕ جان ۔ حٲتی کھارن پوٗر روحٲنی ژاٹھ ہالک سبق صابر صابَس نشہِ تمٕک نتیجہٕ عامس بروٗنہہ کنہِ چھُ زِ حٲتی کھار بنیوٗ درویش صفت تہٕ لوٗگ شاعری کرنہِ ۔ خیال چھُ کرنہٕ یِوان زِ حٲتی کھارن چھُ کٲفی کلامہٕ وٕنۍمت تاہم چھُ واریاہ کم موجوٗد ۔ گیوٗن وٲلۍ چھِ وقتہٕ وقتہٕ تسُند کلام ریڈیو پیٹھ تہٕ دوٗر درشن پیٹھ تہٕ گیوان ۔ تسُندِ کینہہ بٲتھ چھِ گیوٗن والین کیو عام لوکن زبان زد یمن منٛزٕ یہِ بٲتھ تہٕ شٲمِل چھُ ؎

| | |
|---|---|
| یار کونے آمے لتہِ ییے | پوشہِ ستھرن میہ بہار آمے |
| یار کونے آمے لتہِ ییے | چھِم ژٕلمھتھ میہ لانٛجِ نامے |
| سُلِ گژھ گژھ وٲژس نہٕ نیایس | سُلہِ پٲغام لوٗزم درایس |
| یار کونے آمے لتہِ ییے | وینہٕ حٲتی کھار وَنہٕ نے آمے |

حٲتی کھارُن ژٕرِن ہنٛد دعوا چھُ زِ یمن اوس اصلی ناو حیات کھار مگر عام لوکھ اسی تس ہٲتی کھارے ونان ۔ یہِ چھِیہٕ اکھ ٹاکارٕ حقیقت زِ دُنیاہکین سارِنٕے قومن تہٕ طبقن منٛز چھُ امہٕ قسمُک ژھوچر اِستعمال سپدان ۔ تاہم چھُ کٲشُر زبٲنۍ ہنٛدِ گو نِظام خاص کر لوتام تالَر نشٲنی ہنٛد توٗلُق چھُ ، یہِ چھیٔ دنیہچین باقے زبانن مقابلہٕ کٲشرس منٛز سارِوے کھوتہٕ زیادٕ اِستعمال سپدان ۔ اگرچہ کینژن روٗسی زبانن منٛز تالرگ اِستعمال سپدان تہٕ چھُ مگر سٹھاہ کم ۔ حٲتی کھار اوس پانہٕ روحٲنی مرتبُک خوداوس ۔ لحاظ آس امی سندس نیچوس وہاب کھارس گوڈٕ پیٹھے درویشن تہٕ فقیرن منٛز صحبت نصیبس ۔ رٛوٗد سوال حٲتی کھارنہٕ شاعری ہنٛد ۔ تمِہ متلق کینہہ ونُنہٕ برٛونٛہہ چھُ یہِ زانُن ضروٗری زِ پرٛیتھ ادبی زبٲنۍ خاصکرٕ تہٕ

قدیم زبانن چھ پنُن پنُن صوتی نظام ۔ یمہِ منز گۄنہِ جایہِ تفاوتھ تہٕ کۄنہِ جایہِ ہشر ہیکہِ اُستھِ مگر کاشُر زبان چھیہِ یمہِ لحاظ باقۍ اکثر زبانو نِشہِ بدوٗن زِ اتھ منز چھےٚ وارِیاہ آوازٕ یمہٕ یہندِ نیب لتاسنہٕ باقۍ ادبی زبانن منز میلان چھیٚنہٕ ۔ تہٕ زن گو ا، اِ، ہ، ۂ تہٕ ی آواز میترٕ ۔ یمیہِ وِز صوتی نظامس منز امہِ قسمُک بجر آسہِ، اَمکۍ اثرات آسن گرامر لحاظٕ زبانٕ ہندِس کلہم ادبس منز نمایاں ۔ بیٚلہِ امہِ قسمکہِ صوتی نظامٕچ رو ادبس منز موجوٗد آسہِ ۔ بیٚیزٕ ے کتھاہ چھیہٕ زِ امہِ قسمُک ادب پرکھاونہٕ خاطرٕ آسن پننۍ الگ اُصول مقررٕ ۔ چونکہِ کُنشر منز چھیٚنہٕ وُنہِ مکمل پایُک تحقیقک آغاز تہٕ گوٗمُت ۔ لحاظ ہیکو نہٕ وۄنۍ تہِ سان وۄنۍ تھےٚ زِ امہِ کِہہِ نظامُک آگُرگیاہ چھُ ۔ مگر یہِ کتھ چھےٚ شیٚتھٕ زِ عرب ایرانٕچ ترکرٕ لاگتھ ہیکہِ نہٕ کاشُر شار رد کرتھ یتھٕ ۔ یم لُکھ امہِ قسمٕچہِ حرکژٕ کران چھِہ تمن پزن گوڈٕ لسانی ولوٕ ہار تہٕ صوتی زاوٕ جار پرکھاونۍ تہٕ اڈپنُن شعوری قلم اتھس کیتھ تلُن ینہٕ چھِہ کیہنہٕ اڈ ہیچھل لاوِس برس دراتۍ ناٹٕ بناوان یمیہِ ستۍ فائدٕ بجایہِ زبانٕ دِدارۍ واتان چھُ ۔

حاتی کھارُن کلامہِ یُوتاہ تہٕ موجوٗد چھُ تمُک تعداد چھُ لگ بگ وُہہ زٕ توٗوہ باتھ ۔ حاتی کھارن چھُ قصّے شیخ منصورٕ تخلیق کوٗرمُت ۔ امہِ طویل نظمہِ ہنٛد گوڈٕ شار چھُ :-

شُکر صنعاہ دپھ تس معبودس بوٗد آدم یمہٕ کوٗرُے نابوٗدس

تہٕ آخری شار :-

حاتی کھارو چھےٚ عاشقن ہندِ یہِ حال زندٕ مرنۍ چھےٚ یِندنۍ ہنٛد کمال

امہِ نظمہِ ہندِین شارن ہنٛد تعداد چھُ اکھ ہتھ تہٕ ژٕہوٚوہ (۱۲۴) ۔

بیاکھ زٕ ہیٚتھ نظم چھیہٕ قصے شیخ صنعا ۔ یہٕ نظم چھےٚ اَکس ہتس تہٕ ارتٕژہن (۱۳۸) شارن پیٚٹھ مشتمِل ۔ امِہ نظمِہ ہنٛدۍ گوڈنِکۍ شار چھِہ یم :-

حمد دَپھ تس چھےٚ سہٕ سارِنٕی ہُندٕ رزاق ۔۔۔ دِی ترااُوِتھ چھےٚ سہٕ پانے ذاتہٕ پاک
ذاتہٕ پاکن پاد کٔرِنے ذرّیات ۔۔۔ عرش کُرسی لوح قلم تے دوہ تہٕ راتھ

بیلہِ زن آخری شار یم چھِہ :-

یُتھ نہٕ ڈیوٗ شیخ صنعاہس پیٚتہٕ چھو نیوٗ
تمیٚتہِ کھوتے زیادٕ مرتبہ تس بنیوٗ
سوے خبر گیہٕ اندٕ زنیبرے آشکار
انتھ کلامس کیا سناہ ونہٕ حأتی کھار

تحریری دستاویزو مطابق چھُ سوالہٕ جوابس منٛز یَتھ وَننگ رِواج شاید حأتی کھار سیٚے لنٛتہِ میلان بیلہِ سہٕ یہٕ یَتھ تخلیق کران چھُہ :-

ڈیوٗمے بالہٕ یارس چانہٕ برتل پیارِ یو
تمیٚ دوٚپنم پیارِ وِنین چھُس نہٕ کران بومنع
ہیٚتہٕ دوٚپمس کوٗت کالاہ پیارِ برتل
تمیٚ دوٚپنم یوٗت کالاژٕ سپدٕ کَھ اہل

اَمی یَتھ پوٗت لے چھیہٕ شاید سو چھ کرالس متاثر کران تہٕ سہٕ چھُہ اَتھی طرزس پیٚٹھ یہٕ یَتھ مارکس منٛز نِراوان :-

ڈیٚوٗمے بالہٕ یارس یارٕ لاگو ۔۔۔ تمیٚ دوٚپنم لبزٕ وُن چھُس کونہٕ لاگو

ہر سرے سرِ دارم تہٕ گو لوٚزٕ ے تاہم چھُ حأتی کھارُن کلام
پُرتھ یہٕ ہاس لگان زِ تمیٚ چھُ تتھی میزانس پیٚٹھ پنُن کلام وٚوٚنمت
یُس کأشر زبأنی ہنٛدی موتی آہنگس تہٕ ولو ہارن صدٕی یو پیٚٹھ پانس منٛز

ژٕھرِتھ حکومت چھُ تہٕ یمیٚ گٔیہ گنٛز ساسہٕ وادٕوٕری بروٚنٛہہ کٔشیرِ منٛز گوڈٕ بٔن وٲلۍ قومن لٲجمٕژ ٲس۔ ساسہٕ وادٕوٕری پرانہٕ امہٕ صوتی نظامک پوٚشُتھر روٗد دوہ کھوتہٕ دوہہ کاڈکڈان تہٕ پھانٛپھلان۔ کٔشیرِ ہنٛدِس اَتھۍ پوٚتھرس ہیٚچھ مقامی صوتی آہنگی تہٕ طرزِ کۍ پوٚش یمیک نتیجہ کیمندٕ، شتی کنٹھ، للہٕ دید، نُندٕ ریشی تہٕ حبہ خوتوٗنہٕ ہنٛد کلام چھُ۔ یمن شاعرن ہنٛد کلام چھُ اَتھۍ نظامس تحت وننہٕ آمُت یتھ پیٹھ گٔیہ تہٕ صورتس منٛز کانٛہہ غار ملکی فارمۆلاہ لاگو ہیکہٕ تہٕ گٔژِھتھ۔ یہے لَیہ نظام چھُ اَسہٕ حٲتۍ کھارنس کلامس منٛز تہٕ میلان۔ حٲتۍ کھارٕنۍ کلام چھُ تیوٗت ٹکہٕ ساوی زٕ انسانس چھُ صرف اکہٕ وِزِ لوزنہٕ ستۍ سُہ یادٕ ڈٕترِس منٛز ژٕھرِتھ روزان۔ حٲتۍ کھارن چھےٚ نظمہٕ غزلہٕ تہٕ منقبت تہٕ لیٚکھمتۍ۔ حضرت محبوب العالمؒ سنٛدِس خدمتس منٛز چھُ تمو یہ منقبت وونمت یمیُک گوڈنیک شار یہ چھُ:-

> گاہ چھُ مدینہ گاہ کوہہِ ماران شیخ حمزہ حضرت سُلطانؒ

یتلہٕ زن امیُک آخری شار یتھ پاٹھۍ چھُ:-

| | |
|---|---|
| پھِر میانہٕ آسے وومیدوار | یا حضرت اَسہٕ گوٚژھ چوٚن دیدار |
| حٲتۍ کھارس روزتم مہربان | شیخ حمزہ حضرت سُلطان |

عبدالاحد آزاد چھُ پننہٕ کتابہٕ کشمیری زبان اور شاعری منٛز دعوا کران زِ حٲتۍ کھارن چھےٚ مانچھ ٹلٕرہٕ تہٕ وٕنمٕژ ۔ اگرچہ اتھ دعوس وہاب کھارنیو وٲرٕ تصدیق کوٚر تاہم دراوتہٕ مانچھ ٹلٕر ہنٛد کانٛہہ پے پتہٕ ۔ وول گوٚو وہاب کھارنِس نیچوِ سُند نیچو خضر کھارٕنۍ دعوا چھُ زِ میٚہ چھےٚ مانچھ ٹلٕر کھروکس اَکِس بڈٕ انسانس نشہٕ از بروٚنٛہہ وُہہ وٕری لوزمٕژ لیس سوزبٲنی یاد ٲس۔

# وہاب کھارٕنی حالاتِ زندگی

وہاب کھارنِس مأنِسِ حأتی کھارس اوس موروشی کارمشنشرتیارکرُن۔ شنشنر بناونگ یہ کار خانہٕ اوس تس پنٕنسے ژالہِ کھار محلس منٛز۔ حأتی کھارٕن کارخانہٕ اوس نہٕ ہتھی ہار بناونٛگ کارخانہٕ بلکہِ شنشنر تیار کرنٛگ۔ یہٕ شنشنر اَسی یمِ ٹمنِ کارخانہٕ دارن کنۍان یمِ لونگرٕ، دراتی تہٕ باقے سامانہٕ گرنکی کأری گر آسی۔ مشنشر تیار کرنہٕ باپتھ اوس وارِیاہن چیزن ہنٛد ضرورٕ ژھ۔ یتھ منٛز اکھ خاص میٛژٕ ہنٛد استعمال تہٕ سپدان اوس یوسہٕ کینٛژن خاص جاین بدٕاَس کڈنہٕ آمژٕ۔ وستوٗرونٛس بالہِ دامنس اوس حأتی کھار اکثر میٛژ انہٕ گژھان۔ میٛژ کھننہٕ ستۍ اَس وستوٗرونس اَکھسِ جایہٕ گوپھ بنے مژٕ شنشنر بناونکہِ امہِ کارخانٛگ ملبہ چھُ ازتہٕ ژالہِ کھار محلس منٛز موجوٗد۔ اکھ دوہ ہہ چھُ حسبہٕ موموٗل حأتی کھار گوپھ نشہٕ میٛژ انہٕ گژھان۔ گوپھ نزدیک وچھن اکھ ٹھوٗل پیٛھ۔ سردی ہنٛدۍ دوہ آسی۔ حأتی کھارن ننٛھو ٹھوٗل کانگرِ منٛز۔ ڈٕنہٕ اوس ٹھوٗل اڈٕ اوٚمے مگر حأتی کھارن نیوٗشہ کھیتھ۔ یہٕ ڈٕلیل ڈٕنی ہاتی کھارن بنٛس وستاد صابر صابس۔ تمۍ ووٚنس غلط ہیاہ چھُ گومت۔ خار سہلے گرٕخوداے۔ ترٛبیژٕ ہنٛزٕ ہانٛکل ہیاہ گژھِ اڈٕوتی رونٕ۔ امہِ واقع پتہٕ چھُ وہاب صابہٕ کھار زٕلوان۔

تحقیقکہٕ تہٕ تجزیہ تلہٕ چھہٕ ثابت گژھان زِ وہاب کھار زاو ۱۸۱۰ء
کیٹُ شار گامٕکِس ژالہٕ کھار محلس منز۔ انھ متلق چھے یہ تسنزِ سند:۔

عبدالوہابن ووٚن شار          گرٕ تس آسان کھڑو شار
کٔس کرِوادسِ اِنکار          ییٚتہٕ کیاہ لارِ وہ لو

وق گذرنس ستۍ سۍ ییٚلہٕ اکہٕ طرفہٕ وہاب کھارن شٕرۍ لأز روٗحصت
کوٚرتہٕ عقلہٕ ہندِ دیوٚ تاہن گرسِ دِلس منز جاے تہٕ بییہ طرفہ اوسُس مألی
سندٕ درویشانہٕ ماحول ڈکھس۔ یمہ دوشوے طرف ییٚلہٕ تس شعوری تربیت
کرنہٕ لگۍ تس آو فوران پننہٕ متقبلک وتہٕ پوٚد اتھ۔ مألی سنز رلوایت
برقرار تھاوِتھ لوگ تمۍ تہٕ خوداد وستن تہٕ بزرگن ہنزن محفلن منز
ین گژھن۔ یوٚتام سہ محفلن ہندِ پوٚت منظر نشہٕ مکمل پأٹھۍ واقف
سپد۔ وونی اوس نہٕ سہ اُکس برنزس تہٕ محفلو نشہٕ الگ روزِتھ ہکان۔
یمہٕ محفلہٕ آسہٕ چھراپیرتہٕ طالب سنزن کھقن یانز بیٚتز تام محدود یا
یمنِ محفلن منز اوس نہٕ صرف مریدن یا عام لوٚکن ہنزٕ ہن حاجتن گنے
یوت تسنہٕ پوان بلکہٕ اوس یمن محفلن منز گیوٚن اکھ اہم حصہ۔ سازندر
آسی دوہس کیو رالس ساز وایان تہٕ گیون محفلہٕ آسہٕ بڑٕ پُرکشش تہٕ
باوِیقار آسان۔ باوِیقار امہٕ کنہٕ زِ محفلن منز اوس گنہٕ نہٕ گنہٕ لوکتس
پیٹھ بحث نبیدان تہٕ شوقہٕ والی آسی اوکنہٕ تہٕ یمن محفلن منز سبٹھہٕ
تعدادس منز حاضر گژھان۔ لحاظ آس سیٚنزِ کتھاہ زِ ییٚتس ماحولس
منز کتہٕ روزِ ہے وہاب کھار متاثر گژھنہٕ روٚس۔ وہاب کھارس
ییٚلہٕ گیو پنٕچ تہٕ محفلن ہنز صحبتٕ ہنز آڈرن پوٚرِ پأٹھۍ گیہٕ۔ سہ لوگ
پانہٕ تہٕ گیوٚنہٕ۔ گیوٚنہٕ خاطرٕ گرٕ تمۍ پننۍ اکھ جماعت تیار۔ وہاب کھار

اوس پایہٕ رباب، نوٹ تہٕ سارنگ وایان ۔ وہاب فوزی اوس تمنٛد اکھ قریٖبی سازندرٕ یُس چھکرِ گیوٚنس منٛز مشہور اوس ۔ وہاب کھارُن بیا کھ اکھ سازندر اوس علی کھار ۔ اُمس اوس وہاب کھارن نیک دعا کوٚرمٕت بیٚمہِ کِنہٕ تہٕ سہ زانہہ بیمار چھُ گوٚمُت ۔ علی کھار مۄد کیٚہہ کال برونٛہہ اکھ ہتھ تہٕ وُہہ وُہر ۔ بلوٗامہِ ضلعہِ کِس کیٖسر گامس نزدیک چھُ پنگل گوم ناو کھ اکھ گام آباد ۔ اُتھی گامس منٛز گوو اکہِ دوہہ وہاب کھار تہٕ اُمی سنٛز جماعت اُکِس خدادوس رحمان صابس گرہ تہٕ ۔ اکہِ وزِ آو گیوٚن بند کرنہٕ ۔ اتھ دوران ووٚن رحمان صابن وہاب کھارس کُن سارنے باتن دِژٕ ھانٛڈ ۔ وہاب کھارن وُچھ مختلف باتن منٛز مختلف قسمن ہنٛدی جنس ۔ اُکس باتس منٛز وُچھن توٚمُل تہٕ ۔ رحمان صابن وۄن وہاب کھارس کُن "نٕلہِ سہ کھیٚنہٕ مو چھ جوراہ" ۔ وہاب کھار گو توٚمُل کھیٚوان اَتھ دوران بدلیو وہاب کھارس حالاتھ ۔ سہ بیوٚد وحشتہٕ ناکھ ۔ منٛز گوو پیٚونت کھنٛڈ ۔ تمی دبُٹ پلون چاکھ تہٕ اُتھی ستۍ ژوٚل سہ نبر ۔ پتہٕ سا تھی ڈرالیں پتے دوران مگر سہ رُود بدستوٗر ژلان ۔ باقٕے سازندر آیہِ واپس تہٕ وُوٚنکھ اُہنٛدِ بن گرکین[۱] امہِ وقتہٕ اوس وہاب کھارُن خاندر رحم (رحمت)

---

[۱] یُلہِ اسہِ وہاب کھارنس ژرس خضر کھارس تہٕ کیٚنژن عقیدت مندن پرٛژھ، یمن منٛز عبدالرحمان کھانڈے ساکنہٕ ییچ، محمد امین ڈیگو ساکنہٕ کھرلو، شوکت علی ایتو تہٕ محمد شعبان بٹ ساکنہٕ شارتہٕ شامل چھُ زِ نہٕ کیفہِ گٔیہِ چھیوٚ یہ کتھ ہمی مانان ۔ تہنٛدِ ونن اوس زِ یمن چھُ وہاب فوزی یہ واقعہٕ ووٚنمُت، یُس وہاب کھارس اکھ سازندر اوس ۔ یمن سارنے ہنٛد چھُ اُمی مشکور یمیو کُو اَسہِ کلیات اندواتناونس منٛز مدد ۔

ناوچہ اُکس کورِ ستی سپدمت وہاب کھاراوس پننہِ زنانہِ بو ینہ گامچے وٚنتھ
بُلاوان تکیٔشازِ رحیم اُمس شار گامکہِ تیٚنہِ مہ محل چی روزن واجنیٚ۔
حاتی کھارنس خاندانس اوس سیادتی پیر احمد صاب سپٹن [١]۔
وہاب کھار نیو گرِ کیو اوّن تس نش تہٕ ترٚلیش تعویز۔ اَتھ وقتس منزٕ اوس
احمد صایہ مجامن تہٕ زبردس شوہر۔ لیٚس تھدِ پایک خداد وس اوس نہ پیٚس
سنج چلُن اوس ۔ چنانچہ چھپیہ وہاب کھارنی خاندار تیٚنہِ رحیم کیٚنیٚ
دوِ احمد صایہ مجاہنس خدمتس منز حاضر سپدان۔ ییٚمہِ وِزِ رحیم احمد
صایہ مجامس نشہِ پنُن رو داد ونیہ ترٚابہ امہِ وزِ آسی اتہِ واریاہ طالب
یمن منز وازِ محمودؔ وازِ محمودِ نی بینہِ تہٕ رحمان صایہ لون کھر لوِ شار
قابلہِ ذکرِ آسی [٢]۔ رحیمہ کوٚرپنن حال پیرس نشہِ ودان ودان بیان۔
مگر احمد صایہ مجامن وٚوٚنُس یہ کُس غم چھُہ۔ وٚوٚزی گو اَتھ چھُہ صبر و
تاب کرُن۔ احمد صایٚن وٚون رحیمہ تٕر روز خوش۔ البتہ چھُہ سفر زیوٚٹھ۔
ثرینہ چھُپے پوٚرِ ترٚن ورٚی ین پیاٚرن اَدِ دِ مونے ثرینہ وہاب کھار۔ ہیاری
چھُہ وہاب کھار مختلف علاقن پھیران، تس چھُنہ قرار ے کُنہ یوان۔
آخر ووت سُہ اکہِ دوہہٕ ناوپوٚرِ تہٕ گوٚواتی دٕری یاو بٹھس بیٹھ رُوٚز تِتھ
مگر رحیم چھُس پتے۔ وہاب کھارس نشہِ اوسنہ کانٛہہ تفریس بہان تکیٔشازِ
سُہ اوس لاینہِ ود تھان۔ باضے اوس پتہٕ دوران تہٕ باضے کنہِ چلاوان

---

[١] سپٹن چھُہ وٚڈستوٚری ولنٕ ویاٚری مہٕ طرفہٕ اکہِ گامک ناد۔ (ایڈیٹر۔ آفاق عزیز محفوظ جان)

[٢] رحمان لون اوس شار گامکہِ بابا پوٚری محلک روزن وول۔ سُہ چھُہ پننہِ ملکس منز سعید بابا قاسم نس مقبرس سٕتؔ دفن (ایڈیٹر۔ آفاق عزیز۔ محفوظ جان)۔

تاہم اوسہٕ رحمہٕ کیہنہٕ ونان ۔ یٔلہِ وہاب کھارس ژٕہن وٕرۍ ین ہنٛد کورس مکمل گوو ۔ احمد صابٕنہِ مجامہِ چھُ پننِس طالب وازِ محمودس کُن مخاطب سپدتھ ونان ۔"ہیو محمد یاتلہ وہابس کرآلو ۔" وازِ محمود دۄشوٕنتھ احمد صابٕہ مجامس کُن ۔ ہیٚتہٕ حض کُس حض، گژھہِ لور ۔ سُہ حض چھُ کینہٕ لایان ۔ بییہٕ پیٚتہٕ دوران ییہٕ اُس نہٕ کانٛہہ لۆکتھ بلکہ اوس سُہ امہِ بروٚنٛہہ تہٕ روٗپہٕ وول مانہٕ لیوان ۔ ییٚنہٕ تیتھہٕ آو وہاب کھارس کُنہِ تام نادس سوزنہٕ ۔ تمہٕ دژِ وہاب کھارس لشہِ واتنہٕ برونٛہہ کٔڑتھ احمد صابٕ حض چھٕچھو ژھاران ۔ وہاب کھارس ییٚتھے آلو کٔرن گوو ۔ سُہ وۄتھ فورن تہٕ ووت دربارس منٛز ۔ امہِ دوران اوس احمد صابٕنہِ مجامن ناوِد بیٚنہٕ اینہٕ نومُت ۔ رلِتھ ہم تہٕ مس بیٚترِ ٹھیک کرنہٕ پتہٕ آوتس سران بیٚترِ کرنہٕ ۔ احمد صابٕنہِ مجامن تہٕ وہاب کھارن کرِ وارِیاہس کالس بییہٕ یتہٕ کٔنہٕ ۔ تاہم آوامہِ پتہٕ وہاب کھارَ پننہٕ خاندارنہٕ حوالہٕ کرنہٕ ۔ وونی یٔلہِ وہاب کھار پٔژن گرِ چھِ واتان مگر اُمِس لوٗگ نہٕ اتہٕ کانٛہہ منزٕ ۔ اُمی تِل پٔژن ڈیرٕ ڈگہٕ تہٕ ووت دۄستوٗری ونِس منٛز "ناگہ بٔچھن" ناوچ جایہ پیٹھ ۔ یہِ جاے چھیہٕ آستانس مقابلہٕ اپارِ مہٕ طرفہٕ دۄستوٗری ونکِس دانٛتس تَل بیٚتھ مٔتری لوکٹ موکٹ وادی چھیہٕ ۔ کینٛژن دۄہن پتہٕ بناو اُمی اَتی اکھ پہرِہن ۔ امہِ وزِ اوس یہِ مکمل جنگل ۔ وہاب کھار چھُ اور صرف اکھ گاو پالنس سیٚتۍ نِوان ۔ اکہِ دۄہہ شامس یٔلہِ نہٕ گاو واپس آیی ۔ وہاب کھار دراو پہرِ منٛز نیبر ۔ دوری پیٚیِس گاو پیٹھ نظر ۔ سو اُس تتھ جایہ ٹھہرتھ ۔ ییٚتہِ تھ ازٕ آستان چھُ ۔ وہاب صابٕن کۄر انٛدرِ کُن آلو ۔"لو نہٕ گاپچھے" گاو ہے چھیہٕ دیان لۆری تٔرِو ۔ یہِ لوٗزِ ٹھتھ تَل لو نہٕ گامچہ سامانہٕ تہٕ واتہٕ

نوون ییوٗر تہٕ لگی اُتی دوٚہ دوٚہ گُذارنہٕ۔

## وہاب صابٕنہٕ کھارُن موٗر شیلہٕ:۔

وہاب صابہ کھارس چھُ وارِیاہن فقیرن تہٕ بُزرگن ستی وۄتھُن بہُن رُوٗدمُت یِمن منٛزٕ تس پیٚنُن مول حاجی کھار، مٲلِ سُند پیر صابر صاب، احمد صابہٕ سیٚپتن، رزاق صابہٕ ژٕرو نزال، احمد صابہٕ مچامہٕ، رحمان صاب تہٕ بیٚیہ تہٕ وارِیاہ شامِل چھِہ۔ وہاب صاب چھُ احمد صابہٕ بٹوارِی ہوٚس تھہد پایکِس صوفی شاعرس ستی تہٕ وۄتھمُت بیوٚٹھمُت تہٕ تس ستی درجنہٕ واد گیوٚن محفلہٕ کرِمژٕ۔ وہاب کھار تہٕ احمد بٹوارِی اوس اکثر پاٹھی جمعہ درگاہ پیران۔ واژِ محموٗد اوس وہاب صابٕنس پیر لوج تہٕ۔ امہٕ علاوٕ چھِہ وہاب کھار بیٚیِس اَکِس بزرگ تہٕ مدٕرِس شاعرِ لیتہٕ پورکِس ریٚشی اسمالس [۱] ستی تہٕ وۄتھمُت بیوٚٹھمُت۔ اگرچہٕ وہاب کھارس مختلف وقتن پیٹھ مختلف فقیرن ہُند وَنُن دپُن تہٕ مانُن پیوٚو یِمن منٛزٕ اکِہ وِزِ تس رحمان لوٚنُن دوٚپ، بیٚیہ وِزِ رزاق صابہٕ ژٕرو سُند دوٚپ پیٚترُن پیوٚو مگر کلہم پاٹھی چھُ وہاب صابُن اصلی تہٕ بُنیادی پیر علمگیرِی بازرگ احمد صابہٕ مچامے یِس ہٕنٛزِ نگرانی تحت تمۍ روحانی کورس مکمل کوٚر۔ سُہ چھُ پانہٕ ونان پیر چھیم احمد ابدالو۔ اَمی سُند اکھ طالب رجب کوبلہٕ چھُ احمد صابہٕ مچامہ وہاب صابہٕ کھارُن پیر آسنس پیٹھ پاٹھی شہادت فراہم کران۔ مثلن

---

[۱] ریٚشی اسمال چھُ کاشُر زبٲنۍ ہندلیہ شاعر۔ اَمی سُند کلام چھُ میوٚ بُٹھ تہٕ سرُوٗد بخشن وول۔ سُہ چھُ بنَ والین ہندِ خاطر پھیکہِ پھیکہِ دوا مثلن تسُند اکھ بٲتھ چھُ پیٹھہِ پاٹھی۔ میٚہ ہاگو وادے چانے ہیٚیہ: ڈٕ بہٕ کوہ وۄ لالو موٚ ٹھیو سرِیہٕ۔ ایڈیٹر۔ آفاق عزیز، محفوظ جان۔

احمد صابہ مجامہ پیر اوس تس      پاری پاری لگہس تتھ دہانس
پیرا اوسُس قابلہ کار      فقیراہ نامی گیاہ وہاب کھار

خیال چھ کرنہٕ یوان زِ وہاب کھارس ییمیہ وِزِ رحمان صابس ستی
کسیر گامہٕ ڈچار سٕپد تمہٕ برونٹھے اوس وہاب کھار احمد صابہ مجامہ نین محفلن
منز وۄ تھان بہان یتہ تمیٔ اُس تسنز تربیت برونٹھے حاصل کرمژ۔ تاہم
چھ کینہہ عقیدتھ مندیہ یتہ ونان زِ تمن میج پتہ احمد صابہ مجامنز تربیت
نگر مقصد چھ گنٔہ زِ تسنٛد اصلی پیر اوس احمد صابہ مجامے ۔

وہاب صابہ کھار اوس قادری سلسکُ بزرگ تاہم اوس کٹر حنفی۔
حضرت پیر دستگیر صابٕ خانیار، حضرت محبوب العالم کوہِ ماران یتہ شیخ
العالمن اوس زیادٕ تر گژھان مثلن ۔

وۄن دیٹ میہ پیرس دستگیرس      شاہہ بغدادس
عبدالوہاب کھار انتظارس      بال پیاران چھس

**ریاضت :۔** وہاب صابہ کھار اوس کٹر حنفی۔ مُدرٕ تہٕ میچھ کتھ اوس
کران ۔ پانژھ وکھ نماز پرنگ اوسُس عادتھ ۔ آستانن پیٹھ حاضری دِنی
اوس تسنزن اولین کامن منز ۔ زار، درگاہ، مقدم صابنٛ تہٕ دستگیر صابنٛ
اوس سُہ ہیتھے گژھان ۔ سُہ اوس طالبن یتہ نماز پرنگ تاکید کران ۔
نمازہٕ وزِ اوس اکثر لۆکن نماز پرنگ باند کران ۔ پانہٕ اوس ابتدائی
ایامن دوران تس دوہس عبادتس منز آورٕ روزان ۔

**پیشہ :۔** وہاب کھار اوس مُنزی ژالہٕ کھار محلس منز گژھتھ

پننِس آبآیی پیشس سِتہٕ تہٕ کران ۔ پنٕن میراثی کار ترٛاوٕنہٕ تمہِ مؤلہٕ موٗنے۔
امہِ پتہٕ کھوٗن وہاب کھارن جنگل زمیٖن ۔ شہ رٲود کانٛی وقتس زمیٖن
کھنان یوٗتام تمہِ ۵۱۲ کنال زمیٖن کھٔنٕز ۔ اتھ اوس شہ مختلف فصل وٲوان
یمیٖن منٛز راز مہہ، مُتھٕ، مکاے، کنک تہٕ بیٚیہِ تہٕ فصل شامِل اُسی ۔ مگر محکمے
مالکِہ کمہِ تام آفسرن چھہٕ رِکاڈس منٛز زوٗر گرِتھ وہاب کھارِ نہٕ ناوِ صرف
۲۵۲ کنال زمیٖن تھاوٕی مِتۍ ۔ یہ سورُے زمیٖن چھِ ونکینس اَمہِندؠن
زُریٚن قبضس منٛز۔ وہاب کھار رٲود ششتٕر کار خالص تہٕ رٲچھ راوِٹھ کران۔
زمیٖن گوٚو کماوان مگر بیٚنہٕ لوچرِکھ کار گوٗن ترٛاوٗن تہٕ پننِس آخری دمس
تام ۔شہ رٲود محلفن تہٕ کِھڈارن منٛز گیوان ۔ خلا دوستن ہنٛزن محلفن
منٛز وونٛفُن بہُن اوس تسنٕز زندگی ہُنٛد لازمی حصہ بنیومُت ۔ شہ
اوسہٕ پننٕن دہر بوٚجن زانہہ تہٕ کُن گرٛھنہٕ دِوان تکیازِ تس اوس گنہٕ
تہٕ وزہٕ ساز وٲنگ گرِ لیوان ۔ وہاب کھار اوس گوٗنگ تہٕ سازک
تیٚزت شوقیٖن زِ شہ اوس کنیٚرس کالس کھلہِ پتہٕ کھلہِ تہٕ گیوان ۔ اکھ
دوہا بنیوو وہاب کھار اوس پننِہ جماتھ ہیتھ محموٗد شاہ ناوی اَکِس لفرٔنٛد
گرِ اَربل ترال گیوٗ نہٕ گومُت ۔ اتہٕ پیٚیہِ چوٗکی درِ شنٛد دُمہِ نارِ کانگرِ سٹرنجہٕ
پیٚٹھ ۔ امہِ وزِ ووٗن وہاب کھارن:۔

رحمکہِ نارِ سٹرنٛڈ وارِ    از کر چارِ    خدایا

ییتیٖس کالس ووت کرٕ یوٗزٕھ تہٕ نار آو کانگرِ برنہٕ مگر سٹرانجہٕ اوسہٕ
گنہٕ قسمک نوقصان ووتمُت ۔ آرِ بلہِ دراو: وہاب کھار صحیح پننہٕ دہربوٚج
ہیتھ تہٕ ووت کانگ ناوکس اَکِس گامس منٛز اوت وٲتِتھ بیوٗ ہٹہٕ اَکس
بوٗ نہٕ تل تہٕ لوٗگ وننہٕ ۔

ہا شیر سوار وکور گز ھکھ آخر ژیہ مڑن چھے
یی پھے ژیہ علم تی مینہ وتیم تی میز پرن چھے

نام ووت اوتھ سوار سیمس ہنہ کھشن اوس ۔ یہ شخص اوس
ژوکھ (ترال) رزاق صاب لیش زبردس قلندر مانہ اوس لیوان ۔ امس
اُس لاکمہ بدلہ گژھس نہ کہنہ بدلہ سرف ۔ یمتھ شہ وہاب کھارس
نزدیک ووت، شہ وُٹھ پھیر تہ ہس کوژن والیس روخصت
تہ لوگ وہاب کھارس ستی دربار کرنہ ۔ امہ پتہ کوڈ رزاق صابن
چیرس نہ دِتن وہاب کھارس تہ دوینس ہس مشک ۔ مشک
ہوانے شیدتس جنوان یادِ ۔ وہاب کھار لوگ سنخ مُتل کرنہ ۔
تمہ لاگ گلی نبر کڈنی مگر سُہ تھیوو اتھو زبردستی گیر ۔ کتھ بنیہ احمد صابہ
میجامس پیٹھ ۔ کتھ گیہ زیٹھان ۔ رزاق صابس تہ احمد صابہ میجامس
لج سنخ تگ ۔ دوشویو لڈ اوی زور رگر گائنسہ اکس منز گووہ اژھ پاد ۔
یوتام تر نبہ وری گزرے پہ ۔ کتھ واژ بڈس دربارس منز ۔ یتہ وہاب
کھارس پیٹھ یمن دوشونی قلندرن برابر حقوق دِنہ آیہ ۔

کیہنہ اہم واقعہ :- احمد صابہ میجامس اوس وہاب کھار سیٹھاہ ٹوٹھ ۔
تس اوس شہ واقعے ڈےگومتہ ۔ احمد صابس اُسی اکثر طالب گِلہ کران
زِ پیر تہ چھو صرف وہاب کھار وہاب کھار کران ۔" مگر احمد صابہ میجامہ اوس ہمیشہ
کتھ ڈالان تہ بدل کیاہ نام بحث تلان ۔ اکھ دوہا بنیو احمد
صابس نشہ چھ وار یاہ طالب بیہتھ ۔ کتھ کتھ کران واژ نصف راتھ ۔
احمد صاب وُٹھ واژ محمودس کن "ہیو محمد یا ۔ مینہ ہا گوز تھ دود ۔"

وازِ محمود وۄتھُس بیٚوٗدُے ـ بیٚہ وٕنہٕ کیٚہس چھیٚہٕ نصف راتھ ۔ دۄد
کیٚتہٕ بنہٕ وِنکیس ـ احمد صابَن وۄن بێنِہ ـ کیٚہہٕ زوراہ کٔرو ۔ سارو یے طالبو
وۄنُس نحض یۄت ژیہری کیٚتہٕ بنہٕ ـ وہاب کھار چھُ ہێنہٕ گرٕشو نگھہٕ آسان
شہٕ چھُ اچانک ہُشار گژھان تہٕ کوٗرُن ہێنہٕ زنانہٕ آلو " ہیٚیے لوٚ پہٕ گلِچھے "
تلے یوٗزیہٕ ـ تام گییہٕ بوٚ پہٕ گاپچ حاضر ۔ وہاب کھارن وۄننس ہیٚیر ہیے چھُ
ژھاران دۄد سو وُژھس والیس ۔ دۄد چھُنہٕ کیٚہتی موجود ـ تہٕ گوو سوٗرُے
خرچ ہیٚیہٕ ہیٚوت ازگاد ژیہری دۄد ـ وہاب کھارن وۄنُس والیس ۔ تہٕ
گژھ گاوٕ لَش ژوٗر ہیتھ ـ دلیُس پیٚیر چھُ دۄد ژھاران ـ لوٚ پہٕ گاپچ
ژابہٕ گانس منز ـ تہٕ لج گاوژرِس منز دۄد ہیٚنہٕ سیرالٰہی ـ گاو دیُت
بُرتھ دۄدٕ ژوٗر ـ وہاب کھارن کٔر دۄدٕ ژٕرِس گلُس رز تہٕ لوٗگ نیرنہٕ ۔
زنانہٕ وۄنس وکھ چھُ غار مگر وہاب کھارن موٗنُس نہٕ ـ احمد صابہٕ مچامہٕ
آو بٹہٕ وۄر تام بُتھِ نہٕ وۄننس ہیو دہیاہ شہٕ تراوِیٚتی نتہٕ ہیاوزٕ شہٕ طرف
سوٗرُے سلہ وہاب کھارن کوٚر پیٚیر سنٛدِس آمنا صدقنا ـ احمد صابہٕ مچامہٕ
چھُ والیس گژھان تہٕ ہیٚنِس کمرس منز بہان ـ کیٚہہٕ کال گژھتھ لوٗگ
دروازس ٹھکُ ٹھُک گژھنہٕ ـ وازِ محمود وۄتھ دروازٕ کھولنہٕ ـ اتہٕ
وُچھُن وہاب کھار دۄدٕ ژوٗر ہیتھ ـ امہٕ پتہٕ وۄنُھ احمد صابَن ہێنن
طالبن کُن " زوٗن وَنہٕ " وہاب کھار ـ پتہٕ آسی نہٕ تِم زانہہ وہاب
کھارس متعلق کیٚہہٕ ونان ـ

---

سلہ یانے یورکُن وہاب کھار لکان اوس ـ

اکہِ دۄہ یہٕ اوس وہاب کھار "لونہٕ دٕج "[1] کھنان ۔ امہٕ دوران دزٕ پھیرِ[2] تہٕ اٗمِس ٹۄپھ ۔ اٗمۍ دِیُتھ سمیہٕ ساری لۄکھ ۔ اٗمۍ سندِ عقیدتھ مند تہٕ ساتھی چھِ زیادٕ پان ماران ۔ یہٕ خبر پھٲلیہٕ ساری سیٚ ۔ وہاب کھارنۍ اکھ ساتھین میرزٕ واذِلیُن شارٕ روزان اوس ییلہٕ یہٕ خبر بوزٕتھ آو تورٕ حکیم ہیتھ ۔ تمیٚ یاری تٕل وہاب کھار پننہِ بہیہٕ اکھ ساتھی ستارٕ بٹن اٹس تہٕ چھیس پکناوان ۔ امہٕ دوران سیدٕ یمن پانہٕ وٲنۍ دُچار ۔ اتھ چھُ وہاب کھار فلِ بدی شار ونان :-

| | |
|---|---|
| دارس میہٕ نار گوٚ ٹدٕ نم | مورس بے عارن |
| اوسُس بہٕ کوہہٕ دامن | ہیتھ یار سٕتیٚ کامن |
| بچھِ لس بہٕ داغ گارن | مورس بے عارن |
| وتہٕ بیٹھ ترۄڈُلس راہہٕ عام | منزٕ تین کٕنورٕنم شام |
| اٹس ووٚلُس ستارن | مورس بے عارن |
| میرزٕس دِزٕ عالم | کاسنس فکرٕ تے غم |
| طبیب ہیتھ چھُ لارن | مورس بے عارن |
| گرِ ووٚتُس شامن | تلواس کھیبوو گامن |
| تلواس کاس کھارن | مورس بے عارن |

---

[1] لونہٕ دُج چھُ اکِس زہیرٕ پلاٹُس ناو ۔ لیُن وۄستۄرٕنس منز چھُ ۔

[2] پھیرٕ چھُ آسان سرفس ہیوٚ مگر زبردس زہیر برٕ نخِ ۔ دیان اٗمہِنزٕ ٹۄپہٕ تہٕ چھُ انسان مران ۔

ییٚنۍ پانٛژھ ژھ بیاکھ اکھ واقعہٕ پیش یوان ۔ دپان اکہِ دوہہٕ کوٗر رٕنٛشہِ اسمالن[1] وہاب کھارس سال ۔ وہاب کھارس ژھ باقے سأتیو علاوٕ گونڈٕ بلک[2] موقدم رۄسل گنٛنے تہٕ ستیٖ ۔ ییٚلہِ بتہٕ شیٚو رکھ ۔ اتھ پیٹھ اوس کوکر پۄتاہ ژٕنیتھ مگر اَمس اَسکھ اکھ باو کھینٛمٕژ ۔ رٕنٛشہِ اسمال وۄنتھ وہاب کھارس کُن ۔ از گنٛدٕو کھیل ۔ باکرن کوکُر زندٕ نتہٕ کرن وہاب کھارو وۄنتس از وِچھو چونے کمال ۔ رٕنٛشہِ اسمالن ہۄوِ پنٛن کمال تہٕ کوٗرن کوکُر زندٕ مگر اَکۍ ہیے زنگہِ پیٹھ ۔ وہاب کھارن دۄپنس یہ چھینہٕ کانٛہہ کمال ۔ نتھاو نظر یہٕ کرن دوشوے زنگہٕ ہیتھ زندٕ ۔ چنانچہ سُپدتی ۔ بہرحال ژھ وہاب کھارانہٕ کالے نیران تہٕ موقدم ہیتھ ژھ گوٚنڈبل واتان ۔ ییٚلہِ صبحو پھول ۔ وہاب کھار وۄنتھ رۄسل گنٛیس کُن زٕ سکھر جل جل ۔ رٕنٛشہِ اسمالس ژھ فاتح پرُن ۔ رۄسُل گنٛنے گوحارَان مگر یہٕ اوس پوز ۔ چنانچہ ژھہٕ یم صبحنس اپارٕ ی رٕنٛشہِ اسمالس فاتح پرُتھ نیران ۔ ییٚتھے پانٛژھ ژھ بیٚیہ تہٕ واریاہ واقعہٕ یم وہاب کھارنہٕ زندگی منٛز وقوع پذیر سپدِ مٕتۍ ژھ ۔ وۄنۍ گو وتن سارنۍ ہنٛد ذکر کرُن روزِ نہٕ مناسب تہٕ نہٕ ژھ ضۆرۆری تکیاز وہاب کھارُن کلام ژھ بذاتہٕ خود تسنٛدِ بجرکُ تہٕ تجربکُ ثبوت ۔

---

[1] رٕنٛشہِ اسمال ژھ لکُہ لیہ ہنٛد شاعر تسنٛد سورُے کلامہٕ ژھ تسنٛدبن وارثن نشہِ موجود ۔ (ایڈیٹر)

اگر خدایس یژھُن اوس کلیاب وہاب کھارنہٕ کیہے گأیی بییہ رٕنٛشہِ اسمالُن کلام تہٕ بازرس منٛز ۔ رٕنٛشہِ اسمال ژھ لبنہٕ پوریک روزن وول اوسمت ۔ (ایڈیٹر، آفاق عزیز محفوظ جان)

[2] گونڈبل ژھ لبتہٕ پورس نزدیک اکھ گامک ناو ۔

دوہتہ خضر چھُ رُستم کھارن[۵] حوالہ دِوان ونان زِ وہاب کھار اوس
اکہ دوہہ چار پایہ پیٹھ بہتھ ۔ اتھ دوران کوٚر تمیٚ رُستم کھارس آلو ۔ رُستم
کھار گوو حاضر ۔ وہاب کھارن وٚونُس چلمہ برِ چرس ۔ رستم کھار گوو چرس
بران تہٕ وہاب کھار گوو چیوان یوٚتام وہاب کھارن پانژھ چلمہ چیتیہ ۔
چرس چیوان چیوان چھُ وہاب کھار امہ وقتہٕ کِس حکمران سکھہ مہاراجس
لنکہ کڈان ۔ کستام ہیتیہ آنگنس کُن نظر ۔ اتہٕ وچھکھ گرِی سوارِیش امر سنگن
سۄزمٕژ اوس ۔ شہ لوگ گلو گنڈِتھ وننہ ۔ یہ چھِس مہاراجن لوہہ
نش سۄزمٕژ ۔ وہاب کھارن وونُس گرژھ ناو گرِی زِلس کشمیر سنگھ ۔
بیلہ لوکہ آمِس یامہ دٔہ زِ زِ چھکھ کاشُر نسل ۔ تس کوٚر پتہٕ گرکیوٕ ہری
سنگھ ناو ۔ امر سنگس اوس وہاب کھارن زبردس عقیدتیمہ کنی تمیٚ
وہاب کھارس سال کوٚر ۔ تتہٕ آیہ وہاب کھارس واریاہ ڈالیہ پیش کرنہٕ
مگر تمیٚ گرنہٕ اکھ تہٕ قبول ۔ امہ پتہٕ آوتس مہاراج گرِ تہٕ وٚونُس یہ
دِمے ژرِ یہ جاگیر زِ کر پسند کیاہ گژھی ۔ وہاب کھارن کوٚر نہٕ کُنہ تہٕ
صوٚرتس منظر یہ قبوٗل ۔ آخر دوٚپنس ژرِ یہ گوے تمام ماکی یہ معاف ۔
وہاب کھارن کوٚر تحفہ تہٕ اِنکار ۔

### وہاب کھارن زمانہ :-

وہاب کھارن زمانہ اوس کُلہم پاٹھی بے گار ،
غربتگ ، سۄدخاری ، چکدارِی تہٕ وڈواری ہنٛد ۔ ڈوگرہ حکمرانن ہندہٕ قونوٗن
اُسی غریب عوامہ خاطرٕ بٔڑ گھڑدار تہٕ ظلمیچ علامت ۔ ناخاندگی ہنٛد دور اوس طیس

---

[۵] رُستم کھار چھُ خضر کھارن پیتُر بوے ۔

پیٹھ ۔ بے کاری اَس ژوٗ پارٕ ۔ موٗزوٗری مشقت میلنکھ اوس نہٕ سولٕے
لوٗکھ اَسی گژھان تراوتھ ہندوستانکین مختلف علاقن منٛز موٗزوٗری ژھارنہٕ
گژھان ییمن منٛز جالندھر، لدھیانہٕ، امرتسر، لاہور، کراچی، دِلی تہٕ باقی شہر
تہٕ شامل اَسی ۔ حالانکہ یہ سلسلہٕ چھُ ازتہٕ جاری خاصکر وندٕ رٮ۪تن منٛز ۔ مگر
وہاب کھار اوس امہٕ سیاسی بدحالی ہنٛد مقابلہ کرتھ تہٕ پنُن و بقاو برقرار
تھاوتھ زِندٕ رُودمُت ۔ احمد بٹوارِنی پاٹھی زانہہ تہٕ سرکاری روٗ ٹیکس کٔرِ اعتراض
لوٗر تہٕ یمِچ مثال ہیتھ کُن بیان سپدِ ۔

## کیٚشرِن باتن ہنٛدِ وجوٗدس ینٛک وجہ:

پٔرِ بتھ کٔرِ کارس چھُ بارسس
ینٛک کانٛہہ تہٕ کانٛہہ وجہ آسان ۔ ادبس منٛز تہٕ چھیٚہ یہے صورتحال ۔ یوٗتام تہٕ انسانس
کیٚنٛہہ وِنہٕ خاطرٕ کیٚنٛہہ ہِنِنہِ ییہ یوٗتام چھُ کُنہ وجوٗد پرٲوُن ناممکن ۔
یوٗتام زن شاعری ہنٛد تعلق چھُ اتھ چھِ بہر صورت محرکات آسان ۔
وہاب کھارنی کیٚنٛہہ باتھ تہٕ چھِ تِمہِ یمن باضابطہ اکھ پوٗت منظر چھُ ۔
وہاب کھار اوس اکثر برسوارٕ دوہ شامس حضرتبل گژھان ۔ اپاری
اوس ہارون پننِس طالبس نِشہِ تہٕ گژھان ۔ اکھ دوہ ہا بٮ۪نیوٗ وہاب کھار
گوو درگاہ پیٹھ ہارون پننس طالب اکبر کھارن گرٕ[1] اکبر کھار اوس امہٕ برونٛہہ
وہاب صاحبس دعوت دِنہٕ خاطرٕ گرٕ تہٕ گومُت ۔ تس اوس وۄگتہٕ آمُت زِ
تس آسہٕ ہارٕ راوِمرٕ ۔ وۄنی ییلہٕ ییپر گرٕ ووت ۔ اکبر کھار گوو بڈٕ خوش ۔

---

[1] اَمس طالبس اوس اکبر کھار ناو ۔ امیک حوالہٕ چھُ امہٕ رجب کوٗہلی ناوکس شاعر سنٛدِ تِمہِ ییلان ۔ مثلن ہارون طالب چھس اکبر کھار ۔ فقیراہ نامی کتاب وہاب کھار (ایڈیٹر ۔ آفاق عزیز ۔ محفوظ جان)

أمی لۄڈ وہاب کھارس بیٛیہٕ ژہتس زِ میہٕ چھُ ہارٕ لۄنگُن رومُت ۔ بیٛلہٕ شامک
بنہٕ بیترٕ کھیوکھ ۔ وہاب کھارن وۄن پنٛنن ستِ لۄکن زِ گڈٕ سامانہٕ ۔ سازس
لۄگ مضراب ۔ وہاب کھارن تُل پنٛن ربابہٕ تہٕ لۄگ گیونہٕ ۔ گوڈنٛی بٲتھ
وۄن اتہٕ وہاب کھارن پیٚہ:

لنٛز ہارٕ لۄنگُن نیٛو کمی — امہٕ زۄنہٕ نیٛوٗنم بیٛیہٕ کمی
لوز وۄنی یارو ہارٕ کیاہ چھےٚ — گوڈٕ ۄچھ یارو سنارٕ باگنے
یۄتھ لۄ گژھی ژٹے من ہمی — امہٕ زۄنہٕ نیٛوٗنم بیٛیہٕ کمی
زۄنہٕ آنٛدی آنٛدی ستوٗبان ستارے — رۄ کاروان آفتاب دارے
تیٚہ زۄزن گژھان برہمی — امہٕ زۄنہٕ نیٛوٗنم بیٛیہٕ کمی
زۄنہٕ چھےٚ پننے جۄنہٕ زیبان — عبداوہاب عاشقن تِ ونان
سےٚ چھےٚ پسرے حامی — امہٕ زۄنہٕ نیٛوٗنم بیٛیہٕ کمی

یتھے پیہ بٲتھ اکبر کھارنہٕ لۄشہٕ لۄزٕلیس زۄن ناواوس ۔ سو لجِ
پانٛنژھ نہٕ پنٛداہ کرنہٕ ۔ سو چھےٚ اتھ مۄران زِ بٔبس چھیہٕ خبر لجمٕژ ۔
تس دژایہٕ راتھ پنٛدی ۔ وہاب کھارس تٕر زۄنہٕ ہنٛز ژھرٕ تہٕ ژھرٕ ٹھ مکرٕ ۔
تمۍ کٔڈی صبح نماز پرنہٕ خاطرٕ ساری نفر مشدِ کُن مگر پانہٕ پیٛرن گری ۔
زۄنہٕ زون موقہٕ غنیمتھ تہٕ لجِ وہاب کھارس زار پار کرنہٕ تہٕ وۄننس
میہٕ حض چھُ اتھ ڈۄلمُت تہٕ کیہہٕ ہارٕ حض چھم خرٕژ گمژٕ ۔ وہاب
کھارن ڈۄپُس کیہہٕ چھیٛنہٕ پرواے یہٕ پناوٕ پانے ووٚلہٕ ان لیٛوری ۔ زۄنہٕ
کوٗرُس رۄپیہ لۄنگُن حوالہٕ ۔ تام آیہٕ مشدِ وٲلی تہٕ والیس ۔ چاے بیترٕ چینہٕ
پتہٕ لۄگ وہاب کھار گرٕ کُن سکھ کرنہٕ ۔ اکبر کھارن وۄنس نیران نیرانُے ۔
میہٕ حض اوس عرض کۄرمُت ۔ تتھ کیاہ نیٛوٗ ۔ وہاب کھارن گوڈ

ہارِ لونگُن تہٕ دِتُن اکبر کھارس تہٕ وۄننس رٹھ یہ ۔ میہٕ نیرِہا حاجت ادٕ ژٕ
رود کھُ پتے ۔ اکبر کھار پیوتس کھورن تہٕ وۄننس ہتہ حض یمہٕ حض گیسے
ژیے ۔ وہاب کھارن وونس میہٕ ہبا آسہٕ ژٕ ژور روپیہ لکار تمہٕ خرچا وسم ۔
ووں کتھ چھیم لکار ۔ یژھ ہش بیا کھ مثال چھیہٕ تمہٕ سانہٕ وجود
پراوان ییلہٕ شب معراج چھُ آسان ۔ مولوی رسول صاحب اوس فلسفہ
معراجس پیٹھ درگاہ حضرتبلہٕ واعظ پران ۔ وہاب کھار آو حسبِ معمول تہٕ
سہ تہٕ لوگ استانس برونہہ کنہ گیونہٕ ۔ تسندامہٕ وقتک باتھ اوس معراج
نامہٕ مثلن

چھُس کران رو تہٕ رمالے واو     تاجدار سون معراجس دراو

مولوی رسول صاحبن کوٚر اتھ پیٹھ سخ احتجاج تہٕ لوکن وۄنُن ژٕ
وہاب کھار گژھہِ عام خاصہٕ منز فورن گڈ تھ ژھننہٕ یِن ۔ چنانچہ آو وہاب
کھارس یِی وننہٕ ۔ وہاب کھارن تُل پننہ سامانہٕ تہٕ دراو سیٛود سے گرکن ۔
امی راتہٕ چھُ مولوی رسول صاحب خابس منز اکھ قلاے وُچھان ییتھ پہر
درپہرِ دوان اوس ۔ مولوی صاحبن ہیوٚت قلاے اندر اژن مگر پہر درن
دِتُس نہٕ اور اژنہٕ ۔ ڈیڈی والس وۄنُن یہ دمہٕ ہاتو تہٕ نظر ۔ ڈیڈی وانن
وۄننس اور ییہٕ نہٕ وچھُن ۔ مولوی صاحب لوگ ڈیڈی والس زارِ پار کرنہٕ ۔
ییتھ پتہٕ دِتُس ڈیڈی وانن پردٕ تُل نظر دنگ اجازتھ ۔ اتہٕ وچھُن گستام
نفر ووہ دینہٕ رۄزِتھ گستام واوکران ۔ ڈیڈی والس پرژھُن اتہٕ کم ییم ۔
پہر دارن وۄنس اتہٕ چھِ حضور محترمؐ تہٕ وہاب کھار چھُس واوکران ۔
لگاہ چھُ مولوی صاحب پننِ ساتھی ہیتھ وہاب کھارس لنشہٕ گژھان ۔
مولوی صاحب چھُ وِنہٕ آسن لونہٕ نشی آسان زِ وہاب کھارس چھیہٕ خبر لگان

تہ سہ چھہ ٹھیکھ لیوان تہ چھس ونان ۔ میہ سوزی زہ ہے شیچھ یہ یمیہ ہاٹوری مولوی صاٰبن ہینزس پینز ساری ساتھی ہیچھ معأنی۔ امیہ پتہ گرگھ دلازینا پزر کھتاہ باسھاتہ ۔

وہاب کھارُن حُلیہ:۔ وہاب کھاراوس میانہ قدُک انسان ۔ سہ چھنہ خوبصورت، خوش ڈول تہ خوش خو لیکھے بوت اوسمت ٹلکہ اوس جسوار تہ ۔ وہاب کھار اوس ریش تہ تھاوان ۔ کلس اوس سوزنی ٹوپھ دِوان ۔ توسہ رنگہ منز پھیرن لاگنک عادت تہ اوسکھ ۔ امیہ وقتہ لیس توسہ رنگہ پلونا کی آسہ ہن ۔ سہ اوس امپر مانہ لیوان تہ تس اوس سخ عزتھ کرنہ یوان ۔ ودن گوو وہاب کھار اوس ہمیشہ سپھیوک نالہ کنی نمبر کڈان قمیض تہ اوس لاگان ۔ کتر و بانہ استعمال کرنک اوس عام رلواج لحاظ اوس سہ تہ یمنے بانن منز کھیوان چیوان ۔

وہاب کھارُن استان:۔ وہاب کھارُن استان چھُ گوڈنچہ لیہ تسند نیچو کمال کھار بناوان ۔ امہ پتہ آو یہ ڈ بار تعمیر کرنہ یُس میج گاپکی لسہ صاٰبن بنوو ۔ امکس تعمیرس منز کوڑ بیٹیہ ہن اضافہ کریرکی د پٹن ورملی شاعر صاٰبن ۔ شاعر صاٰبن کور امیکُ تعمیر بذریعے سلام صاٰبیہ وأنی مکمل ۔ اتھ سیتی کور شار گامہ کیو لؤکو تہ یہ استان تعمیر کرنس منز مکمل اتھ واس ۔ استانکس آنگنس منز چھُ شارکُ اوقاف اسلامیہ اکھ مسجد بناوان ۔ البتہ

---

[1] یہ گام چھُ کوہ بل پانپرس نزدیک ۔

چھِ حکومتن اَتہٕ لوٗتُل کھلاہ تہٕ سرانہٕ گٔژھ بناوٕی منز۔ تاہم چھُ استانک نظم
وَنِتھ وہاب صاحبہٕ کھارنہِن پُشتینی وارِثن نشہِ۔ وہاب صاحبہٕ کھارُن پننہٕ
انتقٲل رباتہٕ چھُ آمی سندِس اکِس زُرِس رزاق صاحبہٕ کھارِس نشہِ بطورِ
حصہٕ موٗجوٗد۔ یہ رباتہٕ چھُ اکھ خوبصورتھ غلاف گرِتھ قُلفس تل۔ وۄن
گوۄکنہٕ وقتہٕ چھُ نہٕ بیرِ لوان کڈنہٕ۔ البتہٕ یٮ۪لہٕ اسہٕ امیُک فوٹو ضرورتھ ہیوٚو۔
وارث درو کوڈ بڑا احترامہٕ سان اتھ پتھ چھلتھ تہٕ کوٹھرِ منز تالس کُن۔

وہاب صاحبہٕ کھارنِس استانس پیٹھ چھےٚ اکھ ہیٚڈ لگتھ۔ اتھ منز چھِ
زیارت کرن وٲلۍ پننۍ خارات بیٚترِ تراوان۔ وہاب کھارُن خاندان چھُ از
کل کھِن گرن پیٹھ مشتمل۔ استانس پیٹھ چھِ زایرن ہندرش آسان۔ یہ
استان چھُ شارگامہٕ پیٹھ ڈوڈ کلومیٹر دوٗر۔ اوتام چھےٚ برابر گاڈِ سٹرکھ مگر بس چھنہٕ
اوتام پکان۔ اور چھےٚ لالچوکہٕ پیٹھ K.M.5 بس گژھان۔ کھرولدو پانپیر
چھُ لبہِ بورڈ آسان۔ یُس تہٕ زایر اور گژھان چھُ تُس چھُ یاتہٕ پننۍ ٹرانسپورٹ
سٟتۍ اتھۍ یوان نتہٕ چھُس شارِ پیٹھ ڈوڈ کلومیٹر پایے ڈٲلۍ کِنۍ یوان۔ لالچوکہٕ پیٹھ
چھُ استانس تام پایے ڈٲلۍ پیٹھ زیادِ کھوتہٕ زیادِ ڈوڈ گنٹک سفر۔ اگر پننۍ گاڑ
آسہِ تیٚلہِ چھُ کٔمے وکھ لگان۔

وہاب صاحبہٕ کھارنو زرلو چھُ استان ترین حصن منز باگرومت تُرِین
حِصہٕ دارن چھُ ریٚتس منز داہ دوہ وارِ حِصہٕ لوان تہٕ پننہٕ دوہن ہنز آمدنی
چھُ پزِتھ کاتہٕ پانے حاصل کران۔ استانس پیٹھ چھُ اکثر ذِکراذکار کھ
ماحول درینٹھی گژھان۔ زنان ومردچھِ پننہٕ پننہٕ حاجت منگان تہٕ وِدِتھ تہٕ روٗنک
ہے چھُ آسان۔ اتہٕ چھِ خاص پاٹھۍ زِ دوہ وُچھنہٕ لایک۔ اکھ گٔیہ آتوار
تہٕ بیٚیہ بربسوار۔ یمن دوہن چھُ صبحو پیٹھ شام تام لوٗکن ہند اژدہام روزان

لۆکھ چھِ طرفاتو پیٹھ پنٕنۍ حاجت رواگژھنہٕ خاطر اۆت واتان ۔ لۆکھ چھ وہاب صابنِس آستانس پیٹھ باضابطہٕ پأٹھۍ ڈشی گنڈان ۔ آستانکس جنگلس آسہ ساسہٕ بٔڑدشہٕ گنڈتھ بلیہِ آسی ستمبر ۱۹۹۸ءکس ڈہمس تارێخس کینژ اورگیہٕ۔ آستانس پیٹھ یِس تہٕ نفر واتان چھُ سُہ چھُنہٕ سوالے زِ سُہ کیاہ روز فاقے تہٕ کیازِ اۆت چھِنہٕ تہٕرہن ' ژوچین ' چایہٕ تہٕ تہواٮہٕ نس ننٛکھے گژھان۔ آستانس پیٹھ چھِ خاصکر آتوارِ یا برسوار دۆہ ہیٛہ لۆکھ بچن زرِ کاسنہٕ تہٕ انان۔ زرِ کاسن تہٕ نیازِ کرن وألۍ چھ اتھ آستانس پیٹھ کٹھ بیتریٛہ تہٕ ماران تہٕ تمنِکٕ ماز باقیو علاوٕ وہاب صابٕ نبن وأرثن تہٕ حاضرن منٛز بأگراوان ۔ آتوارِ تہٕ برسوارِ چھُ ہمیشہ راتس گیوٗن چلان آسان ۔ عقیدت مند چھ آستانس پیٹھ یمن دۆہن ضرور شبہٕ بیدأری کران تہٕ گیوٗنکٕ لطف تُلان ۔

## وہاب کھارُن دُنیامنٛز نیرُن :۔

یہٕ آوبرو ننٛٹھے وننہٕ زِ وہاب صابہ کھار چھُ ۱۸۱۰ء منٛز زامت ۔ اکثر لیکھن والیو چھُ تسنٛد زاسنہٕ غلط درج کورمُت۔ اتھ چھ بوڈ وجہ یہ زِ عبدالاحد آزادس پتہٕ چھُنہٕ تسندِس درج کٔری متیٚن زاسنس ، مرن سنس یا کُنہٕ واقعس متلق مزید تحقیقے کرنہٕ آمت بلکہ چھُ تندے نو قطے نظر پھِری پھِری درج کرنہٕ یوان ۔ وہاب کھارِنۍ زرِیٚ چھِ منفق تہٕ مطمئین زِ وہاب کھار گُذریو ہتھ ؤرشہٕ وأنسہٕ منٛز ۔ امہٕ مطابق چھُ وہاب کھار ۲ مارچ ۱۹۱۰ء منٛز یمہٕ دنیامنٛز دزامُت ۔ آمی شُد مرن سنہٕ چھُ آستانس اندرِ کنہٕ تہٕ لیکھتھ ۔ ہتھ ؤرِی وانس آسنس متلق چھِ تسندِ کلام منٛز تہٕ شہادت فراہم سپدان مثلن :۔

ڈمبر چھے ہتھ وٗری تمہٕ کھوتہٕ زۄر گوکھتی چھے خاب درخاب ہاوِنے
عبدالاحد ہابو تۄ رما اپنز یوٗژ گوکھ زۄر گوکھ ووٗنی کمو زار وَنہٕ یلو
وہاب صابنہٕ کھارنس مرنس متلق چھِ تسنٛدبیٛن طالب رجب کوبلہٕ ونان :

تمی دوہہٕ فقیرن نیو رفتار — گورِ اوس وہِکن شب زنٛدہ وار
فقیراہ نامی گیاہ وہاب کھار — دوراہ کوزنے بے شمار

وہاب صاب چھِ اچانک بیمار گژھان ۔ شہ آو درو گجن ہسپتال واتناونہٕ ۔ درو گجنس منٛز راتھ گذارنہٕ پتہٕ آو شہ بیٚیہِ دوہ ہہ صبحے گرٕ انہٕ گرِ واتتھِ پۄژ وہاب کھارن ماکس ماجہ فاتح تہٕ بیٚیہِ کوٗرِن ینٛنین اولاد اشناو طالبن تہٕ عقیدت منٛدن سٟتۍ ملاقات ۔ مرنہٕ برونٛہہ موٗنگ تمی گرٕس ۔ شہ اوس اکثر واتھ تہٕ گرٕس استمال کران اتھ متلق چھِ رجب کوبلہٕ ونان :

شربز بدلہ تمۍ گرشہہ جیو — قلندر فقیرس بستہٕ چھے زلو
فقیراہ نامی گیاہ وہاب کھار — زہنس تہٕ مرنس گرتھ بقرار

## وہاب کھارنۍ طالب :

وہاب کھارس چھِ واریاہ طالب ۔ یِمن منٛز رجب کوبلہٕ تہٕ اکبر کھار قابلہٕ ذکر چھِ ۔ اکبر کھار اوس ہارون روزان تہٕ رجب کوبلہٕ کھِروشارِ ۔ امہِ علاوہ اوس وہاب فوزی تہٕ علی کھار تہٕ امی سلسلہٕ چہ طالبن منٛز شمار ۔ یمتے پاٹھی اوس وہاب کھارس پننٛ نیچو کمال کھار تہٕ طالب ۔ شہ تہٕ اوس شاعری کران ۔ تمۍ چھِ واریاہ باتھ وٗنی متۍ ۔ کمال کھارُن نیچو شلہِ کھار تہٕ اوس شاعر شہ چھِ نعمہِ صابنہٕ بیٚمہٕ لیہ یانے "لیٚیے پہٕ نامو" نشہٕ متاثر گژھتھ ونان "گجۍ سوشوقہ چانہٕ مو یہے مو یہے لیٚیے یتا مو"

یِھتےٚ پأٹھۍ چھُ وہاب صابُن طالب رجب کوبُلِ تہٕ شأیری کران۔ سہٕ چھُ وہاب کھارنس بیمار گژھنس، ہسپتالِ واتناونس، تسنٛدِس پیرس، عقیدس، دیا صنس تہٕ تسنٛدِس مرنس پیٹھ اکھ بأتھ تخلیق کران یمِچ منز سہٕ واضح چھُ کران زِ وہاب صاَب اوس زیادٕ پہن ژار، درگاہ تہٕ مقدم صابن گژھان مثلن۔

کلام رجب کوبلِ۔ وہاب صابہٕ کھارنس مرنس پیٹھ۔

رأزی چھِس نبی صلیتہٕ ژور بار [1]

فقیرہ نأمی کیاہ وہاب کھار

قلندر فقیراہ کیاہ اوس جان — شریعت طریقت اوس پالان

پانٛژھ وکھ نمازِ بیتہٕ روزدار — فقیراہ نأمی کیاہ وہاب کھار

پأری پأری لگہٕ ہس تتھ دہانس — أمد صأبہٕ مجامہ[2] پیر اوس تس

پیرا اوسُس قابلِ کار — فقیراہ نأمی کیاہ وہاب کھار

تمۍ سنٛزِ أسِس تربیت — صأحین دِتمُت اوسُس معرفت

ہأرون طالب چھُس اکبر کھار — فقیراہ نأمی کیاہ وہاب کھار

امرے خوداپہٕ ستہٕ شپد بیمار — جمع شپدس وبر ہنٛد کار

دفترِ تمۍ سنٛد اوسے ژار — فقیراہ نأمی کیاہ وہاب کھار

نہ اوسُس دگ دود نہ اوسے بیمار — پیران اوس یادِ حق اوسُس کار

تمہٕ شأیہ طالب رٔودی طلب دار — فقیراہ نأمی کیاہ وہاب کھار

---

[1] اکِس قلمی نسخن منز چھُ کیاہ لفظ بدلہٕ "چھُے"۔ [2] احمد صأبہٕ مجامہ اوس شیخ محلہ ڈانڈپورہ یک (معزا) دول فقیر تہٕ قلندر۔ غلمگری بازر چھُ تسنٛد استان۔ رحمان صاب پنجأبی صدرہ بلہٕ تہٕ قدٕی گنے ترالہٕ پارس طلاہ اوس طارِ محمود تہٕ وہاب کھار تہٕ امی سنٛد طالب۔ (آفاق عزیز محفوظ جان)۔

نصیبس تقدیرس ستۍ چھنہٕ مان  بہارنہٕ کوٗرنس ووت شفا خان
وار بہن نصیب اوس تہند دیدار  فقیراہ نامی کیاہ وہاب کھار
درو گیجن ووٗتے راتس بہوٗ کٹھ  ڈاکٹر صابن خاباہ ڈلیوٗ نتھ
حضرت سلطانؒ آس یکبار  فقیراہ نامی کیاہ وہاب کھار
صبحے دوٗپنک انگریز ن  موٗزوٗری پننی دِمہٕ موٗزوٗرن
دوٗپنک نِی وٗن گرِ کھرِ و شار  فقیراہ نامی کیاہ وہاب کھار
چار پایہٕ کھنٕھ بیلہٕ تٕل موزورو  بیمہٕ ونہٕ آیوو تمی وتہٕ گو
ہدایت کروٗن چھہٕ پروردِ گار  فقیراہ نامی کیاہ وہاب کھار
یارو دوستو ہیوت تمکھٕن  دُنیاہ دوہ تارِنِن تے گژھن
فضلس تہندِس روزو ومیدوار  فقیراہ نامی کیاہ وہاب کھار
شاروت ناگس پیٹھ بیہہٕ لوو کھ  مالس ناجہٕ فاتح پر لوو کھ
فاتحس تہندِس روٗدو ومیدوار  فقیراہ نامی کیاہ وہاب کھار
گرِ ووت شرِی باڑ سمے پہ ساری  یا اللہ کرتس پننِہ یاری
مکانس پیٹھ اوس مکانہٕ دار  فقیراہ نامی کیاہ وہاب کھار
وصیت کرنے لالس کمالس  بأے بارِنی سپھاہ گیہٕ بے حس
ووٗستوٗرولس منز اوس شہمار  فقیراہ نامی کیاہ وہاب کھار

قلندر فقیرس بستہٕ چھے زلو
شزبز بدلہٕ تمی گرسہ چیو
زنیش تتہٕ مرنس گرسھ بیقرار
فقیراہ نامی کیاہ وہاب کھار

ژھارنس بأے بند در دل تہٕ یار     یا آسہٕ درگاہ نتہٕ آسہٕ زار

پانہٕ رۄد گپتھ اند مزار     فقیراہ نامی کیاہ وہاب کھار

گوہ اوس وہکنہٕ شب زندہ وار     تمی دوہہ فقیرن نیوٗ رفتار

دوراہ کوٗزتے بے شمار     فقیراہ نامی کیاہ وہاب کھار

نقیبرے گنزہ خودا زانن     طالبو فقیرے ہیٚرتے بوٗن

رجبو دُنیا چھُ نا پایدار

فقیراہ نامی کیاہ وہاب کھار

صمد صأبہٕ کھار : یہ اوس وہاب صأبہٕ کھارُن سارِوے کھوتہٕ اہم طالب ۔ اہم اَو موجوب زِ صمد کھار اوس وہاب کھارُن بنہٕ تھرتہٕ تہٕ زامُترتہٕ ۔ یمو ہنو وُ شہ پننِ زندگی منٛزے پنُن خاص جانشین ۔ چونکہ وہاب صأب کھار اوس باقے کیٚشرِ علاقو رٕہتہٕ وادن تیل بل، درنہٕ ہوم، چھترہوم، برزہوم، کھیمبر، ہاروَن، شالیمار، کنگن، آلسٹنگ، ٹُلہ ھاگ بیترِ بیترِ علاقن منٛز آسان یمیٚہ کنیٚ تموٚ صمد صأبہٕ کھارس تیل بلہٕ منٛز قیام کرنُک تاکید کوٗر ۔ صمد کھار تہٕ اوس جان شأیر ۔ تسنٛد کلامہٕ چھُ موجود ۔ صمد صأبہٕ کھارس چھُ تیل بلک ذالدار احمد بٹ گرِ رٹان تہٕ تس اکھ مکانہٕ بناوتھ دِتہٕ علاوٕ اکنال زمین تہٕ دِوان تاہم چھِ تمہٕ زمینہٕ منٛز وۄنۍ صرف ۵ کنال موجود ۔ باقے کھیوٗ لکو ۔ صمد صأبہٕ کھار چھُ اَتھی زمینس منٛز تیل بل پیٹھ شالیمار گژھوٗن کھوورِ طرفہٕ دفن ۔ صمد صاب کھار دراہٕ یمیہٕ دُنیا منٛز ۲۶ ذی قعد ۱۳۵۲ ھ کیٚتھ ۔ یہ دوہ چھُ بڈ

عقیدتہٕ سان مناوہٕ یِوان ۔ صمد کھارس آسی واریاہ طالب یِمن
منز احمد بٹ ذاالدار عرف ذالدار موت، محمد بٹ صالح، صمد کُٹھ
تہٕ علی کُٹھ تہٕ شامِل اوس ۔ وہاب صابن اوس اکھ دوہ ییٚہ وۄنمت
زِ کُٹھو منز نیر اکھ گبون وول ۔ یِہمیُک تولوت اُزیک اکبر تیل
بَلی چھُ ۔ صمد کُٹھن لٔڑکہِ احمد کُٹھ چھُ دعوا کران زِ اکہِ دوہ ییٚہ اوس
وہاب صاب مقدوم صابن گرٕ تھان ۔ آشے باغ کڈلس نشہِ وٲتھ
وۄنُن ہاشنرس ناو پھِر والیس تہٕ کیاز مقدوم صابٕ چھُ ناو نمس
پیٹھ بہتھ ۔ اُتی لوگ وہاب صابن ونُن :

پپر ڈیُو نتھم یِوانِ راضی آسم

وہاب صابہٕ کھارٕن بیاکھ طالب اوس تیل بلک رسول راتھر ۔
اُمس پتہٕ اوس وہاب صاب نمازِ تہٕ پران ۔ یِلہِ وہاب صابس
گبون باتھ یِوان اوس ۔ رسول راتھر اوس تہٕ فورن لیکھان ۔ اکہ
دوہ ییٚہ اوس وہاب صاب تہٕ رسول راتھر زٕ بٔنز آرس تران ۔ وہاب
صابن وۄن اچانک پاٹھی رسول راتھرس ٹھہرنہٕ با پتھ زِ گوڈ لیکھ
یہ باتھ یُس امہِ وِزِ تس نازل سپد :

لوہوٕ طوطہ بولہِ جگر چھولہِ لولو

یہ اوس وہاب صابنہٕ زندگی ہیٹھ اکھ موختر تجزیہ ۔ وۄن سپدِ بر وۄنہہ
کن وہاب صابنہٕ شاعری ہیٹھ کم کاسہ کتھ ۔

ڈاکٹر آفاق عزیز
ڈاکٹر محفوظ جان

# شاعرانہ تجرُبہ

کانٛہہ تہٕ ادبی یا تحقیقی مسلہٕ چھُنہٕ سہل یا سخ اَنزاوُن۔ سہل چھُنہٕ اَوِ کِنۍ زِ دُنیاہَس تہٕ اَمیُک ارتقا چھُ ہمیشہٕ ساوی آسنس ستِۍ ستِۍ عجایباتن، حادثن گرِ وتین وَلسہِ گمتین پُر پیچ دولابن، داستانن تہٕ گُھری دار رودادن ہُنٛد خزانہٕ۔ سخ تہٕ اَوِ موکھ زِ انسان ییلہٕ کینٛہہ کرنُک کمر گنڈان چھُ تَس چھُ ییٚنہٕ ہمہ پائے وتھ ہاوان۔ دِل ییلہٕ کُنہِ رٕزِ لمان چھُ عقلہٕ ہندۍ ساری موقل چھِ حاضر سپدان تہٕ علاوٕ الدینس حکمس پیاران۔ ییلہٕ عقلہٕ ہندۍ سرحد قریب چھِ واتان، عشق چھُ پردٕ ژٹان تہٕ سرحد چھِ مسمار گژھان۔ یام مُنزلُک مسافرِ عشقہٕ دریاوس نزدیک واتنہٕ کوشش چھُ کران۔ پیالہٕ بردٲری چھُ تٔمِس پیالہٕ بردٲری کرانِ تہٕ انسان چھُ ہمیشہٕ ساوِ کُس روحانی فلسفس متلقِ کُنہٕ حدس تام زانی یاب سپدان۔ کُنہِ حدس تام اَوِ موجوب زِ عالمہٕ کاینات تہٕ اَمکِس لوح لنگرس تہٕ نظامتس ہیٚتھ ہُرن سوٚنچُن یا مکمل دالتھ کرنِ چھِ نامُمکن۔ تاہم یہِ کینژھاہ مقدورہٕ موجوب اتھ متلقِ ونہٕ چھُ آمُت، سُہ چھُ توجہ طلب مگر تتھ اَنزۍ مُنزۍ گژھن تہٕ تہٕ سمجھنہٕ خاطرٕ چھُ ضوٚروی زِ انسان گژھہ مجموعی

طوٗ اَمہِ قسمہِ سوٗد بوٗد سٕتھاوان آسُن۔

ییٚلہِ منصوٗرس اچھ مارے گنٛڈن۔ تمۍ کٔرۍ تمام منٛزل طے تہٕ آخرس ووت سُہ حقیقتس قریب تہٕ سیدُس تسنٛدِس مٔیل۔ تاہم ییٚلہِ طالب اتھ وتہِ مسافرتھ شورو چھُ کران تس چھِ مشکلاتن ہنٛد مقابلہٕ ڈسلا بسے کرُن پیوان۔ یہ چھُ صوفی ماداننٛگ اکھ پہلوٗ تہٕ بیاکھ طریقہ چھُ یہِ زِ صوفی تالیم یا کلامہٕ پرُن تہٕ چھُ تتھے یا اکھ کسب سیٚتھِ یا آٹھ یا ہرے شاپرن یا فلسفہٕ پرِتھ خاطر کیہنہٕ اوٗصوٗل زاننۍ ضوٗروری چھِ مٔنٛن۔

**سواد تہٕ متن:-** یہ کتھ پزِ پرن والین ژیتس تھاوٕنۍ زِ ییٚمہ ساتہٕ تیم کُنہِ تہٕ زبانۍ ہنٛد کانٛہہ مسوٗدِ یا کتاب پران آسن، سوادِ تہٕ متن پرنس منٛز زناون تم ٹیکنیکی اوٗصوٗل تہٕ احتیاط۔ پرٕیتھ کانٛہہ علم پرنہٕ برونٛہہ پرکھاو تہٕ تمہِ کنِ بُنیادی زانٛہ جارن سنہٕ تہٕ تمہِ کنِ ارتقائی نیتیجن اَنزِ منٛز گژھنہٕ باپتھ چھُ ضوٗروری زِ پرن وول گژھِ زبانِ ہنٛدِ صوتی زانٛہ جارو، لفظو تہٕ جملہٕ کیو موجدی محرکاتو تہٕ با ہرے گرانٛمر کیو اوٗصوٗلو تہٕ خوبیو لشہِ مکمل یا آٹھ باخبر آسُن تاکہ سُہ ہیکہِ فن پارٕ صحی پاٹھۍ سمجھِتھ تہٕ تمہِ کسِ بُنیادی رُحس واتہٕ تہٕ دٔدارٕ۔ وُچھنہٕ چھُ آمت زِ اکثر پاٹھۍ چھِ تنقیدی اوٗصوٗلن ہنٛد آلی ناش سپدان تہٕ فن پارک رٗح چھُ مجروح تہٕ تمیک موکھ تہٕ خیال چھُ مسخ سپدان۔

**تودرٕنٛگ کرشمہٕ:-** کشیر ہنٛز سرزمین چھےٚ پرٕیتھ لحاظ خوبصورتھ تہٕ دِل مۄہہ وٕنۍ۔ یہ چھُ تودرتکۍ اکھ کرشمہٕ زِ ییٚتیک آب وہوا

چھُ شوٗنٛز، شوٗد، ساد پروار تہٕ رُح افزا گرمش نہ گرم است سردش نہ سرد است ۔

زرخیز میٚنٛز چھُ ہمیشہٕ رٕٹ تہٕ جان پاداوار نیران ۔ اتھ پٲٹھ آب وہوا تہٕ صحت بخش آسنہٕ او بر گوبر گوو آسی بچھے ۔ امہٕ قسمکی زمینی سوٗنٛفر چھُ کاشرِس ازلے باگہٕ آمُت ۔ کاشرِس زرخیز زمینی سوٗنٛفرس لرِ لوٚر چھُ یہنٛد ذہنی سوٗنٛفر تہٕ زرخیز تہٕ ماپہ لوٚزکھ ۔ یہٕ زرخیز تہٕ معتبہٕ لاہنہٕ لوٚت بجر چھُ کاشرِس شاہرِ سرمالیس تہٕ باگہٕ آمُت ۔ کھیمندرس پیٹھٕ از تام لیس تہٕ کلام بازروٗت تتھ منٛز چھُ امہٕ زرخیزی ہنٛد نیب لیوان ۔ یہٕ بجر چھُنہٕ کاشرِس منظوم کلامس منٛزے لوت درنٛٹھی لیوان بلکہٕ سائنسِ نثری ادبس منٛز تہٕ ۔ نیل مت پران آسی تن یا راز ترنگنی ، زینہٕ وِلاس آسی تن یا کتھا سرِتھ ساگر ، برہت کتھا آسی تن یا تاریخ حسن ، للہ دید ، نُندرِ یوٗش یا حبہ خاتوٗن آسی تن یمن منٛز چھُ کاشرِ زرخیز زہنک لوت گزر بر کنہ تہٕ گنزھان تہٕ سوادی شکلہ منٛز تہٕ میلان ۔

یس قلم کارس یتھ ماحول ، آب وہوا تہٕ اوند پوکھ میسر آسہٕ تمیک عکس چھُ فن پارس منٛز گژھے ورگہٕ تہٕ باضے ٹاکارہ پاٹھی لبُن نیرُن لازمی ۔ یوتام وہابِ صابنس کھارِ نہ شاعرِ مزاجکھ تعلق چھُ ۔ سُہ چھُ کاشرِس لوت بجرس پننی زمین بناوان تہٕ باوٕ زہندِ ین منٛز ہلیں تہٕ لگہٕ ساوی ارمانن زلو بخشان ۔ وہاب صابنہٕ کھارِ ذِ شاعرانہٕ تجربہٕ چھُ عام فہم آسنس ستی ستی قدرتہٕ میٚچھ لیہٕ منٛدِ ترجمان ؎

پاری لگیو ہا مدن وارو لو کچارو بینتی روز تم

خابہٕ مٔنزٕ رے گوس بیدارو لولہٕ ناٗری، کوٗرنَم سوٗر
دوٗر موہہم پوٗرِ رکہٕ یارو لوکچارو یینتی روز نتَم

یمِن شارن ییمہٕ وزبیتہٕ زاوِیہٕ وُچھو ۔ بدل مانہٕ چھہٕ توجہ منگان ۔ دِیہس مٔنزٕ ژٕن تہٕ ییتہٕ ییٚژھ والِس گژھُن ، چھہٕ شاعرِس گوڈٕ گوڈٕ اکھ خاب باسان ۔ تٔس چھُہ والِسی ہنٛد یقیٖنی تہٕ ابدی پڑاو مرتی کرنَس پیٚٹھ مجبوٗر کران ۔ لوکچارُک یہٕ راوُن تیوٗل چھُہ وہاب صابہٕ کھارس ابدی زندگی ہندِس سرمایس پیٚٹھ شُد تہٕ سان سوٗنچہٕ ناوان ۔ یہٕ چھُہ لوچرِکِن دوہن پیٚٹھ ضوٗروٗر مرتی خان مگر دُنیاوی ریت رِواجَن اَنزٕری مٔنزٕ گژھِتھ چھُہ یہٕ دنیاوی لوح لنگرِ عارضی زانِتھ پانَس تسلی دِوان تہٕ یِنِن ذہنی عناصرن جمایِچ فکرِ پاوان

تور کیٚنژٕ کینژ ھاہ ہیتہٕ باٗنٛتھی ییے
نارہٕ سینٛدہٕ ہوترُن پیٚچھے
آسان اوش[1] کرِ سارٕنی تیتے
ہا مہ ستے ہاونا روے

صوفی شاعرِن ہنٛدِ شارِ مزازٕ تہٕ شار کہٕ رُچہٕ تلہٕ چھُہ باسنے

---

[1] اوش چھُہ کاشُر دوہہ دینچہٕ زبانٕ مٔنزٕ استعمال سپدان مثلن تٔمِس چھُہ غمن اوش کوٗرمُت ۔ اوش گوو ژال تہٕ مصیبت تہٕ سختی تہٕ تہٕ اوش چھُہ ہنچہٕ ہیوٗ آسان ۔ بوٹک یا چیٖنہٕ ہنٛد اوش تہٕ ۔

ٹاکارٕ تہٕ گتہٕ ورگہٕ پٲٹھۍ اِشارٕ میلان زِ صوٗفی چھہٕ ییٚنہٕ رُوحٲنی تربیتر
ہنٛدٕ ابتدا ناسوٗتکہٕ ژاٹہٕ ہالے کران تاہم چھہٕ اکثر صوٗفی اُمینگ
اعلان تمیٚہ وِزِ کران ییلہٕ تِم فنافی شیخنک کورس مقرر وقتس
تام سیدٕ بتھہٕ لوٗرٕ چھہٕ کران ۔ صوفین چھُنہٕ یقیٖنے یوت بلکہٕ چھُ تِہُنٛد
ما حصل یِی آسان زِ تخلیقِ آدم کأیناتی وجودکۍ محرکات زانٛنہٕ پتہٕ
پرکھاوٕنۍ چھہٕ رہبرس ورأے ناممکنِ ۔ مثلن

پیٖر سٕنز وٕتہٕ لار سید کھہ بیدار زان ادٕگترٕ ھی تتی ذاتستے
اُصلٕکۍ ذأتس تے دِلس مَنٛز جاے چھییٚے ذاتستے

رہبر سٕندیوٗ ہتے خیال مدِ نظر تھٲوِتھ چھُ وہاب صاَبہٕ کھار
رُوحٲنی سفرٕ کیوٗ پڑاوَو مَنٛزٕ گذرِتھ وتہٕ ہاوکۍ سٕند مدح خان بنان
مثلن :

پیٖرٕ روٗس روزی نہٕ ژھَل
سیٖنہٕ دار تیٖرن مہٕ ڈل
ژھ دیہٕ نشہٕ موٗ کل
مارکھ شِکارٕ لو لو
سر تر وُوم میٖہ برتل
ییٖہ نا یار لو لو

وہاب صاَبہٕ کھار چھُنہٕ کاٗنہہ لُوٗ پأغام ہیتھ آمت بلکہ چھے
تِمنٛز شارٕ وٕکھنے عام صوفی شاعرن ہنٛدی پٲٹھۍ اِنسٲنی پیتھ کُل

کڈان ۔ دۄ گینیار، دِ ے نہٕ حسدٕ لشیہِ موکجار لبٕۍ ہتھے پچھے دِ ی
ہوش عناصرِ حقیقی مٔنزلس محرم گژھان مثلن :

کس ہکہِ ڈنتھ یاگژھ بٕنن
عجب کیاہ بے پرواے سے
گنیے زان تن پُرد نہٕ پٕنن
نہٕ ون نہٕ کیتھ گنز آیسے

یمہٕ ذی حس عناصر بیلہِ مذکورٕ صاحبہ زمان ورتاوس
منٛزانان چھُ، تس چھُ رازٕ ہونٕز شند حال حالی گژھان ۔ وہاب
صاحب چھُ یتھ کتھہِ نہٕ فلسفس اَنٛزٕ مٔنزی گو مت زِ دینہک
وجودس یُن چھُ عملی طور دٕبہ دوپ یا نے کن فیکن ۔
سُہ چھُ قایل زِ کاینات وجودس ینک محرک چھُ حرف
نہٕ صرف عشقِ ۔ کاینا تکہِ وجودکہِ وجوہات نہٕ اکہِ باتھے پہلو
چھُ وہاب صاحبہ کھار "نور نامہ" ناوچہِ نظمہِ منٛزوژھناوان ۔
نورکہِ پرتو چھِ زمانہٕ ومکان نہٕ زونٛ زاتٕ ہندس رۄپس منٛزوندی ۔
نورکہِ زورٕ نہٕ عشقکہِ شوقہِ بیلہِ تعمیری عناصرن چھکارٕ لوگ، رنگ
بہ رنگی، مولہِ نہٕ نورکہِ بے شمار صفات نہٕ وجدانی کیفیژ آیہ
بارسس ۔ نورکہِ ظہورٕ نہٕ عشقہِ داد چھُ ساکہِ زمان تخلیقہِ آدمہ
ہندس بنیادی سوتھرس پیٹھ واتان ۔ اگرچہ اِرمح ذلا لتھ
بظاہر سبدیوٚد چھے مگر اینک ورداتہ پرساوی تجربہ چھُ
اکس شوزرس نہٕ بسترس منٛزے پینٛز رنگینی نہٕ ٹٕہ یمی مانہِ

راوان ۔ پرن وول چھُ سہل تہٕ سیود لفظن منٛز تہٕ لطف تُلان ۔
ووں گوٚو وہاب صاب یہٕ نور نامُک شار چھُ تمہٕ آیہٕ دلالتھ کران
زِ پرن وول چھُ کُنہِس واتان ۔ یتھ نوٚ قطس ستی تہٕ ہیکو اتفاق
کٔرِتھ زِ یہ نظم چھےٚ کاشرِ ین واریاہن صوفی نظمن منٛز موٚ متاز ۔
موٚ متاز اوٚ موکھ زِ امہِ قسمُک موضوع چھُنہٕ وہاب صابنہٕ کھارس
ورآےٚ کانٛسی شاعرن ورتاومُت ۔ یتھ کُن مکمل پاٹھی توجہ چھُ
دِنہٕ آمُت ۔ تاہم چھِ اکثر شاعرو نورکہِ تارِیف کٔرِمٕژ ۔ نور
نامہٕ نظم پٔرِتھ چھُ پرن وول حارٲن تہٕ گٔرِھان تہٕ داوس تہٕ
لگان ۔ اکھ اکھ شار پٔرِتھ چھُ انسانس شبہٕ وِژی عناصرن ہنٛد
غولام بنُن پیوان ۔ نظمہِ ہنٛد لفظ لفظ چھُ پرن واَلِس گھسے نارٕ
سینہٕ ناران تہٕ گھسے ٹٕرِ منٛز لٕدر مال کھالہٕ ناوان ۔ عشق یہ چھُ
یہِ رساوی تہٕ رمز شناسی ہنٛد آہٕ تہٕ ۔ امہٕ کہ زورٕ ستی چھُ وہاب
صاب نورٕ اندر نار تہٕ نارکہِ زورٕ آبُک پے لبان ۔ منٛزلہِ مقصودُک
پے کڈان کڈان چھُ عشقُن مسافر تمہٕ وِزِ غوتن گٔرِھان ییلہ
تس پیپر سمنٛز کنہٕ شینچھ عملی طور ثابت چھےٚ گٔرِھان تہٕ اِدٕ چھُ
سہٕ تتھ یُمہِ آیہٕ زلو دِوان مثلن:

داوس حُباب زاو حُبابس واو ہوٚ ہوٚ ہیوتن پرنے
ہوکے زورٕ ستی اِشارٕ لوٚب ملکو نینٛدرے گیہِ بیدار

داوگ تہٕ حُبابک رِشتہ تہٕ ہوکہِ زورٕ ملکن ہنٛد بیدار
گژھُن چھُ احمد صابنہٕ بٲوارنس یتھ شارس ہمسر:

# ساری مطلب نشہِ چھِ پانسَ جس کوٚنہٕ چھےٚ واتان

نوٗر نامہٕ نظم چھےٚ پننہٕ بتھ پٮ۪ٹھ تہٕ جہرٕٮ۪ل آسنہٕ پارٕ پانے
کران ۔ یہِ نظم چھےٚ پرٕدٕ تھوٚوِ تھوٚوِ تہٕ خوبصورت، اعلیٰ، رٔنگین تہٕ
صوفی پہلوٗن ہنٛزٕ نٔنہٕ پاٹھۍ ترجمان ۔ اعلیٰ تجربس ییٚلہِ اعلیٰ باوتھ
چھےٚ سپدان، اعلیٰ سوچ چھُ کاڈٕ کڈان غرض ییٚلہِ وہاب کھار
رازس ژٕکِس تل واتان چھُ، سُہ چھُ تمام پردٕ ہٹاوتھ پننہٕ
رۅحٲنی منزلُک سرگزشت اوٚکٕطرف ترٲوِتھ اصل کیتھہٕ کُن اشارٕ
کران ییٚمیُک تس جستجو چھُ آسان مثلن:

دِلہٕ کے دروازٕ اژھ تہٕ اندر نوٗرٕ وچھکھ بے شمار
من پننُن صاف کرِتھ ہن رہبر ہن گژھِ اِن پکرٕنے

اَتھ مقامس واتتھ چھُ سالکس سارے کثافت ختم گژھان
تہٕ سُہ چھُ اصلی حقیقتس نزدیک واتان مثلن
دِلُک پمپوش ییٚلہِ پھوٚل بہ جوش سُئے گو سمکھن یار
عبدا وہابس نظر بر مولاہ صاحب گژھیم تٔژِ نے

یُتھ تام صوفی شاعری ہندِ کاروانُک تعلق چھُ ۔ وہاب
صاحبہٕ کھار چھُنہٕ کانٛہہ موٗلی صوفی ۔ سُہ چھُ بقدرِ شانُک
وٗلہِ پرنہٕ کاشر صوفی شاعری ہندِ ہن ممتاز گوٚنہٕ ماتن منٛز
گژھِ تینٛز سپدان ۔ رۅحٲنی ژٕامہٕ حالُک پرٕ یتھ تہٕ مشکِل پڑا و

"جنۂ دمہٕ"، منزی گنڈرتھ چھ وہاب صاَبہٕ کھار دُر عرفانس تام واتنح وتھ دٔریاف کران ۔ کیتھِ دۄنٛی دِتھ چھ سۄ ونان زِ دُرِ عرفان حاصِل کرنہٕ خاطرٕ چھ سُدرس تل لابۄدی وسُن گڈ

صدف نیرِ اتھ دُر دانس
سُدرس لبےٚ نوسم نتہٕ تار
دم گیر کھارن دُرِ عرفانس
مشتاق پانس در بازار

٥

بزرگوی زِ وہاب صاَبہٕ کھارس چھ زبردس محنتہٕ پتہٕ ابدی کھل میولمت ۔ تس چھِ تہِنٛدۍ مشکل تہٕ کرٕ ہٹھ منزل طے پیٚتھ کرنۍ یمو منزِ سلامت یِنُن دشوار ہے چھ آسان تہٕ ہرگاہ کانٛہہ یی تہٕ سٹھاہ کم چھِ تمِ آسان یمِن جمأیت میلِ امرٕ قسمہٕ کیو امتحانو منزی گذرتھ کینہہ حاصل سپدن چھ کارے دارد ہیوٗ مالہٕ ۔ تاہم چھ وہاب صاَبہٕ کھارس یہ فخر حاصل زِ تس چھ باگرن کیٛت تہٕ میولمت مثلن

دروازس اژھ تو اندر — ستہِ ستی ہین پنُن پیر رہبر
آب سپدکھ سنگدل کرہو — ہا طالبو ڈر مو ڈر مو
عشقہٕ ندہر چھے وٕڑوٗنے — تس نظر چھے گاڈ گنے
کھیوٗن دِیس ماز چھیوٗن واعظ پیٚر مو — ہا طالبو ڈر مو ڈر مو
وہاب کھار ہو چھے ونان فقیرس — یی مصرفس تی چھم ذخیرس
منصورو سرِ فاش کرہو — ہا طالبو ڈر مو ڈر مو

٥

عام صوفی شاعرن ہندی پأٹھی چھ وہاب صاَبہٕ کھار تہٕ میٛتھی

نتیجس ووتمت زِ تمام دنیہکین رازن اگر تلاش کرن واَلس اَنزری مَنزری گژھنگ مَنزل مُقرر چھُ تیلہِ چھُ لَس لازمن پتَھ پان سَہ کَھر کرن تاکہ سہ واتہ اصلی حقیقتس قریب ۔ پان پر کھاوان پر کھاوان چھُ ضوروری زِ راہ مسافیرس ین گٔڈری ہتہ خوفنا کھ مَنزل مُبھنہ ۔ وہاب صابہ کھار چھُ حقیقی آگرس لَشہِ واتنہ خاطر پان سہ کرنک آغاز شریعت پنیھتے کران ۔ سہ چھُ واضح کران زِ اتھ وتہ چھُ خوٗنہ جگر کہ کاشہ ہوان یکن ۔ اَدِ چھِ لوان طالبس ہتہ امکسِ مُتلاشس قسمہ قسمہِ لال بخشنہ مثلن:

فقیر فائض دراو آگر تلے سارے جو یہ اَگر درایے
سارنے جوین اگر چھُے گُنے ناگن چھُتہ شُمار
فقیرن بیلہِ داِنہ ڈژو طالبس گژھہ سونہ بُرِی زَلس ملے
اتھ بیلہ دانس لوٗئے سگ چھان ذِکرستیِ روز دمدار
سوے وتھ یکِنہ چھُے درمُلکہِ ظلماتکیہ تمہ وتہ ذرایے
شمع زاجو کھ ہٹہ کے رتہ ستیِ ونہ آکھ یکنس وار
قدم بدم گٔیہ بیلہِ مَنزلس لولہِ گاشہِ ستیِ ونہ آیے
لالہ یاقوت زمرود ہو کھتے بخشن بے شمار
آب حیات بیلہ ڈٗنہِ راو کھ بازگش آپہ پرمایے
پان سہ کر تو ہا انسانو صاحب پھُے ہرشایے
سُے چھم ستی ستی دلہِ چے رایے وزان چھم دِلہِ تار

وہاب صابہ کھار چھُ پننس شارس مالس منز مختلف

کرداران، ڈلیلن، لفظن تہٕ اصطلاحن ہندِس پوٚت منظرس منٛز شاعیرانہٕ تجربن ستۍ انفرادی تہٕ اجتماعی سماجکۍ تصور تہٕ برژھہ کنہٕ انان مثلن

| | |
|---|---|
| ظاہر آسکھ آدمی روے | کینژن خصلتھ ہوٗنٛز سٕنز بیتھ ہیے |
| ہا میہ تے ہاونا روے | کیتۍ رۄدی بے غم ییتہٕ کیوٚ تتے |

نٲر ملکی کرداران ہند استعمال تہٕ چھ وہاب صابہٕ کھارنہٕ شاعری منٛز میلان۔ فرہاد، منصور، شرین، سیف الملوک مجنون، لال تہٕ شیخ صنعاہی کردار چھ قابلہٕ ذکر۔ ناگراے، ہی مال، بمبور، بتہٕ ما لی صاحب، شیخ حمزہ مخدوم رح سعد صاب تہٕ بینہٕ تہٕ درجنہٕ واد چھ آہنز شاعری ہندی زینت بنے میتۍ۔

وہاب صابہٕ کھار چھ صوفی ازٕ مکس عشقہٕ امام حضرت منصورس زبردس عاشق۔ تس چھ پسندِ فلسفہٕ تسہٕ زبردس متاثر سپد مت۔

رندو ینلہٕ ہیوت گندٕن ہالے
شرون شرون گوکھ رۄ نہٕ روٗ مالے
تۍ منصورن دیتمٕے سر
اللہ ھو اکبر اللہ ھو اکبر

٥

منصور دارس لوٗ ڈھے ییتہٕ ہیے
ہا وہاب کھارو عاقلن پلے

دارٕ تہٕ نارٕ ستی وارٕ کھوٚت رَتھے
ہامِنہٕ تے ہاونا روے

وہاب کھار صاٮ۪ب چھُ غزل، وٕژن پدٕ تہٕ طویل نظمہٕ ہنٛد خالق تہٕ۔ لال مجنون، حضرتِ سُلیمان، طوطہٕ، نور نامہٕ، ژندن کُل تہٕ کاو بیترِ چھےٚ امہنزٕ طوٗیل نظمہٕ۔ یمہٕ سارے نظمہٕ خاص کر طوطہٕ، ژندن کُل تہٕ نور نامہٕ چھہٕ تمثیلی اندازس منز ساکانہ بادِ تکرٕ موٗلٕلی نموٗنہ۔

ڈاکٹر آفاق غزیر
ڈاکٹر محفوظ جان

# غزل

اَسہِ وُن کلواں مس چاوِ ناوُن — ہاوان عاشقن پننے پان

مسہ کمِن بانن ٹھان مُزراوان — ہاوان عاشقن پننے پان

زُلفے شہمار ییلہِ مُزراوان — شمع رولیس زھاے ستھاوان

صُبحِ صادق زال مُزراوان — ہاوان عاشقن پننے پان

حُسنچہ کمانہِ کشش ییلہِ ماران — ہرنَن تہ شیرن ییلَ انان

ییل اَنی ہتے ژھکھ ساک کرناوان — ہاوان عاشقن پننے پان

رشکے رستن ناد کرناوان — عشقہِ مبتن ستہ چھکھ ہلہ وان

مودرے دلہِ نے زندہ کرناوان — ہاوان عاشقن پننے پان

حضرت جبرئیل آگیہ پھیران — حضرت اسرافیل صور وایان

حضرت عزرائیل رح سومبراوان — رب العالمین لس تہ ہنیہ جان

پتھ روزِ کُنے عالمس کرفان — ہاوان عاشقن پننے پان

اندرے بافس گل پھولہِ راوان — بُلبُل گاتیاہ نالہِ دِوان

گُل گرژھن برتے بُلبل راوان — ہاوان عاشقن پننے پان

عشقہِ ڈریاوس عاشق وو ٹھلایان — موکھتس لُدرس ڈُنہ راوان

تمہ چی خبر چھنہِ غافلن باوان — ہاوان عاشقن پننے پان

رب العالمین یادِ کرمی بیک آن — وہاب کھارِ گواہ چھیے فرقان

اَدِ چھیے مرنے مرتھ زندہ سپدان — ہاوان عاشقن پننے پان

ہ

---

۱ ناد کرناوان (رس)۔ ۲ پھولناوان (س)، ۳ نالہ تراوان (رس)۔

# غزل

آدی منٛے وۄنم ہادی ین — شادی تہٕ غم چھِے منٛے نِشن
اَندری بو زولش لولہٕ ناری — لولکُ قدم چھِے منٛے نِشن
لۆزم منٛے آدی آدی — از منٛے دِلس چھِم شادی
بلہٕ نم منٛے دلکہٕ دادی — ہر صبحٕ و دم چھِے منٛے نِشن
چھوکھ تھونم منٛے للہٕ وُن — وُچھمس منٛے باغ پھولہٕ وُن
تس کیاہ ادٕ چھُ مولہٕ وُن — لعلے عدم چھِے منٛے نِشن
یارن منٛے کرٕی نم وِہی — تھوٕی نم منٛے شرمندگی
چھاوان بینیہٕ نابینیہٕ شہ ہی — باغ ارم چھِے منٛے نِشن
اُمی یاری وِہی منٛے گری نم — زولس ہہ لولہٕ نارن
ژھاین منٛے گینڈ لو کچارن — ہر مانِنز نم چھِی منٛے نِشن
موسیٰ بینیہٕ شہ داوود — عیسیٰ زندٕ چھِے موجود
کعبے خلیل الرحمان — بیت الحرم چھِے منٛے نِشن
ہا میانہٕ دردٕ کہٕ یارو — زولھس ہہ عشقہٕ نارو
ستر کر وہاب کھارو — ستوے زنم چھِی منٛے نِشن
آدی منٛے وۄنم ہادی ین — شادی تہٕ غم چھِے منٛے نِشن

٥

## غزل

اے یارِ مَن مستانہٕ ہا — ہر دَم پران گژھ ہو اللہ
مُشتاق ذاتس کاروا — ہر دَم پران گژھ ہو اللہ
اَندری تہ نٕدرس گنڈٕ بیلہِ جوش — نارٕ کرِ جوشے پھولہِ پوش
گوڈٕ کَر پانس ستہٕ صلاح — ہر دم پران گژھ ہو اللہ
سٕدرس مٕنٛز چھےِ لال موکھتے — دم دِتھ کھاری آسہِ پوختے
دِلس اندرٕ ے یار چھے — سَرٕ کر خود سردار چھے
دِلے پران روز مَن خُدا — ہر دَم پران گژھ ہو اللہ
حقچہِ شمشیر ہوٹ ژٕ دار — ضربس ضرب لاے کرژٕ کار
پلنٕ پانس روز گواہ — ہر دَم پران گژھ ہو اللہ
اَز کارِ سرکار پرٕ احد — احمدﷺ روشَن محمدﷺ
تتھ شایہ ملکوت گو جمع — ہر دَم پران گژھ ہو اللہ
موجود مال چھے نقدیات — گاہے جِنَس نیران بَرات

عبدالوہابو دل تھو صفا
ہر دَم پران گژھ ہو اللہ

# غزل

آمی کلہٕ والن چھُہ رٲو نِسے | لولہٕ کرٕ مسے چھس بیدار [۱]
روٗخسار ڈینشوم جانا نسے | تیلہٕ تو آدم اوس اظہار
ژھوہ اوس ماران وٲرا نسے | لولہٕ کرٕ مسے چھس بیدار
پشہٕ پشہٕ سھووُم پشہٕ ناوٕ نسے | عاشہٕ متیٖ لوگم سبھا بے عار
تمہٕ شامہٕ سردار وُچھ ناوٕ نسے | لولہٕ کرٕ مسے چھس بیدار
ذرٕ ذرٕ سھووُم ذرٕ راوٕ نسے | زرٕ زرٕ وُچھی تن بنیا دار [۲]
زاہنہٕ کرواتکھ نشہٕ یا نسے | لیٖٚ دوے لاگکھ جانا وار
پرٕ تتہٕ دزنے گرڑھکھ عار نسے | لولہٕ کرٕ مسے چھس بیدار
سٕدرس منٛز باگ لال کیاہ چھسے | کینژن اچھہٕ آے بے شمار
کیہنہ چھیِ گگو متیٖ تمہٕ وسوسے | لولہٕ کرٕ مسے چھس بیدار
بنایہ محمدؐ وُچھ ناوٕ نسے | نبٕ یسؐ رتیٖ ستیٖ چھیِ ژوریار

وہاب کھار مشتاق دیدار سے
لولہٕ کرٕ مسے چھس بیدار

○

---

[۱] یہ بٲتھ چھُہ گوڈنچہ لٹہٕ چھپان ۔ (ایڈیٹر)
[۲] بییس قلمی نسخس منٛز چھُ : وِزِ وِزِ وُچھی تن بنیادار ۔ (ایڈیٹر)

# غزل

آلو دِمہ یو پیپرو ماے چاگٔژ راے چھمَ فقیرو
زار میاگٔژ بوزٕو دستگیرو مستانہٕ مرشدٕ سانے
دِلہٕ بوز کنو ودلہٕ بوذ انز روز مہٕ ز مانہٕ سانے
آلو دِمہ یو پیپرو ماے چاگٔژ راے چھمَ فقیرو
کاکد ووتُس پوٚز ژٕے آفتابچِ پاٹھٕی گریوٕ زٕ ژٕے
دغا باز زاٹھہ وِنہ نہٕ پوزٕ ژٕے پوٚز بوز پٕٹزی یارٕ سانے
کاکد ووتس موخریذ پدس گوٚ تتہ ستٕرَ
امام حدینہٕ اندر زار بوز سرداہٕ سانے
ییلہِ وآتی تتھہ آدانس پان پشٕرکھ حق سبحانسَ
تریشہِ روٚس تتہ گیہٕ پانس بے پروایہ خودایہٕ سانے
تریشہِ کینہ دوٚد چاوِ تھو حسینہٕ برہمن ووزٕ ناوِ تھو
سپتس مشز للہٕ ناوِ تھو دینداز مذہب دارٕ سانے
بلبل ہندی پاٹھی زاری کرتھ آوی توٚ گوشٕ گذاری
زلیخا درایہ بازٲری گلی ہمیتھ یوسف میانے
جوگیو شنیاس لاگے دون آمین سورٕ مےٚ لاگے
عبدالوہابو ناگے شوڈیوٚ نظم خودایے سانے
آلو دِمہ یو پیپرو ماے چاگٔژ راے چھمَ فقیرو

٥

# غزل

اوٚر جان منگ تس؎ گاٮ۪تیاہ چھِ رنگ تس[1]
یا ربّ العالمین پانے چھکھُ اَمین
پرٚتھنگ تے پلنگ تس گاٮ۪تیاہ چھِ رنگ تس
گوسانی ناو باغس ستھ ہیتھ رہبرس
تالیہ پیٹھٕ کنگ تس گاٮ۪تیاہ چھِ رنگ تس
دانا[2] یہٕ بہلول حقہ سُند تس چھُ لول
واَنج سنگ تس گاٮ۪تیاہ چھِ رنگ تس
پادشاہ تیمور عالمس مُچھے مشہور
چھے آکے زنگ تس گاٮ۪تیاہ چھِ رنگ تس
ژٕ یادی لارا ن ساتھاہ چھِ پیاران
تاٮ۪بیاہ تُفنگ تس گاٮ۪تیاہ چھِ رنگ تس
عبدالوہاب بس زار ونہٕ صاحبس
چھِ وِرن منگ تس
گاٮ۪تیاہ چھِ رنگ تس

○

---

[1] یہ بٲتھ چھُ ازٕ گوڈنچہِ لٹہِ عوامس بروٚنٛہہ کُن آمُت۔
[2] اکھ اعلیٰ عقلمند رتہٕ خوداوس۔

## غزل

بہ چھس دزامت یارس پیتے[1]
شہ کس پیتے گوم

دَند چھس موکھتے لالو کھوتے[2] دیوانہ گرِتھ گوم
نَم چھس ژنگہ ہتی آدمی رَتے شہ کس پیتے گوم
دوٗبی وانہ چھلان آیس بوتے مَن یَر چھلان پیوٗم
چھلان چھوکان لوٗسم اَتھے شہ کس پیتے گوم
بَند کرِنا وُنس لوٗتے سَتے سُے نار ژالن پیوٗم
چھس للہ ناوان منقلہ زبتے[3] شہ کس پیتے گوم
شمع زاجوم ہٹہ کے رَتے[4] ظُلماتس گاہ پیوٗم
اتھ ظلماتس لال کیا چھرتے
شہ کس پیتے گوم

---

[1] کامِل صابَن چھُہ بیتھ کُنی لیو کھمت، میہ لیہ لوٗسم وُچھان وَتے شہ کس پیتے گوم، تمہِ غرق ڈرِیاد کرِنس لبو تے شہ کس پیتے گوم۔ واریاہ گیوان وٲلی چھِ کامِل صابنہ درزح کرِتھ آمتہ میہ رتی شوروٗع کران۔ لحاظ ہیکو نہ کانہہ اکھ گوڈٕ مہرر دکرِتھ ۔ (ایڈیٹر۔ آفاق عزیز۔ محفوظ جان)

[2] دَند چھس موکھتہ یکلی لال چھس کھتے۔ (کامِل صابٕ)

[3] چھس للہ ناوان منقلہ زبتے (کامِل صاب)، اکیا گرِ منقلہ تھٔو وُنم زبتے (ساقی صاب)
اتھی شارس منز چھُہ ساقی لیکھان بند کٔر اناوُس لوٗیا سَتے ۔ یہ نہ صحی چھُہ ۔ امہ سٕتی چھُہ شارُک مقام چھلہ چھلہ بوان (ایڈیٹر۔ آفاق عزیز، محفوظ جان)

[4] کامِل صابن چھُہ

کیہو غرقِ ڈری یا گرِ بخش بو تے
مے دامہ ڈری یاو چوم
ڈری یاو عشقن ماران گیتے شہ کس پیتے گوم
گمانہ کیہنہ لو اوسم مے تے گمانہ کیا سنہ گوم
گمانہ رفوستے کیا کرے گتھے شہ کس پیتے گوم
کلہ وآلی داما دڑاو مے تے میخانہ منزرے چوم سہ[1]
مس چیتھ و ناکھار طلب دابے پچھتے سہ[2]
شہ کس پیتے گوم

ہ

---

ممی متن درج کوزمت تاہم چھ ساقی صاحب اند ہیتھ غلط اندراج کران ۔ وچھو صوفی شاعری ساقی صاحبنو ۔ ایڈیٹر ۔ آفاق عزیز ۔ محفوظ جان ) ۔

[1] سہ مس چو ساقین میخانے مستانہ گرِ یتھ گوم ۔ (کامل صاحب)

[2] سہ طلب دار بدلہ چھ ساقی نالان لیکھان ۔

# غزل

[1] بہٕ چانے لولہٕ ژینہٕ پیتہٕ لارے     سر آلوَے یارے لو
بۄزم سمار چھُے دوہ تارے     سر آلوَے یارے لو
حضرت آدمؑ چھُے قدآوارے     حضرت حوا چھِس دلقرارے
[2] زۄم شام زرٛیات بیہٕ قندہارے     سر آلوَے یارے لو

وُٹھ وۄزلی گلہٕ انارے
دند شوبان موختے ہار
کیتھ چھے شکر کرواہٕ وارے
سر آلوے یارے لو

روے آیینہ زلف شہمارے     بند گامتی چھِ جانا وار
چشمہ سورمی جودوگارے     سر آلوَے یارے لو

---

[1] لولہٕ چانے ژینہ پیتے لارے چھُ اصلی مصرٕ۔ (ایڈیٹر)
[2] چھُنے زرٛبات عرب بہٕ قندہارے چھُ امیکہ اصلی مصرٕ یُس اسہ اکہ قلمی نسخہٕ منٛز لوٗب۔

کاہہ دیو ہا ماہ وارے  ڈِ ڈُ وچھمکھ سرتا نے
پشِرِیسے من وَولہ ڈباۓ  سر آلوَے یارے لو

اوس فرہاد زورا وارے
لوٹنگ لویَن پان کورُن مار
ژِلٹس شیرینہٖ ہنگہ طوماۓ
سرآلوَے یارے لو

اوس یوسف شاہہ شاہاتے  زلیخا چھس پیارا سنے
سقپ لاینس گونڈنس ناۓ  سر آلوے یارے لو

مجنونن ژڈ نے نارے
لاآلہ روٹتے مر گزار
تمنِ دو شیونِ روٗد خارہ خاۓ
سر آلوَے یارے لو

موے گوم سفید روۓ زرد وار  زاہٖھہ لوزان چھُھہ زار پاۓ
وہاب کھارو وعدس ہہ چاۓ  سر آلوے یارے لو

# غزل

پرٔلھ تکبیر گوو برابر الله اکبر الله اکبر
ژہ پاری ڈُچھی مے کعبہ قبلٔے کوژ میہ سجدِ روبہ قبلٔے
یرٔھے باگراو پڑھے ووں کر الله اکبر الله اکبر
حجرِل اسود بر ہو ا طواف حاجی کرانِ یا الله
بھیر کعبس اندی اندی گیتھ کر الله اکبر الله اکبر
پہلوانس چھ سبٹاہ زور دلے ایزلور وینی لو تور
شمع زالان کعبس کافر الله اکبر الله اکبر
ہندو بنیلہ ہیبوت گنڈن ہالے شرہ نی شر وڈی گوکھ روہ نہ زما
تیہ منصورن ڈیتنے سر الله اکبر الله اکبر
پر ذکرِ دائیم بنی کمال فکرِ گنڈ قائیم ژلی زوال
چیشمو پینہ نوِ دیدار کر الله اکبر الله اکبر
بہ محرم یام گوس یارس کوژم آلو میہ بالہ یارس
سے چھم تابان اندرے نبیر الله اکبر الله اکبر
رؤمیہ رکومیہ گمہ آمو لیسے رحیم سے پچھے رامو
عبدل وہالو چیشم تھوتر الله اکبر الله اکبر

# غزل

پأری لگہٕ یو ہا مدن وارو     لو کچارو یتیٖ روز تم[1]
سیاہ رنئے ہند چھٕے تاجدارے     تس چھٕے راضی پانے جبار
تس یوان مشکِنہٕ دارو     لو کچارو یتیٖ روز تم
لیُس محبت گرٕ ژون یارن     تس تارن پانس ستیٖ
تتھ پچھ روزٕ خبر دارو     لو کچار یتیٖ روز تم
ابلیسن کیا گوٗر کارو     گژھ اکے گوو گمراہ
[2]لتس کبر کھ اوٗن نے وتارو     لو کچارو یتیٖ روز تم
خاپہ منزے گوس بیدار     لولہٕ نارِ گوٗرنم سوٗر
دوٗر موہنیم لوٗرٕ رٕکہٕ یارو     لو کچارو یتیٖ روز تم
مو رشیدنس نشہٕ سیر باو تو     بی شرفنی تی اپناو تو
تتھ پژھ کرٕلے وہاب کھارو
لو کچارو یتیٖ روز تم

٥

---

[1] اکِس قلمی نسخس منز چھُ امہ بدلہٕ یہ شار لو کچارو ستیٖ روز تم ـ یہ بآتھ چھُ گوڈنچہ لیٹہ بازرس منز آمت ـ

[2] اکِس قلمی نسخس منز چھُ وتارو بدلہٕ اشارو ـ (ایڈیٹر ـ آفاق عزیز ـ محفوظ جان) ـ

# غزل

پیپر ڈیٹھمٹھ یلوان راٗتھی آسیم — امیر خودایہ ستی غم کاسیم [1]
شیہ چھ کوہ ماران ژھان آسیم — امیر خودایہ ستی غم کاسیم
پٹرکھ گرنس آنجنا بن [2] — سے لول بوٚرنس حضٔ عائیشن
گواہ ژدر یار شاہد زٕ عالم — امیر خودایہ ستی غم کاسیم
بتہ مول ریٚشی مول چھی یار یار — سے ریٚشی بابا سٹھاہ ہُشیار
بابا داوٗد چھکھ محرم — امیر خودایہ ستی غم کاسیم
حضرتہ بابا داوٗدن — تمہٕ بیت ڈیپن سارنی ناگن
کونسر ناگہٕ روٗ تس پھیرے کرمن — امیر خودایہ ستی غم کاسیم
ونہٕ کبتس پاٗدا گرٕہتم پیپرد — دستہ یاری کرٕم دستگیپرو
گرہمس نیشے موکلاو تم — امیر خودایہ ستی غم کاسیم
پیپرن لیہ یام عاصیہ لوٗیُن — لیہ وٗتھ خون اتھٕ کریم موٗرن
دیلہ بابہ صاب ترٛوٗواتھ کرٕمن — امیر خودایہ ستی غم کاسیم
اسلام علیکم پیپر میانیو — وعلیکم سلام مُرید میانیو
پرہ اللہ اکبر صاحبس نم — امیر خودایہ ستی غم کاسیم

---

[1] یہ اوس نہ ونہٕ بازرپئومت۔ [2] پٹرکھ۔ نیچوشند ہیوٗ برتاو۔

غریب مرید آس دربار چو ن　　پیپرٚ مولوم چھُے احوال میون
سوہٚ بوکمچس ینگار سپید یوم　　امرِ خودایہ ءِستے غم کاسم
ڈیڈِ تل چانے ووتمٚ دہہ　　ہیرٚ پاوی گنئزران لونہٚ لو
پیپر ما ژھیارٚی وُچھان آسم　　امر خودایہ ءِستے غم کاسم
ڈیڈِ تل وآتھِ پوٗر میہ الحمدُ　　ہیرے کھسان اللہ ہو
ہانکلِ چانے بتھپ میہ یہ چھم　　امر خودایہ ءِستے غم کاسم
گردے عام و خاص موٗلم پانسَ　　شفا ووٗنی دِتم نفس میز مانس
سبز تریشاہ تلاوس چھم　　امر خودایہ ءِستے غم کاسم
گاہ مکہ مدینہ توٗری آسان　　گاہ کوہ ماران ییتی چھُ آسان
نوٗرے تجلاہ بینوس دم بدم　　امر خودایہ ءِستے غم کاسم
شِعیو لوٗد شعی کوٗٹ تولوٗدس　　جنازٕ پیرٚن دٕپکھ مخدوم صابس
پروس باجنازے پٔرو یکدم　　امر خودایہ ءِستے غم کاسم
پیپرن پوٗر اللہ اکبر　　موٗدمٹ شعی کوٗٹ اوس ڈیٹھکر[1]
پنٕنی کنیٕ پیپرس کریو ہے زم[2]　　امر خودایہ ءِستے غم کاسم
نیوٗکھ تو بود مزرو وُکھ　　موٗدمٹ شعی کوٗٹ پیتھر ترووکھ
دونٕی چھی پیپرس کران سر خم　　امر خودایہ ءِستے غم کاسم
پیپرن دُعا موٗنگ صاحبس کمُن　　موٗدمٹ شعی کوٗٹ زندٕ سیٗن
عاؔرفن چھُ موجود دم بہ قدم　　امر خودایہ ءِستے غم سکاسم
پیپرو واوس اتھ سوزے سلام　　عبدُلوہاب چون داغے غولام
گانٹرن چانی دہ مید چھم ٥　　امر خودایہ ءِستے غم کاسم

---

[1] ڈیٹھکر گوواریاہ کالک ۔ [2] ہزل ۔

# غزل

پلَے چون لۆزمے یامَتھ   تامَتھ گلزار پھۆلی موعشقو
یہ چھےٚ لامکانٕچ خَرکَتھ   تامَتھ گلزار پھۆلی موعشقو
لولہٕ وآنجہ دَم چھُسُم   یِیمی کرٕی نم سُے محرم چھِم
توے شیر رۆدُم دَم ہیتھ   تامَتھ گلزار پھۆلی موعشقو
اَندرٕ لۆزم شور و غوغا   لَشکرٕ ستی چھےٚ پادشاہ
چھےٚ طآلبن ترٕ بیَتھ   تامَتھ گلزار پھۆلی موعشقو
زۆنہٕ ڈبہ طوطہٕ در آب   نہ تتہٕ نیندرٕ نے تتہٕ خاب
چھِ عاشقو معرفت   تامَتھ گلزار پھۆلی موعشقو
ذاتس مشتاق منصوٗر   سۆرس تہندس پھۆلے لۆر
تَس نو موے رٕژ فرصتھ   تامَتھ گلزار پھۆلی موعشقو
بجہٕ اکہٕ لولی نادو   اُتی تھےٚ روز فرہادو
موٗ یِیہٕ شیرین مَس چَیتھ   تامَتھ گلزار پھۆلی موعشقو
فرہادن پان مورنے   ٹۆنگس ینِنس سہ دورنے
ژۆنٹہٕ پانہٕ گو خۆن ہیتھ   تامَتھ گلزار پھۆلی موعشقو
شمعن یامَتھ گاہ ترٕوو   وہاب کھارن پٔترٕ نوو
بو تہٕ کرٕہَس پوشہٕ رٕی گتھ   تامَتھ گلزار پھۆلی موعشقو



# غزل

پٔژھ ہندِ ے گمانو یٔژھ کوتاہ لول چھُ میٚہ تے
عشقہ مہٕ کلہٕ نار چھُم دزان ژٔندنکُ داریہٕ زول میٚہ تے
پٔژھ ہندِ ے گمانو یٔژھ کوتاہ لول چھُ میٚہ تے
دل مومنِ زبو تھو مسلمان ییتھ کُرسی پیٹھ رحلہِ قرآن
کعبس اندر شمع دزان کافر دِپان یہٕ زول میٚہ تے
پٔژھ ہندِ ے گمانو یٔژھ کوتاہ لول چھُ میٚہ تے
پیٖر محرم کرتم سپرس ہوٚکے زورہٕ بس تہٕ زیٖرس
ہو تہٕ روح چھِی میلتھ ذٔخیرس دمہٕ ستی دم سنبول میٚہ تے
پٔژھ ہندِ ے گمانو یٔژھ کوتاہ لول چھُ میٚہ تے
گٔژھ تہٕ وسیٚر ییے یار مہٕ ناوتن تنہٕ ستین لاگس تنہٕ تن
یار تھونِ گوش دوٗن آلون ییتھ جگرس ہول ژٔلہٕ میٚہ تے
پٔژھ ہندِ ے گمانو یٔژھ کوتاہ لول چھُ میٚہ تے
جام جم چھُم نشہٕ کلوالس دیت میہ جلاوینسِ جمالس
کوزہٕ میٚہ بسمہٕ اللہ مے کسِ پیالس پٔژتھ الحمدُ ادہٕ ژول میٚہ تے
پٔژھ ہندِ ے گمانو یٔژھ کوتاہ لول چھُ میٚہ تے

ژون کونجن چھِے ژور امام کلِّ عالم تمنِ پیٹھ نمان
امامِ تن چھُے عیاں وبیان سجدِ کعبس تام کورمیٚنہ تے
پیٚژھِ ہندِ گمانو یژھِ کوتاہ لول چھُ میٚنہ تے
زِی غولام چھِی آغس شاہی زِی مسافرِ چھِی کران آہی
وہاب کھاران وُچھ درگاہی ینہٕ پیرن دلِ سنمبول میٚنہ تے
پیٚژھِ ہندِ گمانو یژھِ کوتاہ لول چھُ میٚنہ تے

٥

---

ك کینہہ گیوٚن والی چھِ پیٚژھ ہندِ گمانتے یژھ کوتاہ لول چھُ میٚنہ تے گیوان ۔ یاتس چھِتے پنُن رِلوایتی لے یمیٚہ ستۍ سِنہ وُگن ہمرآوی سکوٗت تہٕ فضا قایمِ کرنس منٛز کامیاب گژھ گرزھان۔

# غزل

پھۆلہم پٕتٕر مے پیٛارے[1] — دِل گوم تارِ وٕلو
یارو لٔگے تھٔسِر کارے — دِل گوم تارِ وٕلو

حضرتِ بلہٕ بو ناگے — فرٕ یاد بوزٕ میٛانہٕ آغے
برتل ستیاس لاگے — درشن دارِ وٕلو

جنّت لوٚد شدادن — لدان تس روو آدٔن
تالہِ ٹۆنگ لوے فرہادن — شیٖرین ژھارِ وٕلو[2]

پیٖرن کوسنم تلواس[3] — دِل جان ؤندٕ نا تس خاص
موٚکھتس چھُ لاشک الماس — سٕے لاگ تارِ وٕلو[4]

ساقی مٔنز موے خانس — موے چھُے باگران جہانس
کن تھاو شاہ سُلطانس — مٔنہٕ چے تارِ وٕلو

ماہ روٗیہٕ چونے مینہٕ امار — گُنہٕ گُنہٕ ہاوِ نا دیدار[5]
پونپۆر ژھاران چھُے نار — یان کونہٕ ژالہِ وٕلو

---

[1] اکِس قلمی نُسخس منٛز چھُ امہِ شارٕ بدلہٕ یہِ شار درج : ژھارتھ پٕتٕر مے پیٛارے ۔
[2] پرار (س) ۔ [3] وسواس (س) ۔
[4] موکھتس چھُ عاشق الماس تی دارِ وٕلو (س) ۔
[5] یِم شار چھِ ازگوڈنٕہ لٹہٕ چھپان ۔

کیٛاہ چھکھ خۄن میون مےٚتھنے  مَاتٔنزٕ کیٛنہٕ کھورن تہٕ اَتھہٕ نے
لگیو چانٛین گَتھہٕ تے  شیٖرین دہانہٕ وولو[1]
ماہ رویہٕ چوٗنے مینہٕ امار  گۄنہٕ گۄنہٕ ہاوتا دیدار[2]
پوٗنپُور ژھاران چھےٚ تار  پان کوٗنہٕ زالہٕ وولو
غمکٕ شٔرب کمہٕ پیٚیوٚو  آب اوسہٕ پروان کیٛنہٕ توٗ[3]
یاوان دیٚتمٕنم سگے  وینہٕ چھے یار وولو
عبدالوہابن دۄن شار  گرٕ چھےٚ آسان کھرو شار[4]

وعدس کس کرٕ اِنکار
ییٚتہٕ کیٛا لارٕ وولو
پھۄلہم ژٔتۍ مے پیارٕ
دلٕ گوم نارٕ وولو

٥

---

[1] رتھہٕ وندٕ چانٛین گھتہٕ نے شیٖرین پرارٕ وولو دیاکھ اکھ قلمی نُسخہ تہٕ ساقی صاب تہٕ چھہٕ یی لیکھان ۔ [2] ییہ شار چھہٕ گوڈنچہٕ لٹہٕ از چھپیومت ۔

[3] ییمٕ شار چھہٕ پرن وٲلۍ گوڈنچہٕ لٹہٕ از پران ۔

[4] شار چھُہ اکھ گامک ناو ییٚتہٕ وہاب صاب کھار زامت چھہٕ ۔ امہٕ گامہٕ پیٹھٕ دوٗرٕ زٕ کلومیٹر دوٗر ووستوٗر وینہٕ کسٕ دامنس تل چھُہ شہ دفن ۔ شہ سپد ہتھ (١٠٠) ؤرشہٕ وٲنسہٕ منز سنہ ١٩١٠ ع کیٛت رحمت حق ۔

# غزل

پرزن موٗت میونے یارٔ[1]     تسٔ کمٔ بڑی نم کن تہٕ لو
عاشہٕ موٗت میونے شہ یار     تسٔ کمٔ بڑی نم کن تہٕ لو
یارس گٹرھو لارے     مانسبل ما پیارے
یی بہٕ منگس تی دارے     اطلاس آویلٔ پن تہٕ لو
کلوالسٔ مس پیالا     موٗنگمس تہٕ کوٗرمسٔ یااللہ،
دیٖم نے چھس سوالا     کرشے مس منگ منگ تہٕ لو
ڈلس بولان جانہٕ وار     اتھ بول بوشس مانہٕ ثرار
حضرت بل چھے دیدار     عاشق وو کھلے ناون تہٕ لو
کولگامہٕ ییدرٕ نامدار     یوہنس ٹکمس تن ژرٕ دار
ژکرٕ نمچی چھےٚ شہمار     لچھن کھالان پن تہٕ لو
سعید احمد جلاگی     سرمس بنیوو تجاگی
اسی تہٕ لارو کذاگی     زاروٗنی وہاب کھارن تہٕ لو

پرزن موٗت میونے یار
تس کمٔ بڑی نم کن تہٕ لو

۵

---

[1] اڈی گیون واگی چھ پران: پرزن موٗت ہے میونے شہ یار۔

# غزل

پوٚختن چھئے ناگٕی موکھتہ مالہٕ وٲنیہِ ییے
لالس چھئے شُبان نالہٕ ہے وٲنیہِ ییے[1]

خاباہ ہوونم دِل تنبلہٕ لوٗو نم
اَتی تھے کوٗرمس سوالہٕ ہے وٲنیہِ ییے

پوٚختے کارس توٗری پیتہٕ لارس
دل نیوٚن کوٗرمس حوالہٕ ہے وٲنیہِ ییے

وحی ہیتھ سوٚزنس حضرتِ جبرئیل
لا مکان کھولنَے سالہٕ ہے وٲنیہِ ییے

حضرت گٔئے پکان طے کوٗرکھ لا مکان
سالس تہٕ کھولنَے کالہٕ ہے وٲنیہِ ییے

عبدالوہابس فریاد بوزان
زوٗ جان ہیتھ چھُے حوالہٕ ہے وٲنیہِ ییے
لالس چھئے شُبان نالہٕ ہے وٲنیہِ ییے

٥

---

[1] گوڈنچہٕ لٹہٕ چھپیومُت۔ گٔنہٕ وزِ چھِ گیوان وٲنی پیران:
پوٚختن چھئے ناگٕی موکھتہ مالہٕ ہے وٲنیہِ ییے۔ (آفاق عزیز محفوظ جان)

# غزل

تارِ دل گوم یار یارو چھِنَ ہاو دیدار گرِ گرَ ییے[1]
روم شامے ژِکمبو ونیہ آکھہ رزِ لم تو سوداگرَ ییے

حضرت یوسف چاہیہ منژ کھارنن ہاو دیدار گرِ گرَ ییے
اژھ ظلّمات درسمندر سائل کر تو یسکندر ے

سنھ سُلیمان شہ آسی تن ہاو دیدار گرِ گرَ ییے
ژھالہِ نی نم آمی لو کچاران ٹلم شہ میلیہِ نا باز ییے

وہی کُری نم تی چھِس پینژن ہاو دیدار گرِ گرَ ییے
غرقہِ ڈری یاو یادن گوژنس سائیہ ڈری باو منژ لوَ

سنھ ڈری یاو بند کر دفعتن ہاو دیدار گرِ گرَ ییے
کامہ دیو یار مانسبل گوم شہ پھِلیا چھاو تےَ

سہ چھےَ نا بان شبنہ ویژ نن ہاو دیدار گرِ گرَ ییے

---

[1] قلمی نسخن اندر چھہ باد میۃ دیدن ۔

نامہِ لیکھیو ہٹہ کے رَتے پامہ ژلنم لۄری وۄ لو
رام رحیم یاد ژہے کرتن ہاو دیدار گگرِ گگرَ ییہ
مُشکہ کو فۄر چھسَ ناوتھ تن کرِ چمن یمبرزلے
ویبر بمبر نِے نیرِ دیٖنہِ ژھارتن ہاو دیدار گرِ گرَ ییہ
ماہہ خورشیدِ روے. بیٚلہِ ہووِنم اوس مشتاق یارس یار
وہاب کھارس یلی وۄن فقیرن ہاو دیدار گرِ گرَ ییہ

٥

# غزل

تبلأ وتھس جلوٕ ہاوتھ لگے معشوقو
دوٗن دیدان منٛز کرے جاے معشوقو[1]

پاد لوسم پیتہٕ لالان وُنی دِتی مس وٕنہٕ نے
نیب پرژھوم ستہٕ ریشی نے تی ماگوم کہنہٕ نے[2]
تورٕ دوٗپنم[3] ہرنہٕ کھسَے درے معشوقو
دوٗن دیدان منٛز کرے جاے معشوقو

قد چوان خال شوبان روٗنہٕ دامان
غونچہٕ دہان لول چھس ہران چھُے سورسامان
اتھٕ کھوٗد چھس مانٛز ژنگی ہتی زبر معشوقو
دوٗن دیدان منٛز کرے جاے معشوقو

---

[1] اَکِس قلمی نسخس منٛز چھُ دوٗن دیدان جاے ہو کرے معشوقو کرے معشوقو۔ (ایڈیٹر)

[2] تی ماگو وکنے دقلمی نسخہ، مگر ساٗنی کنہٕ گرژھہِ آسُن تو بہِ ماگو وکنہٕ نے۔ یی چھُ سمی تہٕ ہتہٕ اتھ چھُ لاچک یتہٕ۔ [3] دوٗپنم بدلہٕ گژھہِ یہ دوٗپہم آسُن۔ (ایڈیٹر)

روے چون موجدار زن گُلہِ انار

وُٹھ زٕ چھئی کتھ شیرین دند چھس موختہ ہار

زلو چانی چھنے لاگم خاصن معشوقو

دون دیدان منز کرے جاے معشوقو

روٗے وُچھی مے دوٗرِ زیبان سہ چھ گاشراوان

دون گوشن زُلفہِ پیچان بنیہ بُمہ کمان

ڈیکہ ہمبر نستہ خنجر زبر معشوقو

دون دیدان منز کرے جاے معشوقو

شانہ کرہے اتھ مولیس کانہہ بروٗ چھنہ شمع روٗلیس

گتھ ہہ کرہس دیدان تتھ خولیس

پردہِ چھی نتہ پردہ کیا کرے معشوقو

دون دیدان منز کرے جاے معشوقو

تنبہ لاَونس زوٗنہ گاشن چھو راونس دردل

سپر زٕ چھتم پیر میانیو وندے پادن

از وہاب کھار پیاٗی تاریف پرے معشوقو

دون دیدان منز کرے جاے معشوقو[1]

٥

---

[1] یہ باتھ چھُ گوڈنچہ لٹہ چھپیومت از۔

## غزل

نَھاوکھےَ کَن سوخنن تےَ۔
آسکھِ یوٚ دوے ہُشیار۔
نَتہٕ کیا وَنُن جاہلن تےَ
نَخقےَ راوان گفتار
خاکَسَ چھےٚ آیِخ تنَ تےَ
نارَس تہٕ واوَس چھُ ہلہٕ ژار
ژون چیرِن چھےٚ اَڈرَن تےَ
خود چھُنہٕ روزان رَفتار
شریعت ژرِے پالتن تےَ
طرِیقتہٕ ژلیو زنگار
حقیقتھَ چھےٚ دِہدَن تےَ
معرفت چیتھ رٹھ قرار
ناسوتہٕ سَپُن کُن تےَ
ملکوٗتہٕ نش گژھ بیدار
جبروٗ تہٕ قرار ژرِان تےَ
لاہوٗتہٕ سَپنکھ عیار
علم الیقین گو زبان تےَ
عین الیقین گوَ یہار
حق الیقین سپَن تےَ
حق الحق چھےٚ دیدار

فنافی الشیخ فنافی الرسول ییٚن تےٚ
تمہٕ گژھتھ فی اللّٰہ چھُ اَسرار
نفی یَس ییٚتھ دِتو تَن تے
تورِ یتھنو گژھی پینڈار

پٕے اوٚنے جبرٔیلن تےٚ مِیکایٖل عینٕ اَذکار
روٚٹے صوٗر اسرافیلن تےٚ عزرایٖل خشم و خُمار

نِشانہٕ چھےٚ رِندن تےٚ
سے پیٚرزٕ ناوٕن چھُ دُشوار
پرتوٗ [1] ییوٚکھ چشمن تےٚ
دَر بار ڈیٚشِتھ چھُ سرکار

چھوٚرس یکسانن تےٚ اَصلس چھُ اصلکےٚ اَمار
وَصٕل چھےٚ واَصلن تےٚ زانن [2] چھُ وَنان وہاب کھار
نٕھاو کھےٚ کن سوخن تے آسکھ یوٚدوے ہُشیار

٥

---

[1] زردی چھکھ (س) — [2] زانن گوٚ زانن واَلۍ، باخبر —

# غزل

تن زاجہنم اَمی یآری   چھم تنہٕ تھوٗنگل لآری

تمہٕ دٔری یاوُک شور   سُسے زانہٕ لیُس گوٗ تور

تمی موکھتہٕ ہار بوٗسٹھ کھور   تزوٗ پرتھ دارِ تہ بآری[1]

نوٗن روزِنھ ہیٚر لبون   چھمُ نوٗر مَنز چُشمَن

خوٗ سٕے تھاوستی شاہَن   زٕلو روزِ تالسَ لآری

دَمہٕ ستی پھوٗل گولاب   ڈیشتھ گوٗس لے تاب

گوٗ رنگ آنجناب[2]   تابان چھُے تٔہ پآری

منصوٗر کھوٗت بَرَ دار   یکسان نوٗر تَے نار

مردن ہندِ سے کار   ئیژ ہوٚپچھ تھَضر آری

چھوکھ تھوٚونَم لٕلہٕ وُن   بَکس ہیمہٕ سیر باوُن

یار میوٗن گوٚژھ مِنٕوُن   زِنٛدہٕ کوٚرنس مآری مآری

وہاب کھارو ہوسے   چھتھ کتِی واَمِل گئے

چِنس ستی تھوٗ ئے

گنتھ گرٕی یارس یآری

چھیمِ تنہٕ تھوٗنگل لآری

---

[1] یہ چھُ اصلی بٔری لفظِ یانے بر مگر وزن قآیم روزنہٕ خآطرٕ چھُ اتھ لفظس مَنز لَبہٕ ہُند زیادے یہن عملہٕ دخل —

# غزل

تارِ موکھتس الماس برمو    ہا طالبو ڈر مو ڈر مو
لا پروومُ لا پرزِ نووُمُ    پوٗرمیہ اللہ جمع تھاوُمُ
وٕلِہ غافلو غفلت کرمو    ہا طالبو ڈر مو ڈر مو
دروازس اژھ تو اندر    ستہِ ستہِ ہین ہینُن پیر رہبر
آب سید کھ سنگدل کرمو    ہا طالبو ڈر مو ڈر مو
گژھ زینُن سیف الملوک    جنگ کرِ وُن بوزِ ناو سوٗلوکھ
بدوالجمالہِ کیاہ چھمُ کرمو    ہا طالبو ڈر مو ڈر مو
عشقہِ ندہر چھے وڈرُونے    تس نظر چھے گاڈِ گُنے
کھیون دِس ماز چھیون واعظ پرمو    ہا طالبو ڈر مو ڈر مو
یمبرزلہِ چھی کھائی دربستے    چیوو بمبرن شہ تہ گوٗ مستے
ہا سوٗ نبلو کارٕ ہیچ کرمو    ہا طالبو ڈر مو ڈر مو
ونھ پکہِ وِنہِ چھے راہہ بندر    ظلماتس روز تو اندر
دوٕن اچھن وس لاگتھ سورمو    ہا طالبو ڈر مو ڈر مو

گژھ نیرِتھ درِ ملکہِ ظلمات
ؤلی پھیرِتھ ان آبِ حیات

بیٚلہِ نبی ادٕ زانہہ مرمو
ہا طالبو ڈر مو ڈر مو

زلیخا چھےٚ درِ ہفتہِ خانے
آو یوسف گمہِ تام بہانے

تنہٕ[1] نالس برونٹھے شیر مو
ہا طالبو ڈر مو ڈر مو

ینہٕ بوزِ وتعمیم انضار مو یو
کوہہِ قافس پھیرِتھ آیو و

ژہ چھہٕ زندے غائبتھ کرمو
ہا طالبو ڈر مو ڈر مو

وہاب کھارٕ ہو چھےٚ ونان فقیرس
بی معرفتس تی چھٕم ذخیرس
منصورو سِر فاش کرمو
ہا طالبو ڈر مو ڈر مو

۵

---

[1] اَکِس جایہِ چھُ لیکھتھ: تنہٕ نالس برونٹھے ہژر مو۔

# غزل

جانانہ ڈیوٹھُم پردن ژھایے دوٗرن ماران گٔژھ لولو

بُلبُل آگیتھ دِل تمیہ لوونم ہر دم گُلہ چے رایے لولو

آدنہ لوٗ دِنے حضرتِ آدم ع خوانَس نشِ درایے لولو

فلکن پیٹھ آسی یِم ملکھ ساری تمنے رٔوحس آیے لولو

بے دین سٔتھُر ونتہ ابلیسن وآران گو تمہِ شایے لولو

مقام ڈیوٹھُم بادشاہِ لولاکؑ بے نام ننہ تتہ دٔرایے لولو

نوٗرِ تجلّی کینژن چھُ دیدن کیہنہ چھی پانس ژھایے لولو

آلو بوزِتھ مَر تمے کرتن سا رِنے تہندے سایے لولو

یردے تلہِ دراو حارِتھ ناگاہ ڈٔری یاو تمہِ نش درایے لولو

آلو بوزِتھ قطرن دامہِ چوٗ ڈٔری یاو کوٗرنے شایے لولو

گونا تہ ثوٗاب تتہِ لو درحبس ڈٔری یاو تمہِ منز درایے لولو

زندن گُل چھی سدرس منز باگ جہاز تورنا درایے لولو

زندن گُلہِ کے ظہوٗرِ ستی جہازٔ اکی سے شایے لولو

زندن گُلہ سے جبریلؑ محرم وہابؔ کھار تمہِ چے شایے لولو

٥

---

[1] یہ شار چھ ساقی صابن اوڈے درج کوٗرمت ۔

# غزل

جانانہ لوّن دراو پانہ در بازار مبارک[1]
وُچھو تن یہ پرستانے آدم لوّدن پانے
بادم بہتھ پانہ سردار مبارک
دزوُن شمع دانے چھاتھ شمع روے
لاگیا مچھ پروانہ دزِ درنار مبارک
ابلیس اوس ارکانے پٹھ کورنس رے
وولُن از اسمانہ گود اظہار مبارک
وزلو یہ بوّرتھ بانے یتھ آسیہ اصلکُ مے
چھوّن بانہ چھا موے خانہ پُرخمار مبارک
کھرس شوُبیا زعفرانے اند واتیاہ نادان لوُے
واوس گرسھ ذولانہ زٹھتھ غار مبارک
سون نیرِ تروانے بیوّن نیر سرتل تہ لوے
سِکہ لگس ضرابخانہ دزِ درنار مبارک
عشقس کُس بیگانے وہاب کھاہ وچھن دے
پیپرن ہودنم پانے از سردار مبارک

٥

---

[1] تام لوکن تام ووت از یہ باسنھ۔

# غزل

چَل گرٕھتہٕ ویسِی یے وَنِتہٕ یارَس
بال پٔڑاران چھس !
بال پٔڑارَس دیدارَس بال پٔڑاران چھس

سودا چونے بازارَس
سُے چھکھ مولہٕ وان حال
سونہٕ تار زٕھینی موکھتہٕ ہارَس بال پٔڑاران چھس

طوطو مول کَر موکھتہٕ ہارَس
چھُے گنٹہٕ رِیتھ ژٔنے مال
منصوری وۄتھ لاۓ عشقہٕ نارَس بال پٔڑاران چھس

لیہ دارِ ترٛاو پرِتھ اژٕرو غارَس
ژٔھٹھ دِیہ ہُند زال
واو تھ پینہٕ مواتھ زنگارس بال پٔڑاران چھس

سأرِی چھِ پژہان نابکارس
گاشدارس نہٕ حال
چِندٕ چھوٗن کیا منگہ گاہٕ جارس بال پژاران چھیٚس
یم پوشہٕ چمن گرِی یارس
کرٕسہٕ پوشن مال
اشہٕ کنہٕ کوتاہ خوٗن ہارس بال پژاران چھیٚس
وۄن دیژ مہٕ پیرس دستگیرس
شاہہٕ بغدادس
عبدالوہاب کھار انتظارس بال پژارن چھیٚس

ہ

# غزل

جلوِ گرِ وچھم ہر شا یے    وارِ ؤچھ دیدار دیدار[1]

ہیرِ گرِ کینہہ ماچھ تھا یے    وارِ ؤچھ دیدار دیدار

ژور چیز اَڈر نہٕ آ یے    آدم گوو اظہار اظہار

تس ملک، نم نے آ یے    وارِ ؤچھ دیدار دیدار

قلمس زلو ینلِہ آ یے    ثمی کوّر گفتار گفتار

چاک گوس پزرتھ تحیہ شا یے    وارِ ؤچھ دیدار دیدار

قرآن وۆنتھ تہنز را یے    تتھ سینہٕ طوٗمار طوٗمار

حفرِ تو لۆر آیہ آ یے    وارِ ؤچھ دیدار دیدار

جبریل سۆزنس تمہٕ رٕا یے    شُدس اقرار اقرار

بُراقس پیٚٹھ تتہٕ آ یے    وارِ ؤچھ دیدار دیدار

معراج گرتھ ینلِہ آ یے    محرم چھس ژور یار ژور یار

بازار دراپہٕ پرٕما یے    وارِ ؤچھ دیدار دیدار

ظُلما تہٕ لعل ہیتھ آ یے    نٕم آسی بیدار بیدار

مُختار زان اڈن چھ تمہٕ شا یے    وارِ ؤچھ دیدار دیدار

---

[1] یہ بابتھ اوس نہ ازتام بازرس منز۔

اڈن تۂ رڈن سھاہ کور لایہے    سٔدرس چھِپنہٕ تار چھِپنہٕ تار
ہاٗنزتتہٕ ہم تہٕ کھوٗر وایہے    وارٕ ووچھ دپدار دپدار
پونپوٗر دراو بے وایہے    وہاب کھار یکبار یکبار
فان گوس شمہچہ گرایہے.
وارٕ ووچھ دپدار دپدار

ہ

# غزل

چھمَ چاَنی سبڑھا ماے مَیتوْ
جاے کیتوْ پچھےَ

دوْرَن ڑِ موماَر گڑاے میتوْ   جاے کیتوْ پچھےَ
ییتہِ نا دَرن پاے مَیتوْ   ہَرن سبزی پچھےَ
کاڑِ زوْرِنہِ کاسَتم گڑاے مَیتوْ   جاےِ کیتوْ پچھےَ
ڈبکس مَنڑ چھے جاے مَیتوْ   آیہِ لنکھنےَ سوَآولے
تیم چھیِ حرَف ڈاے مَیتوْ   جاےِ کیتوْ پچھےَ
گوناہ تہِ ثواب آے مَیتوْ   تڑکرِ توبہم دَے
لہ ترکرے گور گڑدہِ گڑاے مَیتوْ   جاے کیتوْ پچھےَ
کمم کمم سُلیمان آے مَیتوْ   کَتہِ حاتِم سطے
دوراہ کُرِتھ تیم دڑاے مَیتوْ   جاے کیتوْ پچھےَ
یمِ ییمہِ بوہِیرِ دڑاے مَیتوْ   تیم نہِ پھیرِتھ آے

عبدالوہاَبَ راِے مَیتوْ
جاے کیَتوْ پچھےَ
ہ

---

لہ تنخہ کور کن لگہ (د م ل س) ـــــ

# وُژن

چھِے ہرتَن سوٗرِ مے اَچھی زۄٗہنہٕ پَچھی ساٲلہِ ڈٕل جان

سوٗنتنہٕ ربتےٚ[1] زیٹھِصنہٕ پَچھی زۄٗہنہٕ پَچھی ساٲلہِ ڈٕل جان

راہ چاٲکسِ تالہِ پیبھ اَچھی شِلہٕ شانتِن کھوژ ناوان

دراو راہ چوک لۄن گٹہٕ پَچھی زۄٗہنہٕ پَچھی ساٲلہِ ڈٕل جان

راتہٕ موغلِ وُنی کاوس شیٚچھی مۄدی ہتِس کٕسُ چھ ماران

زالبازس گٔیہ مَنہ پَچھی زۄٗہنہٕ پَچھی ساٲلہِ ڈٕل جان

اَکھ تلرٕ بیاکھ چھِے مَچھی ذات پَنٕنی چھَینہٕ تھاوِ روزان

تلرِ آسان ماچھ رٕچھ رٕچھی زۄٗہنہٕ پَچھی ساٲلہِ ڈٕل جان

سُنٕکھ لَیس پان ہووُمُت سُنٕکھی اَنجیل زیٚنٛز زیٚنٛز حالہِ حاران

سنٕکھی باگرانِ انجیل لوٗچھی زۄٗہنہٕ پَچھی ساٲلہِ ڈٕل جان

جبرئیلن وُنی نبیسؑ شیٚچھی نبیؐ یاران سیٚر باوان

وہاب کھارس ستھ کلمہٕ پچھی زۄٗہنہٕ پَچھی ساٲلہِ ڈٕل جان

٥

---

[1] سوٗنتنہٕ ربتےٚ (م ل س) ۔ یہ شعر تبدیل کران چھُ ساقی صاب کاشُر لیَہ نظام عمتراوان تہٕ نام نہاد پیمانہٕ لاگِتھ شار قالبس منز برنٛگ کوٗشش کران ییمہٕ ستیٚ لفظک ساختی نظام تہٕ لیَہ نظام متاثر چھُ گومُت تہٕ شارک حُسن چھُ بےڈول تہٕ بےمزہ سپدمُت ۔
(ایڈیٹر آفاق عزیز ۔ محفوظ جان) ۔

# غزل

حوٗرِ جنتس موٗلہ ناوان　　گڑایہ ماران بالیع یے
دوٗرِ وٗچھمس نوٗر پڑزلان　　گڑایہ ماران بالیع یے
اُلفہ قلہ سے ووشت ہزیوان　　قدِ آدمؑ حالیع یے
جدِ آدم جان شوٗبان　　گڑایہ ماران بالیع یے
نوٗرِ ستہ آفتابہ تابان　　دوٗر چھسں موٗلالیع یے
تاجدارس تاج شوٗبان　　گڑایہ ماران بالیع یے
عشقہِ ڈری یاوِ ہیمی کوٗرِ ے متران　　مشکہ ہمبیر زالیع یے
کالہِ بوٗمبرس چون آرمان　　گڑایہ ماران بالیع یے
نغمہ منصوٗر جان وایان　　کوہ تہ وَن تمُو زالیع یے
برتمُ یہھتہ شاہِ سُلطان　　گڑایہ ماران بالیع یے
نے چھتے آہز دَر نوٗستان　　پلے مے بوٗزیٗز کالیغ یے
چھُتے وہاب کھالنے وایان　　گڑایہ ماران بالیع یے

# غزل

حال ونے پننتے یارٕ لولو ۔۔۔ کوٚر رِند ییتہٕ گو مارٕ لولو[۱]
ییتیم گران ارِ تے ہرَ لولو ۔۔۔ ییتیم ژھانڈان لگہٕ ہندی گر لولو
تھرٕ پوش زن گژھان یرٕ لولو ۔۔۔ حال ونے پننے یارٕ لولو
نہٕ پوٚتر کیٛاہ پیہ لولہِ لولو ۔۔۔ نہٕ پوٚتر گژھِ ماکولہِ لولو
نہٕ پوٚتر منز لس نہٕ واتہِ لولو ۔۔۔ حال ونے پننے یارٕ لولو
نہٕ پوٚتر شدرس وٚوتھ ژھاڑہِ لولو ۔۔۔ نہٕ پوٚتر گنہٕ نہٕ لیوان وانتہِ لولو
نہٕ پوٚتر اند مزار ڈولہِ لولو ۔۔۔ حال ونے پننے یارٕ لولو
ییتیم مھان رویس رتبے لولو ۔۔۔ ییتیم ژھانڈان دبلتے بابہٕ لولو
دورِ دورے چھس ژھینان کھوٚر لولو ۔۔۔ حال ونے پننے یارٕ لولو
یارٕ ہی گنجم گرِ دِ ڈلس ناوٕ لولو ۔۔۔ یُتھنہٕ ژھینہٕ پائی پن طنابہٕ لولو
سانہٕ سان واے ستیارٕ لولو ۔۔۔ حال ونے پننے یارٕ لولو
ستھ زمین نو چھِ اسمانہٕ لولو ۔۔۔ یم تہٕ لو روزن امیہِ چاوٕ لولو
مرِتھ کیتہٕ وہاب کھار آوٕ لولو ۰ ۔۔۔ حال ونے پننے یارٕ لولو

---

۱ پہ بأتھ چھُ گوڈنچہ لٹہِ چھپان ۔ یہ باتھ چھُنہٕ پننِس اصلی صورتس منز ۔ یہ چھُ ہیر پیٹھٕ لوٚن تام ڈلیوٚل ۔ یہ لگژ آسہِ گیوان والین نشہِ ۔ لحاظ چھِ اتھ منز توے وزنس تہٕ قافیس منز فرق لبنہٕ یوان ۔ ییتہِ چھِ اڈٕ گیوان وألہِ بار بار کاوٕ ونان یہ (رواۓ عزیز محفوظ جان) ۔

# غزل

حأرتھ وُچھِتھ تمأرتھ کوٚت گوٗم
کَتہِ ژھانڈھتھ بے پرواہے[1]
لیکھِتھ کاغذ تمیٚہ جاپہ وُچھوم
مرتھ اِنسان ہِزند بٔیہ دراہے

شمع تابان پوشِر کوٚت گوم
پان تمیٚ زولن بے پرواہے
دوستن ہوونم ورشُن کوٚت گوم
برسر روٗدُم کیاہ تھوس ژھاہے

مُقام ہوونم پأغام تتھ گوم
بے نام بوونم خلوکھ شاہے
بوٗزم بأزأری پیپر چُھنے گوم
دہاب کھار منگان ہر دم ساہے

٥

---

[1] یہ غزل چھُ ازگوڈٕ پنجہِ لٹہِ عام لوکن برونٹہہ کُن آمتُ ۔

# غزل

خَنْذِ کرُن ہے منَع[1] بوزی سونْدَر ماگی یے
وُتھڑِ ما ذرَ کھُ چھِنا لیوّدِ ژمئے چِنْذِ چھُے خاکی یے
دون وُتھن نِشہِ پِنا زلو وَزان مِتاگی یے
شور تیژو ہَناہ کوُر نارَن وُباگی یے
گولہِ گئے کورسَنا تِم شیرَو ژاگی یے
تارس زور چھِنا کرُی آبنَ وُباگی یے
نِشہِ واوس پیَنا واو چھُے ہر جاگی یے
واجہِ اَتھنِے چھِنا روپیہ بڑی بڑی زاگی یے
عاَنہِ واجن چھُ گاہ شہ گاہ عنقا باگی یے
آخر زمانہِ چھِنا چھِی کھُن لیوتل ناگی یے
جہنم تہِ چھا ہنا زب زُچھِ تنم کاگی یے
دہاب کھاہِ پر تنا دیدو وُچھِ لجاگی یے
یِن تہِ گرُشن چھِنا
بوزتےَ سوندر ماگی یے

٥

---

[1] خنذ کرنے منع چھِنہ حمی بلکہ خنذ کرن ہے منع ۔

# غزل

دِلہٕ کے کوٗہہٕ پیٹھ کر نظراہ ہۄ تہٕ ہارۄس چھےٚ تآبیا[1]
تختس پیٹھ چھُ بیٚہتھ پادشاہ
ہۄ تہٕ ہارۄس چھےٚ تآبیا

لایِیلہٕ دۄّپن تہٕ شوٗپن پان سآری سے عالمس کری قان
اِلا دۄّپنے گوو جمع
ہۄ تہٕ ہارۄسَ چھےٚ تآبیا

دِلکے درواز اتھ اندر یتھ پآٹھی ظلُمات گوو سکندر
چھیٚتہٕ آبہِ حیات مرکھ نہٕ زانہہ
ہۄ تہٕ ہارۄسَ چھےٚ تآبیا

دِل چھےٚ سمندر لالیَس زال سیٚتہٕ ہیٚن تہٕ ہتبر کھارکھ لال
آگر چھےٚ لا اِلا اللّٰہ
ہۄ تہٕ ہارۄسَ چھےٚ تآبیا

---

[1] یہ بآتھ اوس از تام قلمی نسخس اندر رٹھر کتھ۔

عاشق عشقہٕ ڈٔریاوس غرق گوٚو ڈٔریاو ڈلشِتھ ٲرِتس ییٚو
غارتھ کٔرہا تور پلہ کیٚاہ
ہوٚ یہٕ ہارٕوٕس چھےٚ تٲبیا

عشقہٕ ڈٔریاوے ییمی کوٚر سران شمہکی یاٹھی چھےٚ سون پریزلان
شمہن پوٚنپور کوٚر نے جمع
ہوٚ یہٕ ہارٕوٕس چھےٚ تٲبیا

وَلا بِلاہ قسمے خودا یامت پوٚرم بسم اللّٰہ
تامت بنیوٚم دیلار مولاہ
ہوٚ یہٕ ہارٕوٕس چھےٚ تٲبیا

شب منز دوٚہس یہٕ دوٚہس منز شب تراو دَب دَب وصل ام شب
وِچھکھ شبرنگ رنگن بالاہ
ہوٚ یہٕ ہارٕوٕس چھےٚ تٲبیا

گوہر دراو ہفتہٕ خانے نیلوفر ضوبر شمع دانے
پوٚسفس یِیہٕ درایہٕ ژُلیخار
ہوٚ یہٕ ہارٕوٕس چھےٚ تٲبیا

محیطن نورہٕ ستۍ پوٚرم بدن صفاتن تہندِ بن کُنہٕ ماژعین
عبدُل وہابس دراو تمناہ
ہوٚ یہٕ ہارٕوٕس چھےٚ تٲبیا

# غزل

دود عشقُن چھُم نو بَلانے
گوم تَس پیٹھ دِل دلوانے

محمدؐ لاگتھ نوٗن دراو بازار
زانکھ زانہٕ وِنہٕ چھُے آشکار

زاٰذ ہتی گوہ و یکسانے
گوم تَس پیٹھ دِل دلوانے

پردِ تَلے ننُو دراوِ صوٗرت
پردِ کیاہ تھوَاوٗ نم حاٰرتھ

پردِ تَلے کیاہ تابانے
گوم تَس پیٹھ دِل دلوانے

حاٰرتُس نشہِ کَرِ کیاہ غاٰرتھ
جن یتہٕ تلک تاٰبیا چھو تھۂ

جانہٕ وارن پرَ زا لانے
گوم تَس پیٹھ دِل دلوانے

کُلٕ یتہٕ زرٕ چھِی گامتِی بے ہوش
نے تتِہِ زِلو تتِہِ نے چھِی گوش

تتِہِ راٰو متِی کم کم جوانے
گوم تَس پیٹھ دِل دلوانے

عُلمہِ غاٰب چھُس در گنج دریاو
عبدلوہاب اتھ منز ہیٕنہ آو

پیر سندِ ستِی ژھوہ چھُ مارانے
گوم تَس پیٹھ دِل دلوانے[۱]

۵

---

[۱] یہ باتھ چھُ از عام لوٗکن نش واتان ۔

# غزل

دِل ہیتھ ژوٚلُم شہٕ دِلبر — وَنتَے ولِسی یار واتہٕم کر
نیوٚنم ارام گوم سُے شر — وَنتَے ولِسی یار واتہٕم کر
اوٚلے تی گوٚزرنے بیان — معشوق کرِن شکلِ اِنسان
مُعشوق گوٚزرن پاؔداور[1] — وَنتَے ولِسی یار واتہٕم کر
پننہٕ نے نوٗرَے نوٗر دِتُن — در محیط قرار ہیٚنو تُن
ؤنی نوٗرِ نامن سوے خبر — وَنتَے ولِسی یار واتہٕم کر
ستارس، تام پاؔدا گوو — نرِ زنگہٕ تس آیی زلو
تَتہٕ دٕلیہٕ انبیاتہٕ پیغمبر — وَنتَے ولِسی یار واتہٕم کر
عاشق ستارس گیٚہ بے سوز — دٲر چھس کنن وارٕ لوز
خاصو تاج دِتھ تس چھہ برسَر — وَنتَے ولِسی یار واتہٕم کر
کُنہٕ لیس اکھ بینہٕ پانس — دِنہٕ کیاہ سُے بیگانس
گُزِرس کم پننہٕ کم چھِس وٕپر — وَنتَے ولِسی یار واتہٕم کر

---

[1] پاؔداور چھہٕ اصلی پاؔداوار مگر وزنہٕ موجوٗب چھہٕ الف کھینہٕ آمت —— (ایڈیٹر)

گُنزِن ہِ کوٗزنس حاٗرتن ڈُنی ران لوٗہس بوٗرتن
گُنزِس میہ بوٗز کم کم سفر ونتےٚ ولِسی یار واتہٕ کر
گُنزِس کوٗنہٕ آو بہار گُنزِن اِکتیاہ کرِی فِسرار
گُنزِس کُن تراوتھ نظر ونتےٚ ولِسی یار واتہٕ کر
گُنزِس عاشق ڈُنی دِوان تمِکے داد چھی رِوان
گُنزِن تمہٕ زالی کوٗزنکھ زبر ونتےٚ ولِسی یار واتہٕ کر

گُنزِس کوٗنہٕ چھکھُ ڈوٗن دِوان
وہاب کھارو چھکھُ غم ہیوان
گُنزِس پیپر تاری غم مہٕ بر
ونتےٚ ولِسی یار واتہٕ کر

٥

# وَرُن

دین کوڑ[1] روشن دپندارَن
جَنگ کوڑ شیرِ جبارنؑ

اسلام علیکمُ سودا گار   یور ما آمتُ شیرِ جبارؑ
لولہِ تُھندِ ووتُم یئتہِ پہڑارن
جنگ کوڑ شیر جبارن

تَتہِ کسِ بادشہسَ عٓس نوخبرَ   گگرِ اسی بسیار تَتہِ سَرامَر
بڑور یئلہِ ڈیوٗ ٹھکھ ڑےآ غارَن
جَنگ کوڑ شیر جبارَن

ذُالفقار گنڈہے ہلہ پانسَ   خیبرَ زیوٗ نکُھ اکسِ آنسَ[2]
تتہِ گئے زور وار زور وارَن
خنگ کوڑ شیر جبارَن

حضرتِ صدیقؓ اولیُم یار   پوٗز تمُی دوٗ ننے بے شُمار
پوٗز تمی دوٗ ننے مَنزِ کُفارن
خَنگ کوڑ شیر جبارن

---

[1] کوڑے رس، ۔ [2] اُنس رس، چھُ غلط ۔

حضرتِ عمرؓ دوّیم یار غار　　　عدلا کوّر نے بے شمار

عدلا ہونے عدل دارَن

جنگ کوّر شیر جبارَن

حضرت عثمانؓ ترِشے یم یار　　　آپہ آپہ قرآن کوّر نے تیار

لولہ سان پوّر نے سردارن

جنگ کوّر شیر جبارَن

حضرتِ علیؑ ژوّرم یار　　　جنگ تمیٔ کوّر نے بے شمار

ژھڑِ اوس مارَان تلوارَن

جنگ کوّر شیر جبارَن

ییمہِ ساتہٕ وویے نعرہ حیدر　　　ہا جنن تہٕ دیون آسی تھر

تھۆ ساگینڈ نے تمیٔ کفارَن

جنگ کوّر شیر جبارَن

ژمہِ ژمہِ گیہ ہو قبر ہنز کتھ　　　یا رسولؐ کرِ زیم تیٔ وساتت

جنگ نامہِ وَن نے وہب کھارَن

جنگ کوّر شیر جبارَن

# غزل

دیوانہٕ گُرٕتھس جوانہٕ یارو
ون تو کتہِ چھون مکانہٕ یارو[1]

رومی دستی یار قند ہستی  چیٖنی چھےٚ مستیِ کرانہٕ یارو

اسلام عربی بُت خانہٕ ہیندی
انگریز چھےٚ فنڈی سُلطانہٕ یارو

پہلوانس جنگ کرُن پانَس  وۄتھ لایہ خندقس مردانہٕ یارو

شیرین فرہاد دۄنوے چھےٚ برباد
تمن کرٕ بچھ گیہٕ ایرانہٕ یارو

ہاکلہٕ والو چھُے یو سوالو  دِتہٕ مس پیالو ٹہکانہٕ یارو

عیدلو ہابس چھونے چھُے ہاوس
سون بنہٕ ترامس مُلتانہٕ یارو[2]

٥

---

لہ اَکِس قلمی نسخس منز چھےٚ یہ بأتھ یتھہٕ آمِژ۔ دیوانہٕ گُرٕتھس جوانے، ون تو کتہِ چھون مکانے اَمی مطأبق چھےٚ بریتھ شارس وزن تہٕ۔ مثلن: کرانے، سُلطانے بینہٕ بیتر۔ (ایڈیٹر)

# وٚزُن

دیدار دِتہٕ اَکہ ژھو نچہ  پینٛچہٕ سانہٕ وٚولو بیٛنہہ
وٲئیجہ کٔرِ ہتم کھٕنچہ  پینٛچہٕ سانہٕ وٚولو بیٛنہہ

اَتھ ڈٔلس ناوِ کمٕۍ  گنجہٕ [1]
کٔر  ڈٔل سالاٗ  ہَے

سٕے ترِ ییمی  ناوِ  گنجہ  پینٛچہٕ  سانہٕ  وٚولو بیٛنہہ

سازَس  تارٕ  کمٕۍ  گنجہٕ
بوزَکھ  نا  سہہ  ہے

سٕے واپہٕ تارٕ ییمی  گنجہ  پینٛچہٕ  سانہٕ  وٚولو بیٛنہہ

ؤسی پیوس شرہچہٕ  ژنجہ
شراب  ہسہہ .  ہے

شیشہٕ پھُٹ غاَب گیہٕ کھٕنچہ  پینٛچہٕ  سانہٕ  وٚولو بیٛنہہ

کوٗتُر  ہیوٗکھ  سانہٕ  لنجہٕ
خاطرٕ  کرُی  زبہس  ہے

ییٚنہٕ مارِہٕن اَکہٕ  ژنجہٕ  پینٛچہ  سانہٕ  وٚولو بیٛنہہ

---

[1] گبون واَدٕ چھ لیہ نظامس ہیٚتھ امہ شارُگ لفظ "اتھ" کھبوان۔ یہ زن سبحان تہٕ چھُ۔

نادار کران چھے کو ٹنجہ
دار ندہ ہسہہ ہہے
میسکین گٹے لیتہ موٹنجہ پینچہ سانہ وولو بیہہ
آستانہ دشتہ یمی گنجہ
وہاب کھارہ ذاگت بیہ
مس ملرین سورمے ہرنجہ پینچہ سانہ وولو بیہہ
دپداز دیتہ اکیہ ژھو نجیہ پینجہ سانہ وولو بیہہ

○

# غزل

دِل نیوٗتھم گیسو پؠٹھ[1]
سۄرَخ رویہ مُبارک

بندگوس زُلفکِہ مۄیہِ سۄرَخ رویہ مُبارک
قَد چون حیاتیِ مرِتھ چھےٚ بیاتیِ
فقیر سِندِ آبہ رویہٚ[2] سۄرَخ رویہ مُبارک
جبرئیل مَلکھ ذاتی نبیٚ[3] لیس چھےٚ حیاتی
نبیٚ چھہٕ گلاب رویہ سۄرَخ رویہ مُبارک
میکائیل کرِ جنگ وُنِہ پاچھےٚ داوس منگ
دفترٕ چھہ افسر رویہٚ سۄرَخ رویہ مُبارک

---

[1] موتی لال ساقی چھہ امہ شار بدلہٕ دِل نیوٗتھم پؠٹھ چھےٚ جو یہ لیکھان)۔ ساقی صابن نقل کورٕمت شار چھِنہٕ کُنہِ تہٕ قلمی نسخس منز درج۔ بلکہ چھِ یہ تمی سِندِ ذہنک پٲداوار۔ اَز تام یمِو تہٕ گیون والیو یہ گیومت یا گیون چھِ تِم چھِ دِل نیوٗتھم گیوسہِ پران۔ یتھے یوت نہٕ بلکہ چھِ اتھ واب کھارنس آستانس پیٹھ بہتھ وہاب کھارنس نیچوی تہٕ نیچو خضر محمد کھارن تہٕ تصدیق کران زِ تسندس قلمی نسخس منز تہٕ چھہٕ دِل نیوٗتھم گیوسہ درج۔ (ایڈیٹر)

[2] ساقی صابن چھِنہٕ یہ شار درجی کورمت بلکہ چھِکھ شار اڑوتی ترومت۔

[3] تس ہیبر (س)۔

اِسرأفیل واپہ صوٗر عالمس کرِ گورِ گوٗر
ٹھوٗل پھیرِ سبز رۄپیہٕ[1] سوٗرخ رۄپیہ مبارک
عزرایِٔل لایِہ ناد تٔتہٕ نو چھُٹے پھۄران واد[2]
تس چھی لچھِ ہُدی رۄپیہ سوٗرخ رۄپیہ مبارک
عبدالوہاب ونہٕ کتھ گُدریوس دوٗد پانس
یار وُچھن پیٚننے رۄپیہ
سوٗرخ رۄپیہ مبارک

٥

---

[1] رُح پھیرِ سنومُبٔل موپہ (س) ـ
[2] بنٔیں جایہ چھہٕ لیکھتھ : پھولرِکس واپس ناد ـ

# غزل

روز تو دما زار میأنی لوز کھنا
وَلو عشقو چھیہِ ہم شہنشاہ [۱]
سوزہو وَنے ساتھا روز کھ نا
وَلو عشقو چھیہِ ہم شہنشاہ

عشقہِ آیو کھ کتہِ چھُے لامکانے　　کور چھُے گرتھن سأگن پھیرا تے
ساأِ ڈُل چھُے عاشقن ہُند مالا　　وَلو عشقو چھیہِ ہم شہنشاہ

پیپر سیرس چھیتھم ژٕسرے لوش
پیر سوخنن میأنین شولتو گوش
آکہِ کُنہِ نِنزِ منز نیران ہو تے ہا
وَلو عشقو چھیہِ ہم شہنشاہ

[۳] وَلو عشقو سَتہِ سَر زِیہ کور تھِ نران　　[۲] تریہ سیر زٕے ہو ژاکھ تو شہِ خان
کُس چھُہ طاقتھ کُس وَنہِ زِیہ کورتھ کیاہ　　وَلو عشقو چھیہِ ہم شہنشاہ

---

۱ چھیم شہنشاہ (م ل س) ...
۲ نر سیر (م ل س) —　　۳ کُس چھُہ طاقتور کُس ونی کرکھ کیاہ ۔ (م ل س)

ؔ۱ عشقہ حکم از درگاہ آو۔ ـ ـ ی
پھپرنھ بنی یارو پرزہ لنوو ـ ـ ے
ؔ۲ تمنا بران مُرسل ہتہ ببیۃ ابنیاؑ
وَلو عشقو چھیہ ہم شہنشاہ

خود سیدَ نھ عشقو زتے گنڈ تھوا ؔ۳ آندرِ بیدار تمنیے سو رگس جاے
زندگی لٹکھ تم لو مرانے زانھہ وَلو عشقو چھیہ ہم شہنشاہ

عشقہ طرِیق چانی لو کانھہ زانے
شرمندہ گئے اَتھ کیا چھے مانے
لاآل مجنون یوسف ببیۃ زُلیخا
وَلو عشقو چھیہ ہم شہنشاہ

عشقہ مشتاق حُسنس گو کھ باللہ عشقہ راضی پانہ چھے حق تعالا
عشقہ وہاب کھار چونے چھے فلوا وَلو عشقو چھیہ ہم شہنشاہ

○

---

ؔ۱ عشقہ حکم از درگاہ آو ہے۔ پھپرنھ بنی یارو پرز لنوو ہے (م ل س)
ؔ۲ چھیہ بَراں تمنا مرسل ابنیاؑ (ل۔م۔س۔
ؔ۳ اندر بیدار یمن سو رگ چھے مانے (س)۔ بیمہ باملک متن ہنز ساقی صاحبن پیش کریہ آمت متن چھ اکثر پاٹھو تفاوت ہاوان۔

# غزل

راتھ گیۂ دوہ آو
پرزٕ ناو لولوٚ

در لباس آمٕت چھُنہٕ کانٛسہ زامٕت
زاس نہٕ کانٛہہ تسَ چھُ ناو پرزٕ ناو لولو

وُچھُن ربّ العالمین پانے چھُپے امپن
باگران پانے آو پرزٕ ناو لولو

اَتھ کھور چھِس غولام پیپرس کر سلام
رامَس رحیم ناو پرزٕ ناو لولو

جنت چھُپے شریعت باغ چھُس طریقت
کلؔ حقیقت بساو پرزٕ ناو لولو

عبدل وہاب بس آسکھ نہٕ دردس
لاشریک سنٛد چھُ ناو۔
پرزٕ ناو لولو

ہ

---

ل یہ کلام چھُ وڈنہٕ لدٕ چھیپومت۔

ل کلؔ، حقیقت بساو بدلہٕ چھُ بعض جایہ کل حقیقت مینہ باو۔

# وژُن

ژُے کامن وَلے وِسِیے یار ڈلیشوم
یَیہٕ ڈلیشوم تَیہٕ دِل قرار بیو چھوم
تَس یَہٕ لوٚگمے تُتھٕ سِتھے قرار ڈلیشوم
یَیہٕ ڈلیشوم تَیہٕ دِل قرار بیو چھوم

دوٚپ شرزِن زوٚن کھمن اَچھوےٚ سِتیٕ
دَب لوٚگ تَس آدِ لولوٚگُس کانٛہہ سِتیٕ
گوشہ مردار دِل سہٕ بیمار ڈلیشوم
یَیہٕ ڈلیشوم تَیہٕ دِل قرار بیو چھوم

موہرِ نبوّت بنیس مَنز شانن
طلبِ عشق طالبِ خُدا زانن
ہیوٚن گفتار وَنان دربار ڈلیشوم
یَیہٕ ڈلیشوم تَیہٕ دِل قرار بیو چھوم

مچھِ پونپرس گتہٕ آمت ہمیٚرِ زانٛہہ
نام وپاکےٚ روزان ببیہٕ دِنتہٕ کیا
کار پوٚنپرس دَزوُن نار ڈلیشوم
یَیہٕ ڈلیشوم تَیہٕ دِل قرار بیو چھوم

نَنہٕ پانَے مےٚ تہٕ تس چھ پۄر اخلاس
اَتھ رَٹھ یارٕ تارٕ ترو کرِتھ اتھ اوس [1]

عشقہٕ شٕدرَس سۄم نَنہٕ تار ڈیشوم
یِنہٕ ڈیشوم تِنہٕ دِل قرار بیوچھوم

رۄ یِنہٕ دامَن یارَس کیا شوٗبان
کتھ شکر شیرین طوطی زبان

رۄ ے آئینہ خو یہٕ گُل مار ڈیشوم
یِنہٕ ڈیشوم تِنہٕ دِل قرار بیوچھوم

ہیوٗن بنن نبض ہاوُن تہٕ بادن
گوٗرھ مےٚ آور جان کھیوٗن چوٗن گنڈُن چھاو

چانہٕ دَربارٕ چھوکَن بُلغار ڈیشوم
یِنہٕ ڈیشوم تِنہٕ دِل قرار بیوچھوم

فقر موجوٗد لوٗم نوٗو بیۍ پرٕونے
وَنہٕ وہاب کھاری وَنان چھےٚ پیر ہیوٗ ڈینے

پی دَربارِ تی مےٚ بازار ڈیشوم
یِنہٕ ڈیشوم تِنہٕ دِل قرار بیوچھوم

نے کامن دلے ونیمی یار ڈیشوم
یِنہٕ ڈیشوم تِنہٕ دلقرار بیوچھوم

٥

---

[1] اتھ رٹھ یارٕ تارٕ ترکرِتھ واس (ر۔ا۔ س)

# غزل

ژٔرے گمیوٚ کرِی نے تاوٕ زِین — یارَو وَن بالہٕ یارس وَن[1]

نالوٚدِ اَندرے کوٗرلس لوٚدُ — آدَم بَستہٕ منٛز گُپتھ رۄد

تَمہٕ چِھی خبر نو چھےٚ ملایکَن[2] — یارَو وَن بالہٕ یارس وَن

یِتھ وَن راٰیِل اوسُس تار — کرِ کیا پرٕ چھم نہٕ آواز

بوٚ ژٔھتہٕ تروونس تبر دارَن — یارَو وَن بالہٕ یارس وَن

یِتھ وَن راٰیِل دآبجتس ڈلےٚ — ڈُنی یا زانتن نیٛندر زوٕ لے

اَمہٕ تیز لبترے کرِی نم گن[3] — یارَو وَن بالہٕ یارس وَن

تورِ سِتہٕ کوٗرنَم بِری یا نے — جان جان گرٕ گیٚ[4] نم ساما نے

گاٹہٕ جار چھوٚ پروٚ وۄستہٕ کارن[5]

یارَو وَن بالہٕ یارس وَن

○

---

[1] یارَو وَن بالہٕ یارو وَن (م ا س)۔ [2] تمہٕ چھی خبر چھےٚ ملائکن (م ل س) یہ شار چھُ مؤلےٚ غلط درج کوٗرمُت ساقی صاٰبن۔ [3] اَمہٕ لبترے ہا کرِی نم گن (م ا س) یہ شار چھُ غلط درج کرنہٕ آمُت۔ [4] گرِی نم (س)، اصلی لفظ چھُ گرِی نم۔

[5] چھوکنم (م ل س)، اصلی لفظ چھُ چھوٚ پروٚ ۔ ساقی صاٰبن چھُ اکثر شارن منٛز متن غلط پاٹھۍ پیش کوٗرمُت۔ یِمہٕ سِتہٕ شار بے ترتیب چھ گمتۍ۔ (ایڈیٹر۔ آفاق عزیز محفوظ جان)

# غزل

سر تروُوُم میہٗ برتل — یِیہِ نا یارٕ لو لو[1]

رٹھ دم روز نکمل — گرِہِٹہ پھیرِ پیارٕ لو لو

پیر رٗوس روزی یہ ژھل — سیٖنہٕ دار تیرن مہِ ڈل

ژکھ دِیہِ نشہِ موکل — مارکھ شکارٕ لو لو

یسٕے وسہِ سٔدرس تل — یارٕ دادِ لاگِہ ڈنگل

کھارِ موکھتہ ہارٕ لو لو — یِیہِ نا یارٕ لو لو

یسٕے گوتنہٕ اہل — لال کھالن تس سہل

محرم اسرارٕ لو لو — یِیہِ نا یارٕ لو لو

ظاہرِ تہٕ باطنِ اوّل — وہاب کھار آو برتل

ہاو دیدارٕ لو لو — یِیہِ نا یار لو لو

٥

---

[1] یہ کلامہِ چھُ عام لوٗکن نشہِ ازگوڈنچہ لیڈ واتان ۔

# غزل

سالاہ کٔرِتھ آیوس نیٚرے | رنگہٕ زٕورے تالہِ پیٚٹھ تار

وأجِر چھانن ہچہٕ بنہٕ بارے | رنگہٕ رنگےٚ نختا وار۱

کرِنس تیار ییترِ تے طوٗرے | رنگہٕ زٕورے تالہِ پیٚٹھ نار

چرکہٕ تٔلے دوٗپ امہٕ زورے | تام شکلاہ گیم اظہار۲

چھان پیاراں پینہٕ نے موٗزوٗرے | رنگہٕ زٕورے تالہِ پیٚٹھ نار

رنگ دِتنم عناصرِ ژٕورے۳ | پژرنگ لوٗدنم ناوِ پیوٗم تار

آمہ۴ خرٟیدار لاران دوٗرے | رنگہٕ زٕورے تالہِ پیٚٹھ نار

شام صبح پرواہٕ سوٗ مبرتھ۵ | بوزنکھ چھیٚنہٕ شُمار

حق پلنے شگس مارے | رنگہٕ زٕورے تالہ پیٚٹھ نار

---

۱ اکس قلمی نسخس منز چھُ پہلوانن واجی نہٕ بارےٚ یہٕ بییس جایہ چھُ سیر گنہٕ وار نختا وار بیلہ زن تریمس قلمی نسخس منز چھُ کمہ رنگہٕ نختا وار — (ایڈیٹر)

۲ بییس نسخن منز چھُ دورے بدلہٕ زورے یہٕ یوہے شار چھُ کُن میہٕ کھوٗوم درہٕ چہ ییےٚ باکس منز ہوبہ ہو — ۳ ژٕور عناصرِ —

۴ امہٕ شارہٕ بدلہٕ چھُ اکس قلمی نسخس منز حکیم صاحب لوٗدمت مالوٗرے —

۵ امہٕ بدلہٕ چھُ بییس جایہ لیکھتھ شمزنت —

پَر گرَے کس کیاہ لا رے　　　　کَٹھ پھیڑنا کیاہ نا ملار

گَیڑ خانہ منٛز من ماتی رے　　　　زنگہ زۆرے تالہ پیٹھ نار

حیاتن نبیؐ زانٛہہ لو سورے.

زۆر یارہ چھیس تہ آبیا دار.

عبدل وہاب عرضاہ گرے.

زنگہ زۆرے تالہ پیٹھ نار.

ہ

# غزل

ساقی چھُ چاوان پانہٕ میخانہٕ شراب ہے
کوٗرنم نے دِل دیوانہٕ کٔرنس یہ بے تاب ہے [1]
عشقٕے بوٗد یکسان عشقٕے ژھوٗہ ماران
عشقٕے کرِبس فان دَر پردِ نقاب ہے
دوٗرَن گژِھ مارن حوٗرن تمہٕ لاوان
چھو کھ دِتھ ژھایہِ روزان بے وایہِ ضراب ہے
ناسوٗت ملکوٗت گو جبریلؑ حارَتن پہو
لاہوٗتہٕ لجبس پَرٕ چھس توٗرِ جواب ہے
ہر شایہِ بُستھ شاہ وارَن لا پاَدا
حارَن گئے کانتیا تمِہ شایہ لواب ہے
لچھہ بُڈی آ یپنے پادا کری نے
کنیشرَن کا سان کھے کینہہ خستہٕ خراب ہے
وولرٕ کی امی ہواوَن سگ دیٖت یہ زرا تن
وہاب کھار پہو حارَتن تنہٕ بے حساب ہے

---

[1] واریاہ گیوان وٲکی چھ ہینز پاٹھی یہ باٹھ گیوان: ساقی چھُ چاوان پانہٕ میخانہٕ شرابے:
کوٗرنم نے دِل دیوانہٕ کٔرنس یہ خرابے

# غزل

سوز بوزِ سوزس مانہِ ۔۔۔ خودا زانہِ تہِ کیٔاہ گوٚ

خودا زانہِ نبیؐ زانہِ ۔۔۔ رسولؐ زانہِ تہِ کیٔاہ گوٚ[1]

قلمن کوٚر گفتار ۔۔۔ ونٕنس رٔودُس نہٕ وار

زٕلو ژھٕہنسٕ رٕتھ گوس بانہِ ۔۔۔ خودا زانہِ تہِ کیٔاہ گوٚ

آدم لوٚدٕن اڈٕ گوٚر ۔۔۔ نکھس پیٹھ چھُس نوٗر

لدٕنس چھِ لورٕنچہِ وانہِ ۔۔۔ خودا زانہِ تہِ کیٔاہ گوٚ

اطلاس وُڈٕنی سآلی ۔۔۔ جانٕس چھِ بانٕس ٹآلی

نبتھِ لوٗن تیرِ ماہانہِ ۔۔۔ خودا زانہِ تہِ کیٔاہ گوٚ

مجنون اوٚن کیٔا کٔرِ ۔۔۔ لآل چھُس پینٔے گٔرِ

اُنسِ موٗدن کانہِ ۔۔۔ خودا زانہِ تہِ کیٔاہ گوٚ

کمانہِ ہندُے کان ۔۔۔ شکار ماران جان

روٗن کیٔاہ یہِ کمان مانہِ ۔۔۔ خودا زانہِ تہِ کیٔاہ گوٚ

---

[1] دوٚیم بند چھُنہٕ اصلی مسوٗدس منز تاہم چھِ اکثر گیون وٲلی یہِ بند گیوان ۔ یہِ بند چھُ اسہِ خاص پأٹھۍ آزاد بستی ہٕنٛزِ پورکِس گلوکار اسداللہ لاویس نشہِ لوٗبمُت ۔ امہِ دِتیٚ اسہِ امہِ علاوٕ بٮ۪یہِ زِ ٲتھ بٲتیہ خٲطرٕ اسی ہٕندی مشکور چھِ ۔

شیرس تہٕ شکارس     آشِشس تہٕ شرابس

ہُسی یڈ یہ ریٖتے کٔیاہ مانہٕ     خوٗدا زانہٕ تہٕ کٔیاہ گو

وہاب کھار آسان شار     ویدن منٛز حیچھُس یار

کٔمۍ وٗن راتھ اوس سانہٕ

خوٗدا زانہٕ تہٕ کٔیاہ گو

٥

# غزل

سعیداہ وُچھُم نجدٕ ونس یا الٰاہی[1]
خشاہ وُچھُم اسرارونس یا الاہی[2]

زاگنہٕ روزس عشقہٕ ونس جانہٕ جانٛی چھُم[3]
اَمی جوٗگی لوگنس آوٕلنس یا الاہی

کزٕنکھ لاے اَمی شہسوارن اسود چھٕ اوٕزان
تھپ دِتھ ژولم یار مارونس یا الاہی[4]

وو سٹھ لایم اتھ نارٕ چھس شب چار دٕہس منز
ییٚو نارِ موسیٰ شورٕ کھنس یا الاہی

جانانہٕ ژٕ چھے صحراوس گو بنا ظلمات
ژے حورٕ چھےٚ تس ژھانڈنس یا الاہی

یا ہو کوتر غاب گو موآم نہٕ نشانے
مولاہ بہ وٕنہٕ کیاہ راونس یا الاہی[5]

لعلا ژھانڈان دراو مجنون مولاہ ڈیٖوٹھتم
شیرین یا فرہادونس یا الاہی

عبدالوہاب یا الٰہ صبرک صابرن چھونکھ
کھے کھاس دِلہ آپنس یا الاہی[6]

---

[1] یہ باتھ چھ گوڈنچہٕ لٹہٕ بازرووتمت ۔ [2] یہ شار چھنہٕ کانسے درج کوٚرمت ۔
[3] یہ شار چھنہٕ صوفی شاعری (س) اندر مکمل درج ۔ [4] شار چھُ (س) غلط درج کوٚرمت۔
[5] شار چھُ غلط درج کوٚرمت ۔ یہ شار چھینہٕ کانسہٕ درج کوٚرمت ۔ یہ لوٚب اَسہٕ اصلی مسودٕ منزٕ ۔ (آفاقی عزیز محفوظ جان)۔

# غزل

شامہ سونٛدر برٛ گرٕنس ہتہ لولو — کامہ دلٕوس لوٗگ برمس ہتہ لولو

وٕ ہکھوٗ غافلو اسہِ گژھو خانیٲر — عرضا کرو دستگیرسؔ[1] ہتہ لولو

جایہِ خلوتھ شوبان حضٕ سلطان — جاے اَنٛم بیٹھ تھٔزرس ہتہ لولو

پوشہٕ موت میون پھیران پوشہ باغنَ — پوش لاگٕس بو اَستہ اَستہ لولو

مے ہا بوٗزم ذرامت شہ چھُ ڈلگیٹ — چھُے پھیران ڈل ساگٕس ہتہ لولو

نیب بوٗزم آسہِ ماگومت ثار — علم دارس علم دارس ہتہ لولو

وہاب کھار چھُے ڈیڈتل اِنتظارس

چھُے پٔزاران دیدارس ہتہ لولو

٥

---

[1] شیخ عبدالقادر جیلانی رحؔ یُس پیران پیر، شاہِ بغداد، دستگیر دو جہان تہ بییہِ واریاہ ناو چھہ، یم چھہِ قادری سِلسلکی بانی کار۔

[2] سُلطان العارفین حضرت شیخ حمزہ مخدوم رحؔ یہندس تہ حضرت شیخ العالم رحؔ یندس مشترکہ ناوس پیٹھ آسہِ افغان گورنر عطا محمد خانن سون، ریٛہ پھہ تہ ترا ٹکہ بکہ جاری کرٕمتۍ۔ مخدوم صاب آسہِ سہروردی سِلسلس ستۍ تولق تھاوان۔

(بِحوالہ 'صوفی شاعری ـــــ موتی لال ساقی)۔

# غزل

شاہ تہٕ گدا چھِ منز وونِدس        ژٕ دِلۍ چندس دیار چھِہ[1]

تونو ینٕ بازو نابیدٕ بندو        ژٕ دِلۍ چندس دیار چھِہ

سخاوتھ چھےٚ عجب چیز ا        کیتاہ ووُمید وار چھِہ

ماگہِ کلُس جاے منز دِلس        گنٛڈِتھ ژٕٹتھ نار چھےٚ

خلوق زن چھےٚ زامتٕ جلسِ        نوٚنے در بازار چھِہ

قلفس کنٛنز لاگ دِلکسِ گرس        تختس پیٹھ شہسوار چھےٚ

پرٕ کنٛنز وینچ نوا نخط دفترس        ذرس ذرس یار چھِہ

وزیر شوٗبان پادشاہ گرے        نواب کران کار چھِہ

گوٗ ناہ تہٕ ثواب بیوٗن بیوٗن ژاران        نکھن سےٚ طومار چھِہ

رنیٖ ہتٕ نعمتٕ بروٚنٹھ کنٛ انان        قابن کیھتھ تیار چھِہ

وٚوٗن دِلۍ وارٕ پاٹھی کانٛہہ ماچھ اندکن        ونان تکیہٕ دار چھِہ

ازٕر ڈٕنسِ[2] نظر بند چھےٚ        شیطان توے بزگار چھِہ

گذٕر پیچھےٚ سہٕ بند کوٚر کھوٚ

کینٛژن مےٚ سوار چھِہ

---

[1] اکس جایہ چھُ لیکھتھ : ژینہٕ دوٚ چندس نہٕ پیٚس اکس کاکدس پیٹھ چھُ ژینہٕ نوچندس اگر ممی گنژھِ : ژٕ دِلۍ چندس آسُن ۔ [2] ازرڈٕنسِ بدلہٕ چھُ اکسِ جایہ عزازیلس نظر بند استعمال کرنہٕ آمتُ ۔ (قلمی نسخہٕ)

لیلا مجنون ییٚمیِ دۄن تے    مشتاق یارس یار چھیِ
غرض اوشم چاپاہ چینس    چاوان جنت گار چھیِ
ساری سامانہٕ ژیٖتے چھیِ شوٗبان    ژیٖتے ناو مدلوار چھیِ
ملک تہٕ فلک ژیٖتے کنٕ سمان    شوٗبان شے دستار چھیِ
ژہ پارٕ میلتھ دانس دانس    شش جہات توے آشکار چھیِ[1]
بانگسِ کھورتل چھیِ داہ خزانے    سرمد توے تن دار چھیِ
سورٕپگ یمبرزل پھٕلتھ آییے    بلیثومتٕ بیمار چھیِ
سیاہ خرقے بوٗمبرس چھہٕ وٕلتھ    مسکٕ تس خمار چھیٖ
موتنٕ پیلۍ ہر کس چوٗنے    پتے تحصیلدار چھیِ
دُنیا زانتن یٕن تہٕ گژھنے
عبدل وہاب کھرو شار چھیِ
شاہ تے گدا چھیِ منز وہ ندس
ژِ داوٕ پننہٕ (۲) دیار چھیِ (۲)

٥

[1] شش جہات بدلہٕ چھہٕ اکسِ کاتبٕ قلمہٕ پیٹھہٕ یہ شارٕ یمہٕ آیہ لیکھنہٕ۔ یَس جہاں توے آشکار چھیِ۔

# غزل

عاشق پانَس پانے نَمنے ۔۔۔ کَمہٕ نے ستےٚ گوم یار

عالم چھُ وۄلمُت زلفِ خَمنے ۔۔۔ آدم چھُ بے اختیار

نابۄدٕ لَنِش لۄد کوٚرِ بے غمنے ۔۔۔ کَمہٕ نے ستےٚ گوم یار

سُندرَس مَنٛز باگ سارٕی سمہٕ نے ۔۔۔ قوٚدرتھ چھےٚ بے شُمار

دُرِ باپہٕ وٚحدتھ کوتا چمنے ۔۔۔ کَمہٕ نے ستےٚ گوم یار

دَرِ باغ تَکرِ مس پوشن چمنے ۔۔۔ ہر ساتہٕ تَتہٕ سبزار[۱]

دٕرِک رنگ روٗٹ اُمی بادم نے ۔۔۔ گمہٕ نے ستےٚ گوم یار

کن مینہٕ سھاو یوم زیرو بمنے[۲] ۔۔۔ پیپر باوِ سپر اَسرار

زیر وبم یکسان دون عالمنے ۔۔۔ کَمہٕ نے ستےٚ گوم یار

ڈۄنٛمینہٕ دِتِمس آہو رُمنے ۔۔۔ ژھا جومس کوہسار[۳]

گَنہٕ مَنٛز دراموٗ لعلے یمنے ۔۔۔ کَمہٕ نے ستےٚ گوم یار

ہر دمہٕ دیدار چھےٚ محرم نے ۔۔۔ نالان چھےٚ وہاب کھار

رِبنا چشمن مَنٛز باگ بمنے[۴] ○ ۔۔۔ کمہٕ نے ستےٚ گوم یار

---

[۱] [۲] یمن ہندِ متن چھُ ساقی صابن مۄلے غلط درج کورمُت۔ (آفاق عزیز، محفوظ جان)۔

[۳] یم شار نہٕ چھُ کاَیل صابن تہٕ نہ ساقی صابن درج کَرِتھ۔ یم شار لبِتھ آسہٕ اصل مسوٚدس پیٹھٕ۔ (آفاق عزیز۔ محفوظ جان)۔ [۴] جوش مے عشقن چھُم لوٗ ہمہٕ نے (س)۔

## غزل

غافلو گژھتہٕ بیدار
صبحک نوٗر پھوٗل نوٗر پھوٗل

ہے کاس بنی دیدار  صبحک نوٗر پھوٗل نوٗر پھوٗل
لچھہِ نوو ملک الجبار
گجھ ڈیہ پانہٕ چھُے پانہٕ چھُے
یادِ گوَ رسولِ مختار  صبحک نوٗر پھوٗل نوٗر پھوٗل
زون چیزن چھُے یلہٕ تزار
حضرت آدمس آدمس
خاک باد بینہٕ آب نار  صبحک نوٗر پھوٗل نوٗر پھوٗل
آدم ییلہٕ گو تیار
بنووُے ملکو ملکو
رُح تسَ گو اظہار  صبحک نوٗر پھوٗل نوٗر پھوٗل

ڈیپے کن تھاو واڑ
شب کُس تیتہِ آو تیتہِ آو
شب اوس ژندر وار صبحک نوٗر پھوٗل نوٗر پھوٗل

کوکرن بانگ دِژ واڑ
پوٗرِ ژک وَق آو وَق آو
محمدؐ دژاو بازار صبحکؑ نوٗر پھوٗل نوٗر پھوٗل

ملک رٗودی خبر دار
جبریل نکھہِ آو نکھہِ آو
ابلیس تیتہِ گو خار صبحکؑ نوٗر پھوٗل نوٗر پھوٗل

شہادتھ اَنتھ چھۓ بار
وُچھ دَر فرقان فرُقان
تالبے چھیس ژور یار صبحک نوٗر پھوٗل نوٗر پھوٗل

پُزی یور چھکھ وفا دار
صدیقؓ اَکبر اکبر
منٛز دژاو سَر بازار صبحک نوٗر پھوٗل نوٗر پھوٗل

حضرتِ عمرؓ عدل دار
حَد کوٗرُن پسرس پِسرس
تس ہیوٗہ کُس چھُ نام دار صبحک نوٗر پھوٗل نوٗر پھوٗل

.دولت وول لبیا ر

حیَا دار عثمان رضہ عثمان

نبیؐ یس کرٔہے نثار صُبحک نوٗر پھوٗل نوٗر پھوٗل

حقہٖ شنٛد شیر جبارؑ

ہیتھ درٛاو ذوالفقار ذوالفقار

کفُرس کوٗرن لرُٛ پار صُبحک نوٗر پھوٗل نوٗر پھوٗل

وہآب کھاٰرٕ پتہٕ وار

تآریف حضرتؐ حضرتؐ

موحبتھ سِتھاو بسیار صُبحک نوٗر پھوٗل نوٗر پھوٗل

٥

# غزل

قدم فقیرس قد بلا — ہا دم بدم پر ہو اللہ

پیرے باوی اکھ مُقام — حاصلِ ثرنے سپدی تی انجام

فنا فی اللہ آم بقا — ہا دم بدم پر ہو اللہ

کلمے چھپے لالو تژوڈے — پیرے گنڈی دارس ہوڈے

سے گو قدرت اعلا — ہا دم بدم پر ہو اللہ

جبرئیلن آنی خوش خبر — ٹپکنے پان گوڈ ہر ژ کر

میکائیلس پہو تی صلاح — ہا دم بدم پر ہو اللہ

اسرافلیس اگی چھ کار — عزرائیلس چھپے تی بکار

کیا گو فنا کیا گو جمع — ہا دم بدم پر ہو اللہ

نا سوتے اژدہ تو اندر — ملکو نیرنجھ چھپے گزر

لاہوت جبروت عالما — ہا دم بدم پر ہو اللہ

گاہے تر یا مادو چھی — گاہے گذر وان زاد چھی

تس نشِ عرش ہونگ پناہ — ہا دم بدم پر ہو اللہ

تنھو بابت کھاڑ نہ عرجیبے — کیاہ سناہ جواب کرییے

مولا احمد رہنما
ہا دم بدم پر ہو اللہ

# غزل

کاٹیاہ گالی امہ مان مانی　　رِندو گِندو اسی پانہٕ وانی
کنن گئے نا کینہٕ وان　　کینہٕ وان چھکھنا ژینا رن
کیتھ چھے نہٕ نوے کیتھ چھے غرانی　　رِندو گِندو اسی پانہٕ وانی
کنھن پننن وار دِلو نخن　　سُلطان اذ کار پانہٕ وچھتن
شاہبازس چھے کاژاہ زبانی　　رِندو گِندو اسی پانہٕ وانی
ژھور بانہ زیر ستی وزان　　آگرِ رڈستے ہانزِ گژزان
سبنداہ چھے پکہٕ وِنی آگر وانی　　رِندو گِندو اسی پانہٕ وانی
چاہہٕ منز یوسف ڈراو نبر　　سودا گرنے انی خبر
اثبات گوُر ہے پننے زبانی　　رِندو گِندو اسی پانہٕ وانی
یوسف کُن ہے دیارِ نے　　تس اسی توِیے لاڑنے
ڈوپ دور بالو کام ڈرایہ ساانی　　رِندو گِندو اسی پانہٕ وانی
کیتھ چھے کُنی وتھ بیون بیونے　　قبرے وُس چھے سنہٕ سنونے

وہاب کھارن وُنی پہ ٹھانی
رِندو گِندو اسی پانہٕ وانی

۵

---

[1] کیتھ چھے کُنی تے کیتھ چھنہٕ پرانی (کامل صاحب) [2] دریایہ سندیس گاندبلہ وسان چھو۔

# غزل

کس کیا ٹُنبتھِ آو لانہٕ نیایے — چھُے عشق بے پروایے لولو
عاشق عشقہِ دادِ ژھایے ناوے — تمہو اُکی سے جایے لولو
لیسی آسہٕ ہم تہٕ کھوسے رَوسہٕ ناو — چھُے عشق بے پروایے لولو
ہارِ ندٕ ووٹھ لایے اَتھہ نارٕ ناوَے — سوختہٕ دِل پوٗختہٕ تنتہ دزایے لولو
تمہٕ کے جوشہٕ ستیٖ تم کبابہٕ آیے — چھُے عشق بے پروایے لولو
مجنوٗن چھُے کران میانہٕ خدایے — تمی زٕٹہ بخدٕس جایے لولو
لیلہٕ ہنٛدٕ دادِ دزاو خانہٕ گدایے — چھُے عشق بے پروایے لولو
آفتابہٕ کھژاو زوٗنہٕ ہنٛز مایے — زوٗن چھُے سنگرن ژھایے لولو
ژھل گو گرٕکس تے بھِل چھُے وایے — چھُے عشق بے پروایے لولو
اَلفسِ تہٕ میمس زان گیتہٕ آیے — اَلِف چھُے میمس ژھایے لولو

وٗنہٕ ہا وہاب کھارٕ وٗنہٕ چھُنہٕ آیے
چھُے عشق بے پروایے لولو

○

---

لہ کینہہ گیون چھ سیٹھ باتس ہاٗی کھارٕ نٕ وٗنان مگر تہٕ چھُنہٕ لوٗز۔

# غزل

کُس ہینکہٕ وٕنتھ یاگژھِ بَنُن
کٔنے زانتن پُرد تہٕ پٕتُن
یاگژھ شُدرس منزٕ باگ سَنُن
کرَکھے غلاماز کھٕنیہٕ زِ پٕتُن
از دِل زاگتھ دُر گژھ بٕتُن
یاگژھ زمین آسمان بٕتُن
تتہٕ ہی دیدن اِدکیاہ چھُو وٕنُن
مقام نشہٕ گژھِ بینا بٕتُن
تورَک جواب یور گژھِ آنُن[2]
مجہولہٕ نشہٕ گژھِ اسرار ٹُنن
محیطٕ منزٕ گژھِ اسرار ٹنن
فنایہ منزٕ گژھ جمع انُن

[1]عجیب کنیاہ بے پروا ییے
نتہٕ ون تہٕ کیٔنژھہٕ گژھ آ ییے
دردِل ہیتہٕ گژھِ ننا ییے
سوے چھیہٕ ژھ پارک بینا ییے
اِدچھکھِ مادرا ییے
نتہٕ چھنے فنا ہی سرا ییے
ملک چھِ روزان گوا ییے
کرآنس تہٕ کُس چھُم گوا ییے
کسہِ ونہٕ تورکُن چھیس شینا ییے
شہو تہٕ نشہٕ چھنے وفا ییے
آباد آخر فنا ییے
عبدلوہاب ہی چھنے صفا ییے

٥

---

[1] گوڈنیچ لڑِ چھیوو ۔ (ایڈیٹر) [2] مجہول چھُ فاعل ۔ امیک مانہٕ چھُ کاہِل تہٕ سُست ۔

# غزل

کُمی لوٚبنے عشقہِ سٕدرس تار — باگیہ یِیے دوٚران چھِے سمار [1]

حضرت آدمس پیتہٕ آو نوح — عیسیٰ تہٕ موسیٰ الحمد

خلیلس نارس بنیٚ گلزار — باگیہ یِیے دوٚران چھِے سمار

حضرت یوسف پیغمبر — لوٚرِ تہندِ چھہ سُمتھ ساری جاہن

زُلیخا دراےس چھس خریدار — باگیہ یِیے دوٚران چھِے سمار

ملکو نیٚبس آنہ ہے ڈاگی — عرشس پیٹھ واتہ لوٚد پاد جلالی

تتہِ پیٹھٕ عرشن رفتے فرار — باگیہ یِیے دوٚران چھِے سمار

شیرینہٕ فرہاد کوہ کھسنہٕ لوٚر — رسہِ پاٹھی زنہ اکہ مار لوٚر

خسرو سیدس وارث دار — باگیہ یِیے دوٚران چھِے سمار

حضرت شیخن حسن بام ڈیلو نیٹھ — ہینہ ہینہ براندہ کنہ شاند دِتھ بو

بجہ زاتز اوسے پوٚرن زنار — باگیہ یِیے دوٚران چھِے سمار

---

[1] امہ بدلہ چھُ اکس کاکدورقس پیٹھ یتہ پاٹھی لیکھتھ: باگیہ یِیے دوٚرنے روزِ سمار
دوشوے ہیکن دُرس آستھ — (ایڈیٹر)

عشقہٕ داد مجنون وَن[1] پیاران    سہٕ گو لاگے گیہ واران
زندٕ پانہٕ مزار ژاو اوس دیدار    بالیہ دوران چھے سمسار

عبدل وہابو منگ سوز بوز
بوز سوز سلطان کن دِتھ روز[2]
عاشقو دیدو کر دیدار[3]
بالیہ دوران چھے سمسار

٥

---

[1] وان پیاران بدلہٕ چھ وِنہٕ پیاران تہٕ قلمی نسخس منز لیکھتھ —— (ایڈیٹر)
[2] کن دِتھ روز بدلہٕ چھے کن دِنہٕ روزِ تہٕ اکس کاکدِ سلیپہٕ پیٹھ —— (ایڈیٹر)
[3] کر دیدار بدلہٕ چھے گوژ دیدار اکس کاکدس پیٹھ —— (ایڈیٹر)

# غزل

کٔن میہ تھوٗوم دٲرچہ نیٚے          امہٕ نیٚے کٔرنس بیدار
آدمس برونٹھ آدم چھیٚپے          حد ژٔسرٕتی بے شُمار
تمہٕ تور نو شُمارٕ چھیٚپےٚ          امہٕ نیٚے کٔرنس بیدار

اوس رٲئیلاہ پیٹھ ون نیٚے۔
ییوس وٲتھ تبر دار
زٔٹتھ ترووُنس انسا نیٚے
اَمہٕ نیٚے کٔرنس بیدار

چرکہٕ تلےٚ دوٗپ اَمہٕ نیٚے          تام صوٗر تھاہ گیٚیم اظہار
زلو لاٗجی نم زبا نیٚے          اَمہِ نیٚے کٔرنس بیدار

ستھ ژُراخ چھیمِ درد نیٚے۔
کیتھ واریاہ بےٚ شُمار
ہوٗ ہوٗ پران دہا نیٚے
اَمہٕ نیٚے کٔرنس بیدار

---

لہ ےٚکس قلمہٕ نسخس منز چھہ لیکھتھ اَمہٕ نیٚے کٔرنس بیدار۔ یہ بٲتھ چھہ گوڈنچہ لڑہ چھپان۔

کمہ یچھ میانی یام بازار پییے     آم لالان خریدار
عاشقن ہشر کاماہ گئ ییے     آمہ نیئے کرٗنس بیدار

سوزگہ دزہ گے کاماں گئ ییے
دون مہرن ہنٗد چھےٗ کار
زار بوزتھ ہارہ کرٗتھ گئ ییے
آمہ نیئے کرٗنس بیدار

تورِ سیتن گاجی نس موییے     آمہ لینترے کوٗرم میسار [۱]
ون دوستاد دیپہ کمہ چھییے     آمہ نیئے کرٗنس بیدار

پانہ موبر گمٗ نیئے
پہ چھہ دُنیا برم بازی گار
قونسس منز شمع چھییے
آمہ نیئے کرٗنس بیدار

اوس محیط عیانہ ییے     وہاب کھارو گرٗدہ بیدار
پوچھرس تل زاوی جار چھییے     آمہ نیئے کرٗنس بیدار



---

۱ کرٗد نم گن ۔ اکھ قلمی نسخہ

# غزل

کلواڑ دیُو مس پیالہ زُو میُون بلے لو بلبل چھُے حوالہ یُتھ نوشہ ژلے لو[١]

یُتھ مست شراب لتس کلوالس چھُ پانس

نوش کرتھ پیمانس ہوش یُتھ نا ڈلے لو

فرہاد کوہ کھنان کو ہس چھُ آب انان تا میتھ گییس کنہ وان شیرین ہاموٗ لو

فرہاد چھوٗر پانس کرتھ گیہ پرستانس

بیہتھ پیٛو کو ہتانس خوٗن وو تھا کولے لو

خسرو شراب چیتھ نیزو خنجر ہیتھ شیرین ارمان کھیتھ ژُزنارہ نولے لو

ملکن ہند مہراج خلقن چھُے ہوان باج[٢]

آدمس گوٗنڈن سرتاج شمشیر ہلے لو

وَنہ آب کھار نہ یار۔ سازس گنجم تار مولہ وتھ بہ بازار۔ کُلہ وتھ نو لو

کلہ والہ دیُو مس پیالہ زُو میُون بلے لو بلبل چھُے حوالہ یُتھ نوشہ ژلے لو

٥٠

---

[١] ساقی صاٲبن چھُ یہ شار بیمیہ آیہ درج کوٚرمت یتھ نہ اصلس ستۍ کینہہ واٹھ چھُ: مثلس دل میوٚن چھُے حوالہ یتھ ناشہ ڈلے لو۔

[٢] ساقی چھُ یہ شار بیمیہ آیہ لیکھان: خلقن ہند مہراج ملکن چھُ ہوان باج۔

(ایڈیٹر ــــــ آفاق عزیز ـ محفوظ جان)۔

# غزل

کنہ تلہ کے سونو وولہ خبرا ونو
آکھ در خیرمنو وولہ خبرا ونو
پیر من فقیر منو
طالبو روز طلب دار
شالو شیر بنو
وولہ خبرا ولو
کوکرو پاز بنو اژھ ورگس[1] بن خبردار
سور گکھ شکار آنو[2] وولہ خبرا ولو
نابودس لود بنو
آدم کوزر نے تیار
ین گرژھن او تنو
وولہ خبرا ولو

---

[1] اژھ واگ بن خبردار (س) اسٹھ چھپڑہ کھنے مانہ ۔ لفظ واگ چھڑ اصلی ورگس ۔ [2] سوگو گھ شیکارلو (س) ۔

پرَ گنہٕ کیہ پرَ گنو وَنتہٕ ٹکہٕ کم گرِہتھ کار
ارز یحق کیا تہنو ووٕلہٕ خبرا ولنو

وازو ناز رلنو
حاصیہ نیاہٕژ کر تیار
سرکاب گزراو تنو
ووٕلہٕ خبرا ولنو

مجنوٗنہٕ خبر آلو ژرٕڈ تھم بنجہٕ کرٕ نمار
ٲس چھےٚ لیلیٰ تبنو ووٕلہٕ خبرا ولنو

فرہاد خبرا الَو
ژرٕڈ تھم کوہٕ سنگ خار
شیرین زین تنو
ووٕلہٕ خبرا ولنو

تس تہٕ ہے ژڈ رلنو وہاب کھار کران اظہار
گرٕ پیٹھے[1] گارتنو ووٕلہٕ خبرا ولنو

٥

---

[1] گرٕ یار گارتنو :چھرِ گیون وڈٲز پران ۔

# غزل

کَن مےٚ تھاو یۄم تارِ لولو — مول چھُ ژیتہٕ مےٚ پیٚیارِ لولو
ہاگو سانیٚو پر رام رام — شیو ژھانڈان لبکھ آرام
پنہٕ نےٚ اَنوارِ لولو — مول چھُ ژیتہٕ مے پیٚیارِ لولو
وۄتھو غافلو گژھو بیدار — ژاو غفلتھ گاش ہو آو
نتہٕ اوش ما ہارِ لولو — مول چھُ ژیتہٕ مے پیٚیارِ لولو
طوطہٕ آمُت دَر نوٚستان — طوطہٕ پنجرس مشر لولان
سۄ چھُ سیٚندِ اَپارِ لولو — مول چھُ ژیتہٕ مے پیٚیارِ لولو
نتہٕ ریٚتشنےٚ جاے تھزَرس — بُلبُلن گوش لول بوٚزتَس
تم چھِ بادَم وار[1] لولو — مول چھُ ژیتہٕ مے پیٚیارِ لولو
وَہاب کھارو لال شدرس — گژرِاے ما چھے دزِی یاوَس
ڈۄنگلے لال کھارِ لولو
مول چھُ ژیتہٕ مے پیٚیارِ لولو

٥

---

[1] بادام وارٕ اُس برٕنہہ کالہٕ کاشرِ ثقافتُک علامت۔ مگر بد قسمتی کنہِ چھِنہٕ از ساریے بادام وارِ مژ بنی۔ بادام کیٚنہہ ہشہٕ چھِنہٕ وۄنی خاس نیب نشانہٕ موجود۔

# کاو

کاوٕ خبرا وَنتو یارس رازٕ ہونٛزس تس خبردارس

تس تہٕ میٚنے اوس اولے یخلاص یمہٕ نیتے لاگس سُنیاس

نتہٕ والہٕ وآتش لاگہٕ سبزارس رازٕ ہونٛزس تسَ خبردارس

راتہٕ موغلن کرٕ بجھ لاسے زورے ہو تہٕ اللہ تمٕ پوٚر تورے

شہ چھُ محرم پتنس کارس رازٕ ہونٛزس تسَ خبردارس

اوس وڈنیا اندر وانسَ موکھتہٕ چھکان سارسے جہانس

موکھتہٕ ہران تس پوٚختہٕ کارس رازٕ ہونٛزس تسَ خبردارس

بادشاہ چھُے بہتھ پیٹھ تختس لالہٕ بے بہا بروٚنٛہہ کنہٕ اوس تس

رنگہٕ زورے ژونگ تھو تارس رازٕ ہونٛزس تسَ خبردارس

منصورس تس خبردارس جاہلوٚ سُے لوٚد بردار

کیٚنہٕ لائق تس بے چارس رازٕ ہونٛزس تس خبردارس

مَنہٕ وڈھاسے روزس زاگے ریٚنہہ گنڈنم ژھیپ مالاگے

مایہ تہٕ شٕنرے تھٕتھی ہتھے پیارس رازٕ ہونٛزس تس خبردارس

وکھ ژٕ پالتو نیخ گژھی بیدار
واتہٕ ناونے پیش سرکارس
سپم تنہٕ چھسِ زاۓوِل جامے
شہ چھہٕ محرم میانسِ کارس
نازنینس تاج چھسُ برسر
زٕ غولام چھسِ ستہٕ اخبارس
رازٕ ہونزاہ لوٗگمت زالسَ
والہٕ واش چھےٚ لاگتھ سبزارس
شیشہٕ بڑی بڑی چھسِ مے خانے
سوۓ فکراہٕ چھینے وہاب کھارس

ادٕ ہینے ستہٕ ژور یار
رازٕ ہونزس تسّ خبردارس
شہٕ چھہُ مشہور روم تاشاۓ
رازٕ ہونزس تسّ خبردارس
حُسنہٕ گنجس مالکِ دفتر
رازٕ ہونزس تسّ خبردارس
شہٕ چھہُ لوگمت ہینسِ حالسَ
رازٕ ہونزس تسّ خبردارس
شہٕ چھےٚ پانے میون چھسُ ہانے
رازٕ ہونزس تس خبردارس[۹]

۰

---

۹ عام لوکن چھہ یہ تہٕ زبان زد: ۔ وُنی دِتی ۓ ہالہٕ ہادانے
شہ چھہُ پانے سوۓ پانے
سوۓ فکراہٕ چھم وہاب کھارس
راز ہونزس تسّ خبردارس

بینس جا یہ چھہ: چھینے وہاب کھارس بدلہ پیٹہٕ وہاب کھارس لیکھتھ ۔ (آفاق عزیز، محفوظ جان)

# غزل

گُژھِتھ وٕنیٖے یار رٕوٗدُم درنن وارِ وٕچھرِ تن پرزِ ناونےٚ[1]

وٕنہٕ کمہٕ سوٚنہٕ رٕوٗٹھنم کھتن کن سٕتھاونس میون کیاہ ونے

پونپرِس ینلہٕ پرگٔیہ پادٕ ادوٕن سیر ہٕ تی کرہن خوٚد وا

شمٕسس پتہٕ دٔزابو وٕگنن پرٕدٕ زٕنخ لوگ ڈلہٕ گنز دِ نے

مچھ ینلہٕ بوٗز دوٕن ہنٛد گفتار شور تلنے کوچہٕ تہٕ بازار

ہرد گرمے پیٚٹھے میون ولن تاذٕ سبزی پھیر میانہٕ تنے

رازٕ ہوتنٛرس کیہنہٕ ماچھو نے نظر تہٕ ہنٛزٕ مینزِ سون بنے

باغہٕ عرفان کم سنا دٕتن پیٚٹھے ہمبرزل لوٗ مبرس بروٗنٹھ کنے

خاکہٕ بلدے آب تے نارے لوٗدن آدمؑ برقرار رے

لدنس لوٗرنس کنہٕ ماچھس زٕعبن لوٗدن آدمؑ پانس بٔرنھے کنے

---

[1] یہ بٲتھ چھُ کٔشیرِ منٛز کمے گیونہٕ یوان۔ امیُک بہترین طرز چھُ وادی ہنٛد مشہور گلوکار محمد سُبحان راتھر گیوان یُس ازکل پاکستٲنی مقبوضہ کشیرِ منٛز خدا آیی ہنٛدِ دوہ گزاران چھُ۔ امہ علاوٕ چھِ کیہنہٕ گیون والی وارٕ وٕچھرِ تن بدلہٕ وارٕ وٕچھان گیوان۔ (ایڈیٹر)

گنۂ[1] تلیٚہ تلٕر چھِم ونان کمن نیرٕن ولیٚوٕر چھِس انان
نکرِ ذکرے ماںٛچھا چھِم ہنان ہیٚنٛز مدبر کیٚتھ سنا بنے
دوٚپ شمہن دِل چھِم دزان اشیہ کنے خون چھِس ہران
یارٕ پٔنٛن چھِم زاگان ہتن کنٛزِ تلے کیٚتھ کیا ننے[2]

آگرٕ تلے آبادہ نیرِان چرکہ جوین ہنون۔ ہنون پھیران
عبدالوہابن[3] وچھِ آبگ وطن چھِنہ شدرس کیہنہ ٹھانٛہ کنے
گرٕ ھیٚتھ ولیٚہ یارٕ زٕوٚدم درتن وارٕ وچھی تن پیر زناھ تتے
وتہ کمہِ سو نہ روٚطم کھتن کن نخاوتس میون کیاہ ونے

۵

---

ف ۱ مسوٚدس منٛز چھُ گنۂ تلیٚہ تلٕریس غلط درج کرنہٕ آمتُ ۔ ایڈیٹر ۔ آفاق عزیز ۔ محفوظ جان ۔

ف ۲ کیہنہ گبون وأل چھِ ننے بدلہٕ بنے گبوان ۔

ف ۳ کیہنہ گبون وأل چھِ ونان عبدالوہابن سٕنٛز کوٚر آبگ وطن ۔

# وٚژُن

گوٚرِ گوٚرِ کرلوٚ مالِنیٚو کٔزانے | اَز روز سانے ہا مدلو
سوٚن کوٚرِ ژھِنٛکھ لوان اَتھ کیا مانے | اَز روز سانے ہا مدلو
نٔنِۍ لوٗ ڈٕرایس منٛز بازار | ٹُلی ہٕمن یوٗسف چھِس خریدار
نٔرِ چانے اوٚش گوم بانے | اَز روز سانے ہا مدلو
شمعن گٔیام ترٛووار وارے | پٔکے لٔرز پونپٕری آو لارے
پونپٕری سُند گٔیتھ مُچھ کوٚر زانے | اَز روز سانے ہا مدلو
أنِس شیشہِ ہاوکھ کیا وُچھی رو[1] | زٔرِس گفتارکی کیا عَرِز دِیے
گٔشہِ تیرلاٚیِن رٔون[2] کیا زانے | اَز روز سانے ہا مدلو
وٕنٛدِ کے دود کیا کوستور زانے | جِگرس کوٗر تھم یارِ یارے
شے چھیو کھ جِگرس زانہہ تہٕ نو پرانے | اَز روز سانے ہا مدلو
عبدالوہابو یی پھچھے جان[3] | ژورن یارن ستی تھوو زان
نبیؐ لیسؐ نبوتؐ منز باگ شانے[4] | اَز روز سانے ہا مدلو

٥

---

[1] أنِس شیشہ ہوو کیناہ وُچھ روے (م ل س) — [2] اوٚن (م ل س) —
[3] عبدالوہابو یہ نا پھچھے جان (م ل س) — [4] نبیو نون مُولی تو پٔیر ماہانے (م ل س)۔ غلط یا تھۍ شار درج کرنہٕ ستی چھُ مانہ موٗلے تبدیل گومُت۔
(ایڈیٹر — آفاق عزیز۔ محفوظ جان)۔

# غزل

گلاًبو ہتہ سیچو لکھ باغن مشک دَرتَن چھے حوالو
عشق پادا کوڑے ذاتَن
مُشک دَرتَن چھے حوالو

ینس گرٹھنس چھما گنہ ژہین تتنے گومت یٹر کالو
آندی ییے کیہہ تہ وذ راوتن
مُشکِ دَرتَن چھے حوالو

دون ہنٔد سلوک بینوو ژون ژور چھی ملکھ درکشف کالو
ژور چھی گوتہ دَرد کہ تَن
مُشکِ دَرتن چھے حوالو

اکسِ اکھ اوس رَلاوتھ تن تزِ نے یمی دوینس مَن یلادو
ژوٗرِم گُنٔز چھے لاگ قُلفَن
مُشکِ دَرتن چھے حوالو

ضراب واتہ دیوٗ ضربَن تَن ژور ضرب نُنٔ ژنے نقد حالو
ضربس ضرب چھے انتہا تَن لہ
مُشکِ دَرتَن چھے حوَالو

زہَر یار د گوڈے مارتَن     یہ ژندمنگ دارہہ ستِو زالو

اِچ ہو سَرتَلہ بنہم مے سو ان

مَشک دَرتَن چھے خَوالو

سیاہ بو مَبرس سَیاہ چھے تن     بیادِ دِلبر پیالہ پَلادو

مسیح مستی چھِے مستا نَن

مُشک دَرتَن چھے خَوالو

دانتو کھراوِ کَر پاٹیوُ پَن     گھن شیشہ ہیرِ چھ اِشکالو

نوُ جہ ہشر ناولم کوت گڑھکھون

مُشک دَرتَن چھے حوالو

سپرہن طریقہ بَن تالہ رٹھتَن     سپر چھُم احمد اَبدالو[1]

عبدالوہاب وَنہ اتباتَن

مُشک دَرتَن چھے خَوالو

○

---

[1] یہ چھِہنہ اس، استعمال کَرمت تموجہ اکھ شار دوبہ لٔیہ استعمال کورمت۔

[2] یہ چھُ احمد صاحب مجاس کن اشارہ ییس وہاب کھارس پیر اوس۔ اَمی سند آستان چھُ علمگری بازرِ۔ لاچوک پیٹھ صورہ گژھ دِن کھودرِ طرفہ۔ امیک گوڈنیک شار چھُ قلمی نسخس منز یتھہ آیہ لیکھتھ مہندی طریقت تالہ رٹھتن

# غزل

گوم کلہٕ وال مس چاوِتھ چھوٚ راوتھ ژوٚ لمے
جسم گنٛڈِتھ بہو دوٗر شہ چھُہ گومٕت مشہوٗر
تھزِ کارے چھس کتن دوٗر اُلراوِتھ ژوٚ لمے
نیب سَتھاوی نم اَز پگاہ اَز پگاہ سوری نہ زانہہ
وونی چھُہ وُنی کینہ وتھ بگاہ سے سَتھاوِتھ ژوٚ لمے
خاب خیال چھُے اَپزٕ لوز چھُہ آفتابٕے نوٗنے
آفتابس چھُے لوٗ سُنے لوسِہ ناوتھ ژوٚ لمے
اُمی پیٚرن سیر بوو نم گرِٹہ منز گاش ہوو نم
گاہ گنٛٹِہ منز نژٕ زوو نم پِلہ ناوِتھ ژوٚ لمے
اَستھ تے کھور ماشنز ووزلی چشمہٕ چھس سیاہ کزلی
کیتھٕ شکر پِلہ ناوِتھ سایہٕ[۱] سَتھاوِتھ ژوٚ لمے
راہِ خُدا ہیتے لیٚس جایہ جایے طالبس
گرِ ہیتے عبدا لوہا لبس
وُنہٕ ناوِتھ ژوٚ لمے

٥

[۱] سے تہِ چھُہ اکس کاکذ ورقس پیٹھ لیکھتہٕ ۔

# کاو

گورِ گۆر کرِیو ہتو کاوو
یمبرزل آییہ لۆمبرنہٕ چاوو
باغس چمنن وۆنی اُسی زِ دِوان
پرِ ژھوم درویشن بیہٕ سِتہٕ زنیشن
گگرِ لیہ تہٕ کاوس عشقن نیاے پیوم
رنگ تے شکل تِمن چھُے بوٚن بوٚن
کاوِن کوٚر دربار ککلہٕ کور بیقرار
صحبس وآتی پننس شہارس
ژھاران ژھنڈان وۆنی آسی زِ دِوان
وآتھ ییلہٕ پتہٕ تم کوہِ قافس
رازِ ہونزن وُچھ تازٕ سبزارہ
سداہ جانور ہیتھ زالہٕ آدولنے
کاوِن خبر وۆنی تس راتہٕ موغلس
راتہٕ موغلن کلہٕ تروٚو بوٚن گوٚن

جگرس مینے چھُم آمہٕ تاوو
وَنہٕ نو چھُس پوان
کُتہٕ نو چھُس ٹھہراوو
یمبرزل کتہٕ آسان
یِمن دون ہِشر ماآوو
کتھ نو اُسکھ سمان
رازِ ہونزن کوٚر پآیاوو
مُلہٕ تلہٕ دراے توشان
تِمن دون ییٚو عشقہٕ واوو
رانِہ ہونزن اوس تابان
صآحبو کینزھاہ کھیاوو
زالباز اوس پیاران
پادشاہس کرِ کینہہ بچاوو
ڈب دِتھ موٚرن پان

راژہ ہوٚشنرن وۄن یمن جانہ وارن      دمس ستۍ کرو شُہراود
زالباز وُچھنہ آو مودمُت جانہ ور      پیومُت در صحراو
زالباز کیوٚنژ کال اوٚسے پیاران      جانہ ورو کوٚر وُڑاوو
ازلہ بہٕ باگتے گاتیاہ چھِ روان      کاتیاہ چھِ ونہ وان
عبدالوہاب سوخناہ وۄن نے      ازل نا کانسہِ ونہ آوو
جگرِس میٚنے چھُم آمہ تاوو.

٥

# غزل

گاہ شیرین شکر باگراوان گاہ خنجر وایان
بنہٕ سندود چھا بیس آسان زو ذکرِ حق چھ پران[۱]

کہ شک لال چھےٚ آسان سنرن دگمبر چھے کھالان
سرکیتھ بیر رٔوس اتھ چھنہٕ لوان سو زبان چھے رحمان

غم نو عشقُس زانتن پہلوان پانس چھ پور چھاوان
زرلہٕ پور ہانز نادِ شرقی روتہ دامان حضرت شاہ سلطان

جہاز بند گو کانہہ چھنہٕ تاران مَاج تتے ہانز روان
شانہٕ دارِ پیران پانہٕ اوس لوزان لوٚٹھ کھارن بیک آن

دِل چھا دارمژ رون بیک آن ہاوی ضرب تے نشان
ستھ نور ستہ دینشی کیا چھکھ گنزران کلُ من علیہا فان

عشقس ستہ جنس البحر مان یکجا تم چھ آسان
عبداوہاب اتھ چھے آستان نتھ روز گتھ کران

○

---

ٰ۱ یہ باتھ چھُ از گوڈنچہِ لٹہِ بوسیدہٕ کاکدو پیٹھ نقل کٔرتھ چھاپنہٕ آمٕژ۔

# غزل

لیڑہ اکہ آیو وبے چھیوؤ سا ہتھاؐ — کراما ہتھاہ گرہتھ گوم[1]
اولے تمڑ کوزیی بیان — معشوق کرہن شکلہ انسان
پآنامہ لورنامہ پرسلوا ہتھاہ — کراما ہتھاہ گرتھ گوم
ہینے لورِ دتّن لورِ قطراہ — ترووُن در دریاو بر ہوا
تمے لورِ کور نے ونا ہتھاہ — کراما ہتھاہ گرتھ گوم
عقلی بِستارِ شکلی ٹوطے — تاج چھس شوُبان ہنرو کھوتے[2]
ہے دوُر گوشن کعبہ قوسین والتھاؐ — کراما ہتھاہ گرتھ گوم
لنجہ ہیچڑ ہیوُ ہٹھ بردرختہ سلو باہ — پیرژھنے ناون کنوڈن واشان
لورِ ڈری یاوس لورک ذا ہتھاہ — کراما ہتھاہ گرتھ گوم
اُکھس لچھر [illegible] آبہ قطرے — ساری پیغمبر ٹُنہ تنہ درا ے
ہرتہ کنسوبہ رت چھر نیرلش ساہتھاؐ — کرام ہتھاہ گرتھ گوم

---

[1] یہ باتخر حیحیہ ازگوڈیجہ لیئہ لوکن بروشہ کن آمت ۔ (ایڈیٹر)

عالمہِ آبہٕ منٛز وۄتھ ییلہ ہُباباہ — نٕکلو رۄوٹ اد لوبے لُباباہ

تھمبو رۄوس آسمان یرسما واتھاہ — کراما تھاہ کٔرتھ گوم

آکے گردشہ یادِ گئے ساری — ینس نہ گژھنس چھِے انوارٕ

ینکیں ساتس جیبہٕ گژھنگُھ ساتھاہ — کراما تھاہ کٔرتھ گوم

قودرتہ پنہٕ نے یادِ کوٗرن نار — اد تمۍ کوٗرنے آب اظہار

ڈلو خاکس ناد پیوس صفا تھاہ — کراما تھاہ کٔرتھ گوم

زۄن آفتابہٕ ستارٕ بیدار — یانس آتھ چھس یہند شمار

ڈنڈ رٹُھتھ پانے وِچھی عجایبا تھاہ — کراما تھاہ کٔرتھ گوم

أندرٕ تہٕ نیبرٕ نوٗر کھ گاہ پیوم

عبدلوہاب تتھ مُشتاق گوم

یادِ حق ذِکر پران ہر ذا تھاہ

کراما تھاہ کٔرتھ گوم

# غزل

ئتہ ہار لوٗنگن ہیٚنٛو کمی [1] آمہٕ زوٗنہٕ نیٛوٗنم بینٛے کمی

بوز وٕنی یارو ہارٕ کیا چھے
گوڑٕ وُچھ یارو ستارٕ باگنے
یتھنو گرٛھی ژ مٔن ہمی آمہٕ زوٗنہٕ نیٛوٗنم بیٛنے کمی

ڈوٗنیس ہارٕ میانہٕ کتہٕ تھوٚن
سوگیہٕ آسمان خرچاوٚن
ستہٕ رینٛشَن ستی سٔمی شُمی آمہٕ زوٗنہٕ نیٛوٗنم بیٛنے کمی

حضرت [2] سون اوس زوٗن وُچھان
سوے زوٗن زاہتہٕ نہٕ لواَس لوسان [3]
پوٚزوٗن ژنٛدٕر دزاولوح قلمی آمہٕ زوٗنہٕ نیٛوٗنم بیٛنے کمی

زوٗنہٕ ئندی ئندی شوٗبان ستارے
روکاروان آفتاب دارے
ئتہٕ ژورن گرٛھان برہمی آمہٕ زوٗنہٕ نیٛوٗنم بیٛنے کمی

---

[1] ئتہ ہارٕ لوٗنگن میون نیٛوٗ کمی (رکاملؔ صاحبؔ) [3] یہ بند چھُنہٕ صوٗتی شاعری مٔنز شامل۔

زٕٹھہٕ وولس بیش شاہ
تَتہٕ چھا دِوان ٹھوٗلَن پھاہ
موٗلَن وولنس لٹہٕ لمی اَمہِ زوٗنہِ نیوٗنم بینے کمی

شٕنزٕ کھوت آسمان زوٗن گٔھنے
وٕسی پیٚوٚ دَب لوٗگٕس لوٗنہٕ کَنے
کھاجوٗ ییٚمہٕ واجوٗ تَمی اَمہِ زوٗنہِ نیوٗنم بینے کمی

نیہ آفتابَن زٕٹھہٕ زوٗن
غاَب گٔیہ اَدٕ اَسہِ تِی ژٕلوٗن
ترٛاوٕے ییٚمی نیاٚوِ ے تمی اَمہِ زوٗنہِ نیوٗنم بینے کمی

زوٗنہِ چھے پننے چوٗنہِ زیبان
عبدالوہاب عاشقَن ونان
سٕے چھے پسرِ حاتمی اَمہِ زوٗنہِ نیوٗنم بینے کمی[1]

۰

---

[1] یہ بٲتھ چھ وہاب صاَبہٕ کھارن تَمہِ ساتہٕ وَنمُت ییلہٕ سہٕ پننہٕ نِس طالب ہارونکس اکبر کھارن گرٕ دعوتس چھ گٔژھان یُس رِوپیہ رٲو مژ آسہٕ ۔ توروٲتھ ییلہٕ وہاب صاَبن گیوٚن لوگ ۔ زوٗن لٕج ژٕھرٕ ٹن زیبیرس چھنے خبر تیمہٕ زٕ روپیہ کٕر چھینے نِمٕژٕ ۔ سو آیہٕ ژوٗرِ پٲٹھہٕ تہٕ کوٗرن روپیہ لوٗنگن وہاب صاَبس حوالہٕ ۔ مکمل تفصیل وُچھو وہاب صاَبن اہم واقاتن ہندِس عنوانس منٛز ۔
(ایڈیٹر ——— آفاق عزیز ۔ محفوظہ جان) ۔

# غزل

لٔلہٕ وتھ سونہٕ کھونہٕ ۔۔۔ وَنہٕ چھیہٕ ہم لالو
تن مے زاجنم[1] ۔۔۔ لبسرے نارن
زاجنس ہنہٕ ہنہٕ ۔۔۔ وَنہٕ چھیہٕ ہم لالو
تیپر مو لایم ۔۔۔ میپر ژشکارو
تیپر چانٕی آم تینہٕ ۔۔۔ وَنہٕ چھیہٕ ہم لالو
برونٹھ برونٹھ یوٗسف ۔۔۔ پتہٕ پتہٕ زلیخا
تمبہٕ لوٗ کمیہٕ سونہٕ ۔۔۔ وَنہٕ چھیہٕ ہم لالو
زندٕ گٔیہٕ مدفون ۔۔۔ لاَل تے مجلون
زانہٕ تُسے لیَس ینہٕ ۔۔۔ وَنہٕ چھیہٕ ہم لالو
باغس پھُلیاہ ۔۔۔ لجٕ سبزارس[2]
آغس برونٹھ کنہٕ ۔۔۔ وَنہٕ چھیہٕ ہم لالو
وہاب کھار کوتاہ ۔۔۔ حُسنک طلب طلبدار
دیدار برونٹھ کنہٕ ۔۔۔ وَنہٕ چھیہٕ ہم لالو

○

---

[1] گیون وآلی چھِ وَنان : سوٗر کوٗزم ہنہٕ ہنہٕ تہٕ ۔
[2] سبزارس بدلہٕ چھِ اڑلوٗ (س) سمار لیوٗکھمت ۔ یہ تہٕ مٔحی چھُ ۔

# غزل

لول کر پادٕ اوٗٹھ زانُن خُدا     اَز نیر مُدا سون یے [1]

نوٗر پیٹھٕ محمدؐ صاب کوٗرنے پادا     نوٗر ناپہٕ گرٛژھ بوزو نیے

جبرئیل دَمہٕ دمہٕ لایان چھُ صدا     اَز نیر مُدا سون ے

حضرتِ آدم کوٗرنے پادا     جنتہٕ منٛز کنکہٕ دانہٕ کھیوٗن یے

جنتہٕ منٛز نیر تھٕ کرٛن وَد وَدا     اَز نیر مُدا سون یے

حضرتِ داوٗدؑ کوٗر تھَن پادا [2]     سُلیمانہٕؑ گرٛژھ بوزٕ ونیے

وآج تیس میچی بہ اَمرِ خدا     اَز نیر [3] مُدا سون یے

حضرتِ یعقوبؑ کوٗر تھَن پادا     یوٗسفؑ کیا مُنٛزٕ لون یے

وورٕ بالیو چھِس لوٗکٕ توٗرٕ دژاو صدا     اَز نیر مُدا سون یے

وورٕ بالیو چھہٕ پیٹھٕ کوٗرہس نادا     یوٗسفہٕ کیا [4] حال چھون یے

حمدُا چھِس پران لسوٕے خدا     اَز نیر مُدا سون یے

واوس حکم آو آب دژاو پانٕے     سآیل صدا کرٕ وون یے

عبدالوہاب وَنی عشقہٕ پدا     اَز نیرٕ مُدا سون یے

---

[1] کیہنہٕ گیون واآلی چھ اَز نیرٕ مدا میون ییے وَنان -

[2] داوٗدؑ اوس پیغمبر - زَبوٗرٕ کتاب سپٕز یمنہٕ پیٹھٕ نازِل - حضرت سلیمان اوس اَمہٕ سُندے زِزند -

[3] اکھ مشہور پیغمبر - حضرت اسحاقؑ سُند زِزند تہٕ حضرت یوسفؑ سُند مول -

[4] حضرتِ یوسفؑ اوس پیغمبر - تہٕ اوس زبردست خوبصورت -

# غزل

لو ہوٗ رٕژی طوطہٕ بولہٕ
جگرہٕ پھولہٕ لولو
عریہ کے ژاہٕ ہالہٕ
تبقس ہیوٗ لالہٕ
موکھتہ تُلہٕ پھلہٕ پھلہٕ
جگرہٕ پھولہٕ لولو

زور دار عاشق برتل بلا شک
تس چھٹے موہر تلہٕ جگرہٕ پھولہٕ لولو
بے زر عاشق
برتل چھُ حاراان
کاکشہٕ ستیٖ ماشہ ترلہٕ
جگرہٕ پھولہٕ لولو

پیر چانہٕ نظرے دِل میون پژرتے
سنوٗن بنیم سرتلہ جگرہٕ پھولہٕ لولو

کَج زُلفِ کج کُلاہ
پانَے قاضی مُلا
پِلِ قلم تَس چھ ہَلیہ
جِگرَ پھولیہ لولو

عربکیہ وا زو رَتَن تو دُپیا زو
مزِ دار نوٗن گلیہ جِگرَ پھولِیہ لولو
دۆبِ چھوکھ مشہوٗر
تیتہٕ گژھِ مَل دۆر
نیتھٕ نوٗن کیٛا چھلِیہ
جِگرَ پھولِیہ لولو

عبدَ الو ہابو دُنیا چھُ خابو
تزیش چوٗدشاہ کولِیہ جِگرَ پھولہ لولو

ہ

[1] لوہوزی طوطہٕ بدلہٕ چھُ ساقی سونہٕ ہاری طوطہٕ لیکھان ۔

[2] ننگہٕ نوٗن چھُ ساقی صابن استمال کورمت مگر کاشرِ پاٹھۍ چھہٕ نیتھہٕ نوٗن
ونان) ۔

# غزل

لا اِلٰہ اِلااللہ لعلا ہے     محمد رسول اللہؐ ناوا ہے[1]
پیپرو نظر چیٲنی     بیٚیتہٕ چھا شاہ گوساٚنی
ژٲر بنے پہٕ بیٚیتہٕ ابدالا ہے     محمد رسول اللہؐ ناوا ہے
فقیرِ راہ آیو     آنگنہٕ بیٚنچھیو
آنگن بنیوو سبزارہ ہے     محمد رسول اللہؐ ناوا ہے
دوستوٗر ونیے     یتھ بوٚ زنیے
کیتہٕ ونس نجدگ بالا ہے     محمد رسول اللہؐ ناوا ہے
کھیشاہ دُپٹا     کٔشرہ تلوار
بے رنگ ژھمس رنگ چالا ہے     محمد رسول اللہؐ ناوا ہے
عبدا وہا بو     پیپر ژرے گارتن
کر فرش مالا مالا ہے     محمد رسول اللہؐ ناوا ہے

٥

---

[1] یہ غزل چھُ گوڈٕنچہِ لٹہِ ازچھپیومتُ۔

# وژُن

ماراگُپھ رُد جا یہ تَن — یارا لیئے آو عاشقن[1]

معشوق چھُم مشر چشمن — یارا لیئے آو عاشقن

در خو فتہ اوسس غارہ سے — وَ لئے آم شہمار ژے

خابس شرابس یار ژے — یارا لیئے آو عاشقن

سَن لاَ ایتھ گوم عشقہ زور — تن زا جنم پیوم سُے قصور

پیرو نقیرد گژھ حضور — یارا لیئے آو عاشقن

لو ہدر وتسیہ سمندرس — دم ہتھ کھارس جوہرس

سائیل صلا کر رہبرس — یارا لیئے آو عاشقن

جنتھ نشانے رہنما — دوزخ نشانے غارٔ راہ

مالاچھُ دُنی یا سال گاہ — یارا لیئے آو عاشقن

وہاب کھارو دے مشو[2] — ہر شایہ بینا پانہ شو

در باغ زاگتس ہی سگو.

یارا لیئے آو عاشقن

ہ

---

۱؎ یار آو لیے عاشقن (دم ل س) — غلط انداج —

۲؎ ؤ دے مشو (دم ل س) — غلط اندراج — (ایڈیٹر)

# غزل

مالہِ چانہِ بالہِ یارِ سون پیزِ ہے
آفتابہ زوٗنہِ درشن دِزِ ہے

نظرِ چانہِ ستیٖ پھولہِ گلزار نظرِ چانہِ ستیٖ بلہِ بیمار
تار وزِ ہے در بار پیزِ ہے
آفتابہِ زوٗنہِ درشن دِزِ ہے

رازِ ہوشِ زالہِ لوٗگ ہاسِہ کرِ کیٖا کاوٗئ نہِ دوٗپ کاوس خبر مرِما
زالباز دپان مؤرِدار پیزِ ہے
آفتابہِ زوٗنہِ درشن دِز ہے

نظرِ چانہِ ستیٖ دِلِ مے پھوٗلہِ ووٗ نہِ گےٗ غم غوصہِ دوٗر ژلہِ ہے
کم کیٖا گژھی دیدار دِزِ ہے
آفتابہِ زوٗنہِ درشن دِزِ ہے

تہ راہ تژاٗئ ہقس ہاپہِ کرِ کیٖا اکھ دپان داہ تے بٹیا کھ دپان کاہ
زالباز شیر سنڈئ پاٹھی گرینز ہے
آفتابہِ زوٗنہِ درشن دِزِ ہے

مجنونس سیتؠ دوٚد مجنوٗن     شێوس نش شیطان کمہ سناژیوٗن

لآلہٕ ہندِ گرٕ دربار پیزِ ہے.

آفتابہٕ زوٗنہٕ درشُن دِزِ ہے

بجلہٕ وٕنہٕ بیوٗ ٹھُکھ ہا اُفقیرو     لولے کوٗر تھم مے ذخیرو

وُزِ ملِہ اندرے لال پیزِ ہے

آفتابہٕ زوٗنہٕ درشُن دِزِ ہے

کگہِ نوٗس ژایاوِ اعتکافس     جاے چھِس تھزرس کوہہٕ قافس

کگہ نوٗس نارِ دوٚد وارِ پیزِ ہے [1]

آفتابہٕ زوٗنہٕ درشُن دِزِ ہے

وازن تازٕ پائٹھی رنٛزو میزمان     کونگہٕ رونگہٕ نمکی یُتھہٕ دزپران

متجن مینٛتھہٕ ماز پولاو کھینِزِ ہے

آفتابہٕ زوٗنہٕ درشُن دِزِ ہے

من ہُمی یُتھ نو گژھی پانس     سآئی کرٕ دلہٕ کسِ مآدانس [2]

ازوہاب کھار بیدار پیزِ ہے

آفتابہٕ زوٗنہٕ درشُن دِزِ ہے

٥

---

[1] کگہٕ نستہٕ یُھتے دربار پیزِ ہے (م ل س) —

[2] سآئی کرٕ دلہٕ کسِ ڈریاوس (م ل س) ——

# غزل

مائرہ مُوت گوم سائن مُوتے — گوم کوتے بائی بسے [1]
یوتے گوءِ آسی لاروس توتا بسے — گوم کوتے بائی بسے
سَلہِ دریو نیندرے ہَوت بسے — مُلتانچ چھسَ چاآئی بسے
ووتے مدین سدرہ منزر کھوتے — گوم کوتے بائی بسے
عربو مجم تس پیغام ہیوتے — پیربہ ڈیچھنغ ڈاآئی بسے
بغلادِ چ نظر آسہِ یوت بسے — گوم کوتے بائی بسے
شاہ فریدن گوش تسَ دیتے — ہوش ذیت تس زو لجلائی
باوُل[2] فقیر پادآئے گوس توتا بسے — گوم کوتے بائی بسے
دبدہِ بابےناگس ووتھ بسے — ساآئی کوَرن آبہ ستلے
شاہ سلطان پادآئے گوءِ توتا بسے — گوم کوتے بائی بسے

---

[1] یہ چچھ گوڈنچہ لٹہ چھپیان -
[2] خضر محمد آہنگر شند دعوا چھ بادل چھنہ باہول یانے لیُں پہ لبز پہ بیبہ -

سکندر ہیو ظلمات وٚوتھ ییے    ساآں کوٚرن پاتا لے
آبہٕ حیات ہیتھ تورٕ کھوٚت ییے    گوم کوٚتےٚ باگِ ییے
شام صُبحو تاریف رُٹ ییے    مأنتھ چھس بنگاگ ییے
گو ساأنیا اسمان کھوٚتا ییے    گوم کوٚتےٚ باگِ ییے
عشقہٕ مقام زأنہٕ موٚت ییے    تمۍ تہٕ أژدا گاگ ییے
شیخ نورالدین سورگس رٹیتے    گوم کوٚتےٚ باگ ییے

خوجہ یارٕ بل رنگہٕ ناوِ وٚوتھ ییے
عبدلوہاب چھےٚ غزا لے۔
حضرت بل مارٕ موٚت ییے۔
گوم گوٚتےٚ باگ ییے۔

٥

# غزل

مَس چاوَنس عشقنہٕ وانہٕ لولو
جان وَندِیو ہا جانانہٕ لولو
دِتی مے آلَو جانَن پانہٕ لولو
جان وَندِیو ہا جانانہٕ لولو

ہی بیاباہٕ پھوٗجمٕژ سر ہلٕدنے الٰفہٕ قدٕسے وُچھ حُسنَن تہٕ مَدسے
بُرقہٕ سرٕسے پیٹھ تاپدانہٕ لولو جان وَندِیو ہا جانانہٕ لولو

جامہٕ شوٗبان چھی ژٕہسے کیا رٕتی
کِتیٕ عاشق ژٕہسے پیٹھ گامتیٕ متی
نُنہ دٕرامٕژ چھکھ پرستانہٕ لولو
جان وَندِیو ہا جانانہٕ لولو

ڈبکہٕ شوٗبان چھیٚے کیا تلاوٕت الٰہ حُسنَس پیٹھ چھسٕ آکرانٕ گتھ
یُتھ شمعس پیٹھ پروانہٕ لولو جان وَندِیو ہا جانانہٕ لولو

دوٗن چمن منٛز شوٗبان قبلہٕ نُما
کِتیٕ عاشق نٔمان دٔر وجد ہا
باغِ ارمس سے اَر مانہٕ لولو
جان وَندِیو ہا جانانہٕ لولو

چھسِ ہٕنگنے شوٗبان ہنگہٕ طوٗمار رٕنگہٕ رٕنگے رَنگنے چھسٕ نہٕ شُمار
شٕروٗنی دار چھسٕ روٗہ نہٕ دامانہٕ لولو جان وَندِیو ہا جانانہٕ لولو

موکھتہٕ کیٛنہٕ نے شۄبان زن ستیار بوسہٕ روٗخن کران وارِ وارے
تیغ خنجر دُرٕ ہیاہ لولو جان وٕنڈلو ہا جاناہ لولو

دآن پوشن ظلماتہٕ مُشزی چھس جوٗے عاآن عاملِ غاآن وُچھتن تنڈ جوٗے
موکھتہٕ الماس بیوٚن داتہٕ لولو جان وٕنڈلو ہا جانا ہٕ لولو

وُٹھ زرٕ ٹھیلی شۄبان موکھتے دَنڈ کیتھ شیرین شکر قنڈ ہاری قنڈ
زلو قلم لوحینہٕ اَنماہ لولو جان وٕنڈلو ہا جاناہ لولو

اَتھ کھور چھس رنگی متیہٕ ماشر وو زلی
کلمہٕ پران لا اِلٰہ چھکھ ازلی
دِل در نماز لوٗزم غائبانہ لولو

جان وٕنڈلو ہا جانا ہٕ لولو

غسلہٕ چشم آبِ حیاتہٕ ناوِتھ تن اَتھ تسبیح خوٗے چھس ستیٖ وادَن
آبِ حیات باگران پاہ لولو جان وٕنڈلو ہا جاناہ لولو

کانٹھ ملے چانہٕ چشم چونہٕ زبان واچہٕ اَتھ ہتے روپہٕ گلٕ چھی شۄبان
روپہٕ داماہ پوٗز ساماہ لولو

جان وٕنڈلو ہا جانا ہٕ لولو

چھُنہٕ عاشقن آسان صبر و آرام چھُے عاشقن ہیوٗے صبح و شام
وَناں گھار ہاگوٗ دیواہ لولو جان وٕنڈلو ہا جانا ہٕ لولو

---

لو یمہٕ بانگ متن بادِ سۄتو یہ وایاہ جاین درُس کرنہٕ آمت۔ چونکہ غلطی چھیہ برونہٕمِس کتابن منز واریاہ۔ لحاظ آسنہٕ کنہٕ سارے الگ الگ بیان کرنہٕ ممکن۔ (آفاق عزیز۔ محفوظ جان)

مَس دیُٹ تھَم بالہٕ یار وبہٕ
کس وَنہٕ سوندر سوندر۔

کامہٕ دیوٕ وٕلہٕ میثانہٕ یارو پامہٕ چانہٕ بَرسر بَرسر
نامَن کرَے شُمارو کسَ وَنہٕ سوندر سوندر
از یتہٕ وفا دارو بیٚتھم دَفتر دفترٕ
از کرتہٕ میثونٕے چارو۔
کسَ وَنہٕ سوندر سوندر۔

روے چون گُلِ انارو چیشمہٕ چانہٕ خنجَر خنجَر
شوٗبان کیا موجدارو کسَ وَنہٕ سوندر سوندر
شیٚنہٕ یھکہٕ جانا وارو کَتھِ چانہٕ شکرَ شکرَ
بیٚنہٕ یتہٕ کرٕو کتھِ تارو۔
کسَ وَنہٕ سوندر سوندر

---

سلہ ییتھ کنہٕ لل دیدِ تہٕ شیخ العالمؒ کلام رلہٕ چھُ گوٚمت تیتھے کنہٕ چھُ بینہٕ تہٕ واریاہَن شاعیرن ہُند کلام رلہٕ گوٚمُت۔ محمود گامی تہٕ وہاب کھارن یہ باتھ چھُ مومولی تفاوت ہاوان۔ تہٕ یمن دوٚشونی شاعیرن ہُندیہ باتھ چھُ کافی ہیشر تھاوان۔ دوٚنوٚن ہُند گوٚڈُ شارٕ تہٕ ودج میٚر چھُ کنے۔ امہٕ علاوٕ چھُ متنس منز تہٕ کافی ہیشر لبنہٕ یوان۔

(ایڈیٹر —— آفاق عزیز۔ محفوظ جان)۔

بے عار تبَر دارو لآے تھمَ تبرَ تبرَ
تبرَ ے کوٗرنم پارٖ پارو کسَ وَرٖ سوندَر سوندر
عمر بہٖ کبٖ سودا گارو پھٹکہٖ کیا زَبرَ زَبرَ
قد چون قـدا وارو
کسَ وَرٖ سوندَر سوندَر

وہآب کھار نہٖ یارو تیر تو نبرَ نبرَ
نیر نسَ ما چھٹے وارو کس وَرٖ سوندَر سوندر

٥

# غزل

مٿئہ وان مٿئہ وان یار ڇھمئہ ٻوان
بال نيئرس ؤنہ وان

حضرت آدمؑ زانئن جنڈِ انسان ٹکھ چھس حوا شؤبان
تئہ پیٹھ تھئنہ ذرٛی یا تھ پھٹے پکان [1]
بال نیئرس ؤنہ وان

ذاتن جبریٖل سوٗز نے نبیؐ لیس ؤتھو حضٕ کھئسو لامکان
نیئر لوٗک بُراق واو چھئنہ پوشان
بال نیئرس ؤنہ وان

نۆرانہ تھئنڈ زوپور تابان آفتابہ تئتہ منئز چھان
شاہنہ دٲرِتھ تئتہ آس شاہِ جیلان
بال نیئرس ؤنہ وان

---

[1] تابان: لامع

حوُرَ تي غلمان ڏڙاس ٿِڙ وڻہ وان    از روز ساڻہ مہزمان

نبيؐ سون پيرکهڙ ڏڙاو سازو سامان.

بال نيئرَسُ وَڻہ وان

تورہ ٻيلہ آسي گرہ واتي ٻيک آن    يارن سيئرن باوان

پانڙهڙو ساس وآنہ گيئہ هانکل آسن الان[1]

بال نيئرَس وَڻہ وان.

وِہ وِہ[2] کران کي آم ڇيڙتان    ديہ ميون آو ووبران

عبدالوهاب کهار عاشق ڇپي ونان[3]

بال نيئرَس وَڻہ وان.

o

---

[1] پنڙاہ ساس وڙي هانکل آس الان (م ل س) تموچهہ يہ شار غلط درج کورمتا.

[2] وِہ وِہ کران کيتهہ تي آو ڇيڇتان = وِہ ميون آو وُبدان (م ل س) غلط اندراج.

[3] کنُ (م ل س) (ايڊيٽر)

# غزل

میٚ ییٚنہٕ چھُونَس تہٕ گوٗشہٕ کال — دَمہٕ دَمہٕ آدَم چھُو نے
تیلہٕ لوٗ لبُوٚد اوس میٚنہٕ تَے بیٚیہٕ کرُال — دَے اوس ژھانڈان پانہٕ زے
ہوٚ ہوٚ کران ہووٚنم یہٕ دُ خال — قالو بلیٰ پر لووٚ نے
فرضِ دایِم کرٕ پانہٕ ادا — ہادَمن بستے بندرکھ پے[1]
پیرن وَنہٕ نَم زٕ لیکھ زٕ لال — ژے دورِ دُنیا ہاوٚ نے
وُچھ تس یار ژھنڈ وَنے آم زال — زاوٕ ییٚلہٕ زالہٕ آس ہیٚنے
بوٗزم تَمہٕ زالہٕ موکلُن چھُ اشکال — توٚت واتھِ ہاوٚ نے
اَمی ناگی راین دیٚ لبھ لا پاتال — داوِ ستر ہی مال خار گئے
رِندہٕ آسی عاشق تموٚ ژٕ پاتال — پونیرِس اَتھِ شیٚنچھ تھاوٕ نے
مس چَو عاشقو تم سیٚدی مس لاحال — واصِل سیدی مستانہٕ ہے

ہا وہاب کھارو وُچھ کارِ حلال
دُنیا چھے اَفسانہٕ ہے

٥

---

[1] یہ شار چھُ حبہ دمکُہ مقام دسۂ تھناوان ۔

# غزل

موٗ کھ دوٗرِ ڈیوٗ نٹھم تَس جانانَس     مشتاق پانس در بازار
موٗمنو پڑھ کر آیہ قرآنس     فرمانس روز خبر دار
فرمان مانُن چھُے مسلمانس     مشتاق پانس در بازار
صدف تیریا انکھ دُر دانس     سُدرس لبی نوسم نیۂ تار
دَم گبر کھارن دُرِ عرفانس     مشتاق پانس در بازار
وُچھتۂ حضرت سلیمانس     ہائنز گرِ تمُی کوز افطیار
ژوٗٹ کھتیۂ نَم ستۂ میزبانس     مشتاق پانس در بازار
پوٗنپرٕ وو سٕہ لاَے انکھ شمع دانس     پان تمُ زولُن کوزُن لو عار
نارس گُل پُھلِ خلیل رحمانس     مشتاق پانس در بازار
علم الیقین گو زبان انسانس     عین الیقین گو عاَئِنہ دیدار
حق الیقین گو وصل جہانس     مشتاق پانس در بازار
آبادس نے بینہ واۓ آرانس     تنھ منز نالان چھُے وہاب کھار
شاہ رُود بے غم لامکانس     مشتاق پانس در بازار

٥

# غزل

مدنس میانس کمُر کری جادی — ہے ویسی ینیتی ہے اوس آدی نام

ناگرایَن[1] وہ سٹھ لاآ ئے آنھ دو دیناس — پاتال پڑی یو نیؤ سالس

ہی مال پھیران ہیٹھ ناگہ رآدی — ہے ویسی ینیتی ہے اوس آدی تام

بجیہ اکیہ فرہاد مارہ لوو ڑھلے — وَنی ویسی ازلس کور پلے

گجے اکے کتاب زالہ لوو سعدی[2] — ہے ویسی ینیتی ہے اوس آدی تام

عام خاصہ اندرے آلو گو — خاجے خضرو رآصی روزی تو

طالبس سپرلو ونیز وہ ستادی — ہے ویسی ینیتی ہے اوس آدی تام

شرہچیہ ڈیڈ تل زُنی جو راہ — تم آسی پانہ وانی کران دوراہ

دُنیا ناون غم یا شادی — ہے ویسی ینیتی ہے اوس آدی تام

ہا وہاب کھارو دُنیا چھُ برما — ناحقہ وونزمے گوربھُ سالا

تم چھہ نہ بارنی غم تے شادی
ہے ویسی ینیتی ہے اوس آدی تام

٥

---

[1] ناگرائے اوس ناگ قومک شہزادہ۔ ناگ آسی کشیر ہندی ابتدائی بسکین یم آسٹرک زبان بولان آسی تہٕ یم آسٹرولیڈن ہندی زرٕی آسی۔

[2] سعدی اوس شیراز ایرانک روزن وول۔ تمہ چھُ فارسی زبانٕ ہند بوڈ شاعر تہٕ بافقیر مردِ کامل اوسمت۔

# غزل

میٹھڑ مٹھڑے یم گولاب پھلی یے لو
برقہ تل واہ وچھچھ لگی یے لو

ہا میٹھڑے مٹھڑ دڑاو گل تے ہوؤں    میٹھڑ مٹھڑ گوڑے ناسور ووصوؤں
میٹھڑ مٹھڑے باہ ٹھڑی کلائی یے لو
برقہ تل واہ وچھچھ لگی یے لو

میٹھڑ مٹھڑے دڑاوے تپیر شمشیر    گوڑے شمشیر بن ادبن ڑے شیر
تم شکار کڑی گاٹلی یے لو
برقہ تل واہ وچھچھ لگی یے لو

میٹھڑ مٹھڑے دڑاو کھنڈک ڈری یاو    میٹھڑ مٹھڑ دڑاو نادوڑ ڈری یاو
تھتھ مٹھڑ نوں گوو گلی گڑی یے لو
برقہ تل واہ وچھچھ لگی یے لو

اگی دوپنے آب گڑھ ٹھہراؤن    بیتے دوپنے گوہ گڑھ پکناوؤن
گوہ پکنے لوگ ڈلی یے لو
برقہ تل واہ وچھچھ لگی یے لو

چھکھ پرستانچ ژٕرپٕری ذاتھ      وُچھکھ صُبحن آمژٕ ژھےچھکھ راتھ

بیئہ مے گژہ جم ژٕ وُلِیے لو

بُرقہٕ تُل وارٕ وُچھَتھ لُلِیے لو

لولہٕ یکنس ماچھے تھکُنے زانہہ      لَیس آسہ سَتہٕ سَتہٕ ییپر رہنما

شاہہ عاَدِلن بوز ڈُلِیے لو

بُرقہٕ تُل وارٕ وُچھتھ لُلِیے لو

ہاپکُن تہٕ تھیکُن چھے نو جمع      عبدؔ الوہابو گوڈٕ بوز باسلہ

سون ہا چھے کہوچہ ٹُلِیے لو

بُرقہٕ تُل وارٕ وُچھتھ لُلِیے لو

۵

---

لہ غزلہٕ کِس متنَس منز چھے واریاہ دُرستی کرنہٕ آمژٕ ـ

# غزل

میٚنہٕ ژھا نجوم یارِ جانانے — اللہ ہو یاد کر پانے
چھُھ پانے ہیر پانے بوٚن — چھُھ پانے من چھُھ پانے تن
چھُھ پانس پانہٕ پأرانے — اللہ ہو یاد کر پانے
ییٚمی کٔرکل تمیٚ تلُ پھل — یکنُ جل جل وتے موڑل
پکان گرژھ راہِ رِوانے — اللہ ہو یاد کر پانے
ییٚمی چھو لولہٕ وانک موے — تمیٚ لوٚب عشقہٕ شدرس پے
چھوان گرژھ آبہٕ روانے — اللہ ہو یاد کر پانے
ییٚنہٕ منصورِ لوٚد کھ دارس — تنہٕ گلزار پھلس نارس
تنہٕ تس گو ویکسا نے — اللہ ہو یاد کر پانے
تھزرہٕ پیٹھے نظرِ روزس — وینہٕ سوزس وبٹے سوزس
شہ ماچھم لوٚرِ لوانے — اللہ ہو یاد کر پانے
مستقیم اوز دستگیرس — شہ چھم واصلِ عالمس

عبدلوہاب تن ناوانے
اللہ ھو یاد کر پانے

○

# غزل

مَس یِنہٕ چوٚونس اَہر ساقین تےٚ — چھُس عارتن تےٚ وُچھتھ عارتھ
تَتہٕ نِسہٕ دَر کار زلو یاکن تےٚ — تَتہٕ نو مَنگنے ساس یا ہتھ
تَتہٕ کوٗر یکسان اِخلاصن تےٚ — چھُس عارتن تےٚ وُچھتھ عارتھ
جو گَس تہٕ شِنیٖ یہس چھےٚ بِلہٕ وانَن تےٚ[1] — وآراہ ہیر کتھ وُچھ وحدت
کثرت تور چھِنہٕ سو چھ تمہٕ بوان تےٚ[2] — چھُس عارتن تےٚ وُچھتھ عارتھ
گنجیتھ دُری یادٕ رحمتکٕ چَن تےٚ — تمتھ مَنز چھےٚ سیر حقیچی وتھ[3]
گرٛ ژھکھے رہنماستی ہین تےٚ — چھُس عارتن تےٚ وُچھتھ عارتھ
تور نِسہٕ جاے گِنہٕ چھےٚ ملکن تےٚ — جبریل نبی ین کوٗرنے پیتھ
تمہٕ بروٗنٹھ حضرت نیوٗلولن تےٚ — چھُس عارتن تےٚ وُچھتھ عارتھ
مقامِ بے سَر گرٛ ھولارن تےٚ — تَمہٕ شایہ منصوٗری دِتنے سَر

پھِرنے تی رود تَتہٕ عاشقن تےٚ[4]
چھُس عارتن تےٚ وُچھتھ عارتھ

---

[1] شنیایہٕ ۔ (صوفی شاعری ــ ایمن کامِل) [2] کثرت تور چھِنہٕ سُہ چھُ تمہٕ بوٗن تےٚ (م ل س) یِتھہٕ زن کامِل صاب تہٕ تی چھُ لیکھان یِہ ہیر کِنہٕ قتنس منز نیکھتھ چھُ۔

[3] سائی حقیچی وتھ (ایمن کامل)

[4] پھِرنے تی رُودے عاشقن تےٚ (کامل)۔ اتھ چھُنہٕ خاص تفاوتھ ۔ البتہ چھُ ساقی صاب ورن برابر انان یِتھہٕ زن کامِل صاب کاشتر لیہ نظامہٕ مطابق صحی چھُ ۔ (ایڈیٹر)

مقام محموٗد سَرکرتَن تَے   پاغام تمہِ گُے چھےٚ رُحمتھ

ہ دُیتھ شاہ چھےٚ پرٛزناوتن تےٚ   چھُس حارتن تےٚ وُچھتھ حارتھ

محرم ہُنٛہٕ کوٗرلس تمہِ سپرٛن تے   پیپرس وندٕنا ہٹہٕ کُے رتھ

عبدل وہابس چھم لادن تے

چھُس حارتن تےٚ وُچھتھ حارتھ

۵

---

لہ شارس منٛز چھُ ساقی صاب لفظ "بہ"، تہٕ کامل صاب لفظ یہ لیکھان۔ اگر بہ لفظ ختمے کروٗ۔ شار چھُ مکمل ماننہٕ دِلوان۔ تہ کیازِ کوٗرلس لفظس، منٛز چھُ بلانہٕ خود "بہ" موجود۔ بلہِ سورے شار پرٛو۔ اشارٕ چھُ حیود گژھان ییتھ کنہٕ وننہٕ آمٕژ ڈلیلہِ کنہٕ۔ "بہ" لفظ تھاوِنہٕ یا کڑنہٕ سٕتہِ چھُنہٕ کینٛہہ نوقصان شارس گژھان

(ایڈیٹر آفاق عزیز، محفوظ جان)۔

# غزل

میانہِ صاحبو کرتم کتھاہ — چاؤنی سَتھاہ ہر کاؔ نسے[1]
اُکی ملکن اُنی مینٹرِ دَستھاہ — آیہ نارے ملتا آؤِ ان
داو ءِ ستن وڈلنس خلقتھاہ — چاؤنی سَتھاہ ہر کاؔ نسے
دوپ ملکو یو ہے چھپے پادشاہ — سجدہ کرو آدمس
شیطان کُر تو ہمتھاہ — چاؤنی سَتھاہ ہر کاؔ نسے
پادِ کوڑنے باغہِ جنتھاہ — ناگہِ رادن چھپنہ شُمار
گلُ تہ گلزار مے تہ معرفتھاہ — چاؤنی سَتھاہ ہر کاؔ نسے
قطرِ قطرے پادِ گوَ دریاو — دریاون چھپنہ شُمار
بیٹھ ناولاگ چھم سوے منتھاہ — چاؤنی سَتھاہ ہر کاؔ نسے

چلہِ دارن ماز نور ستھاہ — نورِ ءِستن اِشارہ
ستہ رنیشِ کران پانس گتھاہ — چاؤنی سَتھاہ ہر کاؔ نسے
نورِ محمد و خدا اُنی یتھاہ — تمہ نورِ گیہِ پادِ عالم
تمہ نورِ گیہِ مو رسل پادا — چاؤنی سَتھاہ ہر کاؔ نسے
ٹکہِ ٹکے دراو ٹکہ ہتھاہ — اورِ واراہ اُسی یوان
وہاب صابن وڈن اتہ گتھاہ — چاؤنی سَتھاہ ہر کاؔ نسے

٥

---

[1] یہ باتھ ادس ینہ از تام چھپیو مت ۔

# غزل

نار گونٛڈ نَم منقلے کلہِ چانے گوم سۄر

مَتہِ میٚلنے ہامیتوٗ کٔتہِ لۆگیوٚرس مۆ دۄر

آوٕ لٔتے وٕلنہٕ آلوٗس چوٕ نَس دامے سۆ دۄر

کھۆت مۆسیٰؑ کوہ سَنگرِ جاے رٹنم کوہِ طوٗر

کوہِ طوٗرس کوہستانَس نوٗر چانہٕ تَمیدان سۄر

کھۆت مجنوٗن نجدوَ تسے ژاس منٛسے عشقہٕ ژۄر

دِجے ژرآوتھ گٔژھ نَسٔ کنٛ ہاوٕنے نوٗر ظہور

عاشقن منٛز آشکارا چھُے عاشق منصوٗر

وسوٗ شٔدرس روز دَم ہیتھ شٔدرٕ مَنٛز کھار دوٗر[۱]

توٗرِ وَ ننتو وہاب کھارو بیٚنہ گٔژھتہ گوتا دۄر

○

---

۱ دُر ۔

# غزل

نفی اثبات آو نوٗن سٕے دراو — احدس ییوٚ احمد ناو نوٗن سٕے دراو

لول گوس یادا کرہس کیٛاہ — گفۂ[1] سپر وینہٕ آو نوٗن سٕے دراو

عاشق پریشان چھیٚ ازدِل وجان — معشوقہٕ روے ہاو نوٗن سٕے دراو

قوم جبریل کیٛاہ اسرافیل چھا — تمن ییوٗن ییوٗن چھُ ناو نوٗن سٕے دراو

میکائیلس چھُ سوز دفتر چھُ لوٗز — باگرِنے تتہٕ آو نوٗن سٕے دراو

عزرائیلس مٔنزل سٕے کران واصلِ — دربار سٕے ناو نوٗن سٕے دراو

گٔژِ گاشس ہیلتھ ژٕ پور تیلتھ — گٔژِ ژرج گاش آو نوٗن سٕے دراو

دم ہینتھ بہدوٗر ووتھ منز سدوٗر — لال ہینتھ تورِ آو نوٗن سٕے دراو

سٔدر کھتر لٔدرے مال پوٚختہ چھنے موکھتہ مال — موکھتہ گنز رنہٕ آو نوٗن سٕے دراو

عبدل وہابو زاگ سو چھُ ناگ ہوس ناگ

تسٕنز نشِ من کھلاو نوٗن سٕے دراو[2]

٥

---

[1] یہ گرٕژھ اصلی گیٛتھ یانے ژور آسُن وون گو وگفہٕ لیُس گفت لفظُک ژھو چر چھُ، تہٕ چھُ مٕی مانہٕ دِوان —— (ایڈیٹر) [2] یہ بانتھ چھُ گوڈنچہ لٹہٕ باذرس منز تراوِنہٕ آمُت —— (ایڈیٹر)

# غزل

نورکو نہ ملک تم چھہ نورآنی — زؤن آفتاب اسمانی دراو[1]

روکاروان چھُے چرکہ پھیرانی — زؤن آفتاب اسمانی دراو

ٹلہ منیز حکم دژاو ووت آفتابس — زؤن چھیہ پیاران جوابس

تمن دون نیاسے نو چھے اندانی — زؤن آفتاب اسمانی دراو

حضرتِ آدمس پتہ آو نوح — عیسیٰ موسیٰ الحمد

مورسلن تاجدار نبیؐ نورانی — زؤن آفتاب اسمانی دراو

وچھو تو بُنیاد کیاہ چھیٔے ننالو — خاک باد آب آتش خالو

توہیہ نشہ ننان حکمُ سُلطانی — زؤن آفتاب اسمانی دراو

وسُن کوہس کھسُن کوہس — ذاگ تو ذاتس راتس دوہس

سنک کارس بنکھ ساتی — زؤن آفتاب اسمانی دراو

کُل چھُے گُنے لنگ چھس باہ — گوڈ آو سونتھ پتھ رؤدی کاہ

اکی سے زنگہ پتھ چھے نژانی — زؤن آفتاب اسمانی دراو

---

[1] یہ بانتھ پرن لوکھ گوڈ نیچہ لٹہ۔ (ایڈیٹر)

آب یُس مندی تہٕ تس کیاہ سایے — دوٚدیُس مندی گیوتُس وارے

وونی چھے پانس حساب بوزانی — زوٗن آفتاب اسمانی دراو

گوہر سُند نٔرنے ژاپہٕ سُند وٕژنے — صاحبہٕ سُند پٔژنے ورگس اژنے

سرگس اژنُم گووِ بنیٚ زِندگانی — زوٗن آفتاب اسمانی دراو

ہمدانہٕ پیٹھٕ آے شاہِ ہمدانیؒ — عبدلوہابس شادمانی

کشیرِ منز ووت قطبِ ربانی

زوٗن آفتاب اسمانی دراو۔

٥

# پوشنؤلو

[1] نیرُ نیرُ ژیر ماگوے پوشہِ لوٗلو  سوٚنہٕ لانٛکھ وٕچھینے نیر پوشہ لوٗلو
[2] داج گام نیرلو وپر سبز ارس  اول دِو دارس ییر پوشہ لوٗلو
گچھہِ ڈبہ اَچھ دار روز یار بتھ  لچھ ناوِ کوٗر تھموژیر پوشہ لوٗلو

وُلمنی کھارِ یتھِ ژوٗ لہا تژ آوِ یتھ
یِٚنز کینٛزِ نی تھم ہیر پوشہ لوٗلو
پوشن چھ گل زار باغس اندر
پوشن کرے ناڈیر پوشہ لوٗلو

اَنھی تھے روز لوٚ کتھہ تار لوٚزلو  لوٚزِتھ کوٗر تھم ناکیر پوشہ لوٗلو
وہاب کھارو ارے زو لِنھن نارے  زالنھ تہِ گوکھ ناسیر پوشہ لوٗلو

٥

---

[1] نیرُ نیرُ گوے ہاژیر پوشنؤلو (س) ـــ
[2] یتھ کتھہِ منز چھنہٕ کہنے پزر زیہ باتھ کیاہ ہنیکہ وہاب حاجنی سنٛد آسِتھ ـ
یتھ کنٛز ساقی صاب تہِ چھ وِنان زِ امیک ڈکشن چھ الگ تہٕ وہاب کھارس نزدیک ـ
(ایڈیٹر ـــ آفاق عزیز ـ محفوظ جان) ـ

# غزل

لۆن چون کیاہ چھُ ہزدار نُنہٖ وانیو[ل]
لۆن نہ روٗس نغمہٕ بے کار نُنہٖ وانیو

چایا پڑے پھلہٖ منزٕ زائنہٕ سے دال چینہٕ کوٗرس بزگار نُنہٕ وانیو
لۆن چون کیاہ چھُ ہزدار نُنہٕ وانیو

پوٗژھہ آد میہرمان جاے چھِس دیوان خان تھوس چھُ مُشکنہٕ دار نُنہٕ وانیو
لۆن چون کیاہ چھُ ہزدار نُنہٕ وانیو

تلہٕ واکز والنے ان شمع دانے راتس چھےٚ ڈکھ کار نُنہٕ وانیو
لۆن چون کیاہ چھُ ہزدار نُنہٕ وانیو

روپیہ چھِ تۆر سیر نۆل سہہ وق زیر چھُ گاگلہٕ آمتہٕ شہر نُنہٕ وانیو
لۆن چون کیاہ چھُ ہزدار نُنہٕ وانیو

ہا وانز جوٗق جور لاہ سۆ تمۆ دیارن کرکھ پینہٕ چار نُنہٕ وانیو
لۆن چون کیاہ چھُ ہزدار نُنہٕ وانیو

٥

---

[ل] یہ بانتھ چھُ ازگو ڈینہ لیٹہٕ چھاپکہٕ ذریعہٕ عام لۆکن بروٗنہہ کُن آمت ۔ شاید چھِنہ وِنکنام کانٛسِے شاعرن۔ لۆنس پیٹھ کانہہ کلامہٕ وۆنمت ۔ انداز چھُ وہاب صاب چھُ گوڈنیک شاعر یمۍ لۆنس پیٹھ یہ بانتھ چھُ وۆنمت ۔

مرژ پوٚندٕ متسہ ترٲوِ دانہٕ ول باگراو    یی چھُے کرٕ اظہار نُنہٕ وانیو
نوٚن چوٚن کیاہ چھُ ہرٕزدار نُنہٕ وانیو
عبدالوہاب کھار پرٛس وَنان زار    گرِ چھس ٹُلی کُل جباد نُنہٕ وانیو
نوٚن چوٚن کیاہ چھُ ہرٕزدار نُنہٕ وانیو

ہ

# غزل

نفی یس بنیوو اثبات ‏ کہو یارِ واوس وات

ییمہ سنز گر تہنْدے ساتھ ‏ کہو یارِ داوس وات

تیلہِ نا جمع کیہنہٕ اوس ‏ آدم تہٕ لدنے اوس

آدم تہٕ لوٗدن راتھ ‏ کہو یارِ داوس وات

گوڈٕ پاۂدٕ گرِی نے ملک ‏ اڈٕ پاۂدٕ گرِی نے خلق [1]

لدنس چھُ لورنک ساتھ ‏ کہو یارِ داوس وات

تمہِ پیٹھ چھےٚ بُلبُل ‏ مشتاق چھےٚ باگُل

ہی پنجھ در نشاط ‏ کہو یارِ داوس وات

گنڈ عشقہٕ منقلہِ جوش ‏ دل ہو پھولِ پمپوش

ڈل ہو بنی زراعت ‏ کہو یارِ داوس وات

جبریل تہٕ میکائیل ‏ اسرافیل تہٕ اعزازیل

ژوٕنوٕنی چھےٚ کُنی ذات ‏ کہو یارِ داوس وات

حیاتن بنیٚ چھےٚ نوٗن ‏ دپدو گژھ پرزنٚن

وہاب کھارٕ پر صلوات ‏ کہو یارِ ذاوس وات

٥

---

[1] اَدسی گیون داگہ چھہ یہ تہ ونان زٕ: اڈ پاۂدٕ گرِی نے خلک ۔

# غزل

نیبری یارس ہیتہ ٹنہٕ ییے — وۄ لے گتہ رینز ییے

سنیندرِ ٹیوک چون کیا شوٗبان — عاشق دِیان آسی وُچھو

عاشقن چھے تنہٕ تشنز ییے — وۄ لے گتہ رینز ییے

عشقہٕ ڈٔری یاو مالا مال — نہ چھے سم تٔے نہ چھ تار

یُمنٕ نے آلو تھ تراوکھ گنز ییے — وۄ لے گتہ رینز ییے

زٕون لاران آفتا بَس — شہ چھ نیندرے خالیس

چھکھے آخرِ لوسہٕ وٕنی ییے — وۄ لے گتہ رینز ییے

ذات پاک چھے لاشریک — تَس نو چھے کانہہ فریق[1]

تس نغمہ مول ماج نے تَس بینز ییے — وۄ لے گتہ رینز ییے

تول تز کرے پننے پان — یُتھ بنکھ رنگہ انسان

یُمقنے پرماہنہ[2] تراوکھ چھونی ییے — وۄ لے گتہ رینز ییے

دٕرد گاہچ ژٕرے چھکھ حوٗر — یتھ نے نِنے مہتھ ژوٗر

دوہ دِ گامتن غاب گیہٕ تھزنبے — وۄ لے گتہ رینز ییے

ڈُدی عاشق عشقنہٕ نارے — چھکنا لوزان وہاب کھارے

چھے عاشقن قبر آو رینز ییے

وۄ لے گتہ رینز ییے[3]

---

[1] شریکھ (س) [2] پروانہٕ (س) [3] یِم شار چھِ ساقی صاحبَن سوٗنی شاعری منزٕ پتھ کُن برونٹھ کٔرتھ پیش کرنہٕ آمتۍ۔

# غزل

ولسیرے ڑھاروں یار لوۃ لوتے
ہا میۃ تے ہاوِ نا روے
تور کٹیت کنیڑھاہ ہیۃ باآنخویے
ناہروِ سٹینڈ ہو تُرن چھٹے
آسان اوش کیر سارِنی تتے
ہا میۃ تے ہاوِ نا روے
کینٹرن خصلتھ ہوٗنی سٹرئیتی یے
ظاٗہر آسکھ آدمی رو ے
کتیٗ رنٗودی بے غم بینۃ کیٹو نتے
ہا میۃ تے ہاوِ نا روے
فرہاد لالریو عشقنۃ وَتے
شیرینہ دوٗپنس تارِنی جو ے
کوہس آب تمٗ تور لوۃ لو تے
ہا میۃ تے ہاوِ نا روے

فرہادی کن تھوو بجہ ہنئر کھتے
دوٗہنس شیرین در گور چھئے
تالہ ٹونگ لوٹین پان مورن تیتے
ہا میہ تے ہاوِنا رو ے

لوٗز ییٹلہِ شیرینہ لائے بیہ سوتے
موٗد مست فرہاد اُفتادے
وودنس بیدار گترھ نیٚدرر ہتے
ہا میہ تے ہاوِنا رو ے

منصورؔ[1] دارس لوٗدہے ییٚتے
ہا وہاب کھارو عاقلن پے
دارِ تہ نارِ ستیٚ وار کھوٗت ر تھے
ہا میہ تے ہاوِنا رو ے

○

---

[1] منصور زاو ۲۴۴ ہجری منز بغداد پیٹھ ۴۰ کلو میٹر دوٗر بصرہ شہر کس بیضا قصبس منز۔ امس اوس جُنید بغدادی تہٕ عثمان بن مکی پیر۔ سہ رود ۸ وری ۷ رہتھ تہٕ ۹ دوہ جیل۔ ۳۰۹ ہجری کیٚت آو امس خود ساختہ مجلسِ شوریٰ ذریعہ سزایہ موت دِنہٕ تہٕ دجلہ دریاوکس بٹھس پیٹھ آو دارس کھالنہٕ۔ امہ وزِ ژالی لوکو احتجاج کران ۲۰ دُکان

# وژن

وَنیو ییہ کمی بُرس کَن تہٕ لولو     بالہٕ یار لیۆری اَن تَن تہٕ لولو
عشقہٕ سِتۍ محمدؐ پاَدا گوو     مُشکہٕ سِتۍ پرزِنو سے عاشِقو
عشقس کُنہٕ مانژھین تہٕ لولو     بالہٕ یار لیۆری اَن تن تہ لولو
باغس پھُجۍ دردٕچ ہی     سُنیاس لاگَس کاسبم ڈٕے
ضایہٕ ماگژھم ہی تن تے لولو     بالہٕ یار لیۆری اَن تَن تہٕ لولو
شیرِ پنہٕ واتن گژھۍ فریاد     برٕبکہٕ آیَس لایَس ناد
فرہادس فزنتہٕ لو لو     بالہٕ یار لیۆری اَن تَن تہٕ لولو
زلیخا یوسفس پتہٕ لاران     ژھاران کوچن تہٕ بازارن
چھو راوُمژ عشقنتہٕ لو لو     بالہٕ یار لیۆری آن تن تہٕ لولو
[1] اِتھ حُسنہٕ گنجَس پرد شہمار     ڈینشتھ ہرتے گئیہ بیمار
زلفن گُل دۆرٕ کن تہ لو لو     بالہٕ یار لیۆری اَن تَن تہٕ لولو
برتل روزتھ کرتس زارٕ پار     دردٕ ستۍ نالان چھے وہاب کھار
مارٕ موت چھم درمن تہٕ لولو     بالہٕ یار لیۆری اَن تَن تہٕ لولو

٥

---

[1] قلمی نسخس منز چھ گنجس پتھ پرد شہمار۔ لفظ پتھ چھ شارحس منز اضافہ۔ (ایڈیٹر)

# باتھ

وُچھان گژھہِ جلوٕ ذات سٕہ چھُے تابان ژۄ پور[1]
مےٚ ژھا نجوم شٕنز وۄگانی سٕہ کٔنۍ ہا آمٕت پور
دِین راوان کانسہِ نو ژور الا اللہ جمع سپٕدھا جوین زور
جوین چھُہ آب ذر کُنۍ کمٕۍ ژور
ہیوٚک نہٕ ملکوتُل آدمن بور عشق چھُیا واو کرٕن دور
عشق شیرین ماران حبس سپٕدھا زور تجلیٰ ئیس ٔنبتھ گوٚ سُے ووت تور
تورٕ منصورٕنے پان دارس کھورمٕے آے عشقہٕ سدرس تھلہِ پور
سٕہ رُستم مادٕ بارٕ آو ہیوٕ زندٕ فرہاد گُشتہٕ گوٚمُت ٹُرٕزٕ پور
پوٚبوٚ زُم گواہی چھیٚ ملکھ ژور تورے وہاب کھارن سوٗزٕ ہی تور

٥

---

[1] یہ باتھ چھُنہٕ شایدٕ صحی صورتس منٛز ساقی صابس میوٚلمُت۔ اَسہِ تہٕ وُچھ نہٕ یہ اصلی مسوٗدس منٛز۔ ساقی صابن چھُ اَتھ باتس متلق صحی لیوٚکھمت زٕ اَتھ آسہِ ہیبرٕ پھیرٕ لیکھن والیو نہٕ کوٚرمُت۔
(ایڈیٹر)

# غزل

وفا دار یار عنقا
چو گاہ پچلے جاؤ
دلخستہ کس لدٕ راہ چو گاہ پچلے جاؤ
عشقن منزل چھ دوٗر
تمہ جایہ ووت منصوٗر
کھوٗت بر دار فنا چو گاہ پچلے جاؤ
دارس نار ییلہ گوٚ
نارٕ منز آلو گوٚ
موٗجوٗد چھ سے مولا چوگا ہ پچلے جاؤ
نارس سوٗر ییلہ گوٚ
سوٗرس ڈری یاو گو
پرنہ لوٗگ[1] شہ تہ من خدا چوگا ہ پچلے جاؤ

---

[1] کور تمہ من من خدا (س) —

شپشس منز رؤد آب
ٹیٹر کال کوٗر نے تاب

مولوی پیران تو با چوگا بہ چلے جاؤ
سرخد ژِیژ وِنی زِ بو
سرخد ژٹھ پانس گو

دِل بستہِ کس لَدِ راہ چوگا بہ چلے جاؤ
شمس ییلہِ نون دِژاو
پوس تس والنہِ آو

خوش یے حق تعالا چوگا بہ چلے جاؤ
شدرس منز چھے دُر
دَم ہیتھ کھار بو ہدر

دُر کیا یہ صدف کیا چوگا بہ چلے جاؤ
دَم گرِتھ دَم پو ختے
پوختے چھے مو کھتے

آہستہِ تراوان شاہ چوگا بہ چلے جاؤ
سون کوٗت یہ ڈری یاو
یورکس پھیرتھ آو

گژھ لاے شدرس تھاہ چوگا بہ چلے جاؤ
عبد الو ہابن سوز
ویرے میانے بوز

یس چاڈ آکھ لگاہ چوگا بہ چلے جاؤ
٥

# وژن

وند آیو جان پٔژن — یہ چھٕم قرار پٔژن

پٔیزِ چ[1] ہانکل صدیقس رضؓ — سٕے نۆن ڈراو بازرس [2]

بارِ سردار ہیوٚ تٕن [3] — یہ چھٕم قرار پٔژن

عمرؓ صاب عدل دار — شرع پولن خبر دار [4]

شرعن پہیر موٗرن [5] — یہ چھٕم قرار پٔژن

حیادار حضرت عثمان — آیہ آیہ سوٚمبرن قرآن

درد تے لول باگرن — یہ چھٕم قرار پٔژن

علیؑ صاحب پہلوان — سہٕس بور لوٚدنے عیان

سہٕن ہیوٚت تام گٔژزن — یہ چھٕم قرار پٔژن

دوٚپے منصوٗری من خدا — چھُ نوٚتس عاشق جُدا

دین اسلام تٔر دوٚن — یہ چھٕم قرار پٔژن

---

[1] پٔز چھے ہانکل (م ل س) —
[2] سٕہ نوٚن ہا دراو بازرس (م ل س)۔
[3] بارِ سیر دار (م ل س) —
[4] شرع خبر دار (م ل س) —
[5] پسیر شرعن دوان (م ل س) —

منصوٗر خاب ڈلشان — محمدؐ پانہٕ لاران [۱]
بہٕ شرٕعک سوٗتھ چھُ گنڈُن — یہٕ چھُم قرار پَتُن

منصوٗر حاَرتس ہیو — سُہ موٗلتس لاینے گوٚو
بہٕ راتک پیالہٕ چھٹرن — یہٕ چھُم قرار پَیتُن

منصوٗری دُیت نے سر — پوٗران اللّٰہ اکبر
یہٕ رانک خاب پولُن — یہٕ چھُم قرار پَتُن

چھِہل تَن جایہٕ خلوٗکھ — سِیدی تِم واصِل حق
یمینا ہیوٗ تکھ وَنُن — یہٕ چھُم قرار پَتُن

چھِہل تَن ناد لایان — چھُ محمدؐ پانہٕ لوٗزان
بہٕ اسرار ہیوٗ تکھ وَنُن — یہٕ چھُم قرار پَتُن

مُدا آسی ژٕ تچھی زٕنی — گوٚرُکھ داوا چھ نیتھ ژُنہٕ
ستھراہ ہیوٗ تکھ وَلُن — یہٕ چھُم قرار پَتُن

گُلس بُلبُل چھُ رَوا — شَمع پَروانہٕ یکھا
مچھو ہیوٗت دوٗر ژٕلُن — یہٕ چھُم قرار پَتُن

وَزان چھپے نعرٕے حیدر — چھِہ آمتی مَس قلندر
یمن گوٗژھو پیٖر بنن — یہٕ چھُم قرار پَتُن

وہاب کھار اَکھ غُلاما — پَران چھپے یی کلاما
گوٗژھم از پیٖر پَتُن [۲]
یہٕ چھُم قرار پَتُن

○

---

۱ وُچھِن محمد لاران (م ل س) ———— ۲ گوٗژھم دیدار بنُن (م ل س) ، یِم سارِی شار چھِہ غلط باتھو درج کرنہٕ آمتی ۔ مانہٕ چھکھ مُوٗلے بدلان ——— ایڈیٹر ۔ (آفاق عزیز محفوظہٕ جان )

# وژنُ

ونیہِ لَیہِ انتَن یار   وِلہِ زار بوزہم نا
تسَ پیتہِ روُوم لوکچار   وِلہِ زار بوزہم نا
سوٗن کیٗا عشقہِ دُری یاو   توٗر چھیہَ واتان ناو
دستگیرِ دِتم تار   وِلہِ زار بوزہم نا
کژانہِ دژالیس سوندر مال   زانہِ کُسُ بنِنگ حال
تقدیر چھُ زورا وار   وِلہِ زار بوزہم نا
نبیچہِ نوٗن ماچہِ زالیوٗس   مینژِ ہندِ مَرَ آیوس
ژھوہ چھُ دوہ نارِ لوکچار   وِلہِ زار بوزہم نا
ہوونھم سیاہ خال   تژ وونھُم زلفک زال
نالی گوم کالہِ شہار   وِلہِ زار بوزہم نا
اُندرے توٗ ندرس تیہنہ   مَنقلہِ گنڈتم رینِہہ
زونھتس اوے ناعار   وِلہِ زار بوزہم نا
وہاب کھار وَنان شار   باللہ بوزتم زار

نالان مَنز کھرو شار
وِلہِ زار بوزہم تا

٥

# غزل

دِنیٖمہ[1] ییے معشوق        بوزِ نا زاّری ییے
لگس پاٗرِ پاٗرِ ییے        بوزِ نا زاّری ییے

ذاتن لوٚدنے حضرت آدم        سٔجدِ کوٚرس ملکو
گرٔنس گلکاٗرِ ییے        بوزِ نا زاّری ییے

حضرت سون دڑا و        معراج گٔرتھ آو
کتھ کٔرس جباّری ییے        بوزِ نا زاّری ییے

دستگیر پیپر میوٗن        کاسہم زوٗنِہ گرو ن
گرہم دس یاّری ییے        بوزِ نا زاّری ییے

حضرت سُلطا ن        چھُم کوٚہہِ ما ران
کاسہم لا چاّری ییے        بوزِ نا زاّری ییے

لالہٕ گوم ساٗ لن        تیل بل نا لن[2]
شالہِ ماّر اپاّری ییے        بوزِ نا زاّری ییے

---

[1] اَکِس قلمی نسخَس منز چھُہ ہابیٖنہ        معشوق۔ [2] اَکِس قلمی نسخن منز چھُہ۔ [3] چھُم کوٚہہ ماران۔
[4] اَکِس جایہ چھُہ ناٗلن بدلہٕ تاٗلن لیکھتھ۔

رنگہٕ ناوِ بیوٗ ٹھُم ۔۔۔ بَٹھِ ہیٹھ ڈیوٗ نِٹھُم
تَس رنگ سایٔری یِیے ۔۔۔ بوزِ نا زایٔری یِیے

زُوٗنہٕ ڈٕبہ طوطےٚ ۔۔۔ ژٕ چھُ میانہٕ کھوتے
چھیسِ پنجرٕ کایٔری یِیے ۔۔۔ بوزِ نا تایٔری یِیے

وہاب کھارٕ چھےٚ وَنان ۔۔۔ یِمن ژوٗن یارَن
بہ لگس پایٔری یِیے ۔۔۔ بوزِ نا فایٔری یِیے

ە

---

ع بٔیں جاپہٕ چھُ لیکھتھ ۔ بہ لگکھ یایٔری یِیے ۔

# غزل

وڈدم کوتاہ دڈدس شمع
میہ چھم تس یارِ سند تمناہ [1]

یتمی پاڈِ کور نبیؐ نوران
تمئ پاڈِ کور روے جہاں

زہون آفتابہ کورن پادا
میہ چھم تس یارِ سند تمناہ

یمی پاڈِ کور زمین اسمان
تمئ پاڈِ کور سورے جہاں

آدم بیہ دم کورن پادا
میہ چھم تس یارِ سند تمناہ

مچھیہ دوپ پونپرس نادانے
نارس ژییہ ووتھ لاگیتھ پانے

نارِ پان زولتھ ڈیوٗ نٹھتھ گیاہ
میہ چھم تس یارِ سند تمناہ

پونپرو دوپ مچھے پکھ جل جل
لی میہ ڈیوٗ نٹھ تتھ گژھ اہل

تنزر ڈ پنشتھِ پرکھ توبہ
میہ چھم تس یارِ سند تمناہ

عشق گوو شیخ منصورس
گوس یکسان نارس تہٕ نورس

ڈیوٗ نٹھن معشوق ولاہ تہٕ بلاہ
میہ چھم تس یار سند تمناہ

عشق گوو شیرینہ فرہادس
مشقن مارِ گرتھ گو شیخ صنعس

عشق گوو لالہٕ مجنونس واراہ
میہ چھم تس یار سند تمناہ

شمع فانی گوو شبابٓ نی
پروانہٕ فانی گوو اسمانی

عبدلؒ ہابو وچھ تماشاہ
میہ چھم تس یار سند، تمناہ

٥

---

[1] یہ بانتھ چھِ ازگوڈ نچہٕ لڑ عام پرن والین بروہنہ کینہ۔

# غزل

ہا جلوہ گر چھم درا متے — دِلبر وچھی تن رو برو[1]
موے خانہسے منزرا متے — ہرے وچھی تن رو برو
آشکار گومت شہن دِشن — قرار روٹ ادِ عرشن
معراج کور سائی نبی ین[ص] — پلے در وچھی تن رو برو
پاغام نبی یس[ص] تورِ آو — توحید ہیتھ ادِلوان شہ دراو
چھپے در پردے ہژ راو — سرور وچھی تن رو برو
دِستھ جلوہ ذراتن ستے — تنہا رفزتھ پانے دے
اد کور نبی ین[ص] سائی طے — موخص وچھی تن رو برو
وصل کنتو پادِ گوو — زھاران رِندان مادِ گود
تمہ شایہ مرتھ زند گو — کوشہ وچھی تن رو برو
گوڈ کر تحقیق وارِ پان — تمہ شایہ کیاہ کرِ غار زان
چھپے وجہو اللہ در قرآن — اکثر وچھی تن رو برو
جنت تہ دوزخ بیون بیونے — عبدلوہالو دِلیو ووّنے
گوناہ تہ ثواب نیرِ نوان — محشر وچھی تن رو برو

٥

---

[1] بازرس منزآو بہ از گوڈ نبتھ۔ (ایڈیٹر)

# غزل

ہوشدار گوش تھو آلو گو ــ شولہ ماران رو آلو گو[۱]

لا نشہٕ شاہ رؤو[۲] گمی ستاہ ہیچھ لٔو و[۳]
اِلا اللہ پادٕ گو آلو گو

قلمس حکمہ ذات بوز یار داوس وات
محمدؐ بُوزِتھ ژھینس زلو آلو گو[۴]

دِل چھپی دری یاد ٹھہرِتھ بر ہواو
ذِکرِ کنہٕ فکر تھو آلو گو۔

آدمس آو قرار ملکو ہیوٚک نہ بار
مُرسلو پیالہ چو آلو گو۔

نوٗرٕ نش نار دراو نارٕ نِش آب دراو
خاک ادٕ پادٕ گو آلو گو۔

واو گو پیادا ملکن دراو مدا
عرش اِستادٕ گو آلو گو

عبدل وہاب بن بتہٕ کوٚر اِمامِ تن
تکبیر پٔرِتھ گو. آلو گو

٥

---

۱ یہ شار چھُنہ ازتام کانسہِ درج کوٚرمُت۔ ۲ دراو (م ل س)۔

۳ کُمینوٚ ہیچھ لوو (م ل س)۔ ۴ ژھٹس زلو (م ل س)۔ یم ساری لفظ چھُنہ ساقی صابن قمی پاٹھی درج کری متی۔ لفظن ہنداہ پھیر ستہ چھ مانہ موکلے بدلان۔

# غزل

ہے درِ باغس آم بہار
وُچھنے پہٕ دژالیس بالہٕ یار

ہا وُچھ وُنیوٗ گژھہ توبٕنے دار   وُچھنے پہٕ دژالیس بالہٕ یار

غافلِ چھُ خوٗفتے بے خبر   اَمہٕ آبہ پیٛران سٕران کر

فرسنگہٕ پیٛچھے کر نظر   تتھ ڈٕوی یاوس نہٕ اختیار

بیدار گژھہٕ تو غافلوٕ   سمسار سَرٕ کرٕ غافلو

ششدر دَیان تور کوٗت پلو   راوی تدبیر، گاٹہٕ جار

چھوبرٕ لوٗگ منصوٗرٕ سےٕ   فاش لوٗگ کرنےٕ سیرٕ سےٕ

موٗت گو بمس ہتہٕ زیٛرٕ سےٕ   کھوٗت اَدٕ پلنے برٕدار

دوزخہٕ مَنزٕے ہاو رٕشے   دیدارٕ چانیکٕ آرزوٕ سے

دِکھنے بٕ دیدار رو برو سے   ژٕمتے روٗس جنتھ گتھ بکار

شراب دیُت ہَمَ ساقین ہر دم تھووُنس حاٲرتنَ
آتش مےٚ ژولُم در بدن کٔس وَنہٕ سیرٕ تےٚ اسرار
اَکھُ شمع چھےٚ دزان وآرانس مَنز گیچھ مہٕ زان
ہوٚنرے پیٚننے ژھوہ دِوان آبس چھ نارٕکی جانہٕ وار
کمہٕ طوطہٕ چھی گلٕ گاہٕ متی تمہٕ شایہٕ پرٕ آسہٕ پےٚ متی [1]
چھی موکھتہٕ کھوتےٚ قیمتی [2]
در گریہٕ وَنان وہاب کھار

٥

---

[1] یہ شار چھُ ساقی صاٖبن اوٚڑے درج کوٚرمت ۔
[2] کھوتے بدلہٕ چھُ کامِل صاٖب ہوتی لیکھان یانے برابر ــ

# غزل

ہاشیر سوارو کور گژھکھ آخر ژ ئے مرُن پھےُ
یِی چھےُ ژینے علم تی میٔہ ونتم تی میٔہ پرن پھےُ [1]

بیٚتہٕ روز ساتھا وَنتہٕ خبرا پینچہٕ بیہہٕ میزمان
روے چون وُچھہا گُمر ژئے دوٚپے ابدال کُرن چھےُ

اَتھہٕ اَلفہٕ قدَس روخ ووزٕلی چھِی جان گُل انار
نرگسِ اُچیتموٗ کمر ژئے دوٚپے جود کُرن پھےُ

چھِی مارِ خوفتے چاَذ شوٗبان برَ دوش اویزان
یہ ونتہٕ مجنوٗن کمہ ژئے دوٚپے قاد کُرن پھےُ

دَمہٕ دَمہٕ گژھتو نشہٕ پیٖرَس سہٕرس شےُ کری زان
دِلہٕ گُلسِ باغسَ پوشَ نٔیھو لنے یَے وَند کُرن پھےُ

لیُس کھوژ ذاتُس تسَ کھوژ عالمِ دُکونہٕ جن اِنسان
تسَ تورِ سوزُن گرُکھسُن کیٚت دور کرَن پھےُ

---

[1] کیہنہٕ گوٗن وألی چھ پران: کیاہ چھےُ ژینہٕ عُلم تی میٔہ ونتم تی میٔہ پرُن پھےُ
نمرزیادٕ سمی چھہٕ یِی چھےُ گژ ژینہٕ علم۔ (آفاق عزیز محفوظ جان)۔

یُس لایہِ وۄلھ اَلھ تاوِ تژٕرے فی اللہ سُہ سَپدی فان

فرداِسہ آسی خوش طبٔی یِتھ تَس لو مُرِن پچھے

پنزِرِ پچ رَزلیُس ہَرٕڈٕ گنڈٕڈٕ پانَس مَڈٕ کَرِ ذاتس پان

پی وصل فصل لوز اصل ژٕرے وعظ پرُن پچھے

تنژھ کَرِتہٕ عملاییتھ تَنکھ جان دِیے روزِ میہربان

پَر کَرِتہٕ پاداپِل صراتَس تارِ ترُن پچھے

دَمہ ستِہ سچھو لنٔے اندرِ ہمپوش ادِہوشہِ وچھتن یار

عبدالو ہالو روز بَرتل اللہ ژٕ یتے پرُن پچھے

ہاشیر سوارو کور گژھ آخر ژٕ یتے مرُن پچھے

پی چھے ژٕ یتے عُلم تی میٔہ ونتم تی میٔہ ترُن پچھے[1]

٥

---

[1] یہ شار چھُ ازگوڈنچہ لٹہٕ چھپاونہٕ آمت ۔ از نام یوسہٕ تہٕ کتاب چھپیے یہ ۔ یہ شار اوس نہٕ کُنی منز شامل ۔ یہ شار آو بڈٕ محنتہٕ پتہٕ لبٕدٕ کرنہٕ ۔ (آفاق عزیز محفوظ جان) ۔

# غزل

ہے وٚنیٖو مےٚ تَس ستی لاجوم تانٛہ یارا نےٚ
آتو کرلۆ مس شوقہٕ چانےٚ چھےٚ نالا نےٚ

دَر سیرِ وحدت زٕح ییٚلہِ آو ژاو مُرس منٛز
پاے بَر رکابِ وونٛی لاگِتھ تانٛہ دۄ کانےٚ

تیٚلہِ اوس آدم بوٗد گژھنے تَس تہٕ مےٚ آس زان[1]
اَدِ لۆدنہٕ جنتھ، کعبہ جہنم بنیہ ہا بُتت خانےٚ

ہۆ دژاو تُرن ہا تۄنُتےٚ پیٖیے دَر دُری یادِ
نوحؑ نادِ منٛزے پاک ذاتَس ناد لاباگ نےٚ

ییٚمی زول ژندن دار[2] کنگس کوٗر نہٕ سنگس سۆر
اَمی فرہادن اَنی سو شیرین ملکہِ اپرا نےٚ

---

[1] یہاے کتھ چھےٚ دیوانِ شمس تبریزس منٛز یمن لفظن منٛز ونہٕ آمٕژ۔
عالم نہ بود من بودم آدم نہ بود من بودم، این دم نہ بود من بودم من عاشقِ دیرینہ ام
(بحوالہ ساقی صاحب)۔ [2] نار (س)

تُلِ لَلہٕ بُرِقے پانہٕ تحقیق[ٹو] کوٗرِ نہٕ شُدَرس مٔنز
تَنتھ ڈٔری یاوَس چھے نہٕ سَئرکُ نیب نِشانے
طوطَس جلے چھے زٲونہٕ ڈٕلے بٔستھ مٔنز آبَس
آگرِ پُچھینیا تأبیٲ تَسَ جِنِ پِرِ ستانے
نفع نۄقصان تزاوِیتھ کٔسن کٔسن پرستی روز
ہا وہاب کھارو کٔسن فیکٔن زان فرُقا نے

○

---

ٹو تاکید

# غزل

ہو اللہ چھی پران پیغمبر
حضرت سون بیلہ ڈینہس آو
پوتلی خانہ ڈسی پئے واتڑس خبر
حضرت سون پہئو و نکرن اندر
[3] پوچھے للہ ڈے لولے اندر
حضرت بیلہ واتی اٹھن ورین اندر
یا رچھ کوہس نتہ ناداںہ نہبر
حضرت سون دراو در سفر
[5] انتھ کوہس آب گیاہ گومت زہر
[6] حضرتن سانئی گر کوہس نظر
آبس پلوتھ قند تے شکر

ہو ہو چھے وزان نعرے حیدر [1]
عدلس اوسے نوشیر وان [2]
ہو ہو چھے وزان نعرے حیدر
مالس ماچہ ہنز لؤزن خبر
ہو ہو چھے وزان نعرے حیدر
کام ڈیہس رنبہ پکنا ڈن [4]
ہو ہو چھے وزان نعرے حیدر
وتہ تس مارن پیئو اجدر
ہو ہو چھے وزان نعرے حیدر
انتھ کوہس آب گومت زہر
ہو ہو چھے وزان نعرے جیدر

---

[1] ہو اللہ پران نائے حیدر۔ چھس وزان نالے حیدر (قلمی نسخہ)۔ مگر یہ چھے غلط درج کرنہ آمت۔ قبولہ عام چھہ ہیرہ یہ شار۔ (ایڈیٹر)، [2] نوشیروان اوس عادل بادشاہ۔ امی سند تختہ اوس مدائنی منز یس ایرانک اکھ پرون شہر اوس۔ نوشیروان اوس لگ بھگ ۵۲۵ء یتھ ایرانکس مرزمینس پیٹھ راج کران۔ [3] پوچھ اوس روچھمت گیاہ لولہ اندہ (قلمی نسخہ)
[4] رنبہ رچھن (قلمی نسخہ) یا لانے تیری بہتر رچھنہ۔ [5-6] یہ گژھہ لفظ کوہس بدلہ کھوہس آسن۔

حضرت سون ووت کنوہن وڑی اندر — ختیجن گرِ نیوٗ آنسرورٕ[1]
ختیجس آسی لالہٕ انبر — ہوٗ ہوٗ چھے وزان نعرے حیدر
خلعت تہٕ تاج تس دِتنگ برسر — ژور یار محرم تس برابر
معراج گرتھ قرار روٗزٕ عرشس — ہوٗ ہوٗ چھے وزان نعرے حیدر
حضرت ووت یِیلہٕ تتہِ ہن اندر — اوّل آخر عرش فرش درنظر
معرفت چون بیٚنہٕ حوضہٕ کوثر — ہوٗ ہوٗ چھے وزان نعرے حیدر
حضرت یِیلہٕ وأتی تتہِ ہاتھن اندر — عقل تے شکل چھس برابر

وہاب کھارس ڈٕنی فقیرن خبر
ہوٗ ہوٗ چھے وزان نعرے حیدر

٥

---

[1] قافیہ چھُہٕ رلان۔

# غزل

ہولہ رستہو قولہ موڈل لولہ وڈنمے یوڑی وہ لو
سوٗر گوٗرنم عشقہ نارن دوٗر موہیم ڈانبلو
گل گوہر درسمندر گاہ مدوٗر ناگپے را د
یا نیلوفر یا ضوبر آغہ زا گے بر تلو
سوٗر گوٗرنم عشقہ نارن دوٗر موہیم ڈانبلو
آو جبریل حضرتِ نئیسؔ پہبٹھ براقس گئے سوار
توٗن نلکن سال کوٗر ہے آس الان ہا نکلو
سوٗر گوٗرنم عشقہ نارن دوٗر موہیم ڈانبلو
موت زان تن کر ٹوٹھ منزلہ ساروے دوٗپ کیانو
موت کران فوطِ لُدرس سونس کران سر تلو
سوٗر گوٗرنم عشقہ نارن دوٗر موہیم ڈانبلو
شہ بازو سرفرازو چھے زینہ نرگس پُر خمار
دارِ منزگو تارِ سوٗنبلٗ کاگر ڈپے توس تھوٗد تلو
سوٗر گوٗرنم عشقہ نارن دوٗر موہیم ڈانبلو

آکھ پھیپرتھ شین طرفن گوکھ سیاہ لۄ نبر و
باغہٕ اندرے ڈالہٕ نیٖچھِتمٕ پیالہٕ ہیتھ یمبرزلو
سۄر کۄرتم عشقہٕ نارن دۄر موہم ڈانبلو
خوٗب رویو خوش پسند ومن پٔرستان مشتاق چھے
وہاب صاٮ۪ بن سوزِ دل وۄن لوزو میانے دردِ لو
سۄر کۄرتم عشقہ نارن دۄر موہم ڈانیلو

○

## غزل

گُرِ مو یٖلہٕ ترٲو نوکتَس تھاوُن سآل کرناوُن جہانس[1]
نٔبیسؑ امر آو گرٕ وٕچھلاوُن نوٗنٕ فلکن و‌وتٕ یکبار
شُے سیر ہیتو تنے یارن باوُن سآل کرناوُن جہانس
عٔشقنِس گرِ شُن گنٛڑھہِ تازُن ہاوُن مشکہٕ مۄتٕ یارِ چھُس کھیلہٕ ناوان
مٔداہس واٲتھ چرکھ گنٛڑھہِ دِیاوُن سآل کرناوُن جہانس

○

---

[1] یہ باقی ہیتوک نہٕ مکمل پاٹھی دستیاب سپد تھ۔

# غزل

ہے وٕنیو بہ کوہنہٕ زردے   پروردٕ گرٕتھ ژوٚلمے
ژھا نجوم سونتہٕ ہردے   پروردٕ گرٕتھ ژوٚلمے

معرفت چھےٚ مستانس   باگران سائہ سے جہانسَ
روزِتھ ہر دُکانس   خوٚش کرٕد گرٕتھ ژوٚلمے

ڈیپوم گژھہا کعبس   پان ہاوِ ہا آنجنا یسَ
پیراران چھسٕ ننتھ جوالیس   دل فردٕ گرٕتھ ژوٚلمے

یوسف زلیخا حائران   شیرین فرہاد پیاران
لعلؔ تے مجنون پریشان   دل سردٕ گرٕتھ ژوٚلمے

ٹدرس تزیوس ہواو   عرغاتہٕ گوٚرم ٹھہراو
دُز دانہٕ عرب تتی آو   لبے پردٕ گرٕتھ ژوٚلمے

زال باز درایو خبرے   چھوکھو لوے لسَ عشقہٕ تبرے
دابہ اکیہ لوے ہنہٕ قبرے   افسردٕ گرٕتھ ژوٚلمے

عبدالوہابسَ چھُ دوا   ہر دم پران ہو اللہ
تس بنیہٕ چھُنہٕ کانہہ غماہ
صد پردٕ گرٕتھ ژوٚلمے

٥

# غزل

ہا ستن شُدرن ملوِن گیُی  
پیپر چھُم خواجہِ محیا الدین چستی رح

اَوِلم سلام بوتیؔ[1] بنایا  
دوہیم سلام پیالا پلاِ یا

ترٛیٖیم آو تورے تی گو محی  
پیپر چھُم خواجہِ محی الدین چستی رح

ژُورِم ژٕ کونٛبل عالم چھےٚ  
پۆنٛژم پانڈوٚ[2] کور سناہ گیٚے

شیٖیم شکر لب شور گو محی  
پیپر چھُم خواجہ محی الدین چستی رح

سَتمِس اَجداہن بارو گوٚ  
اَوٹھم عشقہِ مقام مُنزلہ پیٚیو

نوٚم نیلہِ کانٛٹھ جوپہِ گیہٕ محی  
پیپر چھُم خواجہ محی الدین چستی رح

دٔہم ژٕ عالم ہر مو کھےٚ گیٚے  
مے خانہٕ اَندرٕ مے وو پدیوے

دردس پیالن چھُم بڑٕ بڑی  
پیپر چھُم خواجہ محی الدین چستی رح

عبدالوہاب کھاریِ اوس ونان  
اَچھے لحظس دیدار کران

یا نبیؐ مہربان رٕوزی تو تو ہی  
پیپر چھُم خواجہ محی الدین چستی رح

ہ

---

[1] بوُت چھُ ترکی لفظ۔ تہٕ چھُ انہہ مانہٕ بچہ۔ چونکہ پیٚلہ طالب پیر کرنہٕ گژھان چھُ۔ طالبس چھُ پیر بچہ سنٛز نظرٕ وچھان تہٕ تس ستی سے سلوکھ تہٕ کران۔

[2] پانڈو اوس راژٕ خاندان۔

# غزل

ییمہ دژٕ ونی تس سوے ونی — بیٚہہ وونی چھاو سبزار
سپر نکھہ ڈکھ پچھے گٔنی — قو رٕولنس آسی دیار
نیمنٕ دیٚارن گیٚس گٔنی — بیٚہہ وونی چھاو سبزار
بٹہ دارے دڑا مژ شُنی — کوچہ پتہ کوچہ پھیران
کام چھس سھال مژرونی — بیٚہہ وونی چھاو سبزار
ہالہ گوہ ژگ بیتہ ٹوکہ ونی — تھِل چھس زورا وار
تمکہ نس منگان گینڈ ونی — بیٚہہ وونی چھاو گلزار
سپرس کھوت ژور ولہ مُنی — سوٚر ژھوٹن ژھانڈان دیار
گیٚہ ژورس وکر مُنی — بیٚہہ وونی چھاو گلزار
وہاب کھارن خبر ونی — بابہ نصرؔ[1] روز خبردار

محمدؐ صابنہ طبل وز ونی
بیٚہہ وونی چھاو گلزار

٥

---

[1] یہ اوس نندہ ریشس طالب ۔ نصر بابہ لے کرو دنس پتہ رونس دلو حق۔ رچھی سایس تل (کلام نندہ ریشی) ۔

# غزل

یمبرزل پیالہ ہیتھ پڑاران چھم [1]
لۆ مبۆرس ناگہ نینٛدر چھم
فکرے چھاکیتہ چھمٔے بے غم لۆ مبۆرس ناگہ نینٛدر چھم
اُمی عشقن لاگیم سَن
دادی لد ہو گیم ہَن ہَن
بار پکھنا تھاوتم کَن
نالہ عشقنی ہانکل چھم لۆ مبۆرس ناگہ نینٛدر چھم
گوٗل پہ لۆ مبر اضطرابے
کرِس عشقن کبابے
وایان چنگ و ربابے
ہۆ ہۆ وزان نہر و بم [2] لۆ مبۆرس ناگہ نینٛدر چھم

---

[1] یمبرزل پیالہ ہیتھ پڑاران چھس ۔ (کامل صاب)
[2] ہۆ ہۆ پران دمبدم کامل صاب۔ ہۆ ہۆ پران نہر و بم (ساقی صاب)۔

متانس محرم کُس سن
سالا کران لا مکانن
وُنی دِرِنہ پھیران استانن
متانس کُس چھُ محرم لوٚ مبوٚرس ناگہِ نیندرِ چھم
پمبرزَل ہِشالے لاَل
مجنوٗن دَر سالا
خانہ بخانہ ژھاران لیل
ہیتھ پانی پانس چھُ ماتمَ لوٚ مبوٚرس ناگہِ نیندرِ چھم
پیالس اندرَ یام رَس گوس
اَتھ مَنزے وُستھ پیوٚس
سوٗرے عالَم لِوِ میوٚن کھوس
کنزبگہ نادراہ لوگُن محکمَ لوٚ مبوٚرس ناگہِ نیندرِ چھم
لاَل دڑالیس چھس مینہ نلوان
ہا فقیرو منگس اوٚر جان
اَمہِ کھوتے سوزی بیاکھ جان
تَس صاحبس کیا گژھی کم لوٚ مبوٚرس ناگہِ نیندرِ چھم
ذات مے ژھار ہِی ماگی
دِل ہے گژھی وبائی
ڈُنگیتھے گژھی پاتالی
ژھائگس مے زوٚر زوٚر لگم لوٚ مبوٚرس ناگہ نیندر چھم

تاپہٕ ستۍ شہِن وٕلسہٕ بوٗ و
شیخ صنعانن پرہیز ترٛوو
ہینٛزرے نکھن ہوٗن رٕچھ لوٗو
ہاے ہینٛزی رأنٛگی روز تم لۆ میوٗرس ناگہٕ نینٛدرٕ چھم

عشقے نارن آتش زوٗل
آتش خانہٕ یہٕ کمۍ ژوٗل
یمبرزلہٕ ڈلیشتھ ژٕڈلس ہوٗل
عاشقن شیرِ قبرٕ چھم لۆ میوٗرس ناگہٕ نینٛدرٕ چھم

یمبرزل سوٗرٕ گژھ حوٗر
پننٛس پانس چھے مستوٗر
موے کھاسہن سوٗمبراوان ولوٗر
یارٕ سنٛزٕ متہٕ کامن چھم لۆ میوٗرس ناگہٕ نینٛدرٕ چھم

لۆ میوٗرن موٗیہ عرفان چوٗ
یمبرزل ڈلیشتھ لۆگس پرٛد
درٕ باغ عرفان واتھٕ پیو
وہاب کھارس لۆ خبرٕ چھم لۆ میوٗرس ناگہٕ نینٛدرٕ چھم

۵

# غزل

یارِ دود نارِ ستی زالان کوہ تہٕ ون[1] ... وینیہ ییہ یارس ون
دررَوزِ معشر تمن پاک عاشقن ... لنکاح لنگیھ پانہٕ ذاتن
لاآلہٕ کوڈرگہٕ رتھ تمتِس آوشانن ... وینیہ ییہ یارس ون
رحمتک شبنم پیو دریاوس ... لولہٕ مشر روٚٹ صدفن
وارکیہ زوٗن تہٕ لال کھول ڈلگن ... وینیہ ییہ یارس ون
عطرے گولاب ستی وارِ چھاونۍ تن ... شاہِ یوسف انتن
تنیلہٕ ژلہٕ ہولہٕ تب نیلہٕ رلہٕ تنہٕ تن ... وینیہ ییہ یارس ون
دوٚرِ چشم بالہٕ یار یمنے تیر لایان ... حوٚر چھس وبتر اوان
ژوٚرِ پائٹھی شہ ژہ لم منہ وتھ انتن ... وینیہ ییہ یارس ون
یتھ شاپہٕ قرار کوٚر سائی نبین ... تتھ جایہٕ نوٗر تابان
تمہٕ شاپہٕ تسبی ڈسی پیٹہٕ کاکین ... وینیہ ییہ یارس ون
شریعت طریقت حقیقت معرفت ... بووِنم پننہٕ پیر ن
ژون وِنی مانے وۄن وہاب کھاکن ... وینیہ ییہ یارس ون

٥

---

[1] یارِ دود نارِ کھوتہٕ زالان کوہ تہٕ ون ۔ (قلمی نسخہ و۔م)

# نظم

الحمدللہ حمد سوز ذاتن بانفع لوّن ذراو اثباتن[1]

الف اللہ ب محمدؐ ت نوتع تنزہہ سیارے بوز

ج جنت ح حمد خشرِیتن بانفع لوّن دراو اثباتن

خ خصلتھ دال رٹھ در دل ڈال چھے زنہ بِل کُل

سین تہ شینن پانہ وآئی کر ِلون بانفع لوّن دراو اثباتن

ش گوو شہید گئے امام ص کر سبر خم کھوّت آسمان

ض بوز دلالت اِد بُرن ڈلیلا بانفع لوّن دراو اثباتن

ط چھے طوٗبا موے پیر تخہ روزظ گیہ زبان سوّے خبر بوز

میم گوو منظور سوٗر گوو نقیرن بانفع ذراو اثباتن

ق چھے قوو درتھ بے شمار ل چھے لیاقت معنہ تتھ زار

ع چھے علمہِ سرنازتن بانفع ذراو اثبا تن

ن چھے نعمت کر خیالاہ دوہہ اکہ سی زوالاہ

ہ کر حمایت تن دِیہ مؤمنتن بانفع دراو اثبا تن

لا گوو ولاو تھ پروردِ گار حمز "ی" اِدناوسون سردار

یافنا یا ہو لوٗر وہاب کھارن بانفع لوّن دراو اثبا تن

ہ

---

[1] حروف تہجی ہنز یہ نظم تہ غزل چھیہ تمو نظمو لنشہ بدون یمو بابتہ شاعرو دنہ مثر چھے تہ کیباز بنیہ نظمہ مثر چھہ زبانی ہنز وضاحت طلوب یہ بمہ سیتہ ہینیہ ضادِ عرہ ستی بتیر بتیرِ۔

# نظم

پأرِ پأرِ آدمس حضرت آدمس پأدٕ کوٗرُن خا کستے
الحمد للہ دٕمہ دٕمہ پیر کمہ گُل ہو پھلِہ خا کستے
کٲرِ میلِہ خاک ستیٖ خا کستے صفت کٲتیاہ دِتنٕز خا کستے
دٕیہ سِنٛدِ دٕرشنٕہ خاسو بہ نظر کیمیا کوٚر خا کستے
آدنہٕ ژھا نجوم مٔنکسِ دٕلیشس ریشی احمد سرآلو ستے
داماہنہٕ بُڈرِ سے ریشی وٲنسہٕ سے صفت چھسِ واراہ کیٛاہ مولو ستے
زلکار نشیس حال باوِ سنے پلاس رٔنیشس رمہٕ ریشن ہاوِس تے
ریشی میرٕ انس ریشان کشمیر گوش تھاوِتھ تمنٕے سرآلو ستے
ماجہ بِیلہٕ زالیوس نامہٕ اعمال اوسُم دیٛمت اتھ پانستے
آیوس دٔنیہس گرٕ ھن بٔتیہ چھُم نیک و بد پٔتٕرن چھیم پانستے
لوٗل پأدٕ کرتو نیشہٕ پانستے یتھ شُمہس گاش پانستے
زو ذاگ ذالس دوہس تہ راتس لوٗز کھے رحت چھیٚ پانستے
آگرٕ تہٕ چھنیاہٕ شہ آنیہٕ لوان جاے چھس کوہہٕ قافستے
وعدٕ بٔیاہ گرٕ ھبس پرٕ ادٕ مو کلنس ادٕ لو واتہٕ کوہہٕ قافستے

کوٚہن ہُند سردار کوہہٕ طور چھےٚ دپان موسیٰ تتہٕ اعتقا فیتے
دِل تھاو تسٕٹی کُن یہ حسد گالتن ادہو وانمک نشہٕ ذاتس تے
پیپر سِنز وتہٕ لار سپدکھ بیدار زان ادِ گرٕ ھی ستہٕ ذاتس تے
أصلِ ذاتس کم ذاتس دِلس منٛز جاے چھنے ذاتس تے
زندگی قدر زان ہیونٛد کیٛو مسلمان بنٛد کرِ بندگی پاک ذاتس تے
رحمتک دٔریاو کرِ تھ چھے ملاو تارِس گلہٕ عالمس تے
ساقی چھُ بھتھ پیٚٹھ مے خانس عاشقن چھُ چاوان معشوق مستے
منگوٚن وہاب کھار صاحبس چھُ دیدار ٲزرنگس رنگہٕ رنگہٕ وون دیت مستے

٥

# پدَ

پان سِر کرِ تو ہا انالو صاحب چھُپے ہر شا یے
سےُ جھُم ستیِ دِلہِ چے را یے وزان چھَم دیچ تار
شریعت پاکُن حج ذکات روز نماز ثور ستیِ جھیم زیتھ شا یے
نفسِ امارس وزیر شیطان بازی ہُتھنہِ دِلی باز گار
طریقت میلتھِ ہر گُنہِ جلدس جوگ لاگتھ شنِ یا یے
آگر پچھنیا یتھ کوہہِ قافسَ شیرن کران نہار
حقیقت وُچھیتھ ثور رو چشموَ حیاتی لیسَ ونہِ آ یے
حیاتن نبیؐ پیٹھ ے خانس شیشن معرفت تیار
نصیبہِ والین نادِ دتھ لوان بے نصیب تور لو آ یے
بے نصیب وُچھتن ہر شایہِ وآران نصیب زوراوار
نصیحٔ کتھ وُذ لوحن قلمس سو خبر سارِ نے آ یے
پان سِر کر تو ہا انالو صاحب چھُپے ہر شا یے

فقیر فاضِ دراو آگرِ تلے سارے جوبہِ آگرِ درایے
سازِنے جوین آگرِ چھُ گنُنے ناگن چھُنہٕ شُمار
فقیرن بیلی دانہٕ دِژو طابس گرٛڈ سونتہٕ بٔرزِس مارے
اتھ بیلی دانس لولے سگ چون ذکرِ ستۍ روز دمدار
سوے وَنتھ پکنہٕ چھے درمُلکہِ ظلمات کِتیاہ تمہِ وتہٕ درایے
شمع زاجوکھ ہٹہ کے رتہٕ ستۍ وتہِ آکھ پکنس وار
قدم بدم گئیہ بیلہِ مُنزلس لولہِ گاشہِ ستۍ وبہٕ آیے
لالہِ یاقوت زمرٕد مو کھتے بخشن بے شُمار
آب حیات بیلہ ؤنہٕ راوکھ بازگشش آیہِ پرٛمایے
پان ہیٚرِ کرتو ہا انسانو صاب چھے ہرشایے

ہوٚتہٕ ہا دراو اکہِ درَبارے روح بیوٚٹھ خلوق شایے
روحس شوٗب چھے عقل وزیرِ فکرِ چھس بآنی کار
نظر چھکھ تتھ وَتہِ یتمہِ وتہِ آیے روزتھ خبردار
روح گییوٚ محوِ ربُ العالمینس ذِکرِ چھس ہا بلند پایے
پانہٕ چھے بہتھ ہیٚٹھ عذاب خانس لاگتھ سوداگار
درمُلکہِ وجوٗد چھکھ دُکاندآری نورانہٕ چھکھ ہمرایے
سالکِ بنتھ مالکِ تُوٗٹھیوس گُلس بنیوٚ جمادار
سودِ ہیس تہندِس چھم خرٛیدآری طالب تمہِ شایہِ آیے
اکھ لچھ ژہ وُہ ساس نفس چھس منتھ تمہِ تور گرٛزنوآیے
پان ہیٚرِ کرتو ہا انسانو صاحب چھے ہرشایے

فنافی شیخ بنیوٗ طالبس پیرے وچھن ہرشاییے
گوناہ وٗسی پیوس آیینہٕ صاف گوس رسولن بنیوٗ یار
فنافی اللہ گیہ تتھ منزٕ لس نظر پنینک بار گاہ ہیے
بقا باللہ موجوٗد چھنے یار ہے دراو وفادار
مقامہ ناسوٗت ژاو دربارس دم ہبتھ رٕوٗد تتھ شاییے
گوہر منٛداور ضوبر نیلوفر بادشاہ وچھکھ با عیار
مقامہ ملکوت وچھکھ تہ بوزکھ روزان ہیوکھ بیک پاییے
مقامہ جبروٗت قرار کٔرتھ ہتھے غمزس اوس گلکار
مقامہ لاہوت دوٚٹھ لایک سِرس سپر گیوٗ صبرچہ شاییے
پان تیٖر کر تو ہا انسانو صاحب چھے ہر شاییے

خواجہ خضرؑ سائس درایوٗ ناداہ وچھن اکس شاییے
اتھ ناوِ اندر وچھن باٹز جوراہ تمے کٔرن بیدار
پھیرتھ وٚنہے خواجہ خضرس یور کوٚت لوگکھ پر آییے
سرس سائنس محرم ژرے گوکھ گرٹھ کر پننٕ کاروبار
خواجہ خضرلوگ فکرن گرٹھ ھنے خلق میانے پاییے
لیس نیک بخشتس خلعت چھہ واون تس چھس لو ذمہ وار
پروردِ گارن وٚن خواجہ خضرس ٹاٹھ میانی چانے پاییے
یمن یہ لوٚٹھ چھس ژرے کیا تمن ستے ہناہ گرٹھ خبردار
عبدا وہابن وچھی عالمہ حاٚرتھ غارس تور نو جاییے
پان تیٖر کر تو ہا انسانو صاحب چھے ہر شاییے

پروردِگارن پادِ کوٗر آدم آدمس بروٚنٹھ آدم آییے
وٚذن چھُس دِوان تھہدِس وحدآذ بیتس گنہٕ ماچھس شمار
زوٗ ییلہِ دِتُن سائنس جدہِ پاکس پوٚندتس تمہِ ساتہٕ آییے
آواز بلنٛد پاٹھہٕ الحمدُ پوٗرن تابوٗد بوٗد اظہار
حضرتہٕ نوح نبیؑ سفر تکہٕ لوٚوِ نے اُمتس گیٚس گمراہی
کیہنہٕ ڈٲگی صوٗرتے کیہنہٕ پھٹ آبس لوٚحؑ پراَن استغفار
حضرت عیساہسؑ سختی واتہٕ ناوِ کھ رنگہٕ رنگہ ٹھہرےٚیس بلاییے
درٕسہِ دِستھ کھولنٕے ستے دراسمان موجود خوش نگہدار
حضرتہٕ عیسیٰؑ بیٚیہِ وٚسہِ دُنیہس مدِنس آسہِ ہماییے
پان تہٕ کر لو ہا انسانو صاحب چھُے ہرشاییے

پروردِگارن پادِ کوٗر ہر کیہنہٕ صاحب چھُے بے پرواییے
آگیہِ تھوٚونس حضرت جبریلِ ملکن ہُند چھُے سردار
شبہٕ ساس جانے ہلہِ کتِھ اُذنے بہہِ وٚنُن چھُے جایہِ جاییے
دُزوٚنگ ژُزوٚنگ اوٚک زوٚنگ چھُے ملکن گنہٕ بڈی چھُی خبردار
شبہٕ ساس جانے مولہِ کتِھ اُذنے سرد گرمے تھونک ساییے
لنگن شاخن برگن چھےٚ سبزی پھلے چھےٚ میوٕ ہزدار
شبہٕ ساس جانے تھوٚلہِ کتِھ اُذنے ڈُڈوٚنی جانا واردراییے
رازٕ ہونز تمِن پادشاہ تھوٚونے زالہٕ لگی در سبزار
کاوٕ گیوٕ خبر ہیچھہٕ تس راتہٕ موغلس ڈلہِ گونڈ تروٚدن تمہِ شاییے
پان تہٕ کر لو ہا انسانو صاحب چھُے ہرشاییے

حضرت موسہنؑ دوپ پرودگارَس بو فدا آسہا خودا یے
ژے موسیٰ آسہکھ میہ کیناہ منگہ ہکھ تتھ چھکھ محرم کار
پرودگارن وَون حضرت موسہس اَور جان منگہ ہے میا یے
حضرتہ خلیلس گُل ٹھُلی نارس رنگہ رنگہ ٹھُلے درا یے
تس نمرودس نظر آیہ گنڈنے دلِ تس چھے سنگ خار
ختم المرسلین چھے تاجہ ابنیالول تھہندیس دِلس ما یے
در روزِ معشر کونثر چاون نبیؐ آسہِ جگدار [1]
فوجہ فوجہ ہنزِ اُمت پرزناوِی تتھ گو قرآن آیہ یا یے
پان سَرِ کر تو ہا انسانو صاحب چھے ہر شا یے

عرشے مجید چھے روزِ ستھ قود رتکہ ہوا تھمبو کنہ ملک ثا یے
پانژھ ساسہ وآنسہ چھنے برہیٹھ برس تام تتہ راوان گاڑ جار
دوہہ اکہ راے گیٔہ عرشے مجیدس لوٗے چھس بلند پا یے
گمراہی گیٔس پنہ نسِ پانس پہترن پہیوس یکبار
دوہہ اکہ تھمبہ تلہ یادِ گوس شہار ناں وولنس بے وا یے
شبہ لیچھ تھمبہ چھی عرشے مجیدس یکوٹہ اَڈنس چار
عرشے مجیدن عرض کور پروردگارس موکلاو تم ینمیہ بلا یے
آواز گیٔس گمراہی گیٔس پر تو استغفار
تنہ لوٗگ عرشن لول محبت باگرن مورسلن تتھ یہنز جا یے
پان سَرِ کر تو ہا انسانو صاحب چھے ہر شا یے

---

[1] جگدار گو مگ ہیتھ آسہ آیہ کوثر باگران۔

خولقہِ محمدؐ گرٹھہِ مومنسَ آسُن آداب کرُون جاؔ جاییے
صفتہِ چار یار نوُن آفتابے عدلس چھے عدل دار
حیایہِ عثمان رضہٖیسَ دِلس آسی ستہِ ستیۄ چھس ہر شاییے
سخاوتیۄ پرَ چھی شاہِ مردانس بنہ ییے کیہنہٕ ستیۄ وتھ ژامہ
آداب درایٖ نہٕ عزازیلسَ تو تَے چھس یوان گراییے
سجدٕ دِیُن مومنُن نہٕ حضرتِ آدمس کیاہ تام گوس پنڈار
نرٕی بخشنے اَتھ ماجہ زمینے سپنس پیٹھ رُٹن پاییے
توَے وۄ ستھ لاَے اَمی نورِ ذاتن میٹھرے سُھلی گلزار
سیداُلو ہابس وۄن فقیر پاکن حق شناکھ چھے حقہٕ سنزراییے
پان سٕر کر تو ہا انسانو صاحب چھےُ ہر شاییے

ہ

# پدٕ

۱۔ وٕتہٕ گنٛنے بانٛہٕ میانیوٚدم زان غنیمت اَتھہ چھوٚلدی تھن بہی [1]
گٲری توٚصی کیٚتھوٚ آکھہ تے کیٚتھٕ لُکھ چھکھہ وطن دار
حمراہ پٔری توٚ آدم پادٕ گوو حواَس نشیہٕ درا ییے
حُکمہٕ ستیٚ ملکو میٚژ موٚر لوٚدیے خاک وباد آب کیٚنوٚ نار
روٗحس دوٚپہیے اَژھہ مرٕس اندرواٗر لوٚگ کرٕنے قرار
ساٲل چھس کران لانہایتس وُڈوان جانا وار
قاٲد کیاز سٕتھوٚہس منٛز گٔٹہٕ خانٛس جاے چھم بیٚنٛہٕ شاہی
روٗحن عرض کوٚر پروردِ گارس توٚرے کوٚرہس اقرار

---

[1] یہ بٲتھ چھہ گوڈنچہٕ لٹہٕ ازچھپیومُت۔ امہٕ بٲتچ گوڈنکیٚ زٕ شار چھنہٕ دوٚن قلمی نسخن منٛز موجوٗد۔ البتہٕ لُبۍ اَسہِ یم شار اکہٕ ژھیٚنہٕ متہٕ کاکد ورقہٕ پیٚٹھ۔ یہ بٲتھ چھےٚ کنہٕ گنہٕ ڈلوٚل تہٕ گنہٕ بے وزن تہٕ بے قافیہ لبنہٕ یوان مگر وہاب صٲبنہ کھاٗرن کلام نظرِ تل تھاوِتھ چھُ یمہٕ کیتھ ہنٛد قایِلِ ییوان گژھُن زِ سہ چھُ نہٕ فقیرے بوٚت اوسمُت بلکہِ اوس سہ شاعری ہنٛد فقیٖری فن کاریانے فنکاری اَس تٔمِسند روحانی نظامس منٛز شرٛوٗ پیٚٹھ۔ لحاظ چھُنہٕ یہ ممکنے زِ تٔمسند حلقہٕ کیٚاہ نیرہا اوٚگر تحفوٗ گرِ کلام۔ اَیہٕ کتھ چھےٚ واضح زِ تٔمسند اکثر کلام چھُ تَس پتہٕ قلمبند کرنہٕ آمُت ییٚمہٕ کنہٕ تحفہ منٛز گنہٕ جایہٕ بے ترتیبی نظرِ چھےٚ گژھان۔

(ایڈیٹر —— آفاق عزیز ۔ محفوظ جان)۔

از زبانہٕ تو درتھ وادِی دتیتھس یوٗری کُن کرِو تھ راہی
میٚژ مٕرس منٛز دم دیت روحن ادٕ تس آو قرار
چرٛ نگ لوٗگ دِ نے نیرٕ نبر بنگ زن اُجسِ ہی
پیتَ سوٗز ہَس حض عزرائیل کھنن رٕوٗدس نہٕ وار
اوے پاٛدٕ گوٗ دا انبیا ہن پننہٕ آدذاتہٕ سُند بے پرواہیے
گٕری توٗ محی کیتھٕ آکھ تے کیتٕھ چھُکھ وطن دار
۲۔ شُکرانہٕ تَس کُن پاٛدٕ ییمیٚ کوٗر نکھ نوٗر موٗ پانہٕ ڈٕ ہی
مُستقیم روز تو پننِس کارس یارس سمکھیِ بار
پانژھ وق فرض چھِی مسلمانس آو تاجدارس ڈُ محی
تیٛرہ روز قوٗران جبریل سوٗزنس ژور یار تابیا دار
تاجاہ بخشنَس برسر گوٗنڈٕ ہَس وٚولنس خلعتہٕ شاہی
حوٗر غوٗلمان آسہٕ دروٗدٕ پران ملک بے شُمار
ستھ لچھ کتھ کرٕ عرشہ پیٹھٕ ذاتن معرفت دِ تنَس ڈٕ لی
لچھ ئُبدی پردٕ اسی گیٚہ تمیٚ کاٗسنس ہوٗولنس پُنن دیدار
گردِ لغلانہٕ ستیٚ تھرٕ زٕ ژ عرشَس عرضیا بوزٕ ہم خوٗدایے
گٕری توٗ محی کیتھٕ آکھ تے کیتٕھ چھکھ وطن دار
۳۔ حج کردِ یو ذکات گوٗڈ کر انصاف زاٛگتھ لاگس گدا
تن تہٕ من پاک تھاو رہبر گارتن وتہٕ دنہٕ یی درکار
دم دِ تھ وس تو عشقہٕ دٔریاوس آبہ تلہٕ یی ماہی
کنیٚژ وزال لاٛے کیہہٕ دراے ڈنگل لعل ڈُھکِ بے شُمار

سنھاونَس پرگرٛھان پاٛدا سٔدرس ترٛکھ پێٹھی
ناڈو ہیند چھِے پکہِ ھرا تَس ترٛن شمشیرٕ دار
حاصلِ یِس آسیہ یِے زن تربس وزلہِ ڈبو تو نیٚندر کھتھ آیِے
کُنرس تہندِس وٚون دِلِکوارے گِنہ ما چھِس شُمار
جنت تہٕ دوزخ چھِی ورتاوتھ اکھ صفا تمِیہ ورایی
نوٗرٕ وین چشمن رحمت جارٕی ساری چھِ وومیدوار
کتھٕ ورس کن نھو غزلخانس بوز تو بعدِ صبحایی
کٔرِ تو مَی کیتھو آکھ تے کیتیکھ چھکھ وطن دار
۴۔ لال تے مجنون یوسف زلیخا زنار پوٗرے صفایی
ہێنز ہِنڈِ شوقے حضرت شیخن کتابن ڈٔژ ووٗ نار
شیرین فرہاد مارٕ گو وپہلوان عشقنِہ ویرے گو وراہی
عشقہِ ژٔورن آدمی کھاون منصور لوٗدُن بردار
نمرودن دم دِتی کان لوین اسمان گیبس گمراہی[۱]
نوشیروانَن عادلہِ جہانن پیٚٹھ پسرِس لاین تلوار[۲]
جمجمَس ڈیہ تلی زٕد اوس پکان وارٕ لوکن وزایی[۳]
موت بیٚلہِ آس تٔے بامبر گیہ تَس کمیگ ہیہ ہس عمار
سلیمان سکندر دارا تہٕ شداد کم کم دبالی گیایی سیے[۴]
کٔرِ تو مَی کیتھو آکھ تے کتکھ چھکھ وطن دار

---

۱ نمرود اوس بادشاہ۔ ۲ نوشیروان اوس عادل بادشاہ۔ عدلہِ نوشیروان چھُ از تہٕ مشہور۔ اَمی سند تختہ اوس مداین ایرانس منز۔ ۳ جمِ جم اوس بادشاہ۔ ۴ سلیمان اوس پیغمبر تہٕ تہٕ بادشاہ تہٕ۔ سکندر اوس فیلقوسن نیچو۔ سہ ووت ظلماتن تہٕ۔ اَمی

۵ ۔ ژکھ تراو جل مل نوٚن کنس نل آغس گژھِ رہنما پی
ژندن دارس بیٚیہِ گولابَس یِوان چھ مُشکِ دار
ذاکرو منٛز مشر چھل دِیو پازس بارِ سنز ژھار تور ضیا پی
دِزِ وِزِ مژھِ ہُند ماز کھیٚون دِیہ زٕلس ڈیپہ زٕلس کرِہار
محرم بیٚلہِ گژھکھ کارس تہٕ سیرس کانٛہ پناہ تمہِ کوٗتہِ دراییے
کُرِ تو می گیتو آکھ تے کیٛتسکھ چھکھ وطن دار

---

کُرِ واریاہ علاقہٕ پنٕنس قبضس منٛز ۔ دارا تہٕ اوس ایرانگ بادشاہ ۔ شداد اوس بڈ روٗپہ وول بادشاہ ۔ امی اوس جنت تہٕ جہنم بنومُت ۔ جنتس منٛز آسہٕ باضابطہٕ پاٹھۍ بادشاہن ہنٛز کوٗر حورو بدلہٕ سخاونہٕ آمٕژ ۔ اتھ منٛز آسہٕ کہ کہِ بیر تہٕ ۔ جہنم اوس باضابطہٕ پاٹھۍ دزان ۔ سزا وار اوس یکدم ترٛاونہٕ یِوان ۔ اتھ آسی باضابط موکل درٕ ۔ شدادس متلق چھ مشہور زِ بیٚلہِ تمۍ جنت تیار کوٗر ۔ تتھ اوس نہٕ کینٛہہ دروازٕ برابر یوان ۔ آخر آو اکہ دوہ یہ اکھ شخصاہ اکھ دروازٕ لوٚٹ ہیتھ یُس اتھ برابر گوو ۔ مگر دِروازٕ وٲلۍ دوٚپ اتھ عوض گژھہ مےٚ نصف جنت ۔ چنانچہ کوٗر شدادن قبول ۔ ستی آس وننہ زِ دوٚیم لوٚٹ گژھہ جلد واتُن ۔ کینٛہہ کال گژھتھ اوٚن نفرن دوٚیم لوٚٹ تہٕ ۔ اتھ تہٕ سپد جنتک نصف قیمت مقرر ۔ امہٕ پتہٕ وٲژ شوقن شدادن زِ وہ نی وُچھ یہ جنت کُتھ چھ سجان ۔ مگر بیٚقے سہ اندر بِیہِ اژن ۔ نفرن گوو حاضر تہٕ دوٚپنس ۔ جنت چھ میون ۔ یہ چھے ژیہ دوہن دروازٕ پٹھن گنمُت ۔ خیال چھ کرنہٕ یوان زِ یہ اوس عزرائیل تہٕ ہیوٗنس اٹی زو ۔ تورے چھ شایروٗنان ۔ جنت لوٗد شدادن ۔ لدان تس روٗو آدن ۔ تالہٕ لوٗنک لوے زہادن ۔ شیرین پیار وہ لو ۔ (آفاق عزیز ۔ محفوظ جان)

٦- چشمہٕ ستۍ چھیم عالمہٕ آبس پکُن بے شمار
یارٕ دود وچھِم تن کرِ یؤٹھ منزلہٕ کتیاہ گُمتۍ سوداہی
لالگ گاہ چھیُس کُلہٕ عالمس وُچھان بیتا دار
سٔدرس منز باگ جانورٕ پِھی بوز کھے چِھی بے بہاہی
ارداہ ساس عالم چھکھ بِھجن اندر یمن سٔے چھیم کار
آکے گردشہٕ بادا تم گئے کیہنہٕ نو چھُے پروا یسے
گٔری تو ہی کیتھو آکھ تے گیتھکھ چھکھ وطن دار

٧- موماز مازس شکلے مجازس آخر گژھو تنہاہی
قبرٕ ہنٛد لرزے وتن روٗدے ژُٹھنہٕ تنہا غار
نارس آب دِیکو یہ حد گالتن شوٗب اہ کارس ہی
فردا ییتھ نو لاجواب سپدکھ ہر تو استغفار
دمہ دمہ گرم گوناہ اتھ کھوٗر روزن گواہی
نکھہٕ پیٹھ کہن ملایہ کن اتھ آسہٕ میون طوٗمار
نکیر منکر حسابس ییہ موہنہٕ منگن نامے اعمال
ژھوچہٕ کوٹھرے اندر ییلہٕ ہو ساونم قبر ماکرہم چار
وسیلہٕ آذمے موریٔل بییہ امام سو چھے ہٹ درگاہی
کُلہٕ عالم چھے ودہ میدوار صاحبو ہاو دیدار
لچھ ناوِ عرضا چھے کرن وہاب کھار گوناہ گٔری زیم گئے
گٔری تو ہی کیتھو آکھ تے گیتھکھ چھکھ وطن دار

○

# نظم

سُے چھُ دٔریاو سوٗے چھَس بنیاد نے چھُ وٲران نے چھےٚ آباد[1]

سارِنےٚ برونٛہہ لوٗد نے آدم آدمس برونٛہہ بٔبیہِ آسی آدم

تیٚتہٕ کاینیاہ گٔتی برہم تمےٚ غمیہٕ گوٚ لمت ستّداد

سُے چھُ دریاو سوٗے چھَس بنیاد نے چھُ واران نے چھےٚ آباد

دردِ نشہِ گیہٕ قو درکھ پاداتو درتس نشہِ کیاہ چھےٚ جدا

گوٚ و جوٲہر تمیہِ نشہِ پادا درایہٕ تتےٚ آعریج بنیاد

سُے چھُ دریاو سوٗے چھَس بنیاد نے چھُ واران نے چھےٚ آباد

ییمو تحقیق کٔرنے بنیاد نے چھےٚ درغم نے چھےٚ درشاد

نَے تغافُل نے تس چھےٚ وادنےٚ گفتار نے تَس چھُ فریاد

سُے چھُ دریاو سوٗے چھَس بنیاد نے چھُ واران نے چھےٚ آباد

---

[1] یہ چھُپہِ ازتام چھوٗمت۔ یہ باکھ چھُ وہاب صابن درگاہ حضرت بلس منزٕ وٗنمت۔ ییلہ تیل بلکہِ اکھ درویش تس آعریج بنیاد ونیہٕ خاطرٕ سوال کوٗر۔ وہابن دٕلیس پگاہ ونے۔ صبحس گوٚو وہاب صاب بربرشہن مسجدِ نیش ییتہٕ احمد ساب چھامہہ ٹھہرتھ اوس تمی وونس تورے۔ تتی ونٕ زِ ہس دوٚپنس مختصر، میہٕ دوٚپ بے ادبی ما گژھ۔ امہِ پتہٕ وٚون یہ باکھ وہاب صابن یپرس یردٕ کٔمیہٕ تہٕ ادٕ گوٚو شہ سوال کرن وٲلیس ونیہٕ نہٕ۔

آب ڈیشھِ اَبی گوو آب نار ڈیشھ نارٕی گوو نار
نارٕ اَندرٕ نیران چھُے حباب جوِیہ ہیون ہیون وچھ یار بیدار
سُے چھُ دریاو سوے چھُس بُنیاد نے چھُ وٲران نٔے چھُے آباد
ستھ زمین بنیہ نو آسمان اتھ بنی یاز منز تم پیران
تنہٕ دانا گمتی نادان تتھ کتہ یارٕ ژھانڈو بُنیاد
سُے چھُ دریاو سوے چھُس بُنیاد نے چھُ وٲران نٔے چھُے آباد
سیرِ حق چھُس دانس سیرِ حق کیا وینِژ نادانس
کن تھووتو شاہ سلطانس مانہٕ تمہ کُے زانن ووستار
سُے چھُ دریاو سوے چھُس بُنیاد نے چھُ وٲران نٔے چھُے آباد
نورِ نبیؐ کرِتھ چھُے یکسان قدِ نبیؐ عرشس تھووُد زان
پانہٕ نبیؐ وچھُن عیان تمہِ کھوتہٕ بنیہ کیاہ چھُے بُنیاد
سُے چھُ دریاو سوے چھُس بنیاد نے چھُ وٲران نٔے چھُے آباد
یی سہل تُتھی چھُے یزانتھ محرم سپد کھہٕ زانہٕ
خودِ خود لیُس سپدِ پادشاہ ون تہٕ سُے کس کرِیو فریاد
سُے چھُ دریاو سوے چھُس بنیاد نے چھُ وٲران نے چھُے آباد
یی پنہم تی چھُے نوٗنے شین جہانن منز تانہٕ ڈُنے
گوژھ آنِن گاشا یُنے ازدہاب کھار کران چھُے فریاد
سُے چھُ دریاو سوے چھُس بنیاد نے چھُ وٲران نے چھُے آبد

○

---

ہ سوز سلطانس تہٕ پچھ گیون واکوٗنان۔

# طوطہٕ

## "گوڈٕ پٔنٕخ لٔنٛڈ"

خلیفا پادٕ کوٗر پاک ذاتَن[1] — ہسہٕ تحقیق آدم وارٕ کرٕتَن[2]
حضرتِ آدمَس زٕرے گبر — اَکی ژٹ آوٕ رٕنیٖمٕ بیٚنیے رٹ قبر[3]
خبرَ تمہٕ چھی چھے باہوش — ہسہٕ تحقیق آدم وارٕ کرٕتَن
تتی حضرتِ حوا پادٕ گیٖے — ٹبنتھٕ وُچھ ساری انسانیے
حمدٕ پرٕ سوٚخن تام تھوگوشن — ہسہٕ تحقیق آدم وارٕ کرٕتَن
اوٚلے پادٕ کورُن پیٚنُن معشوق — پینیے لوٗرٕ بیٚٹھ گوس تا شوق
تمہٕ چھی خبرَ نو کیٛہہٕ تہٕ مُلکن — ہسہٕ تحقیق آدم وارٕ کرٕتَن
گوٚنڈنس خلنخہٕ تہٕ تاج برسر — سید محرم زوٗریار ہیٚنخٕ برابرَ
کرٕتھ معراج قرار رٕوٗلے فلکن — ہسہٕ تحقیق آدم وارٕ کرٕتَن

---

[1] کٔرِیاو (س تہٕ ک) ۔ [2] کامِل صابن تہٕ سانی صابن چھُ لفظ ہسہٕ ترٛاوِمُت ییٚلہِ زن سوودس تہٕ غلام محمد نور محمد تاجران کتب سندِ ذکر چھین واجہ ہنن کتابن منز لفظ ہسہٕ درج چھُ ۔ [3] اَکِس نسخس منز چھُ اکھ نمیوٗ وکنہٕ تے بیاکھ کعبس ۔ تاہم چھُ ساقی صاب لیکھان: گبر زٕرے اَسی حضرت آدمس پرستشِ اَکی کرٕکنہٕ بیٚنیے کعبس ۔

فقیرا ذِکرِ حق اوسُے پَران
گاہ اوس دَر پنجر گاہ سائلن
فقیرِس گاہ اوس خرقہ نالی
ذِکرِ اللہ پَران ہر ساتَن
فقیرس آزنہٕ تام کوٗرِن تکرار
کھیتے کیس بڑو رانہٕ گنڈ یا گاشن
فقیرس آیہ سختی دژاو تنہا
گُرِ یتھ فکرِ گرِ ووت دم صُبحن
کیٛہ نے طوطہٕ دژاو دَر بازار
کُنہِ والن وون وزیرس ہار کیہ شاہن
مشتاق بادشاہ طوطس گو
مولوٗم شیدے الکاژن
گوٗنڈ کھ تدبیر روٗ خستہ کوٗر کھ دریا
ماز پاواہ کھتوکھ وستوٗری دَن
تلخ گو بادشاہ ہنگہ ناوِن
پادشاہم بدِ یتھ کوٗر جالوازن
اُمِس ہی طوطہٕ کِنژ پادِ گروکھ
یتمہٕ لے موکھتہٕ ہران آسہ کھتن
پادشاہ دژاو سائلس دَر بیابان
لوٗتے قاصد ووتُس مشکِ کنرِل فِن

تمِس اوس طوٗطا کتھ سُے گران
ہتہٕ تحقیق آدم وارٕ کرتَن
گہیے تَس جامہٕ آسہ زیٛر موٗلالی
ہتہٕ تحقیق آدم وارٕ کرتَن
کنہِ گرزتھِ طوطہٕ آسہ کتھ چھ دَرکار
ہتہٕ تحقیق آدم وارٕ کرتَن
سمندَر ہتھس پیٹھ لُوٗر نے سُبا
ہتہٕ تحقیق آدم وارٕ کرتَن
دماہ رُوٗز یتھ گوس پادِ خریدار
ہتہٕ تحقیق آدم وارٕ کرتَن
دوٗیم نوشیروان پادِ زَن گو
ہتہٕ تحقیق آدم وارٕ کرتَن
ملا یکھا زَن چھ اُمت از کردگار
ہتہٕ تحقیق آدم وارٕ کرتَن
بدِ یتھ کُیا گو تمہ ورنہٕ ناوِن
ہتہٕ تحقیق آدم وارٕ کرتَن
تمہ ترٛے بروٗشتھ کنہٕ حاضر تھووکھ
ہتہٕ تحقیق آدم وارٕ کرتَن
شکارن، کوستوٗری نافہٕ ژھانڈان
ہتہٕ تحقیق آدم وارٕ کرتَن

بادشاہ طوطہٕ ژونکھ مَنز حرم خانس ژٕتی تَس شنزٕکھ لاَیکھ ناتوانس
بے تقصیر ذمہٕ کھٹوٗ ڈیڈی واتن ہسہٕ تحقیق آدم وارٕ کرتَن
پھیرتھ بادشاہ لوگ پرژھنہٕ دلاس دوٗنیٚس غم نو کینہہ چھُھ طوطس
فِتنہٕ کوٗر تیار حرم خانن ہسہٕ تحقیق آدم وارٕ کرتَن
کشُس کوٗڈے خنجرس تمہٕ پادشاہن لوٗتِن تَس حوٗرِ پینہٕ کمتی ساتَن
دَما دِتھٕ لوٗگ وَدنہٕ ستی اَمیرن ہسہٕ تحقیق آدم وارٕ کرتَن
خوٗہنہٕ دعا مَنٛزٕ کھوٗرکھ طوطس دوٗپنکھ زِنٛدٕ تھوٗوکھ توٗم اکس دوٗہس

اوٗتامتھ ژونٛ دلیلہٕ وو ستہٕ وہاٸن
ہسہٕ تحقیق آدم وارٕ کرتَن

٥

# دَوِیمِ لُنڈ

یارب عرضا میون سیے[1] قوٚ لوٚل گوٚژھ تھاوون سیے
پرَور دِ گار سے از کرَ ہتر میون چارے
کاژ زوٚرِہ کاستیم گزِون سیے قوٚ لوٚل گوٚژھ تھاوون سیے
چھچھُم وادِ اکھُے دوہ ہاَرس گوَ مےٚ پلوہ
کیا ہتام چھچُم ڈبکِہ لون سیے قوٚ لوٚل گوٚژھ تھاوون سیے
از روز تم رآضی چھچَم چاَئی یہ جان بآزی
اَز چھچم دَیان مارون سیے قوٚ لوٚل گوٚژھ تھا وون سیے
طوطِ نچھےُ وَتان زآری کاستم مےٚ لا چاَری
فضلا چھچھُ بکار چون سیے قوٚ لوٚل گوٚژھ تھاوون سیے
سفر کڈ نے دژاو طوطَن پتھ کوٚرُے واو
اُخیرِ چھچُھ گرِ گزِھون سیے قوٚ لوٚل گوٚژھ تھاوون سیے
دَرشہر بیٚٹے دَمس ژاو رُستم تسَ اوس ناو
شاہزادِ چھچُم نُندرِ بون سیے قوٚ لوٚل گوٚژھ تھاوون سیے
پادشاہ کوٚرا جان جانا وارن سوٚ میران
طوطن ہیوٚتسُ باوون سیے قوٚ لوٚل گوٚژھ تھاوون سیے

---

[1] میون سیے بدلہ چھُ ساقی صاحب میون لیکھان ۔

آمہ حوٗرِ کوٗر تکرار — وہ پرَ چھ جانا وار
اَز تام کوٗرہٕ زالنون ییے — قوٗلوٗل گوڑھ تھاوون ییے
دَر طاق شپرنَس جاے — نادَس سوٗزنس جاے
دوٗ پنچھ لیوٗری اَنی تون ییے — قوٗلوٗل گوڑھ تھاوون ییے
طوٗطہٕ ییلہٕ در طاق بیوٗ ٹھ — کلاما کوٗرنے زیوٗ ٹھ
پھل کوٗرہٕ کھبوان سون ییے — قوٗلوٗل گوڑھ تھاوون ییے
طوٗطنَ گوٗر در خاس — کیٖا کھیمہ ہوٗ کلُو ناس [1]
کینٹرھا کھے تو ہیون ییے — قوٗلوٗل گوڑھ تھاوون ییے
طوطو کینٹرھا کھیا و — تا منتھ ژھانڈنے دڑا و
گو مکہٕ مدینہٕ سون ییے — قوٗلوٗل گوڑھ تھاوون ییے
طوطن اَنی نے ڈالی — خفر مالا نالی [2]
اَمہ حوٗرِ ہیوٗت باگرون ییے — قوٗلوٗل گوڑھ تھاوون ییے
ہوکلے یہ خفر مال [3] — طوطن تی وُنی نے تال
پرَ ماٗنترِ ژنگ تو ہیون ییے — قوٗلوٗل گوڑھ تھاوُن ییے
چھسے یہ مُنترم یور — نتہٕ کیٖاڑِ یمہ ہا یور
جمعہ ساتھہ نامہ سون ییے — قوٗلوٗل گوڑھ تھاوُن ییے
طوطس کور کھ یقرار — وَ نان چھ وتہب کھار
لولاہ وہ نی چھ باگرون ییے [4] — قوٗلوٗل گوڑھ تھاوُن ییے

٥

---

[1] حق الناس (س)۔ [2] ڈالی (س)۔ [3] ہوکلیا یہ نفر مال (س)۔
[4] پلوت اَنی یتھے گوڑھ الون (س)۔

# ترنیم لنڈ

طوطہ آو پٹن شہار لولو — آغس دڑاو وفادار لولو
طوطن سلام کر بادِ دِگرن — خبر گیہ سارِ نے اہلکارن
یادِ گئے تم مُدا دار لولو — آغس دڑاو وفادار لولو
کیہنہ اسی سیدی تے کینہہ سادے — کینہنہ اسی شراکہ ہیتھ اِستادے
کیہنہ دیان لاؤس تلوار لولو — آغس دڑاو وفادار لولو
طوطن دنو پنکھ مِئنہ ماری توم — خدا مے لوٹھیوم ڈنڈ ٹمنگی توم
نازنین خوش رفتار لولو — آغس دڑاو وفادار لولو
ناو خچس زیبا روے یمبرزل — پیڑھ کالہ اوبرس تل وُزکل
گڑ چچس سنگین شہار لولو — آغس دڑاو وفادار لولو
زُلفن ییلہ چھپے شانہ والان — جانا واران ٹمبہ لاوان
ہیہ تنہ مُلنتھ کوفورہ لولو — آغس دڑاو وفادار لولو
وُٹھ چچس زڑ ٹھلی کیھنہ شیرین — روے چچس آئینہ تلقہ نازنین
ہونجہ پیٹھ دنڈ موکھتہ ہار لولو — آغس دڑاو وفادار لولو
چشمہ جادو چچس پُر فریبا — یمبہ نے پیٹھ اُچھر ڈال زیبا
ڈبکہ ٹبکہ ہنگہ طو ماہ لولو — آغس دڑاو وفادار لولو

سونہ کانٹھ مالن چوٗنہ زیبان
روخ ووزلی تیہ تلوار لولو
اَتھ کھور زنہ چھلی کیا شوبان
دَر طلب کران شِکار لولو
بوٗزتھ بادشاہ گو بے ہوش
خابہ منز گو بیدار لولو
طوطو کتھہ پاٹھی توت واتو
زل گرِن سِپدو سوار لولو
طوطو کنہ پاٹھی واتناو تم
اَدِ ہو گنڈے موکھتہ ہار لولو
عشقنہ زور ستی دزاو لاران
ووتے سنگین شِہار لولو
تورک بادشاہ گلی گنڈتھ دزاو
خزانہ بخشتس دبار لولو
زیبا حوٗر ہیتھ گرِ کن دزاو

دأن پوش زن چھس نار پستان
آغس دزاو وفادار لولو
مأنز ترس پادن کیا شوبان
آغس دزاو وفادار لولو
دشمنو دیتُ ہس دزاو بے ہوش
آغس دزاو وفادار لولو
ییتھ شہرس گرزی سو مبراوو
آغس دزاو وفادار لولو
اَدِ ہو ژلنم فکر ہے غم
آغس دزاو وفادار لولو
کوہو سے پیٹھی آبہ منزی اوٗلیکان
آغس دزاو وفادار لولو
سمندر زوٗس پیٹھ کوٗزن ٹھہراو
آغس دزاو وفادار لولو
قدم تمی تُلنے پیٹھ کوٗزن واو[1]

بوٗزان چھے وہب کھار لولو
مُس دزاو وفادار لولو

٥

[1] سمندر زوٗس پیٹھ کوٗزکھ ٹھہراو (س) یہ شار چھ امہ بروٗنہہ استعمال گومت ۔

# ژوُرم لَنڈ

بیدار گڑھتوِ ہا شاہزادو.
دَپھتوِ یور کمَ آ یے
ئُسُے دیدَن سُے ہَر شا یے
تسَ کو نہ وَنہ وِلہ زار

بیدار گڑھی بھتے دوُپ شاہزادَن
عرضا بوزتمَ خدا یے
ہینے پہ آسے مَنز ڈُری یاقوس
کُنِہ ناسُم نہَ ستَھ تار
ٹمنجھ کیٔ ساآم مے یار دادیے
پاآدِ گوم لائین نیا یے

یاَری گرُون لوٗ بُم نہٖ کانشرھاہ[1]
ٹرے چھکھ[2] بے پَرواۓ
ٹرے چھکھ دانا ٹرے چھکھ بینا
ٹرے چھکھ ملکُ الجبار
نہ چھِس ملکھ نہ چھِس جانوار
سھاہ اپور شدرِس لاۓ

زلو کور گیئہ یو ہیَو طوطو
موتنَ نیوکھو پھیریاۓ
مارِ نھ پیٹھ سونز نار[3]
آلے شیرین قند و نابد
دوہس گرژھنے مَن ڈھاۓ
خبرا و نتم ہیو طوطو
وچھتو یور کم آۓ
اوسو دلو کِنہ ملکھ او سے
کِنہ اوس تُصرف دار
سیرس میانس محرم کشو گود
پیرس پزژھنے داۓ
لیسے دیدن سے ہر شاۓ

---

[1] کانژے سوٖ [2] پرِ لو۔ [3] مارِ نھ ژھِتّن پیٹھ دُجارِ (س۔ش۔ک)۔

تَس کوٚنہٕ وَنہٕ ولہٕ زار
جہازا وُچھتھ مَنٛز دُرِی یاوَس
یِتھے رَوٗمہٕ گَژھنہٕ آیے
تتھ جہازَس لوٗکھ آسی وارا
بینہٕ اوس سودا گار
سیٚپرٕس چاآنسِ محرم تِم گئے
ژوٗرن لوٗگ بے وا یے

ژھانڈنہٕ طوطہٕ دژاو درختا وُچھنے
ڈوٗلمت اوس پَینہٕ ژنا یے
رز پان گنڈلو ہیتو ژنا ہزا دو
آخرٕ لگو گژھنہٕ ژنا یے

آگرٕ پژھنہٕ آس پیٹھ کوہہٕ قافس
آمی ساتہٕ سآئس دژا یے
تھاہ نمہٕ لآیی نے سمندرَس
شاہ زادٕ نیوٗن یکبار

ثمی ژھڈیہ ستیہ پر ڈوی طوطس
پیو وُسیتھ شہ اَکس شا یے
سمندر بٹھس پیٹھ طوطہ لاغرگوَ
جانا وار تَپاری آ یے
کینژھا کھیاوی توم جانا وارو
پہ تہ کَرہا اِفطار

پَتھ بزوٗنتھ نظرا کُرنے طوطن
چھے وَدان کَتھ کتیہ زا یے
لوٗز جالنوارَو کھین چَن دیُت ہتس
طوطس ہوش پھیوٗر ما ییے [1]

پَرواز طوطن کوٗر یتمہ نے ستیہ گوَ
وآتیتھ پیو در شتہار
یَتھ شہارَس آغہ بابے آسی
وآتیتھ پیو تھتھ شا یے

لیلیٰ مجنوٗن زندے آ یے
شہ چھِم لاگہ ہشز را یے

---

[1] پھیر یایے (س) ۔

پَتھ وَنن سےٚ گھٹےتھ او سےٚ
چانہٕ دادِ رٕوٗٹتھ غار
ژھانڈنے طوطہٕ دڑاو دَر نیٚیستان
جوٗ گیا وُچھنے تَتھ شاے
خبرا ونتم ہیو دَر ویتھو
پَتھ کیٚازِ رٕوٗدِ ہم ساے
تورے دٕوٗپنم گدٕر یوم پالنَس
کرٕوٗن چھُ پرَورِ دِ گار
پان نودزِ ہے ہاوہب کھادو
یمہ گیہٕ بنیجہٕ شاے

٥

# پنٛژرٕ لُنٛڑ

وَنَس مَنٛز جوٗگِیا گوٗمُت چھُے اوٗن یِیے ساہ
تَس لۄ کٲنٛسہِ ہنٛدُ وۄن یِیے آو
تۄہِ تُے وۄتُس جانا وار
تمُو دۄپ صاحبَن لۄدنمَ شِیکار
نِکھ گٔرتھ یُن تہٕ پانَس گرٛتھ کھیٛوَن یِیے
تَس لۄ کٲنٛسہِ ہنٛدُ وۄن یِیے آو

طوطن دۄپنَس چھُسے طوٗطے
کَتھ چھُس کران چانہٕ کھوتے
پَرٕ دِتم خدایِن چھُس وُڈُون یِیے
تَس لۄ کٲنٛسہِ ہنٛدُ وۄن یِیے آو

پیتٕرلو پینو کرٕناو ٹاو ٹاو
خبَر چھا میانِتے دستہٕ کیٛا آو

---

چھرٕ اڈنے (س) ۔

صاحبن تھوونم بڑہنہ سوار کھیوں ییے
تس نو گاشیہِ ہنْدْ وون ییے آو

لوْدوے آسکھ آدنگ یار
چشمن گاش ہو ییم یک بار
سیٹھا کال گوم ییتھ گٔن زون ییے
تس نو گاشیہِ ہنْدْ وون ییے آو

طوطن اَڈ نتنے کیف دُری یاو
چشمن موتھنس کٔریتھ ٹھہراو
کٔرن اوس صاحبس گاش گونون ییے
تس نو گاشیہِ ہنْدْ وون ییے آو

شکسنی دوہ تس گئے آدا
چوبدارس آغہ شُنْدْ آو نادا
قمچہ تہ توٚبرا نیون پارون ییے
تس نو گاشیہِ ہنْدْ وون ییے آو

کوٹھین پادا گوس رفتار
قدم تمئ تلنے گو بیدار

ژٕہہٕ ژٕتے یار گژھہِ منزٕ ؤن ییے
تَس نوٗ کانٛشہِ ہنٛد وٕن ییے آو

کنز کھہ ییلہِ لآے نَس چوبدارَن
پیادے سوزنَس سودا گارَن
گرٕس نوکر گژھہِ روزٕن ییے
تَس نوٗ کانٛشہِ ہنٛد وٕن ییے آو

نوکرَن آغس کرٕنے سَلام
طلب کھو موتلٕ پہٕ ہیمے ینام لہ
یامتھ پہٕ ہیمے گرٕس کھٕنٛن ییے
تَس نوٗ کانٛشہِ ہنٛد وٕن ییے آو

نَیامہٕ دیت نَس موہر سا سا
خاصہٕ تنہٕ وٕلنس اطلا سا
ذاتَن دیٖت نَس گنٛڈٕن چھاوٕن ییے
تَس نوٗ کانٛشہِ ہنٛد وٕن ییے آو

---

لہ نیام (س) ۔

طبیلہٕ اَندرے گرُ ہیتھ دڑاو
ژسہٕ ژسہٕ باغس کُن ہنا ژاو
کتھہٕ رٕنتی پاہنہٕ واڈٕ ہیوٗنکھ سمکھٕن ییے
تس نو گانسہٕ ہنٛد وٗن ییہاو

دوٗپنس پادشاہس فرٗ یادی لار
ڈٕنٹھے گرٗ ھِ نشاوُن سوداگار
کرُن اوس خدائیں ژوٗرگو نوٗن بیے
تس نو گانسہٕ ہنٛد وٗن ییے

عدل کوٗر پادشہن راے بِھرِ تس
سوداگارس پھاسی دِژہس
تام دژاو شاہزادہ گرٕ پیٹھٕ ییے
تس نو گانسہٕ ہنٛد وٗن ییے

طوطس تام گوٚو ژشکلہٕ آدم
وِرد اوس کران وارہٕ بوزتم
ووسۃ وہتہ یور نو گانسہٕ روزٕن ییے
تس نو گانسہٕ ہنٛد وٗن ییے

# شیٖنیم لَنڈُ

لچھہِ نوو چھےٛ ہر شاپہ بینا
بوزوٗ وفا دٲری ہو عنقا[1]
گٔیہِ خبَراہ مُلکِ اپرا نےٛ
بوزکَن تھقو وَنےٛ داستانےٛ
پادشاہ اوسِ بہدوٗر خاناہ[2]
بوزو وفا دٲری ہو عنقا

اوس باغا تَس حرم خانَس
تور وَتھہ نو آس بیگا نَس
تَتھ مَنٛز گوٚ پاٗدا فقیرا
یوزو وفا دٲری ہو عنقا

---

[1] بوز وفادٲری عنقا ۔ (س)
[2] بوہدر خان تَتہِ اوس بادشاہ ۔ (س)

طبیلہٕ أندرے گرٕہیتھ دٕڑاو
رٕسہٕ رٕسہٕ باغس کٔٹن ہنا ژاو
کٔہہٕ رنیتی پانہٕ وٲنی ہیوٚتکھ سمکھن ییے
تَسَ نو کانٛشہٕ ہُنٛد وۄن ہے آو

دوٚینَس پادشاہم فرٕعٔی یاآدی لار
رٔٹیتھ گرٕژھہٕ نیاوُن سوداگار
کُرِن اوس خدالیس ژٔور گونوٚن ییے
تَسَ نو کانٛشہٕ ہُنٛد وۄن ییے آو

عدل کوٚر بادشہَن راے پھرِ نَس
سوداگارَس پھاآسی دِژ ہَس
تام دٕڑاو شاہزادِ گرٕپنٛ ییے
تَسَ نو کانٛشہٕ ہُنٛد وۄن ییے آو

طوطَس تام گوٚ شَکلہٕ آدم
وِرٕد اوس کران وارٕ بوزتم
دوستہٕ وٕہبہٕ یور نوکانٛشہٕ روُزن ییے
تس نو کانٛشہٕ ہُنٛد وۄن ییے آو

٥

ہا فقیرو یور کیاڑِ آ کھو
کتنیک چھکھ تے یور کیاڑِ ٹا کھو
کوژم سالا تو ہیہ کوژمو کیا[1]
بوزو وفا داری ہو عنقا

کوژ فقیرن گردش جائے لی
ژح نہ بَہ دڑاو موژ رؤد خالی
کوژ نہ پادشاہ سپرس آگاہ
بوزو وفا داری ہو عنقا

ہا فقیرو خدمتھ کرِ یو
دہ دِ ہر گی کھائسی بو بَرِ یو
خاصہ پولاو میچاہ کھنگھنا
بوزو وفا داری ہو عنقا

کژ فقیرن بادشہس تر بیتھ
ہیٹر فقیرن بیٹہ پننی وَتھ
دڑاو پران لا اِلٰہ الا اللہ
بوزو وفا داری ہو عنقا

---

[1] کھیئو موکیا دس!

تَیُن پادشاہ محرم حَرفسؔ
شےٗ سیپر بوو تمیٔ وزیرَس
گئے سائسؔ[1] شِکارس یک جا
بوزو وفا دآری ہو عنقا

دُچھکھ طوطا مۆدمُت دَر بیابان
ہا وُزیرو آسہا شۆبا ن
رُح اُمِس مَنز تھۆکھتا ساتھاس[2]
بوزو وفا دآری ہو عنقا

پادشاہم یُٹھ کول چھُھ مۆدمُت
بوزے چھس لیوان پتھر چھُھ پیٖو
وُنہِ اُمِس منز بوکرے کتھا
بوزو وفا دآری ہو عنقا

پہو پادشاہس پیٹھرن پانس
بور لۆدنے وزیر مروانس
رۆحہِ مروان گو نا سر جُدا
بوزو وفا دآری ہو عنقا

---

[1] سآری دس)۔ [2] تھۆنُن اکھ ساتھا دس)۔

طوطہٕ ٹُرس منز ژاو پادشاہ
پادشاہ ٹُرِس منز ژاو وُزیرا
دغا بازَن گوٚرنس ہا دَغا
بوزو وفا دأری ہو عنقا

آو پادشاہ فوجس منز گوَ
مۆد وُزیر گرِ بیٹھہٕ ڈُسی پہو
خبرَ دارَن چھےَ اَمچی خبرا
بوزو وفا دأری ہو عنقا

دیتنُ حکما تیر اَندازن
کٔن سمجھاوِو میانین نادن
طوطہٕ مارنَس دیت نَے فتوا
یوزو وفا دأری ہو عنقا

بوٗز طوطن وونی ییتھ مارنم
پیٹھ تھزرَس نظر باز ژھانڈنم
وَتہٕ پیکان سمکھس مَلنگا
بوزو وفا دأری ہو عنقا

لوٗب طوطن تپُنُن موٗرشپد
لوٗدُن پنجرس تمیٔ دپد با دپد
گذٗراوان ساتھا ساتھا
بوزو وفا داری ہو عنقا

روحہٕ مروان درایوو سآلس
سونہٕ یمنہٕ مُرُ وُچھن منٛز جنگلس
پکناوان ستہٕ ہیتھ نوجا
بوزو وفا داری ہو عنقا

سونہٕ یمنہٕ موٗر پیر گوو نالس
روٗحہٕ وزیر گوٗ آہ بد حالس
موٗردٕ ہاپتس منٛز ژاو وُچھ کیٛا
بوزو وفا داری ہو عنقا

وُچھ طوطن وۄ سُتھے لارا ن
گُلہٕ دَدٕرے منٛز اوس پرٛارا ن
موٗر لوٗبن تےٚ کوٗرنے مرحبا
بوزو وفا داری ہو عنقا

ہورِ ہا پتس نزبحھ پھٹر ودکھ
رزِ گنڈِ بھق دارَس کھوکھ
نارِ زولِہ ہے شہرس تنہا
بوزو وفا داری ہو عنقا

پینہ فکرا بوہدور خانس
لیوتھن کاغذا شہر ملتانس
شیر احمدن گوڑھ ملاقا بھقا
بوزو وفا داری ہو عنقا

شیر احمد آو ملاقاتھ کرنے
سمکھت لگ تم قرآن پرنے
مارے ہو جبھہِ باگرکھ واریاہ
بوزو وفا داری ہو عنقا

ہتھ وری گو کم یا زیادے
آو بوہدور خانس نادتے[1]
طوطہ پادشاہ قبر ژاے یکجا
بوزو وفا داری ہو عنقا

---

[1] پیادتے (س)۔

سپر بوڈے یاَرس یاٗری
پوشیہ وِنی چھٹے حُدایہ ہسنٗز یاٗری
وہاب کھارو پرَ اللّٰہ اللّٰہ
بوزو وفا داٗری ہو عنقا

٥

# قصّے حضرت سلیمان

## حِصّے اوّل

زان پانہٕ دُنیایُن تہٕ گرٛزھُن ییے — حضرتِ سلیمانؑ نۄن ییے دراو

جن تہٕ دیو عٲسۍ تابیا دار — خلق تہٕ ملکن چھُنہٕ شمار

اڈہن یُن تے اَڈین گرزھُن ییے — حضرتِ سلیمان نۄن ییے دراو

جن دیو لاگکھ بلے گارے — کوہہٕ قافسَ تِمو کِنہٕ سارے

مسجدِ اقصےٰ تیار سپُن ییے — حضرتِ سلیمان نۄن ییے دراو

سٹھؑ کروہ تختس اوس زٕ پھر — پانژھ کروٗہ بیاکھ انداوس برابر

باسلوکھ ملک اوس رینہٕ وٗنہ ییے — حضرتِ سلیمان نۄن ییے دراو

بسم اللہ کرٕتھ اوس تختس پہان — اللہ کرٕتھ اوس سٲل کران

سورِ سامانہٕ اوس شوٗبہٕ وٗنہ ییے — حضرتِ سلیمان نۄن ییے دراو

ستھ ساس کھاراسہ کالس گرٛزھان — پانے بوز دستار خانس کیتاہ پہان

وانہٕ آسی زنان لنگر اوس کھیون ییے — حضرتِ سلیمان نۄن ییے دراو

---

لہ قصے سلیمان چھُ گوڈنچہ لٹہٕ چھپیومُت از۔ حضرتِ سلیمان اوس پیغمبر یمیس جرند و پرند تابین آسی۔ اُمی سُنْد تخت اوس وڈان (سورۂ سبا)۔ یہ لاو اسرائیلی منز۔ گوڈنیک کعبہ لۆدمی پیغمبرن۔ (ایڈیٹر) کہ کروہ چھُ فارسی لفظ۔ کروہ چھِ اکس کوسَس تہٕ ونان۔ اکھ کروہ یا کوس چھُ ژدرن ساسن گزن منزٕ آسان۔ ژدور ساس گز گوو بہہ ساس فٹہٕ۔ امہٕ مطابق چھُ تختس ۰۰۰،۴۸ فٹہٕ ریکھ پہ تہٕ ۰۰۰،۴ ساس فٹہٕ کھجر اوسمُت۔

ڈاپہ کھٲژ پران اوس رتہٕ نہٕ لوان — پانے بوزِو پران کوٗت اوس دزان

میٚتھ ماز مُتجن پولاو اوس کھیوان ییے — حضرتِ سلیمان نوٚن ییے دراو

ساپہ باتہٕ گنہٕ آسی جانا وار — تاپہ داتہٕ کثیاہ سہتہٕ اوس لکار

غار حاضر کاو گوو تورٕ آوچھون ییے — حضرتِ سلیمان نوٚن ییے دراو

لٔج عدالتھ کاوس ژھاران — چوٚکی دارن محلہ دٲرن چھِ مالان

پے بوٗز کاون ہیوٚتن ژلن ییے — حضرتِ سلیمان نوٚن ییے دراو

وہرٕژ[5] وتھ کاوَن کڈ پہر ہیے — ہاٚبتھ تیوٚتاہ شیدتس جاتہٕ ہیے

گشتہٕ گوو کاو ہیوتُن لوسُن ییے — حضرتِ سلیمان نوٚن ییے دراو

کوہہٕ قافس پیٹھ کاو بیٚلہ گوو — وٚچھن باغاہ بٚنیہٕ زنلہٕ گوو

باغکؑ میواہ ہیوٚتن تمیٚ کھیوٚن ییے — حضرتِ سلیمان نوٚن ییے دراو

وڑٕوٚن باغس اوس باغوان — کاو تمیٚ رٔوٹہِ نے بیک آن

پادشاہس نشہٕ نیٚوکھ حال بُوٚدہٕ ییے — حضرتِ سلیمان نوٚن ییے دراو

رٔوٚد ستن وٚرین اکی ہے شا ییے — تَتہٕ وہرِ کاو دراو پُرما ییے

کاوَن گرکُن ہیوت پکنُ ییے — حضرتِ سلیمان نوٚن ییے دراو

سُلیمانن کر حرکت پانس — بٚنیہٕ وٲتھ ریتہٕ مآئے دانس

کھینہٕ ریٚوتہٕ بٚنیہٕ بیوٚن بیوٚن ییے — حضرتِ سلیمان نوٚن ییے دراو

تتھ ملکس عالمہٕ غاب ناو — پادشاہس تتہٕ کسِ مندو دناو

ریتہٕ مٔلکچ ریاضت بیوٚن ییے — حضرتِ سلیمان نوٚن ییے دراو

---

۵ وہرٕژ چھُ اشارٕ وٚری یس کُن ییٚہ کنی آسی ونان چھِ وہرٕ وار ۔

سَیر سلیمان رفٹ مندو دن     تھوٚد ووتھ سلیمانہٕ سیوٚد وچھ دیدن

رٹھ نصیحت تربیت کٔن ییے     حضرتِ سلیمان نوٚن ییے دراو

دوہہٕ اکے پادا گوو سائیلاہ     بعد خوفتن کوٚرنس یا خودا

جواب[1] دیتُنس پگاہ گژھین ییے     حضرتِ سلیمان نوٚن ییے دراو

سلیمانن[2] کوٚڈ رکھ پٔنن نائے     واجہ نگین ژونٔنز رٔود حوالے

غوسُل خانس مَنز ژاو ڈیکہٕ پٔژون ییے     حضرتِ سلیمان نوٚن ییے دراو

جننِ اگی دِژ دِرن پانس     لاگِن کٔنیز شاہ سلیمانس

بعد غوسُل ہیوٚتن نِلا گیٚنے     حضرتِ سلیمان نوٚن ییے دراو

جنن ییلہٕ کوٚر رخستے شہانے     بیوٚٹھ تختس واجہ ہندِ بہانے

محمُدلوہ ابن عزلاہ وٚن ییے

حضرتِ سلیمان نوٚن ییے دراو.

٥

---

١ جواب دِذینس۔ قلمی نُسخہٕ۔

٢ رکھ گوو رکھت پانے لباس پنُو پوشاکھ، نالہٕ پلو۔

# حضرت سلیمان

ڈوایم قصہ

زار بوز تم بار خو دا یے
ڈراو سلیمان بتہ گدا یے

بابہ منگہ نے گیو و کرالس
دیرہ صبحن گڑھیم پیالہ ہن

بابہ تہنڈے اوس پڑما یے
ڈراو سلیمان بتہ گدا یے

صبحن ڈو تھتھ آئنہ بابہ ہن
دوہس پھیران کوہن جنگلن

ٹوری و دان اوس ژھایہ ژھاے
ڈراو سلیمان بتہ گدا یے

کتھ پھیران چھکھ وانہ وانے
دوہس زبنکھ ژور پانژ آنے

دوگہ موزوری گری زینہ واے
ڈراو سلیمان بتہ گدا یے

ہا دوستو یوژے چھکھ و نان
نا اتہ وان چھس چھس نوہکان

باغہ باغے ٹنگ راچھ آیے
ڈراو سلیمان بتہ گدا یے

کانسہ ڈکھ جلس گژھ توکارس
نتہ راچھ کر مکایہ ڈارس

دوہس چاونے قہوتے چایے
ڈراو سلیمان بتہ گدا یے

---

لو بیٹس قلمی نسخس منز چھ یہ شار بیتھ پاٹھی باغہ باغے ٹنگہ راچھو درایے بیلہ زن تریمس قلمی نسخس منزاتھ بجایہ بدلے شار چھ درج لیس ساتی کینہ درس چھ۔ لحاظ گژھ آ تیمہ سے شار برینہ ین۔ شار چھ۔ گلس ڈوکھ دیتھ اوس تھ شایے۔ (ایڈیٹر)

داو کرِیو ببرے لنجے    بیتہ ساتھاہ ببّہ ہتہ سانہ پنّجے

ذاتہ پاکن پیر نکھ مایے    دراوٗ سلیمان بَتہِ گدا یے

سُلیمانن ہانز کار کوژ ریے    ذاتہ پاکن شہ مہراز کوژ بیے

واج مرتبہ لوٗبن تمہ شایے    دراو سلیمان بَتہِ گدا یے

صفتہ چار یار سیدلیس حاصلِ    حقس ستی سپدی سہ واصلِ

تس جنتس بخشنے جایے    دراو سلیمان بَتہِ گدا یے

سُلیمانی بینہ پہلوانی    ناتہ وانی چھنے نہ روزانی

وہاب کھارس آواز آیے    دراو سلیمان بَتہِ گدا یے

۵

# حضرتِ سلیمان

## تنزیمِ قصہ

سِر پٹن کو نہ چھکھ باو آنی — وزیرو کیاز چھکھ زرداؔنی

پُرسان کو رنس محلہ خانی — وزیرو کیاز چھکھ زرداؔنی

پادشاہس بڑی منتج زن دشمنو کن — گڑھبم[1] نازر ڈن ری بیبیہ تن

توے مینے زولہ چھیم نہ یواؔنی — وزیرو کیاز چھکھ زرداؔنی

وزیر بایہ خبر اُڑی محلہ خانے — وزیرس بلو ونے دانہ دانے

سپرے بوزکھ چھنہ ورپیاؔنی — وزیرو کیاز چھکھ زرداؔنی

ژھو یہ کر ژھو پہ کر زلو وٹھ جل — پادشاہ بوزی ماری جل

اُس کر بند نزاو نا داؔنی — وزیرو کیاز چھکھ زرداؔنی

وزیر سونے چھپے پادشاد — بن چھا دیو چھا ملائیک چھا

تجی تس چھپے دیو آنی — وزیرو کیاز چھکھ زرداؔنی

سِر چھپس مشکل کرن حالی — غمہ ستج گومت چھپے وبالی

بن ستہ گدرن چھ مردانی — وزیرو کیاز چھکھ زرداؔنی

پادشاہس زن گمژ پڑی یہ گانگل — در باغ مرخص کران جل جل

جنن ستہ ژھوہ چھہ ماراؔنی — وزیرو کیاز چھکھ زرداؔنی

---

[1] گوژھم نا ۔ اکھ قلمی نسخہ ۔

وزیرن کمنوٗ بسم اللہ　　ہونس نار گوٗنڈن از درگا
تختہٕ پیٹھہٕ جنِ دوِ گوٚو ژلاٚتی　　وزیرو کیاژِ چھکھ زردآمٕنی
آبس پیٹھ گوٚو ژھیوٗراوِ نار　　واٚج گیس آبس ژھپتہٕ گوٚس نار
پھوٚکہٕ وول پھوٚکھ چھُس لاٚیاٚنی　　وزیرو کیاژِ چھکھ زردآمٕنی
عقلا وزیرس عقل آیہِ روانی　　سلیمان پیغمبرس اوس ژھاران
عبدلو ہابن لوگ غزل خاٚنی
وزیرو کیاژِ چھکھ زردآمٕنی

ہ

# لٲل مجنون

دُنیا تمناہ غنیمت زان — لٲنس ؠہتن کُس کرِمان[1]

اولے پٲدا کوٚرن تاجدار — شوٗبان ؠتھ ؠتھ چھیٚس ژور یار

ملک تہٕ آدم اجِ لوٚد سپدان — لٲنس ؠہتن کُس کرِمان

بندو حمد پر خاؔلقس کُن — آدم خاکس تمی لوٚدُن

شکُر تہٕ صنعاہ کونہٕ چُھکھ پران — لٲنس ؠہتن کُس کرِمان

دوہیہ اکھ غنیماہ پٲدا گوس — عربکہٕ شہرے ژلُن پیوٚس

ہُد ہد شہر بیتھ گوو بیک آن — لٲنس ؠہتن کُس کرِمان

سعدٕ مپر دپان چھینے آس — کاؔنسر شہن تام کوٚرس اخلاص[2]

پرژھ گار ؠہتن سپزِس زان — لٲنس ؠہتن کُس کرِمان

زنانو پانہٕ وٲنی کوٚر وعدٕ قرار — کیہہٕ ہے زلیٚو کرکھ یار یار

پیرن فقیرن ٲسی ژھاران — لٲنس ؠہتن کُس کرِمان

---

[1] اَجن جاین چھُ لیکھتھ۔ کُسو کرٕ لٲنس ؠہتن مان۔ وہاب صاؔبہ کھارس بروٚنہہ چھُ محمود گامی ین لٲل مجنون دوٚنمت۔ تاہم چھِ وہاب کھار صاؔبن لٲل مجنونٕچ اکھ لڑی یاتہٕ زایہ نامہ لوت دوٚنمت۔ لٲل مجنون چھُ گوڈنچہٕ لٹہٕ چھپیومت۔

[2] کاؔنسر شاہ اوس بادشاہ۔

سعد مپر عزیزہ وتہ کنہٕ دِشاو
سیود گوٚب بۆزتھ وولہ کن تھاو

غنیمہٕ ژۆلُس تہٕ آو توشان
لاٰگنس یِہتن کُس کرِمان

سعداہ مپرس ہوٚس بہتھ گوو
یتھ بروٚنٹھ اوس وُچھان حاٰرتن پیو

وزیرو آیہ بد گرژھی لو جان
لاٰگنس یِہتن کُس کرِمان

پادشاہ فاتح لۆگ پرِ لے
بۆزتھ تعجباہ لۆگ کرنے

ماٰگس نحھ چھے گوبر شوٗبان
لاٰگنس یِہتن کُس کرِمان

اتھ شایہ پادشاہ زاگ ہیتھ بیوٚٹھ
پُتر دود وُچھتن وارہ کرِ لوٚٹھ

معبودس اوس نارو نان
لاٰگنس یِہتن کُس کرِمان

انتھ شایہ کلہن ہنٛد پادشاہ اوس
گوڈِنکے پہرے ہاوزان اوس

سعد مپر پانہٕ تس اوٚسے وُچھان
لاٰگنس یِہتن کُس کرِمان

اتھ کُلس بیہ پہر چھیوٚر سبزار
اتھ کُلس بیٚیہ پہر بیہ ہیوٚتن نار

برزکِ پاٹھین اوٚسے دزان
لاٰگنس یِہتن کُس کرِیان

انتھ کُلس بیہ پہر چھیوٚر سبزار
راتھ گیہ آدا گاش اظہار

درختس پادشاہ وونی چھُ پرژھان
لاٰگنس یِہتن کُس کرِمان

پادشاہس وزیر خیرے آو
پادشاہ اوسُس گوم تلواس

پادشاہ وزیرس سپر باوان
لاٰگنس یِہتن کُس کرِمان

درختوٚن توکیاہ چھے احوال
درختن ووٚن نے تس احوال

تو دِتہٕ یِہتن آیس زبان
لاٰگنس یِہتن کُس کرِمان

چھسے کلہن ہنٛد بادشاہ
پُتر دادے دوٚدس تہٕ باوے کیاہ

داد ستی وونی چھم ریہہ ہوان
لاٰگنس یِہتن کُس کرِمان

وزیرو پیر ژھ تو درختس — ژور وہی سپدس اکس راتس
درخت کتھ تور اوسے ونان — لانس ستہن کس کرمان
پادشاہ ژؤل تے گوو نجدون — ڈیہہ اوس دوان دوہن چشمن
کھوپہ نہٹھ اوبزان تروون پان — لانس ستہن کس کرمان
کوہن نہ کلین ہند پیغمبر — بہہ ڈیہری کلس اوس ہوان خبر
الیاس پیغمبر تس چھی دپان — لانس ستہن کس کرمان
بہن ڈیرین تپسی کران — جوپہ پیٹھ بہتھ اوس کوہ درمیان
الیاس پیغمبر اوتے واتان — لانس ستہن کس کرمان
ہا فقیر تنہا کیا نہ روُد کھ — بافقیر اوبزان کیا نہ روُد کھ
پُتر دادِ تپسی چھُسے کران — لانس ستہن کس کرمان
الیاس پیغمبرن یی ییلہ بوزن — فقیر ژھوٹہ ہیتھ تمی کلس سوز
فقیرو لاے گیل کیاہ چھکھ وچھان — لانس ستہن کس کرمان
فقیرو آسینہ تھوون روز در — آتھوار آسی بوز کھ خبر
یمو ہیو دستہ گژھس افطیار جان — لانس ستہن کس کرمان
فقیرو خوداین بوزے فریاد — یمے ہوزے ہبا چھی اولاد
ژھوٹہ ہن تجن تہ دراو پکان — لانس ستہن کس کرمان
پادشہس آتی اوس پوشہ چمن — پوشہ ریٹھ اسس ژٹان امی ساتن [1]
فقیر تس اوسے کرِتھ لایان — لانس ستہن کس کرمان

---

[1] اکھ کردار ۔

چمنس ژۆٹمے پوشہِ دستاہ
بخشن گژھیم کھوتم گوناہ

پادشاہ بایہ کیٛت چھس لوان
لأنس ستِن کُس گرِمان

فقیرو پادشاہ چھے غاب گوٚمت
وُنیکتام کینہ چھس نہ نیب آمُت

تھۆنزے ہشہ چھے کتھ گژھان
لأنس ستِن کُس گرِمان

لہ پُشنے بوہے چھِسے پادشاہ
دُنیا وچھِتن تماشا

میوٚنزے نتہِ میون محلخان
لأنس ستِن کُس کرِمان

پُشنے میوٚنزِ پادشاہ بایہ ہاوِن
رسہ پانٹھ تمہِ بینہِ شایہ تھاوِن

پادشاہ ہے دید چھے بیٚٹھ کوہستان
لأنس ستِن کُس کرِمان

پُشنے کرواتہ پٕنن شہار
پُشنے سعدہ میر کتہِ ژُٹھ غار

بیٚلہ زیٚوٚتس اولاد تیٚلہ گرن زبان
لأنس ستِن کُس گرِمان

اکہ میوٚنِ ستِن کوٚرن اِقطیار
بیاکھ میوٚنِ سوٗزن ہدہد شہر

ووٚنی چھے پُشنے خبر پرژھان
لأنس ستِن کُس گرِمان

نو رٕتھ آدا گیہِ برابر
اولاد زاس تے بوٗزن خبر

نجدِ ون سوزکھ ہوٚس نگار خان
لأنس ستِن کُس گرِمان

نم تس کأسکھِ بینہِ سرگھوے
آبینہ کھوتے سیدس روے

ہُسی تس سوار اوس رخچتے شہان
لأنس ستِن کُس گرِمان

پادشاہ بیٚلہ ووت گرِ پٕنن
پُتر دادِ دِوان اوسُے ووٚن

گوٚبرس ناو کوٚرن شاہ سوندر خان
لأنس ستِن کُس گرِمان

---

لہ پُشنے: چھ پوشہِ رٕینہٕ ہندٕ ژھو چہ استعمال مُترٕ آمت ۔

خارآئتھ کوٚرن مال کوٗتاہ
عام تے خاص عسٕ آسکر خارآسھ لِوان
دوٚبی کوٚٹ پُش کوٚٹ آسی یاریار
پوشاکھاں لوگکھ تہٕ درایہ پکان
پادشٲہس راے گیہ یِم چھِ اُمیر
آستھ لو کیہٕ لٲگکھ دٔرایہ ڈیان
پننہٕ شایہ گٔرکھ مصلحتھ [1]
کُنبکس اُوسکھ پانہٕ شیطان
بہہ شتھ مُنجم اَگی قاد خان
شاہ سوندر خان چھُنہ دِہ دِچھوان
گوڈنیک پہر ییلہٕ آدا گو و
وتہٕ اوس منجم کتھ کران
بنہٕ فوتہٕ ہن کتی دیہ چھم
شاہ سوندر خان چھکھ نہ دِچھوان
گوٚبرو وتو کیاہ چھےٚ احوال
تہنزے کورِ ہُندہ چھےٚ منگان
گوٚبرو وتہٕ ہوے لگکھ جیل خان
وُچھتھ لوگ آستہٕ گا ودان

شہرس اوسے زبر دہ ہا
لاٲنس رٕہتن کٔس کرِمان
تموٚ بوز پادشاہ چھہٕ باگران دیار
لاٲنس رٕہتن کٔس کرِمان
خاکات چھی لِوان مسافر
لاٲنس رٕہتن کٔس کرِمان
پگاہ ترٛٹوس نیتھر کتھ
لاٲنس رٕہتن کٔس کرِمان
مُنجمس کیہہٕ چھُنہٕ درینٹھی لیوان
لاٲنس رٕہتن کٔس کرِمان
کو لٹوال تامت گرٕ پنٕن گو و
لاٲنس رٕہتن کٔس کرِمان
تتھ ہے لیکھتھ آسہٕ زیاد یا کم
لاٲنس رٕہتن کٔس کرِمان
یندراز شاہ ہا چھہٕ تل پاتال
لاٲنس رٕہتن کٔس کرِیان
دیدے ہِ ڈی کین نے کانہہ تہٕ بوزان
لاٲنس رٕہتن کٔس کرِمان

---

[1] مصلحتھ گوٚو مشورٕ۔

گوبرد فوتہٕ ہن گھٹتھہ ستھاد          تتھ وتہٕ دلو چھی آدی کھار
نیٚبری کنز کو ٹوال اوس بوزان          لأنس رہتن کس کرِہان
ہانکلہٕ ہن گرنکھ دروازس          صبحس وۄننے پادشاہس
وتہٕ اوس منجم کتھہٕ کران          لأنس رہتن کس کرِہان
منجم دپان پھٹرم زہو          تتھ وتہ سوزہس یتھ وتہٕ دلو
سفر چہ وتہٕ سوزکھ غار زان          لأنس رہتن کس کرِہان
دلون دۄپ شرہن کن ووت نکار          دۄہس بابہ صاحبہ اُسی کروس نہار
منجم پران اوس ترابہ بگوان          لأنس رہتن کس کرِہان
اکسِ لشہٕ موکلیوو بیٚنس نیٚشہ گوو          تمی دۄپس ہنفرو ژرو کر کھیوو
وژ پژنگ بخشنس دیگہ ہینہٕ سان          لأنس رہتن کس کرِہان
باغاہ وُچھنے در صحرار          تتھ منز منجم پانے ژاو
ناگاہ تتھ منز اوس تابان          لأنس رہتن کس کرِہان
منجم اتھ منز ژاگ ہیتھ بیوٹھ          پژی بہ وژہ سرانس تموو ما دلو نٹھ
اکسِ زنہٕ پوشاکھ سے گوو نوان          لأنس رہتن کس کرِہان
پژی یہ گیہ آر تکاژ ناد لایان          منجم اندکن اوس بوزان
دلو چھکھ جن چھکھ کنہ انسان          لأنس رہتن کس کرِہان
پوشاکھ سونے لیوُری ان تو          حاجت چھپے کیہنہ تی ون تو
خودالے منز چھے یہے چھپے زبان          لأنس رہتن کس کرِہان
پوشاکھ ہنن اوری دِتنکھ          احوال سورے وار دۄننکھ
بادشہس پژی یہ دو وگذ برمنگان          لأنس رہتن کس کرِہان

ان ہٹری شیہ پڑی بیے دو دتیہ دراو　　　منجم پڑی ہیتھ عرب کن آد

تامتھ خلاص شپہ قاد خان　　　لاٗنس عہستن کش کرِمان

پڑی واٗز عرب ہتہ بیبھڑ خلوق　　　شاسوندر خان تمہ ہیوتن کوچھ کیتھ

پنٗ ناو کوٗرنس کتے سوندر خان　　　لاٗنس عہستن کش کرِمان

دود چیتو میانے دودِ گوٗبرو　　　یاگدا کتہ گوہم لاوِ اوٗبرو

پڑرین منوشن چھارو شان　　　لاٗنس عہستن کش کرِمان

دودیام چھون تے زندِ تام گود　　　بادشاہ وارہ خوش تام گود

منجمس بخشنے سیٹھاہ انعام　　　لاٗنس عہستن کش کرِمان

عبدل وہابو در توبہ روز　　　خدا چھ بپناہ وچھان شب روز

پیتھ برونٹھ ہسہ چھنے کتھ روزان

لاٗنس عہستن کش کرِمان

۵

# شش رنگ

خاکس صاحبہٕ آدم لۆد تھن        حمداہ پرَے        ہا
ژورو چیزو آڈرن گرِتھس        نتہٕ اوس پرَے        ہا
پرنہٕ رۆستے کم ورق پرَے        گوش تھاو تم چھسے ان بیٚ پرہا

ہاوٕ لو یارَے یارَے ہا

تس معشوقس درودٕ پرَے        بیٚنہٕ پیٚم مو کھہٕ ہو ہو پرے ہا
دستھ ملت پاکٕ یتھ کرِتھک        یتھ رنگ پرَے        ہا
خبرِ رسنہٕ پالو قبرِ میانہٕ چھنو        دارٕ نتہٕ برَے        ہا
نکیرِ منکرَ حسابس بینہٕ مو        کیاہ چھےٚ خبرَے        ہا
گو ہنن میانہن گمتہٕ امبرَے        کنیٚژن گولاچھِ شیر خبرَے        ہا
یمو تحقیق کۆر رہبرَ ے        تمےٚ سیدی با خبرَے        ہا

ہاوٕ لو یارَے یارَے ہا

حلہٕ رستہٕ پالو کرے کونہٕ کرا ہتھ        زلگا رنگے        ہا
تھرِ ہندے گولاب چھےٚ پھۆلمت        پننے رنگے        ہا
روے چھمہٕ سمان موے کۆت رنگے        ہی پھلیاہ چھے آسمان رنگے ہا
یم یورِ گژھان تم نوچھِ یوان        بیٚنہٕ بیٚنہٕ رنگے        ہا

مجنون گارس لاگِہ ہندِ دادٕ ے ڈٕزِ سوتن تے ہا
یِی در عالم تی در آدم دٕژلیٚس ذاتن تے ہا
گٔیہٕ بمبرس سیاہ تن تے یمبرزل باغ وِچھن تے
فرہاد مارے کوٚر غارٕتن تے تس شیٖرین پتھ لارن تے ہا
راتس دوہس یم گٔیہٕ تس کُن تم گٔیہٕ بیدار ے ہا
دمہ دمہ پچھیو نرم دِ لن آشہِ نے دارٕ ے ہا
مندورِ میانے چھے ژندن دارے کاکی ما دوٕ درہم دارٕ ے ہا
تی ہورے یِی ہیمہ دارے ہا ہا وٕ لو یارٕ ے یارٕ ے ہا
خاک میلہِ خاکس رٗوح گژھہِ ذاتس تی ہو دار ے ہا
شیٖہ پدشش رنگ شیٖہ رنگ ونے ستھ چھیم چانی ہا
اکھ ستھ جنت بیٚیہ ستھ دوزخ مٔشیتھ چانی ہا
پلہِ صو راتس چھیم مٔشیتھ چانی ییٚمِس بخشک تس قیمت چانی ہا
دوٕ نہٕ وِنی عالمن وہاب منگان رحمت چانی ہا

ہا وٕ لو یارٕ ے یارٕ ے ہا

٥

# نور نامہ

دمہٕ دمہٕ صاحبس فضلاہ منگ تو ذاتہٕ پاک چھے بوزوٗنے
دِتس وفیتے چھے ہر شایے نوٗلے در بازار
پروردِ گار اوس پأنی پانس ونان معشوق گرٕہن نوٗنہٕ یے
حکم آو قلمس کا آو لیکھنے محمدؐ بوٗزتھ کوٗرن گفتارِ یے
چاک گولا قلمس عرشس تہٕ کرسی تختہ اُسرا یے یا گرٕ الہام توٗن
طریقہٕ مولا ئٕہر نو کاکشہٕ گوو تیزٕ نہٕ سپید سوار پنن
پننہٕ نورٕ دِتن اکھ نورٕ قطراہ در محیط سقوٗن شوٗپہٕ وٗنے
ہفت ہزارو آنسہٕ گیہٕ پیتھ کُن یے یاد پیوس پنہٕ نے کار
اتھ نورٕ قطرس ستارٕ اوس بنیوٗمت تاجدار راج کرٕوٗنے
گوشن زٕے دوٗر ہُنزٕر جھیس شوٗبان اتھ کھور گیس اظہار
شکلہٕ[1] کنزٕ بادشاہ عقلہٕ کنزٕ طوطاہ ہر حال یادشاہ اوسے
درختہٕ[2] طوباہ تنتھی پیٹھ بیچھوو ساعتاہ کوٗرنے قرار

---

[1] اَکِس نسخس منز چھُ عقلہ کنز بادشاہ شکلہٕ کنزٕ طوطاہ ۔ (ایڈیٹر)

[2] اَکِس قلمی نسخس منز چھُ ہر حال اوس وڈٕوٗنے ۔ وڈٕون در درختہٕ طوباہ لنجہ پیٹھ بیچھوو ساعتاہ کوٗرنے قرار ۔ (ایڈیٹر)

پرن واشاہ کڈان اوٗسے خاہشہٕ خوٗدا آپہٕ قطرٕ گیہٕ بنٕون بنٕون
اکھ لچھ ژوٚ وۄہ ساس پیغمبر ییم آے وارٕ وارٕ گییہ اظہار
پرنورٕ نامے وَن پیغامے طالب چھُ پژھ گرٕ وونے
دِلہٕ کے درواژٕ اژھ اندر نورٕ وِ چھکھ بے شمار
مَن پنُن صاف کرِتھ ییتہٕ ہین رہبر من گژھ ان پر سنے
دمہٕ دمہٕ صاحبس فضلاہ منگ توٗ ذاتہٕ پاک چھُے بوزٕونے
نورانہٕ اندرے نار گوو پاد جوش تمیٔ دیت پکوٗ نے
نارٕکی زورے آب دراو جاری زٕلوٚتام گیس اظہار
لاالٰہ الا اللہ آب لوٗگ پرٕنے عاشقن چھُے تمیٔک وَنے
درٕڈک دٕریاو کلمہ اندرے دراو اَنتھ نو چھُنہٕ شمار
آبن چرکھ مور دوٗد زن آو منڈٕ لےٚ گن دریاو دراو نوٗنے
کفہٕ دریاوس پیٹھ میژر گیہٕ پادا میژرے پھُلی گلزار
داوس حباب زاو حبابس واو زاو ہو ہو ہیوٗتن پرٕنے
ہوکے زورٕ ستیٚ اشارٕ لوٗب ملکو نیندرے گییہ بیدار
پروردِگارن حکم کوٚر ملکن میژر مور گژھہٕ لدنے
ملکو مشورٕ کوٚر پانہٕ واَنی عزرائیلن میژہٕ ہیوٚت کار
خاک دانہٕ منگہٕ نے گیہ زمینے امانت بیٚتہٕ اوٚری دِتے
اتھ خاک دانس آب ملنو کھ تامت زمین گیہٕ تیار

---

ٔ ملگ دریاو کلمے اندرے دراو ۔ اَنتھ نہٕ چھس شمار ۔ (قلمی نسخہٕ ۔ ایڈیٹر) ۔
یتیٚن جایہ چھُ کلمےٚ بدلہ حکمہٕ لیکھتھ (ایڈیٹر) ۔

آب و نار خاک و باد ژورو عناصرِ و مِنز مۆر تیار سپُنے

قُدرتک اَتھ آس روین ڈالنے شکلہ آدم گوس تیار

زٕلوٗنے آدمس پوٚ ندا پیٚیے حمدُ ثنٲ بجا او نے

دمہٕ دمہٕ صاحبس فضلاہ منگ توٚ ذاتہٕ پاک چھے بوزوٕنے

پٔروردِگارن حکمُ کوٚر ملکن آدمس سجدٕ گژھ دِ نے

اللہ ہو اکبر تکبیر پٲر کٔھ ملک نمیے یہ یک بار

عزازیل اوس اندکُن روزِتھ سجد وِزِ رٕوٗد ہیوٗز گُنے

امرکیہٕ موٗنُن یہٕ لعنت نامٕ گیس توٚے گوگر فتار

وٕوٗد ابلیسن امرگوم قضا وٗمبر چھُس یی پنیٚز نے

پنیٚزہ بیٚترہ کاربد کرنہٕ آسہ پلوان تتہ آسیہ بے ہنز گار

وٕوٗد ابلیسن عمل گیم پھیرِتھ کتھ کیٚت موٗن پادٕ گژھنے

ژھیپہ چھیس دِوان گینہ چھس یہٕ وپان ژٕوٗر پیوٚم ناوِ یکبار

وٕوٗد ابلیسن لٹوکھ لوٗگم دۆرس محنتس سوٚر پٔتُنے

تنہٕ چھم وسواس گوٗمت پادٕ شوٗس یہٕ اوسُس یار

عرشہٕ ملکن سبق اوشُ دپان تمیٚک رٕوٗدم یہٕ وٕہ نے

مقبول مردٕوٗد در روز ازل ازل چھُ زورا وار

وٗکیل تہٕ وزیر تور چھینہٕ محرم تس تگان پانہٕ بأگر نے

دمہٕ دمہٕ صاحبس فضلاہ منگ توٚ ذاتہٕ پاک چھے بوزوٕنے

حضرت نوح نبی پیغمبر اوس واعظ ثمٔ ہیٚوت پرنے

اُمتس پننِس وٕنتھ اوس ہاوان پٔرٕز نوٗن پروردِگار

فرض سونت واجب تہٕ مستحب وعدٕ گژھہ پوٚز کرَنے
پیر شند نصیبہٕ گژھہِ طالبس آسن نبان چھے وو میدوار
حضرت عیسیٰ مالہِ دوٚس ماچہِ زاو حور عاگن آس برونٛٹھ کُنے
خطرات وو ژھاے کتین تہٕ کنزرن شرٛی گیہٕ پادٕ یکبار
حضرت موسیٰ ہس دیدار ہوُون کوہہِ طور شید پرٛونے
حضرت خلیلس گُل پھٔلی نارس پوشِ کیاہ چھیٚ رنگدار
پیغمبرِ آخر زمانؐ مغفرت منگان اُمتس گژھیم بخشنے
پرٚ نور نامے مورسل نائے مانہٕ بوزِ صاحب کار
دم ہیتھ روز تو ہنزِ کارس یار ہینن گار نے
دِلگ پمپوش یس سیچوٚل بہ جوش سے گوو سمکعن یار
عبدالوہابس نظر بر مولاہ صاحب گژھہم پرٛ نے
دمہٕ دمہٕ صاحبس فضلاہ منگ توذاتہٕ پاک چھے بوزونے
دِتَس وٚوینے چھے ہر تایبے نوٚنے در بازار

ه

له قلمی نسخہ اکھ چھ سیٹھہ پاسٕٹھ ہاوان۔ پوشن چھ بیون بیون ذات مگر بہ شار چھنہ پرور دِگار، وو میدوار یا زوردار ہوس وزنس تہٕ واتھ کھیوان۔ لحاظ گژھہِ ہیرِ بے شار می آسن۔
(ایڈیٹر)

# سرفہ لوُپھ

سائیہ سُلطان راحتہ جان گوژھ میہ اوژ جان مدنو
شام صُبحو نعمژ تھان گوژھ میہ اور جان مدنو

یارِ غارن نبیؐ تھارس وائیہ نوو
ذاتہِ پاکن یوژے وینہ نوو
پیتہ اُسس دشمن لا ران
گوژھ میہ اوژ جان مدنو

آو زُکر یورنس زال تیتہ گوُمُت ئیژ کال
گوو دُشمنن تسلی جان گوژھ میہ اوژ جان مدنو

کوتژ گر ٹھوُلہ جوُری تیار
دُشمن سپن بے اختیار
پھیوُر دُشمن گوکھ تسلے جان
گوژھ میہ اوژ جان مدنو

تھارس اُسی سوُرپھو گھنی ہیژ آلی شمارِ کیژ تژہیہ ینیہ کاہ
یارِ غار اوس حساب بوژان گوژھ میہ اوژ جان مدنو

---

سلہ از تام چھُصنہ چھپوُمت۔

یارِ غار اوس آکی نزۆیرا وان
اُکس آلیس کھور ہُبخنیہ نھاوان
کوز ہے سرفن زخمی جان
گوژھ میہ اور جان مدلو

یارِ غارس لوگ اوش پکنے ٭ گی نبئ لیس حال باوِ نے
یانبی کھورس چھُس دولہ وان ٭ گوژھ میہ اور جان مدلو

واَجی آکیہ کنہِ گوو نوُن شہار
نبی لیس لوگ کرنہِ گفتار
اَز تودرتھ آلیس زبان
گوژھ میہ اور جان مدلو

مالی میہ وۆنمت اوسم خاب ٭ غارس منز وانی آنجناب
لولہ چانہِ اوسُس غارس کھنان ٭ گوژھ میہ اور جان مدلو

ہا سرفو اوس میون لول تے
کیاز بُچھُتھن یار غار میون تے
نکھ اوسم ہیوان کھوریہ للہ وان
گوژھ میہ اور جان مدلو

اسلام علیکم کوز سرفن ٭ وعلیکم کوزس یور نبی ین
شبہ ہتھ وری ووتم پیاران ٭ گوژھ میہ اور جان مدلو

سرفن زخمس ڈیت نے دام زہر نیؤن گڈتھ یکدم تام
دود بلیوس کلمہ اونن در زبان گوڑھ میہ اور جان مدلو

حضرت عمر صاب چھ عدل دار
پہلوانا چھ زورا وار
ڈرِ فرندس اوس لایان
گوڑھ میہ اور جان مدلو

حضرت عثمان چھے حیا دار آیہ آیہ قرآنس کُرنی طومار
خوش تَس گو و نبیؐ نوران گوڑھ میہ اور جان مدلو

شراکیہ سرفس نکر زنس چھینہ وونتھ
بجہ زاڑ اوس شیخ صناہ شلہِ شونتھ
تسبیح ترآونھ زنار چھ پآران
گوڑھ میہ اور جان مدلو

حضرت علیؓ بن گر سخاوتھ ذاتہ پاکن گرس زیادِ برکت
اتھ ذلفقار ڈلدلس پیٹھ دوران گوڑھ میہ اور جان مدلو

شیٹھ ڈنی تَس جبرئیلن
کوز معراج سأنی نبینؐ
مَس بانن ٹھانڈ گو و تلان
گوڑھ میہ اور جان مدلو

عارفن عاشقن درویشن نیندر چھنہ آسان تِمہ رِتشن
عبدلوہاب چھ نول باگران گوڑھ میہ اور جان مدلو

# داہ ڈٔری یاو

ترٲلہ

لا اِلا اِلاہہٕ ہیٚمہٕ یٚیمی کورنے نورانہٕ تس ہاوِن تۓ

شناخت سپدِتھ وُچھی ذاتہٕ سٕدرٕ آباد گوٚمُت یہٕ غار

نیب نشانہٕ آو عالم بقا سورمہٕ چشمن تۓ

سورمہٕ لاجوو ستارو سنہٕ رٕیشو توے رُوٗدی بیدار

سورمہٕ لاجوو سکندرن ظلماتہٕ آو توشن تۓ

ہٕ اَنہٕ تھس وٲتتھ گاش سمکھِہ گاشس لال چھیٚس بے شُمار

عٔلمہٕ ہہٕ ڈٔریاوے تن من صاف کرتن زان پر ہنزلی من تۓ

عٔلم چھےٚ صیکل نظرِ چھیٚہٕ ٲنس وارٕ وُچھ پٕتن دیدار

کلامِ عٔلم چھےٚ دوٚیم ڈٔری یاو پوٗریس نہٕ کانٛہہ دُشمن تۓ

پھرنے رِستی ژٕھرٕنہٕ چھےٚ پیوان یوختان چھےٚ بار بار

عشقنہٕ ڈٔری یاو ساٲلے کرکھ گاشہٕ یِی دوٚن گوشن تۓ

عشقنہٕ رِستی بلاِ آو دپنے قابو بلا اقرار

---

؎ نام لوٚکٕ ۲۰۰۰ اوس نہٕ یہٕ باگتھ ازتام ولیٚعد ـ

عقلہٕ ہشدٕ دُرٕیاو پر گژھنے پادا وٕڈکھ جالنور زن تے
ملکن بے شک فلکن پھیرکھ دِلس اِدٕ لگیٚ قرار
حمد کہٕ دُرٕیاو پمپوش سپھو لنے خوش بُو چھِنے پوشن تے
تمن ونن پھیر ہتن ہمراہ کتھن ییہٕ در کار
سُتم دُرٕیاو گوو نورکھ درٕیاو طلب تمیٚکٕ طالبن
اکھ زرٕ تمیٚک ییٚوو کوہہ طوٗرس پوچھرس بنیوس زاوجار
اُوٹھم دُرٕیاو گوو صبرکھ درٕیاو صبر چھُہٕ صابرن تے
زٕخم چھکھ پیوان یڈٕ چھی روان پکان چھکھ اوٚش دار
نوٚم دُرٕیاو گوو حِلمکٕ درٕیاو پوری نہٕ تتھ کانہہ سن نے
کم کم کِتاب خوان پھیرتھ تور آتے ژولکھ نہٕ تمکے بار
دٕہم دُرٕیاو گوو رحمتکٕ درٕیاو تتھ چھُہٕ کُنہٕ کانہہ ژھٕین
عبدالوہاب کیاہ چھُنے وصولس رحمتس روز وومیدوار

٥

# معجزہ یمین

ذاتہِ پاکٕ نورٕ چھُس سلام سوزان — سردار زور وار کیٚاہ چھُ شوبان

ذاتہِ پاکن وۄن جبر پلس — خبراہ ہیتھ وس معشوقس

جنگ کرنہِ نیرن چھُس گیٚمے جان — سردار زور وار کیٚاہ چھُ شوبان

دۄلیُس لیورٕ نبیٚ ین ستہ چھُ گُمراہ — تتھ جایہ کانشرھاہ گوٗژھم ہمراہ

ہمراہ باپنہٕ چھُس حقہِ سبحان — سردار زور وار کیٚاہ چھُ شوبان

حضرت ینلہِ وأتی یمنس اندر — یمنس پھیوٗرے مشکہِ ادفر

رنگہٕ رنگہ پھُلیتھ آو باغہِ بوستان — سردار زور وار کیٚاہ چھُ شوبان

قاصدٕن خبر نہِ یہ پادشاہس — حضرت وأتی منز باغس

ناو چھُس پیغمبر آخرِ زمان — سردار زور وار کیٚاہ چھُ شوبان

کأفرِن شمشیر کشٔس کوٗڑنے — دۄپنے حضرتس ہیٚٹھ یہ لاینے

تلوار ہیتھ گیس نرٕن زولان — سردار زور وار کیٚاہ چھُ شوبان

دۄلیُس نمیٚ یہ کیٚا ہیٚو تتھم گرتھ — لۄت کوتاہ چھُکھ ژٕ جودو برٕتھ

نرٕ میانہِ کونہٕ چھُکھ مو کلاوان — سردار زور وار کیٚاہ چھُ شوبان

کأفرس بر جگر سخت لوٗگ فراق — ہتہ وُہر حضرتن اون ہتہٕ خاک[۱]

یمو منز مو ردٕ زندٕ گرتمی دوان — سردار زور وار کیٚاہ چھُ شوبان

---

۱؎ قبر، مرگزار، قبرٕ ہنز میٹر

حضرتن تل اکھ مینٛز دانے — تلگنھ تمۍ لوٚین اسمانے

در باغہ پادشاہ کوٗرنے روان — سردار زور وار کیاہ چھُ شوبان

ڈٲڈِ مِتس کلسِ آو مینٛز دانے — شاخ تَتھ درایہ ثمرٕ آنے

رنگہ رنگہ گُلزار گیس پھولان — سردار زور وار کیاہ چھُ شوبان

سَتہ وٕرش کوٗر اُس پادشاہس — دوٚے ہیتھ وٲتہے منز باغس

پاوٕنس اُسے گرایہ مالان — سردار زور وار کیاہ چھُ شوبان

سَتہ وٕرشہ کورے میوانہ کھیو — سَتہ وٕرشے پادا حمل گوو

درٕ زون آسے برٕ سیدان — سردار زور وار کیاہ چھُ شوبان

قاصدن خبر نہ یہ پادشاہس — ژوٚر چھیِ ژامت محلہِ خانس

لوٗز پادشاہن تہ آو لاران — سردار زور وار کیاہ چھُ شوبان

سَتہ وٕرشہ کورے وقت ییلہِ آو — ہتہ وُہر میٚڈا تمی ہیے زاو

زٕلوٗنے اوسے کیتھ سے کران — سردار زور وار کیاہ چھُ شوبان

زٕلوٗنے اُمی بڈٕن وٕنکھ خبر — ییٚتہ چھم لوان مُنکرِ ادفر

یوٚت وۆتمُت پیغمبرؐ آخرزمان — سردار زور وار کیاہ چھُ شوبان

دوٗپن پادشاہس دِل تھاو تاز — نوح اوس پران اُمتس واعظ

حضرتن کرٕ نِچھ مے لاے آس لاران — سردار زور وار کیاہ چھُ شوبان

پادشاہن قبیلہ سوٗرے اوٚن — حضرتس برونٛھ کُن واتہٕ لوٗوُن

کلمٕے تمو پوٚر اوٚن ایمان — سردار زور وار کیاہ چھُ شوبان

برتل روٗزتھ چھُس وہ میدوار — یا رسوٗل اللہ ہاو دیدار

گرٕژھ وہاب کھاروٗ رُس دامان — سردار زور وار کیاہ چھُ شوبان

# چار گرسی ؁

شوق چھم چون دیدار دِکھنا
گنجہ بہہ مدپچے پینجہ یِکھنا

نوٗرِ نشہِ نوٗر اکھ الگ دراو
معشوق پاہِہ دُتینس ناو

اوس پران لاإ لا اللہ
گنجہ بہہ مدپچے پینجہ یِکھنا

پاہِہ دآذٰ مشورہ کوٗرنے تیار
کھُن فیکُن اڈِ گوو اظہار

یادِ گوو عالم دُنیا
گنجہ بہہ مدپچے پینجہ یِکھنا

تمہِ پتہ پادا گرزٰ ملکوٗت
ناسوٗت جبروٗت بیٔیہ لاہوٗت

سارذِ ںھوٗد کوٗرن عرشہ اعلیٰ
گنجہ بہہ مدپچے پینجہ یِکھنا

تمہِ پتہ پادِ کوٗرن آدم
آمہِ ستے ملکو کوٗرس سرخم

عربہ منز اوٗنُن در دُنیا
گنجہ بہہ مدپچے پینجہ یِکھنا

قومہ منز قومِ قریشی ذات
تمہِ قومکے اوس عبدالمناف

تتہِ دراو ہاشم تہ مطلب شاہ
گنجہ بہہ مدپچے پینجہ یِکھنا

تس تش اڈِ دراو عبدُاللہ
نہندِ پُشتہ آو رسُول اللہ ﷺ

محمدؐ اہ بہ سوٗتیے خداد پتا
گنجہ بہہ مدپچے پینجہ یِکھنا

یموِے منز درائے حاسانہ خاص
اڈِ جمع اکھ لچھ تہ وہ ساس

پیغمبر تے بیمہِ انبیا
گنجہ بہہ مدپچے پینجہ یِکھنا

---

؁ بازرس منز آدیہ گموڈ پنچہ لیٹہ۔

تَمہِ شایہِ خنتجہ درایہ یکدم
واتناؔو ذاتن مکہِ معظم

تَس ہیوٗنہِ ڈیشں کانہہ غنیما
گنجہ بہہ مدپنخے پنیخہِ یکھتا

دوٗ ہیہِ اکہ خنتجن ڈینتوخاب
خاپہِ منزواراہ گیٔہ بےتاب

خاب وچھن زوٗن تے آفتابا
گنجہ بہہ مدپنخے پنیخہِ یکھنا

گیٔہ بیدار پرزھن چیچہِ بالس
جل جل ونم تعبیر خالس

خاب وچھم زوٗن تہٕ افتاباہ
گنجہ بہہ مدپنخے پنیخہِ یکھنا

نمٔ دٚولس دمنیہس آمت لوٗرِ دات
پوٗزمیٔہ ووٚنمے ونان توٗرات

تَس ستہِ آسی عقدِ نکاح
گنجہ بہہ مدپنخے پنیخہِ یکھنا

لوٗزنھ خنتجہ سپزٕ کیاہ شاد
تامت میرس دیلوٗنے ناد

وہاب کھار چوٗنے اکھ غوٗلاماہ
گنجہ بہہ مدپنخے پنیخہِ یکھنا

٥

# نظم

نم دِیو ژورس سن دِیی ہاوِتھ باوِتھ گژھیو زان[۱]
پروردِگارن ملکھ سومبراوِن حکمہ ستۍ آے یک آن
حضرتِ آدمس سجدٕ کرناوِن ملکو مون فرمان
عزازیل اوسے نظراہ تھاوِتھ ناواہ پیوس شیطان
نم دِیو ژورس سن دِیی ہاوِتھ باوِتھ گژھیو زان
ارداہ ساس عالم گژھہ پرزٕ ناوِتھ اکسے جایہ سمان
امام العام گو مسلہ ترٛاوِتھ اصلس چھِے واتنا وان
حلال تہ حرام تھوٗون انزراوِتھ لگہ ہندتوں چھ نوقصان
نم دِیو ژورس سن دِیی ہاوِتھ باوِتھ گژھیو زان
کسبے کمال دِیان گژھہ تھاوِتھ برکت تھِی چھِی آسان
تورے تھاوِی نے نفس منیتھ ناو پیوس شکلہ انسان
محمد صٓ صاہبٕ زان گژھہ تھاوِتھ امت چھِنے کلمہ پران
نم دِیو ژورس سن دِیی ہاوِتھ باوِتھ گژھیو زان
قرآن بخشنس دیدار ہاوِتھ ژور یار چھِس سامان
بے زراتی اوسے بستہ نالی تھاوِتھ کھلہ پتہ کھلہ پھیران
زار وِنہ وہاب کھارکن گژھہ تھاوِتھ اصلس اصل واتان
نم دِیو ژورس سن دِیی ہاوِتھ باوِتھ گژھیو زان

---

۱۔ یہ باتھ چھ گوڈنچہ لٹہ چھپیومت۔

# ناگہٕ شار

دے لۆٹھیوم خوداے لۆٹھیوم / دَے یِنہٕ لۆٹھیوم[1]
کھےَ ژٕجی مو دِلہِ آینَس / دَے یِنہٕ لۆٹھیوم
اوسس آدم پیغمبر / اُسی تمۍ سِے زٕ ی گبَر
اُکی ژٕ ڈی آوٕریٖنٛز بے رُٹ قبر / یی اُندرے تی نبر
قالو بلا روحن پرَ یوَم / دَے یِنہٕ لۆٹھیوم
لاجی بُستی سُلیمانن / خلق سومبرِن دفتن
اُنن سومبرِتھ شہن طرفن / تھُوَن شہرن تہٕ گامن
سُلطان شاہ تیمن پادشاہ مِنہٕ ڈیوٹھیوم / دَے یِنہٕ لۆٹھیوم
شاہِ ہمدان کٔشیرِ ییٚلہِ آو / ہی ناگے ہی گونٛد دراو
صدرِ ماجے اتھِ سُے آو / تَس پیٚتے اُرِنہٕ گونٛد دراو
بابہٕ سلر تَس پیۆو ناو / شیخ نورالدین اِد ماجہ زاو
آبہٕ کوٚنژٕر داما چوم / دَے یِنہٕ لۆٹھیوم
کٔشی دلوس امر بیٚلہِ آو / کوہ کھنٕنے سُہ دراو
کھورِ ننٛھٕ سٕتی کوہ کھنٕنہٕ نے آو / دوہس راتَس آب کیاہ دراو
ہنٛھ من غذا تَس مِنٛے بوزوم / دَے بیٚنہ لۆٹھیوم

---

[1] یہٕ بانٛتھ چھےٚ گوڈنچہِ لٹہِ لۆکن بروٚنٛہہ کُن آمٕتٕ از۔

حضٕ سُلیمان آسمانٕ آو — تابیاہ اوس تس واو
سُلیمان ٹینگ کوٗرن ٹھہراو — تتہٕ آبس اوس یِلاو
دوٗلیُس پیپرن باغاہ کر یوم — دَے یِہنہٕ لوٗٹھیوم
سرن منز چھے بوڈ اَکھ سر — ڈوتوٗری ولس سِتھ سر
للہٕ منز چھے سر یا پنر — شوقہٕ باب صاب گا لنڈر
تابیا تس گونگہٕ پوش بوزوم — دَے یِہنہٕ لوٗٹھیوم
آو گو سانیا از ولایت — نیوٗن نیلہٕ ناگ جولہٕ کینتھ
تمۍ چھے رُہنز حقہٕ سنٕز ونھ — صاحبہ سنٕز سو چھے توٗدرنھ
بے زکاتہ مال وآران بوزوم — دَے یِہنہٕ لوٗٹھیوم
پادشاہ ناگس بیوٗمتُ زوٗر — اَگرُے چھس نمتُ دوٗر
نیو کھُے لندن کینہٕ لاہور — یار راوٗن بوڈ قصوٗر
پادشہس وزیر ونان بوزوم — دَے یِہنہٕ لوٗٹھیوم
ینٛدرگُ ناگ چھُے ناگہٕ پادشاہ — ڈاے ساس ناگ چھس تابیا
اَچھہ وَل ناگ چھس وزیراہ — ملک ناگ چھس گنٛڈوا الاہ
زانٛنہٕ شاہ صاب غارس منے بوزوم — دَے یِہنہٕ لوٗٹھیوم
سونہٕ ٹٹِس ناگہٕ رادس — جاے تتہٕ چھم شہزادس
کھاٹہٕ ناگس سیٛدس سادس — گندکھ ناگ آس نادس
لینٛدرِ ہنٛد شور کنو بوزوم — دَے یِہنہٕ لوٗٹھیوم

---

[1] ملک ناگ، چھُ اننت ناگ، سرِ منز . ینٛدر چھُ پلوامہ منز اکھ گام ـ اتہٕ چھُ ناگ تہٕ ـ اتہٕ کے اوس سو چھ کراں تہٕ .
[2] اَکس تلی نخس منز چھُ حمید بٹتے زبانٕ بوزوم .
[3] دریاوٕ لیندر اد پہلگامہ منز وسان چھُ ـ

گوو فقیراہ پادٕ ییٚتر گاکی     آو ہنی رکنہٕ آو باکی

اَکھ ژھوٹاہ خرقاہ ناکی     کلس اُسس بُلبُل اٲلی

بُلبُل[1] لنگر تس مکانہٕ بوزوم     دٔرے ییہٕ لوٗٹھیوم

لودو[2] ناگس آباہ میوٹھ     شےٚ گوو سانٛس گرٕ بیوٹھ

ژنٛدٕ[3] ہارے حض اُمپر بیوٹھ     وُین ناگاہ زٕ بیٚٹھم زٔلیوٹھ

منڈہک پال ناگ نغمس منے بوزوم     دٔرے ییہٕ لوٗٹھیوم

اُرپلک ناگ ییٚتر مشہوٗر     اُر پٔلہ کین پیٹھ قصوٗر

موخہتہٕ پوکھر چھے جننچ حور     یُس پرٕنم ترٛلش چیہٕ تس بلاے دوٗر

اِشبرے گنگہٕ ناگ بوزوم     دٔرے ییہٕ لوٗٹھیوم

تار سر چھے تار دِوان     مار سر چھے مار نِوان

سورمہٕ سر چھے پیٹھ کوہستان     دودٕ سر چھے نشہٕ آسان

زانہٕ موٗت غارس منے بوزوم     دٔرے ییہٕ لوٗٹھیوم

اٲمی بابا داوٗدن     بیت وٕنی ناگن

کونتر ناگے تُتھ پھرس کریٚمن     کھیٚنہٕ آیوس دفتن

پیرٕ فضلاہ یِنہٕ کرٕ لوم     دٔرے ییہٕ لوٗٹھیوم

---

[1] حضرتِ عبدالرحمان بُلبُل رحمۃ اللہ علیہ صاحبن کُن اشارٕ۔

[2] لودو چھُ پانپرس نزدیک اکھ گامک ناو۔

[3] ژنٛدٕ ہورنہٕ وٕبن بیچہٕ الگ الگ گام۔ یِم تہٕ چھِ پانپرس نزدیک۔

لیہ پیرن عاصمہ لویہ سے نے کوئنشر ناگے کریم مورنے
تتہ طالب موکلوغ سے نے راہ بایہ صاب تار تورنے
کوہیہ ماران سلطان بوزوم دتے یہ لوٹھیوم
گنڈ شریعت کلُ چھُ باغوان از طریقت شو بان
درحقیقت پچلیا جان موے معرفت گرژہ چیوان
وہاب کھارس پیرن وینوم۔
دتے بیہ لوٹھیوم۔

٥

# دِلس تہ عقلہِ درمیان بحث

دِل چھُ دپان سمندر چھُس بے حال
عقل دپان ئہر کوٗرمے ہو یہ وال [1]

دِل دپان چھُس بہ عالمہ ڈریاو
عقل دپان تڑتھ گیسے زن ہواو

دِل چھُ دپان چھُہٕ میہ روس کھۄزر
عقل دپان ئہر کوٗر مکھ آگرے

دِل چھُ دپان کفر چھا لۄڈ اسلام
عقل دپان تَتہ ہوٕمے صبح بشام

دِل چھُ دپان ذاتس ستی چھُم ملون
عقل دپان تس تہ میہ چھُنہ زانہہ تہ

دِل چھُ دپان قلم میون چھُے آسمان
عقل دپان بے چھُستھ تور کھیلہ وان

دِل چھُ دپان عرشہِ پیٹھی کینہ کیاسنٛ
عقل دپان فنایہ ہنٛد تور عالماہ

دِل چھُ دپان تور کُس گو محرم
عقل دپان بے گیس تازیاد کم

دِل چھُ دپان سلیمان اوس پادشاہ
عقل دپان بیتیہ آسیا تیتھ رتہ کانہہ

دِل چھُ دپان تخت اوسس تابیاہ
عقل دپان بارِ قو درت بر ہوا

دِل چھُ دپان میٚنے چھِہ دپان سکندر
عقل دپان چھیہ مے روس کانہہ خبر

دِل چھُ دپان گرژھِ کتھ کُن خلقہِ عام
عقل دپان سر بہ سر چھُس بے مقام

---

[1] یہ کلامہ چھنہ ازتام بازرس منزاوسمت ـ

دِل چھُ دپان گرٛز حسن کوتت یم پکونِ
عقل دپان تورِ لوٗ تم کآلنسِ ڈُنِ

دِل چھُ دپان یور گیٚسے پہٕ وارا ہ
عقل دپان تورِ لوٗ کانٛہہ آو نزانٛہہ

دِل چھُ دپان چشمہٕ میانۍ چھےٚ پرُخمار
عقل دپان میانہٕ ستی چھی شہسوار

دِل چھُ دپان پردٕ کاتیاہ صوٗر نقش
عقل دپان لچھہ بڈٕی چھی غافلس

دِل چھُ دپان پردٕ کٔمی سنولنس
عقل دپان عشقہٕ واون زولنس

دِل چھُ دپان عشق کٔتہٕ سنا یاد گوو
عقل دپان رندان ژھاران ماد گوو

عقل تہٕ فِکر دِل تہٕ زبان گوو گاٹہ جار
یی چھُ یکسان تام ونان وہاب کھار

٥

# نظم

ڈیڈ تل چلنے آس وومیدوار — باقر شاہ صاؔبو ہاو دیدار[1]

دنیوٚ ہگوٚنڈ گامس چھُھ ناو[2] — باقر شیخ تتہٕ دُنیہس آو

بانصیب اولیا در کشتوار[3] — باقر شاہ صاؔبو ہاو دیدار

زاۂنہٕ کڈلہٕ ٹھٹھس منز پانے ژاو — بہہٕ وُہری خودایس پرٕزنتھ دراو

تتہٕ پیٹھ وینٕ کُنٕ کوٚرن رفتار — باقر شاہ صاؔبو ہاو دیدار

وُپنے بیوٚ ٹھکھ گامہٕ اندکنٕ — سلامے ناگ آس برونٹھ کنٕ

وین وارٕ آسنہٕ وولہٕ ڈیوتار[4] — باقر شاہ صاؔبو ہاو دیدار

ڈار بالہٕ گُرِی چانی اُجدر مور — یکہٕ پوٚک کنہٕ شنہٕ پڈر ژور

گرس پیٹھ کُھتہٕ اوسے شہسوار — باقر شاہ صاؔبو ہاو دیدار

بتہٕ مالی[5] صاؔب چھِے شہر اندکنٕ — ستورٕ چھُم سعید صاؔب آسان[6]

نبی سون نایب منصب دار — باقر شاہ صاؔبو ہاو دیدار

---

[1] کینٹرن قلمی نسخس منز چھُہ باقر شیخ صاؔبو۔ تاہم اُمسِ بزرگ سندُ پوٚرٕ ناو شیخ باقر۔ [2] ڈہنو ہگن چھُہ بینیس قلمی نسخس منز۔ [3] کشتوار بابہٕ یوسفن دیتمُت پور تار (ربیا کھ قلمی نسخہ)۔ [4] وین چھُہ اکہٕ گامک ناو یس کھروتارس تردیکےٕ چھُہ۔ [5] بتہٕ مالی صاؔبنس ناوس پیٹھ چھُہ بٹہ مالیوٚن ناو۔ [6] ستوٚرٕ چھُہ ترالس منز اکہٕ گامک ناو۔

خانہ گونڈہ خان اوس با ایمان[۵]<br>
اکھ دِتن پیپرس خدمت گار<br>
ژ ہزِ موٹھ بیٹہ تمئ سونبراٰون<br>
جمہس آیس شستر کھار<br>
اُمسے کٹس بیو موہن سوٗنی ناو<br>
آربلہ کھارِ ہندِ گرِ لس ہتھیار[۸]<br>
ڈاے ہتھ لگہ سونبراٰونِ یام<br>
کرِ منز آب دراو بے شمار<br>
تو ملس ڈایہ پاو رنیکھ لیچہِ منز<br>
موہن صٔزِ راپہ کینژ گولا چار[۹]<br>
بتہ لیج دال لیج تجن ییچہِ منز<br>
قدم اوس تلگان زن اوس بیمار<br>
دالِ لیجہ ییچہِ منز آیی گژ نچھ<br>
پیپر و شانن منز پیوم نار<br>
پیپرن دٔہ پنس خار ہباہ چھےٗ<br>
سارنے پوشہ ناوِ پرورِ دِگار

کہہ گبر تمئ سے اُسی پہلوان<br>
باقرِ شاہ صابو ہاو دیدار<br>
ژرالہِ ہالہِ کھارِ منز دفناوِن<br>
باقرِ شاہ صابو ہاو دیدار<br>
شستر کھار ہتھ وہ ورتن دراو<br>
باقر شاہ صابو ہاو دیدار<br>
کول آپہ کھٔنیتے صبحو تا شام<br>
باقرِ شاہ صابو ہاو دیدار<br>
مونگس ڈوڈ پاو بیس لیچہِ منز<br>
باقرِ شاہ صابو ہاو دیدار<br>
سونچان باگراوِ کیاہ لوکن منز<br>
باقر شاہ صابو ہاو دیدار<br>
پہلوانن زورِ لآیی گژ نچھ<br>
باقرِ شاہ صابو ہاو دیدار<br>
بتہ ہن باگراوِ لوکن بوٗے<br>
باقرِ شاہ صابو ہاو دیدار

---

۵ خانہ گونڈہ خانہ ہند جد اوس با ایمان (قلمی نسخہ دوم)۔

۸ خارِ بلہ گرِ ہس ساماہ ہتھیار (قلمی نسخہ سوم)۔

۹ راپہ کینژ بدلہ دِلہ کینژ (قلمی نسخہ)۔

دالہِ لیجہ بتہ لیجہ پیچھ تروون کھرکہ ہن — سال تمی دیتے ڈاین ہتی
موہن صوفسِ تام دلس او قرار — باقرِ شاہ صابو ہاو دیدار
نعمان پیچھ او خواجہ نعمان — ناوس وندہس زو تے جان
تتہ پیچھ بان سے چھے ڈار — باقرِ شاہ صابو ہاو دیدار
خانہ گونڈ بالس پیچھ دیگ ساتھاہ — تامت ہاوِن کراما سھتاہ
اُگی ہے آنس منز ووتے شار — باقرِ شاہ صابو ہاو دیدار
گریستو ووٗن فقیرس کوٗت گژھ اور — ہامتہ فقیرو از وُچھے زور
گریستیو پیر توبہ استغفار — باقرِ شاہ صابو ہاو دیدار
فقیرن پوٗر نے بسم اللہ — پھقر تم تژو تے سہہ مُلاہ
یادر سہا تتھ جینوٗ یکبار — باقرِ شاہ صابو ہاو دیدار
گریسپو تسِ داندرے پتھر پاوِن — یکبار سہن تم نگلاوِن
دِلہ جان گرلوس چھس کران زار پار — باقرِ شاہ صابو ہاو دیدار
دوہہ اکہ گداہہ دراو باشاہ — کن تتھو یارو بوز ساتھاہ
تلہ ووٗن اوس لکان تیز رفتار — باقرِ شاہ صابو ہاو دیدار
تلہ واتنسِ دوٗپن تیل دِ راہہ خودا — تلہ واتی دوٗپس وِدہ پیٹھ جائز چھا
تلہ واتسِ تیل رٗوزن بیہ دیار — باقرِ شاہ صابو ہاو دیدار
داہس ڈاپہ کھار سونبراو بچھ — یکبار بستہ تمہ نگلاوہ بچھ
فقیرو بستہ چھاکنہ شہار — باقرِ شاہ صابو ہاو دیدار
دانہ فول پاہنہ واتی ہا گرووکھ — بستہ ہن کمہہ نبر دنتھ تراوکھ
دانہ مونڈ بوشول بلو یکبار — باقرِ شاہ صابو ہاو دیدار

گریوس تے تلوآنٔ سمے یکبا — مُتّس چھی کران مرحبا
یجبیار پیپرس خوجہ دستار[15] — باقرِ شاہ صابو ہاو دپدار
پیپرس ناوس لگو پاری — آبروزھاندان چھی ساری
فرزندہ چون گو زورا وار — باقرِ شاہ صابو ہاو دپدار
پایہ بوڈ بیوٹھک پیٹھ تخترس — نظراہ چاٹی کُل عالمس

وہاب کھار چونے خدمت گار
باقرِ شاہ صابو ہاو دپدار[16]

ہ

---

[15] سونہٕ دستار۔ قلمی نسخہ۔ (آفاق عزیز محفوظ جان)۔

[16] یہ نظم چھےٚ گُدٕ مٕ پچھ لٹہِ از بازرٕ ہ منترؤ گژھان۔ اکثر نظمہِ چھہِ مختلف قلمی نسخن اندر و کھنے منز فرق۔ تاہم آو بٔ ہٕ غور فکر سان اینگ می متن کینژن وارث دران ہندہ ہتر بحثہ منز شامل کرنہ۔ (آفاق عزیز محفوظ جان)۔

# نظم

## ۱

دَیہ گَنھادِ تَم دَیو شریک چھُے نہٕ کانٛہہ ژٕ نے تےٚ
کاَژاہ منتِظِر تھاییتھ مینہ تے نٔرزنگہٕ خدمت گار
حکُم پروردِگارٕ ے قلمس لا آوو لیکھنَے تےٚ
محمدؐ بوٗزتھ قرار روٗٹ قلمن کرنے لوٗگ گفتار
بازگشت عرض کوٗرنے لیکھُن کیا چھِم چاکھ گوس وہاتےٚ
دور دور نبیس ستیٚ چھِہ زوریار خلوتاہ ہندُ چھُے تاجدار
جبریلٕ سوزنس عرشس کھولُن عرشس لوٗگ نالانہ تےٚ
عرشٕ تے کرٕ ی یادِ خوٚ چھِہ پران پانے در گفتار
بانگ تے صلوات چھُے علمِ لدنی بیٚنہٕ وولہ پننہٕ الفتےٚ
دوستو بوٗزتھ منس تورکھ زبانٕ ستیٚ لگٕ وزنہٕ تار
امرے خودا آو نِمار سخاوتھ بندو صبح کرادا تے
فرض تے سونت واجب مستحب روزٕن گژھ روزدار
ساَرِ سے مثالہ سونت چھُے گردش وٚ وبول گرمِحنتےٚ
قسمتہٕ پننے یس یی وہ پدیو تیتھ آسہٕ آسامہٕ دار
عبدالوہاب کھارو نانٕ صاَبس بسم اللہ الحمد چھےٚ
دنیاتہٕ عقبٰاہ زٕ ہنتھ چھُے گوٚیس ییتہٕ بنیا دار[1]

---

[1] خیال چھُہ کرنہٕ یوان زِ یتھ بٲتس چھِنہٕ بیٚیہ زِ حِصہ کِنی۔ (آفاق عمو زِ محفوظ جان)

# پَدَ

ہر رنگ بارنگ وُ چھمے پانے کرِتھ پاراو
پانے پانس عاشق وُ چھمے پانے گوزُن اقرار
پانے جلوگر چھے کرِتھ تھُہراو پانے کرِتھ پاراو
پانے بُلبُل گلزار وُ چھمے پانے ونان اسرار
پانے درچمن خوش پسند نون ڈراو پانے کرِتھ پاراو
پانے منصور من خداوُ چھمے پانے کھوت سہ بردار
پانے نارِنش نوُرک گاہ تراو پانے کرِتھ پاراو
پانے اِسلام پانے زُنارو چھمے شیخن وُچھ بہ انوار
پانے معرفتک پیالا ترے چاو پانے کرِتھ پاراو
پانے ہمبرزل بوُمبور وُ چھمے پانے چھے سہ اظہار
پانے دَرباغ روشہِ روشہِ وُ چھمے پانے کرِتھ پاراو

پانٛے لیلیٰ مجنوٗن وُچھمے پانٛے دٔر بازار
پانٛے جنگلن منٛز بہتھ مولہٕ ناو پانٛے گٔرِتھ یاراو
پانٛے شمس وقمرو چھمے پانٛے چھُس ستار
پانٛے رات دوہ دارِ برٛوتھ ترٛاو پانٛے گٔرِتھ یاراو
پانٛے کلوالِ پیالا وُچھمے پانٛے سُہ چھُ عطار
پانٛے لولہٕ کین پیالن بھرناو پانٛے گٔرِتھ یاراو
پانٛے ہادی آدی وُچھمے وہاب کھارس چھُ درکار
پانٛے جلوٕ گر چھُمے گٔرِتھ ٹھہراو پانٛے گٔرِتھ یاراو
ہر رنگ بارنگ وُچھمے پانٛے گٔرِتھ یاراو
پانٛے پانس عاشق وُچھمے پانٛے گوڈن اقرار

ہ

# پد

ہو ہو پران شیر زن گنزران پکان جنگلی مٹزی یے
جنگلن منے ڈیچھے سرف تہ گنسنے تم لولوان گرنزے
حضرت عیسیٰؑ کھنزاو اسمان شہ تہ وسہ اسمانہ مٹزی یے
حضرت موسیٰؑ نار کتھہ کران نور دزاو تمہ نارہ مٹزی یے
حضرت آدمسؑ نورانہ سبھا شہ تہ آو جنتہ مٹزی یے
حضرت نوحسؑ امت سبھا دیان واندرہ تہ پٹزی یے
حضرت شیخ اوس تپسی کران تپہ کووٹے وولتھن ہنیزے
ہونین چاہن خدمت کران شہ تہ گو تمہ ستے راھی یے
حضرت خلیلؑ لوڈکھ نار گل تس پھولی نارہ مٹزی یے
خدا تہ نبیؐ لوٹھیوس پانے نونؒ دزاو بازرہ مٹزی یے

---

له توے (ا-ا،۳)
له مٹر (ا-ا،۲) —

شہنز[1] وُچھمکھ تیتھ پاٹھی ژلان ییتھ پاٹھی مر منز اُشری یے
اَزلہ وُچھکھ رینزلہ لایان اتھن ماران برشری یے
پتنگہ نشے پتنگ نیران[2] وَلہ وُچھتہ پتنگ بازی یے
عبدالوہاب کھابر رے پن گنزران پنتز ین[3] پانژدہ ئپنزیے
ہوہو یران شیرزن گزژان پکان حنگہِ مُنزی یے
جنگلن منے وُچھے سرف تہ گُنسے تم نولوان گر منزے

٥

---

[1] شہلہ (م ا س)

[2] مران (م ا س)

[3] پنتزاہ ین پانژدہ ئپنزی یے (م ا ، ر) لیس زن موٗلے غلط چھُ — یمیہ سیتہ شارس منز تلاطم چھُ دہ یکھان — ریاضی مطابق تہ چھُ شارس غلط تخمینہ کرنہ آمت — ایڈیٹر — اوقاف غزیز — محفوظ بان —

# پدٕ

رَس کٕتہٕ لوٗگیو ہا غآر زالو، دٕیچھتو آکھ کور کنٕے
اَنٕے چھِکھ نا بوزان یور فٲنی زان
حُمد دَپھ تس بیمہٕ یادِ کوٗرنکھ، مادِگب چھےٚ بٔروٗنٹھٕ کنٕے
یاد کرتن میلتھ درتن ۔ پٔرزِ ناوِتھ زان
غرضے پٔننے ژھارٕنہٕ نیرِہن مَردان نش یعنی
بیدار پوز چھےٚ اللہ اکبر، ہر دم چھےٚ یکسان
صِفات لاگتھ نوٗن ذاتھ دژامت سارِنٕے گرِ پٔرژ ژھنے
پانس ژھایہ چھِکھ پانٕے روٗزِتھ خٲلی چھُنہٕ اِنسان
سآری سےٚ یکسان شہ نقشبہ [1] میلتھ بازان لگی پٔرزنٕے
نوٗرانہٕ تہٕندے کتھن چھُ چھوران عاشق تس چھِ ڈٔلیشان
عاشق تہٕندِ موکھِ غآرن ژامُت حارتَن تم لگی پٔننے اَچھِکھ نا بوزان
آدا ژھاروِن یاوٗن ژھلے سُےٚ لگہٕ داد بوزنٕے
ظاہر باطِن حاصِل سپدُے [2] ۔ روزی میہر بان

---

[1] [illegible] ۔ [2] سپدے [illegible]

پانژھ وقِ نماز خالقن دوپنے تم آکھ یور پالنے
حج تے[1] زکات دَر ماہ رمضان خوداے بر حق زان
شریعتچ زَرزَٹھ محکم تمہِ رنوس کینہہ نو بنے
یہمی یِیتے شریعت پولنے[2] سُے ادگو مسلمان
طریقتس وُچھان گژھتو میلتھ چھےُ ہنر ہینے
حقیقتس وزن دیُو وار پاٹھی بہار کیاہ شوبان
میخانہٕ معرفت عاشقن چاوان پیمانہٕ روز تو چینے
آنے چھکھ نالوزان یور فانی زان
بیدار گژھتو ہاتو نیندرے سُے یار گژھ ژھانڈنے
فژی یادی گژھتو پیرس نشے سیرس کری زان
کتھ سے[3] باوی وَتھ سیوّد ہاوی میتھ نہٕ لگکھ ڈَلنے
کتھ چھےُ کُنی وَتھ چھےُ بیوّن بیوّن وزن دِتھ گژھتو یکان[4]
ژھین چھنہٕ گنہٕ یمن آہن ینن دَم ہو لگن درنے
نفس چھےُ فرض شمار کری زیکھ سُے روز یاد کران
کونسل کرتو پاتس ستی۔ ہو ہو روز پران
اُتھی کوہس منز چھےُ ناگ دزامت لاران گژھ نالگنے
آنے چھکھ نالوزان یور فانی زان

سدرس منز باگ دُر چھےُ آسان سُے کھارِیس اوش ونے
ذِکر ہندلال لاے اتھ دزی یاوس۔ مال بوزکھ یکسان

---

[1] دیُو حج زکات اس۔ [2] پانچنے رس۔ [3] کہتیا باوی رس۔ [4] لگی ڈورنے رس۔ آمرہن چھ دمبہ ستی وار وار دِوان۔ توے چھ یمی لفظ درنے نہ کہ ڈورنے۔

عشقنہِ جلہِ ستی سھاہ لاَے سُدرس پیر سندِ ستی دیۍ ونےَ[1]
صدفس منز باگ چھےُ نوٗر بور تےَ سے گوٗ دُرِ عرفان
پیپرے روٗستے وسیہ لیش سُدرس شہ تہ لگیہ تتہ پیر نے
پیپرے روٗستے پھرہِ منز سُدرس بتھِ کبتھ لگبس پان
لیشہ وسہ پیر ہیتھ منز باگ سُدرس سے ترہبس وہ گنے[2]
اَنے چھکھ نا بوزان یور فانی زان

ہرکرہ[3] پنہِ پانس فنا ے زانتو تمہِ ستی چھہ پانس ونے
اللہ ہُ پر واللہ یاد کر ہر دم چھےُ یکسان
میخانہِ معرفت عاشقن چاوان ییارنے گرزہِ زاگنے
صداکرِ زلس برس تل آس چون گدا چھس بہ منگان
دَر بارِ اندرے نادا دِنے مے معرفت چاوِنے
رہنماپیر ستی ہن آزکھ وَرگس وچھکھ پانہ یکسان
بجلیہ تنہا واقف گژھکھ بازار آدِ ینے وَنے
اَنے چھکھ نابوزان یور فانی زان

۵
گنے وچھتن[4] دچھن تہ کھووُر یہتہ تے بیہ بزونٹھ کنے
گنے وچھتن ہرشا یہ پانے لس کونہ چھکھ کھوژان

---

[1] تے نے (س)۔ [2] نرمنہ (۳)۔ [3] ابدو (س)۔ [4] موہبی موہ ے (س)۔
[5] وَچھتن (س)۔

گُنٛزِ وُچھتن ترِٹھ[۱] واوَس دِوان کیہہٕ تہٕ ماتَمنے
گُنٛزِ وُچھتن سرِ[۲] بازارے عاشق تَس پچھ ڈلیتان
گُنٛزِ وُچھین اندرَ تہٕ نبرَ خبر کٔس کیا وَنے
گُنٛزِ وُچھتن نابٔو دینے سود یود گرِتھ زان
گُنٛزِ وُچھتن کھوان تہٕ چوَان بیدار گرِتھ مَنگہٕ وَنے
گُنٛزِ وُچھتن ہر شایہ پاتَس کیہہٕ ناچھس[۳] نِشان
گُنٛزِ وُچھتن ہاوباب کھارو عالم تَس چھئے برونٹھٕ کنے[۴]
اَنے چھکھ نابوزان یور فانی زان



---

[۱] ترِٹھ (۲)۔ [۲] سرحد بازار (۳)۔ [۳] نشِ ، کیہہٕ چھے (۳)۔

[۴] ساقی صاٮ٘بس پتھ اوڈرے شاد درج کوٚرمت یانے وہاب کھارو عالم تَس چھٕ برونٹھ کنے۔

# ژندن کُل

بُجمو پھُلیا اَکھ ژندن کُلہ ہے    ژَندُن چھُے بڈِ مو ئے
سَرکر پہ ژندن کُل موٗلِہ تلے    ژندُن چھُے اُصِل ذاتھ

پرور دِگارَن پادِ کوٗر ہر کیتہٕ
اَنھقس[2] ہاپہٕ کور پلے[1]
حدو لاحد وُچھ لا نہایتھ
تور چھُپہٕ دوہ تے راتھ

حضرتِ آدمس زٕ گبر آسی[3]    تم آسی دوہ یہ سِلسلے
اَکھ زٕٹ آور نیٖنہ بیے زٕٹنے قبر    دو لوٗنہ چھِے کُنیٖ ذاتھ
ساریٖنے زٕاتن بادشاہ تھٔوونے
آدم چھُے مرسلے
اَز جنت آیس حضرتِ حوا
تہیٖنزٕے چھِے زٕرٕی یاتھ

حضرتِ نوحن[4] عالم آب وُچھ    حآر ستھ تس آو دِلے
عالم غآبہٕ منٛز آواز آیس    ناو گرِ حسابٮ٘ہ[5] وات

---

[1] بتھدِ (س)۔ [2] آنھقس عہ گوپتے (س)۔ [3] ادمن (س) [4] دادس (س)۔

حضرتِ نوحَن تار ییلہ لو بنے
یار ہیتھ ترتھ قاۓ فلے
تہِ کریہ ژندَن کلُ مولہِ تلے
ژندَن چھےٚ اصلِ ذاتھ

حضرتِ عیسیٰؑ مالہ رَژس ماجہِ زاو — والدس ژاس زلہِ زلے
ولیسہ تے ژھو شیٖر مادِرِ نم پامے — کیتھہ پاٹھی نیرِ میوٚن ساتھ ؎

حضرتِ عیسیٰؑ ہس زلوٚن زبان آیہ
عالمِ دانا واتِس نہ ملے
والدس دوپنے جواب دِمہِ پانے
یلہ دوے آسیہ ار ساتھ

حضرتِ عیسیٰؑ ہس سَنجی واتناوکھ ؎ — صاحبو کاسم زلہِ زلے
آسمان چہارم سے واتنووُن — واتنس لوگ نہ اکھ ساتھ

حضرتِ عیسیٰؑ وسیہ دَرِ دُنیا
دَجالس مارِ ی ژھلے
امام مہدیس ستہِ پرِ نماز
کعبس نکھہ عرفات ؎

پتہ ژہن ژوری ین گرد و ردُنیا — آخرس ژاون کلے
تہ کریہ ژندن کُل مولہِ تلے — ژندَن چھےٚ اصلِ ذاتھ
حضرتِ موسیٰؑ کلامہ کوٚر واریاہ — کتھ گییس پردہ تلے
موسیٰؑ دوپنس وارِ پاٹھی وچھتھ — دِلہ کیٚس داد س وات

---

؎ لیہ کیتھہ میونے ذاتھ (۳)۔ ؎ سنجیتہ واتنو وکھ (۱۳)۔

پروردِ گارن دوپ حضرت موسہس — تاب کیہۂ اننک نہ افضلے

باز گشت عرض کور حضرت موسہنؑ — نفرس فناپی زراعت

اوّلے اَنہٕ گٕٹہ گیہ کوہِ طورس — موسہنؑ دوپ کور ژلے

کرامن کاتبین وسنہٕ لگس تو تے — تیتھے گندریوس ساتھ

تجلی ہووُن ییلہٕ حضرت موسہسؑ — گاہ چھلے

خبر کوت لاینہٕ آو حضرت موسیٰؑ — کتھن روزس نہ باتھ

اَسِتھ موران دراو حضرت موسیٰؑ — کیا اوسُم روزِ ازلے

سَرکر یہ ژندن کُل موٗلہ تلے — ژندنٕ چھُے اصل ذاتھ

ساری پاغمبر سفر کڈ ناوان — دُشمن چھکھ مقابلے

حضرت خلیلسؑ گُل پھولی نارس — بیون بیون پوشن ذاتھ

اسمٰعیلؑ پیغمبر قربان کرنہٕ آو — ملکو کوڈ ترا کہ تلے

بہشتک ئکراہ آو مارنے — کھیتہٕ نس خوش بو ذات

حضرت ابراہیمؑ جد پاغمبرؐ — نبیؐ سون تاج مُرسلے

عبدالوہابو نتو زاگ برتل — تتہٕ مکتہٕ ودٕنی چھے سانی باتھ

ژون یارن ستی تارس تارنے — پُلٕ صراطس تار چھُے تلے

جنتھ چھُ دیدار بنیا مژ چھُے لبسا — لیکن گوڈٕ لوٗت وات

نرتہٕ ماد آسن جوان رعنا — بیتھ پاٹھی چھُے مثلے

سَرکریہ ژندن کُل موٗلہ تلے — ژندن چھُے اصل ذاتھ

---

۵ وا، ولے (س) ۸ ش جدال (قلمی نسخہ)۔ ۹ صحی (س)، ۱۰ عرصات دکا،،۔

# عشقہ معراج

دمہ دمہ چھم فراق گئے مہ چاڑئی کلے
کلہ پان وَندے مے مو لولے مار
عشقہ ستہ تخت السرالیس
عالم آب چھس تلے
عشقہ ستہ سکندر رَن
سال کری بے شمار
عشقہ ستہ عرش تہ کرسی دُرتھ چھ واو کے ژھلے
عشقہ ستہ آبس بیٹھ چھے لَسُنہ سور سمسار
عشقہ ستہ یادا کور محمدؐ اوس اَولے
عشقہ ستہ شوب آیہ بولنس محمدؐ دژاو بازار
عشقہ ستہ جبریل سوزنس بُراقس کورنے پیلے
عشقہ ستہ لوگ بُراق وُڈنے سردار اوس شاہسوار
عشقے ستن حور دژا یہ وَنہ وان پردے تلے
عشقے ستن خلعتھا وولنس خلقن ہند تاجدار
عشقے ستن کھولُن عرشس اوس زُلزے
کلہ پان وَندے مے مو لولے مار

عشقہ ستی پانڑدھ ساس والنشیہ گئے ڈاہیہ گر حبیبؐ مصفا سلے

عشقے ستن ظاہر تہ باطن تتی گو اظہار

عشقے ستن قرآن بخشنس تتھ منز چھُ افضلے

عشقے ستن قرآن صاحبو تران چھُ صاحب کار

عشقہ ستن لوحن تہ قلمن لیؤ کھمت اوس اوٗلے

عشقہ ستی عرشس کھورن ؐ معراجس تاجدارؐ

عشقے ستی عرشس کھورنے عرشس زوٗل زلزلے

عشقے ستی لوگے نالانہ عرشس عرشن روٗٹ آدِ قرار

عشقہ ستی دستگیرؒ صاحب نبیسؐ پایَن تلے

کلہ پان وَندے مے مو لو لے مار

عشقہ ستی دستگیرؒ صاب سپدے بوڈ کا ملے

عشقہ ستی کُل حضراتن سٕھوٗ وٗن مختار

عشقہ ستی شہ شیخ صنعان ذرا ڈوٗلے حو صلے

عشقہ ستی ژھانڈنہ لجوٗو گری نے کو ہنے کار

عشقہ ستی زاگ ہتھ روٗ دے روز و شب ہنز بر تلے

عشقہ ستی تس ہنز یارنے ستی کوٗرن وادِ قرار

عشقے ستی نیچھ ہوٗن روٗ چھنے گیس ہیشر ہنز گلے

عشقہ ستی تسبیح تراوٗن پزروٗن نالی زُنار

عشقہ ستی یار آے ساری دروٗد لگی پر نہ جلے

عشقہ ستی روز ناسنا بوزنا بلکؐ الجبار

عشقہٕ ستی دَوَب دیُتن ہوتن پانس پیوس تَلے
کلہٕ پان وَندے مےٚ مو لو لے مارِ
عشقہٕ ستن ظہور ہوونس دیدار پَردٕ تلے
عشقے ستن نیاٗمژ کھیاوان زانَن تہٕ زانن ہار
عشقہٕ ستی ینہٕ ژاہ سانس وانٕسہٕ گئے الان اَس ہا نکلے
عشقہٕ ستی ژھاوِل پوس ہوے اوس خبردار
عشقہٕ ستی شہٕ آب زمزم کران اوس آلہٕ ڈلے
عشقہٕ ستی عباٗدژ فراش ونان اوس دَرِ بازار
عشقہٕ ستی عشق اوس باوان عشق چھُے مقابلے
عشقہٕ ستی عاشق تہٕ معشوق گرِتھ چھ تتہٕ ہلژار
عشقہٕ ستی یارن اوس باوان سِر حق پننے جلے
عشقہٕ ستی حق سنجانَن ہوونم پننِ دیدار
عشقہٕ ستی یارو بوٗزہس کرِہس تتھ عملے
عشقہٕ ستی شنونی طرفن سٕیدتی آشکار
عشقہٕ ستی امام اعظمن گواہ تھوونس مُرسلے
کلہٕ پان وَندے مےٚ مو لوِ لے مار
عشقہٕ ستی ہینڈی اَکِ بوزاو وَنِنہٕ لوٗگ بَد لے
عشقہٕ ستی غرقِ سُپدٕ شے عشق گوس زور وارٕ ٹھ
عشقہٕ ستی بیدار یام گیوٗ درالوِ ٹھ بعدِ گزَ لے ٹھ
عشقہٕ ستی یارِ بَل وآنتھ آبٕ گوس زورا وار

عشقہٕ ستی نیٚوو ڈکہ دیتھ آبن خابے چھس مُقابلے
عشقہٕ ستی عریانٕ سٕھوٚوٕ نے کرُون سُئے کرٕ کار
عشقہٕ ستی پانے کرٕنس صوٚرنس گوس بدٕلے
عشقہٕ ستی مردن بوٚونس سپدُس زنٔن مکار
عشقہٕ ستی پیر نیٚوو آبن ووٚتے ڈوٚبی یارٕ سَبلے
عشقہٕ ستی ڈوٚبی اُکی کھاجاوکیا ہتام آلوکھ عار
عشقے ستی تستر گور ہس پیش آس روزٕ ازلے
کلہٕ پان وٚندے مے مو لولے مار
عشقہٕ ستی مردا اکھ ڈراو محکم گوٚنڈُن قبلے
عشقہٕ ستی حلال کوٚرنے کوٚرن اَدٕ کار یار
عشقہٕ ستی باہ وٕری تام گاٗس عشقے چھُے مجادلے
عشقہٕ ستی باہ پین دِتی نے باہ ژھو چھس اظہار
عشقہٕ ستین گوزنانہ مرد تام چھیوٚرس یہ حوصلے
عشقے ستی گرٕ کٕنہ آیاو کرنہ گورنس تکرار
عشقہٕ ستی زنانہ ڈوٚنیس آز کیا زٕ اکھ جٔل جٔلے
عشقے ستی تامتھ ڈوٚنیس پٕرو استعفار
عشقہٕ ستی گئے پیشٕ حضرت گزر لیوٚو قاٗے فلے
عشقے ستی اَپز ترٕوُون پزریک دیتن اقرار
عشقہٕ ستی قاضی سھوونے ملکس راضی گوس شہہ سلے
کلہٕ پان وٚندے مے مو لولے مار

عشقہٕ ستی حضرت مۄسہَن کلامہٕ کوٚر مُقابلے

عشقہٕ ستی نارَس تہٕ لۄرس سُیدے تیتہٕ ملِثزار

عشقہٕ ستی اَکھ کوہہ طورس گنجنہٕ لۄرنہٕ زَلے

عشقہٕ ستی عاشقن لَشَن سُیدتی آشکار

عشقہٕ ستی پھٹرِوو منصوٗری شرع تہٕ مسلے

عشقہٕ ستی اِشارٕ وُچھ منصوٗری خابہٕ مَنٛز گو بیدار

عشقہٕ ستی اَن لۄز منصوٗری حکم رُوٗد کاٹھہٕ تلے

عشقہٕ ستی سردیُت منصوٗری پانٔے کھوت بَردار

عشقہٕ ستی ژٔڈنے مجنوٗنی کوہ تہٕ بیٚنہٕ جنٛگلے

عشقہٕ ستی سو لیلیٰ تہٕ مجنوٗن زِنٛدے ژٲرے اَنٛد مَزار

عشقہٕ ستی شیرین تہٕ فرہادن دوٚرِ ڈٔونٛگس کلے

کلٕ پان وَنٛدرے مے مو مو لے مار

عشقہٕ ستی لَدہٕ آوِ آدم وادس کینٛہہٕ نہٕ بَدلے

عشقہٕ ستی ژالِوو جنتس آیوس تَتھ مَنٛز قرار

عشقہٕ ستی دَردَس تھوٚونس وتھرُن فرش مخملے

عشقہٕ ستی تَس بُلبلس اوس گُلنے مَنٛز قرار

عشقہٕ ستی گنٛدُم دانہٕ کھیوُن فِدا کمہٕ تام ژٕھلے

عشقے ستی پَتے تھوونس نفسُنے اَمار

عشقہٕ ستی نبرِ کڈ نووُن کرٕ ناوَنس گا نگلے

عشقہٕ ستی کوٚت پَشتووُن لُجُبِ اَشنی دار

عشقہٕ ستی اِدٕ چھاوٕ نوٗوٕن سوٗمبل تہٕ یمبرزلے

عشقہٕ ستی تَس یمبرزلے لوٗمبرٕن اوس امار

عشقہٕ ستی اَدیتھ لوٗرٕ نوٗوٕن واد اوٗنٕن بالے

کلہٕ پان وَندے مے مو لوٗلے مار

عشقہٕ ستی اَتھ کوہہ قافس سنگن تہٕ گژھنے چھلے

عشقہٕ ستی دزن کوہ تہٕ وَن اَدنا گوپھہٕ تے غار

عشقہٕ ستی ووستاد وہنے سوٗر کرٕ واوٕ کہٕ ژھلے

عشقہٕ ستی پانے کرٕ لس ساری سیے ہُنر کار

عشقہٕ ستی زمینہٕ فردا آسمان چھُ ظلماتہٕ تلے

عشقہٕ ستی تاب ییہٕ نہٕ بنٕ یَن آسہٕ کھ نہٕ وننس وار

عشقہٕ ستی زندٕ کرٕ سارنے پانہٕ آسیہٕ مُقابلے

عشقہٕ ستی وسیلہٕ ییہٕ نبیؐ خُدا ہاو دیدار

عشقہٕ ستی سردار عالمؐ کرٕ شفاعت ژلہٕ زلزلے

عشقہٕ ستی دما روز ستھ ونان چھُ وہاب کھار

عشقہٕ ستی عشق آو مَنے، عشق چھُس مقابلے

کلہٕ پان وَندے مے مو لوٗلے مار

---

۱؎ ہاچھسوتلے (س)۔ ۲؎ کھڑاو (س)۔ ۳؎ ہیوتنے (س)۔ ۴؎ ڈبلان (س)۔

۵؎ کذرنے (س)، ۶؎ بے زار (س)۔ ۷؎ گووژھاو (س)۔ ۸؎ عشرے (قلمی نُسخہ)۔

۹؎ عشق (قلمی نسخہ)۔

# معراج نامہ

اسلام علیکم معشوقہ جانے — وعلیکم سلام حق سُبحانے[1]
پرٛدوبرکاتہٕ ہو چونے نورانے — وعلیکم سلام حق سُبحانے
حضرت نبی صلعم سون عرشکہٕ دروازٕ ژاد — ملکو بُراق ہیتھ کوٗرس یاراد
عرشس پیٹھ تمہٕ وآتی آکہٕ آنے — وعلیکم سلام حق سُبحانے
حضرت جبریل بُراق ہیتھ آو — عزائیل برونٹھ برونٹھ دراو چلود
میکائیل مہر چھلہٕ ہیتھ ڈاو یانے — وعلیکم سلام حق سبحانے
پانژھ ہیتھ وآنسہٕ وتھ آس لوٗتام — پانژن ہتن وآئے نسنے کوٗر ہیے کلام
ہانکلے گورٕ گور اوس گژھانے — وعلیکم سلام حق سبحانے
اسلام علیکم آلو تورٕ گوس — وعلیکم کوٗر نبیٕ صلعم پردٕ تلی اوس
پردٕ تلی دپدار دتنس عفلانے — وعلیکم سلام حق سبحانے

---

لہ یہ بائتھ چھ گوڈنچہ لٹہ چھپان۔

سلام هند مانے سلامت تقوٰی نے
تولہ ہو ایمان بخشوںؐ چھ یانے
رُت وِوْ ناونے رُتے بوونے
وعلیکم سلام حق سبحانے

کلامہ اندرے کلام مُلّاہ
بسم اللہ ۲ الحمد حکمہ ربانے
حکم مذہب آو حکم اللہ
وعلیکم سلام حق سبحانے

وارے تقوی عمل کرکھو
دم دیتھ کھالک دُرِ عرفانے
شدرس ژھانٹے تار ترکھو
وعلیکم سلام حق سبحانے

ظاہر چہ کیتھ ممبر پھولہ ناوان
عالمنِ فقیرن توے یارانے
باطنچ کیتھ پنہم تھاوان
وعلیکم سلام حق سبحانے

موختہ یتہ پھوتے آو دردریاوے
تیرِ پھوٗل پوش گاہ تزاوانے
قسمت چھس بیوٗن بیوٗن پنینہ ناوٗ
وعلیکم سلام حق سبحانے

حضرت صدیقینؓ نکھ پھرلو وُن
دُر دیتھ فرزندس کورنے روانے
حضرت عمرنؓ ونخ ہاوٗن
وعلیکم سلام حق سبحانے

عثمانہ غنیؓ ین سارسے دیت نظام
ولایت تس اُس خبر واتانے
شاہہِ مردانن خاؔبر کور رام
وعلیکم سلام حق سبحانے

عیدلو ہابن وُن معراجہ عالم
تمہ شبہ منور گو وعالم
نبی ینؐ سائی کور رطے لامکانے
وعلیکم سلام حق سبحانے

# معراج نامہ

کَرِیو رۄیِہٕ رٲوٕ مالے واو
تاجدارؐ سون معراجس ڈزاو [1]

اوٚلے نورٕنٛ پرتو پیوٚو
آدِ سوٗں محمدؐ پٲدا گوٚو
سرٕ منٛز ہمپوش پھولہٕ وٗن دراو
تاجدارؐ سون معراجس ڈزاو

نوٗرِ پیٹھہٕ محمدؐ پٲدا گوٚو [2]
چاک گوٚو قلمس شاخ درزلو
کلمے لا اِلا اوٚلے آو [3]
تاجدارؐ سون معراجس ڈزاو

اُم ہانی سندِ اوسُے شاہ
ہر دَم پران اوس الا اللہ [4]
دَر ذِکر آسی تمِ فکرِ منٛز تھاوٕ [5]
تاجدار سون معراجس ڈزاو

---

[1] یم شار چھِہٕ موتی لال ساقی صاٲبن صوفی شاعری اندر لیکھمتی۔
[2] ساقی صاٲب چھُ لیکھان جو۔ یہ نہٕ صحی چھُ۔ بلکہٕ چھُ صحی لفظ زلو۔
[3] اوٚلے آو بدلہٕ چھُ لیکھنے آو تہٕ ونہٕ لوان۔
[4] الا اللہ بدلہ چھُ ذکرِ اللہ (قلمی نسخہ)
[5] ذکرِ ستیٖ اوسُے فکر منٛز ژاو (قلمی کاگد)

حضرتِ جبریل خبر ہیتھ آس  السلام علیکم تازٕ اخلاص

ۆ تھوِ حقس پانس کرِو پارٲو[۱]

تاجدارٕ سون معراجس دڑاو

تتھ سٕتھن براق آسی وارا ہ  حضرتن ہنٛد اوس تمین تمنا

اکھ اکِس کھوتہٕ تمِ بران آسی چاو

تاجدار سون معراجس دڑاو

برانن منز براق اوس لاغر  حضرتن تراو نَے تَس کُن نظر

چاق گو سٕے شانہٕ دارِتھ آو

تاجدارٕ سون معراجس دڑاو

از فراق سے براق اوس ریوان  ییوٚر ہنس تَس محشرٕن ٲدان

یا نبیؐ واہ دِم درگوش تھاو

تاجدارٕ سون معراجس دڑاو

نبی ینٛ دوپنے تَس برانس  قیا مژدہ ہیمتھ ستی پانس

اے براق غم تراو دَم سنٛبلاو

تاجدارٕ سون معراجس دڑاو

ڈمہٕ گوس قاتر سند پادا  چھس پڈر مو کھتوی اُچھ عنقا[۲]

سپنہٕ کنٛز پادر ییہ زن آو

تاجدارٕ سون معراجس دڑاو

---

۱؎ وعلیکم سلام کرِو پارٲو ۔ (قلمی نسخہ)

۲؎ اُچھ عنقا بدلہ چھُ ۔ تمِ چھ عنقا (قلمی نسخہ) تاہم چھِ دہ لفظ محی مانہٕ دوان ۔ وہ گو و زیادٕ ییہن فِٹ چھُ تمِ چھِ عنقا گژھان ۔

حضرت جبرئیلؑ دراو جلوِ دار　　　اسرافیلؑ گور زین تیار
میکائیلؑ پاے بررکاب آو
تاجدارِ سون معراجس دراو

حضرتِ عزرائیل رووٗ چوبدار　　　هتھو کفر براقس سپز اظہار
چشمہِ چھس ذمروٗد بزال چھاو
تاجدارِ سون معراجس دراو

مسجدِ اقصیٰ ژاو یک دم　　　ملکھ اسی پیاران کاسی تو غم[۳]
الحمد باجماعت پرنے آو
تاجدارِ سون معراجس دراو

ستووٗهتم ماه رجب آو　　　یتھ شبہِ حضرت سائس دراو
تحفہ شبس یهوٗ شب قدرِ ناو
تاجدارِ سون معراجس دراو

---

۱ قلمی نسخہِ مطابق چھ ساقی صابن یمن شارن هیرلون گورمت ۔ شاید ما آسیہ یہ تمن نشہِ قلمی نسخہِ ۔ ۲ ساقی صابن چھ لیوکھمت امہ شار بدلہ یہ شار چشمیہ چھس رفرف یمبرزلہ چھاو ۔ یس زن سراسر غلط چھ ۔ ۳ ملکھ هیتھ ادس پران کاسنم غم شار چھ غلط درج کرنہ آمت ۔ شاید چھنہ ساقی صابن کانہہ قلمی نسخہ وچھمت بلکہ باجماعت پرنے محمدؐ آو شار چھ زیادہ صحی یس ساقی صابن درج کورمت چھ مگر قلمی نسخس چھ الحمد باجماعت پرنے آو ۔ (آفاق عزیز محفوظ جان) ۔ ایڈیٹر

حورو پئری یہ ہیتھ ونہ وان شورتھ ملکو گرِتھ بوزان[1]

دستگیر بنی[2] لیس خدمتس آو

تاجدار[3] سون معراجس دراو

پنہ تیژے[4] مہ آسمانے سمکھ شیر دوپنس حضرت اسیہ گوڈ زہر

دیت خوڈنگین تس بخشنہ آو

تاجدار[3] سون معراجس دراو

پتہ حضرت نبین[2] پور بسم اللہ واتی تم آسمانہ آو لا

دوہیمہ آسمانے کوڈ رکھ ٹھہراو

تاجدار[3] سون معراجس دراو

ژوری مہ آسمانے تراو کھو نظر ساری[5] وچھہے رہ یہ جالور

نہ کانہہ آس تمن خصلتھ کاو

تاجدار[3] سون معراجس دراو

پونژمہ[6] آسمانے چھہ مس ملرہن آخر زمانہ کین تی چاون

عارفن تہ عاشقن تی باگراو

تاجدار[3] سون معراجس دراو

---

[1] یم شار چھنہ ساقی صابن درج کری متی۔ شاید چھے کنھ کنی زِ تمن چھنہ اصل مسود میولمت۔ [2] ساقی صابن چھ غلط یا کتی یم شار درج کری متی۔ ترے مہ اسمانے پیٹھ وچھکھ ہیر۔ پانس اسی دپان اسیہ گوڈ زہیر۔ امہ سنتی چھ واقس منز اسمان زبین تبدیلی گژھان تہ اسلہ نشہ دوران۔ [5] ساروے (م ا س) لفظ چھہ غلط۔ اسلی لفظ چھ ساری۔
[6] پنژرمہ (م ل س) اصلی لفظ چھ پونژمہ۔ ایڈیٹر۔ (آفاق عزیز محفوظ جان)

شیٖنے میہ آسمانٕنے شیٖنہٕ کو ہا    موے والس گنڈِتھ از درگاہ

جالنوارا بٕشیتھ در صحراو

تاجدارٕ صؐ سون معراجس دڑاو

ژتیٖ میہ آسمانہٕ وُچھکھ خطبہٕ میرا    سیاہ تخت پوش جاے گمراو

لاہُنہٕ بیٖتھ وُچھکھ کوٗت لوٗرکھ چاو

تاجدارٕ صؐ سون معراجس دڑاو

اِٹھمہٕ آسمانٕنے کھوٗت تاجدارٕ صؐ    نتہ بیٖٹھ رفرفس سپدٕے سوار

پتھ کوٗرکھ جبریلؑ پوٗشس خم واو [۱]

تاجدارٕ صؐ سون معراجس دڑاو

نوٗی میہ آسمانٕنے فرشِ مخمل    اَسی ابنیاَ سٕیمتھ بیٖتہٕ مرسلؑ

تِمن بُروٗنٹھ حضرت لامکان ژاو

تاجدارٕ صؐ سون معراجس دڑاو

عرشہٕ پیٹھٕ پردٕ تلہٕ آلو گو    السلام علیکم تو رُچھ زِلو [۲]

وعلیکم السلام اسہٕ چھے چون ناو

تاجدارٕ صؐ سون معراجس دڑاو

گژھ گیہٕ اَتھ ہیٖتھ خانچے آو    سے خانچے پیش محمد صؐ ژاو

کھیوٗکھ چوکھ معرفتؑ باگرنہٕ آو

تاجدارٕ صؐ سون معراجس دڑاو

---

[۲] لوٗر چھے زِلو یہ شار چھے ساقی صاٖبن مولے غلط باٖنتھی درج کوٗرمت تاہم ایکھ دوٚیم شار یا نے وعلیکم سلام کیاہ چھے چون ناو چھے زیادٕ صحی باسان ییمہ شار کھوتہٕ وعلیکم سلام اسہٕ چھۓ چون ناو۔ [۱] یتہ ہیٖتھ واو (س)، ییمہ قلمی نسخی منز چھے۔

حضرتنؐ ساڈی ڈوپ یا اللہ          نابکار اُمت کرہم کیا
ہڈ وومید چھکھ ژے یارن یاو
تاجدارؐ سون معراجس دژاو

ڈمہ ڈمہ اوشکھ غم اُمت          ڈوپ ہکھ سوے چھوہڈ رحمتھ
پانژھ وقت نماز برپا سھاو
تاجدارؐ سون معراجس دژاو

ڈوپ ذاتِ پاکن جبرئیلسؑ          ہاو نارِ جہنم معشوقس
تمہِ ورتہِ حضرت دَر گریہ آو
تاجدارؐ سون معراجس دژاو

مالکؑ دوزخن یامتھ بوز          ذات پاکن پننِ معشوق سوز
یا نبیؐ بروٹھ پکھ نظرا تراو
تاجدارؐ سون معراجس دژاو

گنتھ کرے کعبس بوز میانی زار          ستی ہیتھ ژور یار ہاو دیدار
ژے کن وہاب کھار باو وومید آو
تاجدارؐ سون معراجس دژاو

٥

